Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

# بھانڈ ناٹیم

G.M. College of Education
Raipur, Bantalab
Jammu.
Acc. No....341(D)........ 23 (I)
Dated....6-7-007......

موتی لال کیمو

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

*Name of the Book:-* **Bhand Natyam**
*Author:-* **Moti Lal Kemmu**
*Copyright:-* **Moti lal Kemmu**
**5 Apna vihar,Kunjwani**
**Jammu.180010**
*No.of Copies printed:-* **550**
*Press:-* **J.K. Offset Printers. 315 Matia Mahal,**
**Jamia Masjid, Delhi.**
*Year of Publication:-* **2001**

Published with the financial Assistance from the Central Institute of Indian Languages, (Ministry of Human Resource development, Department of Education, Government of India)Manasgangotri, Mysore.Vide sanction letter No: 51-5(1)/2000-2001/KAS/GRNT Dated July 3, 2000 under the Scheme Grant-in-Aid.

کتابہٕ ہُند ناو : بھانڈ ناٹیم
مصنف : موتی لال کیمو
چھپن وٕری : 2001
حقوق محفوظ : موتی لال کیمو۔5/اپناوہار۔جموں۔10
کمپیوٹر کمپوزنگ : سرینگر کمپیوٹرز گاؤ کدل، سرینگر
تعداد : 550
مول : B 200/=
پریس : جے کے آفسیٹ پریس دہلی۔
سرورق : پروفیسر تریلوک سنگھ باٹرہ

کتاب میلنگ پتاہ
1/کتاب گھر۔کلچرل اکیڈیمی مولانا آزاد روڈ سرینگر 190001
2/کتاب گھر۔کلچرل اکیڈیمی کنال روڈ جموں 180001
3/موتی لال کیمو۔۵ اپناوہار کنجونی تالاب جموں 180010
4/نیشنل بانڈ تھیٹر۔واتھورہ چاڈورہ کشمیر 191113

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

یہِ کتاب چھِ تِمن کأشرِن نذر

یِمو اۄدِیوٗتُے تیوٗتُے

پٔنُن کلچر سبٹھاہ مایہِ مُحبتہٕ تہٕ

ژُکہِ سان رٔژھرِو

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



# گوڈُت

یہِ کتاب چھےٚ مےٚ کشیرِ ہندی انپر بانڈ نظرِ تل تھاۄتھ لیچھ مۆتا کہِ یہِ کرِ تمن تم اطلاعات فراہم یمو نِشہِ تم بے خبر چھِ گامتۍ ۔ تِکیازِ ضُد یو پیٹھہِ صِرف موکھہِ روایتھ رچھان چھُ تمن تہِ واریاہ مشرٕبس پیومُت ۔ بانڈ ناٹیس پیٹھ یہِ کتاب چھےٚ کأشرِ لُکہِ کلچرکین کینژن اہم پہلوہن ہنز زان کرناونہٕ علاوٕ تہندی آگر بدِ کڈنٕچ کوٗشش ۔ مےٚ چھےٚ بانڈ فنکارن، ماگنن، سکالرن، موسیقارن، ادیبن تہٕ ادب نوازن ستۍ ذاتی پرژھہٕ گأرِ پتہٕ تہٕ خبرٕ کرِ کتابہٕ پرنہٕ پتہٕ تہٕ ملکہٕ کین لُکہٕ رنٛگکۍ واریاہ رۄپ وُچھِتھ ذأتی زان حاصل کٔرِتھ ماخذ تہٕ آگرو وُکھناوۍ متۍ ۔

زندگی ہندن ۵۰ ؤری ین روٗزِم رنٛگس ستۍ وابستگی تہٕ ۴۰ ؤری ین کٔرِم کأشرِ کلچرٕچ خدمت ۔ ادبس فنون لطیفن تہٕ سنگیت ناٹکس ستۍ تھاۄم وابستگی ییمہِ کِنۍ یِژھ کتاب مرتب کرنس ترٛبن ؤری ین ہُند وق لوٚگ ۔

ممکن چھُ کانہہ گوشہِ ما آسہِ توتہِ نٔو راونے روٗدمُت ۔ أسے زندگأنی برونہہ کُن کڈو کھتم تہِ نٔو ۔

موتی لال کیمو

جوٗم

21-3-2000

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

# فہرس



CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


# کشیٖرِ منز پتھ کالک رنگ

کأشرِ زبأنۍ منز چھِ تھیٖٹرس ''رنگ'' وَنان ۔ یہِ چھُ سنسکرت لفظ تہٕ اتھی رۄپس منز وُنہِ تہِ مروج ۔ کأشرِس منز چھِ واریاہ تِم لفظ تہٕ ترکیبہٕ بول چالس منز کتھِ کتھِ پٮ۪ٹھ استعمال سپدان ییمہِ ستۍ نَنان چھُ زِ رنگ چھُ پتھ کالہٕ پٮ۪ٹھے سانہِ سماجی زندگی تہٕ تیوٗہارن ہُند اہم انگ اوسمُت ۔ تِتھی کینہ لفظ تہٕ ترکیبہٕ چھےٚ :۔

ا۔ رنگہٕ وِہر :۔ رنگہٕ وِہر گیہِ تِتھہٕ کُنۍ رۄپ بدلاوُنۍ یِتھہٕ کُنۍ اکھ اداکار رنگس منز مختلف کِردار گِندنہٕ موکھہٕ رخ تہٕ رۄپ بدلاوِتھ گِندن گرِی چھُ ہاوان ۔ پرکاش رام کُرۍ گامۍ چھِ کأشرِس رامائنس منز یہِ ترکیب شارس منز ییمہِ انمانہٕ استعمال کٔرمٕژ :۔

رنگہٕ رنگہٕ کُرۍ تھم رنگہٕ رنگہٕ وِہر ژٔے
رنگہٕ درشنس آیہِ سے ژٔے

۲۔ رنگہٕ رِوُن :۔ سہٕ گٕوُن یُس رنگس منز اداکارٔ سۍ کران ۔ رِونس چھُ وَدنس ستۍ تہِ تولق مگر سہٕ لفظ چھُ ریٖنٹھ لاگنس متعلق یِوان ۔ رِوُن چھُ Verbal Nonsense وُنُن تہِ مانے تھاوان ۔ کتھ تہِ چھَنا عام زِ دوہس کوٚرنم کٔتھہِ رِوُن ۔ شامس ہیٚوتنم دانس پٕوُن ۔ رنگس منز چھُ گٕوُن کرُن ۔ تالن ہندۍ بول پرٕنۍ (ییم بے معنے أستھ خألص سازن ہنز آواز چھےٚ آسان ) بیترِ یسلہٕ سپدان ۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


کاشِر شاعری منز چھُ رنگہٕ رِوُن رنگُک گوٚن مانے کرِتھ استعمال سپد مُت۔ پروفیسر رحمان راہی چھُ مانان زِ رنگہٕ رِوُن گو "رنگہٕ نایک" (ڈرامہُک ہیرو) تہٕ۔

۳۔رنگہٕ دِوَے:- ییلہِ بانڈ پاٹھر دِویہٕ بلن، استانن، تہٕ زیارتن پیٹھ چھُ لگان تتھ چھِ رنگہٕ دِوے ونان۔

۴۔رنگہٕ مام:- تس شخصس ونان یُس رنگہٕ دِویہٕ وِزِ یا ڈراما گِندنہٕ وِزِ لوٗکن ژھوپہٕ کرناون وول، صفایی تہٕ باقی انتظام کرن وول ژُکی درلاگِتھ اور یور چھُ کران۔ یہٕ چھُنہٕ ضروری زِ سُہ آسہِ سرپرست یا خرچہِ برداشت کرِتھ ڈراما گِند ناون وول۔ یُتھ شخص چھُ لوکو منزے نیران تہٕ گِندن گربن سادان تہٕ باضے رنگس برونہہ کنہٕ بہان تہٕ داد دِوان۔

۵۔رنگہٕ ڈُنگہٕ:- کُنہٕ تہِ سجاوِمژِ جایہِ، ڈیڈ، پرد، تکیہ ترٛاوِتھ تہٕ واوِ مالہِ ترٛاوِتھ جایہِ ونان۔ مہارازس موکھہٕ سجاوٹ کرِتھ جایہِ تہٕ چھُ یوان ونہٕ، واہ! کیا رنگہٕ ڈُنگہٕ چھُ۔ رنگہٕ ڈوٚنگ گو دراصل رنگ منچ، ڈوٚنگ ڈونٛگ گو سٹیج، ژررٛا چھ وِزِ تہِ چھ گامن وُڈرن، ڈوربن ڈارن منز ڈوٚنگ تہٕ ڈونٛگ یوان بناونہٕ۔ ڈراما گِندنہٕ موکھہٕ ییلہِ کھلہٕ آکاشس تل سٹیج اوس بناونہٕ یوان تتھ آسی رنگہٕ ڈونگ ونان۔

۶۔ رنگ کھارُن:- یتھہٕ کٔنۍ کرال چھُ ژٔکھرس پیٹھ میژِ تھٕر کھاران تتھے کٔنۍ چھِ رنگس منز کُنہِ کتھہِ ژٹھر اوِتھ ول دِوان تہٕ تھٕر کھاران تہٕ تتھی چھِ کتھِ منز "رنگ کھارُن" ونان۔ کانہہ اداکار چھُ زیادے رنزٕ ناوان تہٕ کتھِ رنگ کھاران۔ اتھ چھُ دوٚیم مانے رنگہٕ ڈوٚنگس پیٹھ پکھن بیتربن نقش نگاری تہٕ تصویر بناونہٕ تہٕ۔ رژا اداکاری کرنس تہِ چھِ ونان رنگ رتھہِ کھارُن۔

۷۔رنگس بےرٚنگی گرٛٹھنۍ:- ییلہِ کھلہٕ مٲدانن منز ڈراما آسی

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


یوان گِندنہٕ تہٕ اچانک واوِطوٗفان، گردِ غبار یا رُ دبیترِ والہِ ہے نہ روزِ ہے رنگہٕ ڈوٗ نگ کُنہِ نہ رنگہٕ مام تہٕ نہ رنگ وُ چھن واٗلی، تیٚلہِ اُس رنگس بے رنگی گژھان۔ کُنہِ کامہِ کوس پینس یا رُکاوٹ پینس چھِ ونان رنگس بےٚ رٕنگی گژھنۍ۔

۸۔ رنگس منز مند چھاوُن:- ییٚلہِ کانٛسہِ زِندٕناوِ دار یا بدنام شخصس متلق پاٗ تھر ییہ چارنہٕ یُتھ سُہ مند چھاونہٕ ییہ یا رنگس منز کانٛسہِ ہندی کار بدِ کیٚتھ مند چھاونہٕ یِن گو رنگس منز مندٕ چھاوُن۔ صاف چھُ ظاۂر زِ یتھ کالہٕ آسہن بدکار شخصس ستیٚ پاٗ تھر منصوب کرِتھ تس مند چھاوان۔ زی یِتھ چھِ بانڈن وُ نہ تہِ کھوژان زِ مند چھاون ما۔

۹۔ رنگہٕ راوُن:- یہ چھُ وبوکھت تہٕ واٗ ہنا کھ آدمس یوان وننہٕ خاصکرِتھ لیس یُتھ شونڈ ویُوٹھ پوٗ ٹھ آسہِ۔ ییٚلہِ رامایَن چن کتھن پیٹھ رنگ آسھے یوان ہاونہٕ راون سُند کِردار گِندن وول آسہِ ہے وکھتی پلو پوشا کھ لاٚ گِتھ آسان حالانکہ ازکل چھنہٕ کاٗشری پاٗ ٹھی رامہٕ کتھاین پیٹھ کانہہ خاص رنگ دریِنٹھی یوان۔ مگر رنگس منز راوُن سُند کردار گندن وول ہیوٚ کانہہ تہِ شخص وُ چھتھ چھُ یاد کرنہٕ یوان۔

۱۰۔ رنگہٕ راوُل:- ونس راٗ چھ کرن وول اوس وننہ راوُل تہٕ یُس رنگس تہٕ رنگہٕ کِس سامانس سازن بیتر راٗ چھ کرن وول اوس آسان تُس اُسی رنگہٕ راوُل ونان۔ خالے کانہہ واٗ نسُٹھ موہنیو چھُ یِم ترکیبہ استعمال کران۔

۱۱۔ رنگہٕ واوِج:- گرمی ہِندِ بن دِہن اُسی واوِج رٔ ٹِتھ پانس واو کران۔ شُری اُسی کاغذی واوِج ٹکہٕ ناوان۔ راز ن، شاہن تہٕ بڈہن موہنیوٚ بن اُسی نوکر واوجہِ واو کران۔ رنگس منز اُسی یتھین کِردارن بچن رنگہٕ واوجو ستیٚ واو

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

کران یتھ رنگہٕ واوِج چھِ ونان۔

۱۲۔رنگہٕ رینٛٹھی :- ڈامب یا اپز وُدُن کرنس پتھ چھُ یوان وننہٕ زِ رنگہٕ رینٛٹھی لاٗجن۔ دراصل چھُ یُتھہ رینٛٹھ وُچھتھ رنگس منز اُسن یِوان تہٕ بانڈ چھِ اپز منز رینٛٹھ لاٗگتھ اسناوان ہٮ۪کی کاننن گُرُس کران۔

ہیٚر مٮ۪ن ییٚژن ترکیبن ہُند ذِکر کرنُک مطلب چھُ یُتے زِ کاشُرِ زیٚوِ ووتھہ بولگنہٕ برونٛہہ اوس کاشرِس سماجس منز تیوہارن، دِوین، بڈٕہن دوہن تہٕ سماجی رسمن ستۍ رنگ وابستہٕ۔ لہٰذا اہمو تھ دورس سام ییٚلہِ کشیر منز سنسکرت زبانۍ ہُند بول بالا اوس تہٕ کشیرِ اندۍ پکھی تہٕ سنسکرت زبانۍ منزٕ رنگ ہاونہٕ یوان اوس۔

ناٹیہ شاستر :- ناٹیہ شاستر چھُ از برونٛہہ ڈاے ساس پتھٕ پانژھ ساس وٚری تخلیق کرنہٕ آمُت شاستر یُس رنگس تہٕ تتھ ستۍ وابستہٕ موضوع ڈراما، تعمیر رنگہٕ ہال، گندن گری، رُوپک ناٹکن ہندی قسم، گیوٚن، وایُن، ساز، شاعری، چھند، سنگیت، رس (جمالیات) بیترِ مسلن متلق چھُ۔ ناٹیہ شاسترس منز چھ ۳۶ چپٹر تہٕ یہِ چھُ تقریباً ۶۰۰۰ شارن پتھ مشتمل۔ شارو علاوٕ چھُس گُنہِ گُنہِ جاینٛژر تہٕ لیکھِتھ۔ یہِ چھُ ہندوستانی کلچرچ زان تہِ کرناوان۔ امہِ شاسترک تخلیق کار چھُ بھرت منی ماننہٕ یوان۔ کینژن سکالرن ہنز راے چھےٚ زِ یہِ گژھ ہِ بھرت منی لیس برونٛہہ واریاہو تجربہٕ کارن تہٕ زانۍ کارن ہُند دیت آسُن یُس بھرت منی ین سومبراوِتھ شاسترس منز بوٚر۔ زانن واٲلی عالم چھِنہٕ اتھ کتھِ ستۍ اتفاق کران۔ بھرت منی ہنز زِندگی متعلق چھُنہٕ کہنی مولوم۔ بھرت شبدُک مانے گو "اداکار" تہٕ پتی مٮ۪ن دوٚن ساسلٮ۪ن منز لیکھنہٕ آمتٮ۪ن سنسکرت ناٹکن ہنز آڈرن چھے بھرت ناٹیہ شاسترکٮ۪ن بیشتر اصولن پتھ۔ کشیرِ منز چھُ قریباً پتی مٮ۪ن دون ساسلٮ۪ن منز ناٹیہ شاسترُک مطالعہ سبٹھاہ دِلچسپی تہٕ سنجیدگی سان سیدان رُوٗدمُت۔ یتے یوت نہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


بلکہ اِمکی زٲنی کارن تہٕ فن ڈرامازانن والین ٲسی ناٹیہ آچاریہ ونان۔ یِم ٲسی ماہر رنگ آسان۔

**وِشنو دھرموتر پُران**:۔ وننہٕ چھُ یوان زِ دۆیمہٕ صدی منٛز چھ کشیرِ ہند یو بالواپارِ دارا ابھسار یانے وِتھِ تہٕ راوی درمیان علاقن منٛز کتہِ تام ویشنو دھرموتر پُران لیکھنہٕ آمُت۔ اتھ پُرانس منٛز چھِ ۳۵۵ ادھیاے (باگ) تہٕ یِہ چھُ ترین کھنڈن منٛز۔ اتھ منٛز چھِ کینہہ ادھیاے النکار، مہا کاویہِ، نو رس، رۆپکن ہندی قسم، مکالمہٕ، نایک نایکاین ہندی قسم، بھاو بیتر موضوعن ہنز زٲنکٲری دِوان۔ یتہِ چھُ وننہٕ یِوان زِ یہ پُران چھُ ریاستہٕ جموں کشمیر کین حدُودن منٛز تخلیق سُپد مُت تہٕ امِیُک مطالعہ تہٕ زانکٲری ٲسی کٲشری آچاریہ تہٕ گونماتھ تھوان۔ کٲشری عٲلم ٲسی ناٹیہ شاسترس تہٕ وِشنو دھرموتر پُرانس آگرنامن ہُنٛد درجہِ دِوان چنانچہِ چھُ البرونی کٲشر بو گونماتو ڈٲسی یِہند مطالہ کرنُک ذِکر کران۔

**کینہہ گونماتھ**:۔ پاٗنژِم صدی منٛز چھُ کشیر منٛز بھاماہ ناوُک گونماتھ شبدلنکارُک ماٗہر اُوسمُت تہٕ عاٗلمن تہٕ ماٗہرن ہنز رچ چھُ شوٗرُو سپدان تہٕ یِہ سلسلہ چھُ ژُو داہمہ صدی تام پکان۔ راز جیاپیڈ ہندہ وقتہٕ (۷۷۹۔۸۱۳) اوس اُدھبٹ ناوُک آچاریہ یمی بھٗرت ناٹیہ شاسترس پیٹھ ٹِپکا تہٕ لیچھ۔ بدقسمتی کنی چھنہٕ یہ دستیاب۔ امہ پتہٕ چھ ناٹیہ شاستر، کاویہِ شاستر، رس تہٕ دھونی شاسترکین زٲنی کارن تہٕ تشریحکارن ہند زیوٗٹھ سلسلہٕ کشیر منٛز ووتلان۔ یتھ منٛز رنگہٕ رنگہٕ دانشور آنہٕ کیو فنکٲرانہٕ سرگرمیہ شامل چھ آسان۔ یمو چھُ ناٹیہ علاوہٕ شاٗریاتھ۔ جمالیاتھ تہٕ توٗاریخ سازی منٛز تہِ ناو پُر وومُت۔ تہٕ یِہندی خیال چھِ سبٹھاہ ڈٲسوار تہٕ oringinal۔ناو ہینٛز لایق چھ وامن (750-AD) رُدرٹھ (850) آنند وردھن (855.900)۔شارنگ دیو ... منٛز کٲشرین ناٹیہ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


آچارین ہُند ذِکر کران۔ لولٹ، اُدھ بھٹ، شنکک، ابھنوگُپت تہٕ کیرتی دھرٕ ابھنو گیت چھُ ناٹیہ شاسترس پیٹھ مستند تشریح لیکھان۔ یانس برونہہ چھُ سُہ نومن زاۂنی کارن ہُند ناو ہوان۔ ماترِگُپت، بھٹ نایک، بھٹ طوطہ، بھٹ نیتر، بھٹ وردھی، بھٹ سمناس، بھٹ گوپال، بھٹ شنکر، گھنٹک۔ رایل وغارٕ۔ یمو منز آسہٕ کینژ وپننہ انمانہٕ ناٹیہ شاسترس پیٹھ ٹیکایہٕ لیچھمژ۔ (سائلم نے تہٕ کُنہ کُنہ چیٹرس) ابھنوگُپت چھُ بھٹ طوطس پنُن گرُو مانان۔ یس نشہِ سُہ ناٹیہ تہٕ ناٹیہ شاسترچ زاۂنکاری چھُ ہیچھان۔ تس چھُ ناٹیہ آچاریہ تہِ ونان۔ ابھنوگُپت آچاریس پتہٕ یمن گونماتن نِشہِ کم قلیل زاۂنکاری چھِ سپدان تِم چھِ مہم بھٹ، کھمند رمٹ آچاریہ (1050-1150) سُبھٹ دت۔ منکھ (1129-1150) تہٕ رُیک وغارٕ۔

یوٚدوے کلہن سنزِ راج ترنگنی ہُند مطالہٕ کرِتھ یہِ ژنوزِ کشیر ہندین رازن تہٕ راجکمارن تام اُس ناٹیہ شاسترچ زان آسان یلہِ سُہ چھُ ونان زِ راجا جیا پیڈس (779-813AD) تہٕ اُس اچھ زان۔ امہٕ کتھہِ ہنز باوتھ چھُ سُہ تیلہٕ کران یلہ سُہ بہار، بنگالس نزدیک اکس مندرس منز گتہٕ رینہ ہُند نژن چھُ وُچھان۔ گتہٕ رنٚز اُس ناٹیہ شاسترکیو اوصولو مطابق ناٹیہ کران' امہِ علاوہٕ چھُ سُہ کینژن بیین جاین یتھے ذکر کران۔

یہ سورے وننگ مُدعا چھُ زِ کشیرِ منز اوس نہٕ خالص ناٹیہ شاسترِ صرف پرنہٕ، زاننہٕ تہٕ ویوہارس منز یوان بلکہِ ناٹیہ آچاریہ اُسی پننس فنس منز ماہر آستھ اُچ تالیم دِوان تہٕ یاد کران۔ اوے چھُ وُنہ تہِ سائنس کاشرِس لُکہٕ پاۂتھرس نژنس گیونس تہٕ وائنس منز تمہٕ کنہہ کم قلیلہ اصطلاح تہٕ ناو بدس یوان یم ناٹیہ شاسترس منز چھ دِتھ، کینژن لفظن ہُند موٗل تام چھُ ناٹیہ شاسترِکس کُنہ نتہٕ کُنہٕ لفظہٕ منز تہٕ نیران۔

ناٹیہ شاسترچہِ سٹڈی ہُند رواج گو سلطانی دوٚر شروع سپدنہٕ پتہٕ وارٕ وارٕ ختم حالانکہِ ہیندی راجن [illegible] ناٹیہ وار وار زوزن ہوتمت تہٕ کشیرِ ہندی گونماتھ

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

اُسی کشیر نیبر پننہِ گاٹہٕ جارُک تہٕ زانٛی کارٛی ہُند بازر گرماوان تہٕ اوز کہ کماوان۔

**نیل مت پرُان:**۔ یہ پرُان چھُ کشیرِ منز پانٛژمہ صدی پتہٕ آمُت لیکھنہٕ۔ یہ زنتہٕ چھُ کشمیریتُک گوڈنیک ڈاکیومنٹ یُس کشیرِ ہنز پوٚتر تا، ندی نالن ۱ سرن تہٕ ناگن ہُند مقدس آسنٕچ ستھ منس منز بہناوان چھُ یہ پرُان چھُ کشیر ہنز سنسکرتی ہنز پہچان کرناوان، مائلن، تیوہارن، بڈین دوہن، دیوی بلن ہنز زان کرناوان۔ یہ چھُ سارٕسے ملکس منز سہ وأحد لوکُٹ پرُان یُس یہ ونان زِ رنگ گو "پریکھشا" تہٕ ناٹیہ گِندن گربن کمہ دوہ گژھہ 'پریکھشادان' دِیُن۔ یہ پرُان چھُ تمن تیوہارن ہنز نشاندہی کران یمو منز کیہنہ ازکل تہِ چھا کہِ نتہ بیہ طریقہٕ مناونہٕ یوان۔ یہ پرُان چھُ سارنے مذہبن یکسان نظرِ تہٕ یز تہٕ سان وُچھان۔ یہِ یم بڈی دوہ مناونکٕ ذِکر چھ کران تہند لازمی رنگ چھ گبون۔ نژن تہٕ ناٹک گندُن روٗدمُت۔ یہ چھُ کینژن سازن ہند تہِ ذکر کران۔ یہ پرُان چھُ ناگ، پشاچ، شِو، ویشنو تہٕ بُدھ بیترٕ دھرم مانن والین منز مِلٕہ ارسان روزتھ زندگی بسر کرنہ تہٕ ثقافتی سرگرمین منز زورٕ شورٕ سان حصہ ننہٕ ستی باے بندٕت بڈراونچ کتھٕ ونان۔

پریکھشا گو وُچھن (دیکھنا) پانٛس بروٚنہہ کنہِ گندن گری (ناٹیہ) وُچھن تہٕ دان گومعاوضہ کشیرِ منز چھُ بانڈن "مانگے" تہٕ "بیالی مانگے" رٹنُک ریواج وُنہ چلہٕ وُن۔ پریکھشا دانس ستی اُسی اکہِ وِزِ پلو پوشاکھ تہٕ یوان دِنہٕ۔ راز لوٗکھ اُسی چوغہ، پیشواز، بندِ، مالہ بیترِ تہِ فنکارن دان کران۔ اما پوز ووٚنی چھنہٕ تم رازے کُنہ تہٕ پلو پوشاکھ کتہٕ ترن لگہ فنکارن۔ کینہہ بڈی دوہ یم تیلہٕ اُسی یوان مناونہِ چھِہ ووٚنی گال کھاتس تہٕ پیمتی۔ مثلن وِیتھِ ہُند زادوہ مناوُن۔ ازتہِ چھُ ناگن تہٕ پوکھرین پٹھ مائہٕ لگان۔ نٹ (اداکار) نرتک (رقاص) تہٕ گِتہٕ رینہ آسہ تیلہِ تہٕ آسان یم رنگس منز روٗپک اُسی گِندان۔ رنگس پٹھ کمائے کرن وٲلس اُسی "رنگ جیونا" (رنگہٕ جو)

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

ونان۔ سنسکرت شاعر بلہٕن چھُ کأشرین زنانن متعلق ونان زِ ''یمہ چھےٚ ادا کأری منٛز سور گچھِ گتہٕ رِبنہٕ، رمبھا، چِتر لیکھا تہٕ اُروشی تہٕ پتھ تراوان''۔ یِتھین رنگ جیونا ہن آسی خاص موقعن تہٕ دِوین پٮ۪ٹھ حوصلہٕ افزأیی یِوان کرنہٕ۔ گتہٕ رینن نٔٹن بیتر کتی آسی ناٹیہ ہیچھاونکی ژاٹہِ ہال تہٕ آسان۔ راز مندورین منٛز اوس ''چتو شالا'' تہٕ رنگہٕ منڈون منٛز رنگ لگان تہٕ امہٕ علاوہ مندر کین احاطن۔ وِہاربلن تہٕ کھُلہٕ مأدانن منٛز تہٕ۔

**رۄپک:**۔ سنسکرت زبأنۍ ہٕند یو کأشر یو شأعرو یمو شار یاتھ تہٕ جمالیاتس پٮ۪ٹھ کتابہِ چھےٚ لیچھمژ چھ واریاہ یِتھی حوالہٕ دِتی متۍ، یموتلہٕ نِنان چھُ زِ واریا ہن قسمن ہندۍ ''رۄپک'' یانے ڈراما چھ وقتہٕ وقتہٕ لیکھنہٕ تہٕ گِند نہٕ آمتۍ۔ بدقسمتی کِنۍ چھنہٕ مُسودٕ یا تِمن متلق زیادٕہ واقفیت دستیاب۔ کلہٕن سِندِ وننہٕ موٗجوٗب چھُ نِنان زِ دۄیمہ صٔدی منٛز چھُ کشیر منٛز چندرکُ مہا کوی اوسمُت۔ تیمۍ سارنے لۄکن ہٕندِ موکھہٕ وُچھنۍ لایکھ ناٹک لیکھی۔ یم چھِ یِتی مقبوٗل عام آسی متۍ زِ کلہٕن چھُ اُمسِ شأعرس سُے درجہ دِوان یُس مشہور رزمیہ مہابھارت لیکھن وألس۔ ''ویاسؔ'' مہا کوِ یُس چھُ۔ کلہٕن چھُ چندرکس ویاس سُند اوتار مانان، ابھنوگپت تہٕ چھُ بھرت ناٹیہ شاستر چہ ٹیکایہِ منٛز تسلیم کران تہٕ ونان زِ چندرکن لیکھی ''وِیرتہٕ رۆدُر'' رسکی ناٹک۔ دہنک، کھمندر تہٕ شری ورتہِ چھُ چندرک ہٕند یو ناٹکو منٛز کینژن شارن ہنٛز وضاحت کران۔ بیشتر یِتھی شار چھِ حمدیہ۔ شِو پاروتی ہنٛز توتاہ تہٕ تس لۄکن پٮ۪ٹھ مہربان روزنچ وٮ۪نتھ یوان کرنہٕ۔ کینہہ سکالر چھ ''لوکانند'' ناوُک چندر گوم سند ناٹک یُس تبّتی زبأنۍ منٛز چھ ترجمہ سُپدمت أسی سے چندرکس کُن تہٕ منسوب کران۔ امہٕ تلہٕ ہیکو وٕنتھ زِ کشیر منٛز اوس دۄیمہ صدی برونہہ رنگ تہٕ ناٹک وُچھن لوکن ہنٛز سماجی زندگی منٛز پٔنن مقام رٔٹتھ اُوسمُت، چونکہ شری ورن چھ چندرکنہِ رۄپکو منٛز کینژن شارن ہُند حوالہٕ دیتمت صاف چھُ عیان زِ أسی سندۍ ناٹک آسی سُلطانی دور کس

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


گوڑ کالس تام پرنہٕ تہٕ گِند نہٕ یوان۔

پانژمہ صدی برونہہ پیٚن چھُ اکھ کاشُر سنسکرت ڈراما نوئیس شاملک اوسمُت تیمی ''بھان'' قسمک روپک ''پادتاڈک'' چھُ لیوٗکھمُت۔ وُنِس تام چھُ سارسے ملکس منز خالص ژور تِتھی سنسکرت ''بھان'' مولوٗم یمن منز سارِوے کھوتہ پرون یہوے بھان چھُ، اتھ چھِ ملکہٕ کس ادبس منز سبٹھاہ اہمیت۔ یہ چھُ تمہ وقتچہ اُجین نگری ہنٛز زندگی تہٕ تجارتی طبقچہ مصروٗفیژ تہٕ گانہٕ بازرِچ تصویر اُچھن برونہہ کُن انان۔ اتھ ناٹکس منز یُس ہیرو چھُ سہ چھُ اکھ ''وِٹ'' یُس ازکل کاشرِ پاٹھی کنجریاسیوٚس چھِ ونان۔ بھان روپکس منز چھا اُکے کردار نِکس پیٹھ اداکاری سان سورے روٗپک گِندان۔ وُچھوامہِ روٗپکُک اِختتامی دوہہ خاطر کیُتھ چھُ۔

''زُرکہٕ تہٕ یامہٕ دِنس منز چالاک کٹنیہ (زِچھِ گانہٕ) روٗزِن وارٕ وتہٕ۔ کنجرن روٗزِن ساسہٕ وادٕ آمدنی تصحیح سلامت۔ یتھ نگری منز روٗزِن کنجرن ہنٛزِ مجلسہٕ برقرار۔ تہٕ شامہٕ پتٕ روٗزِن وولاسہٕ مژن (طوائفن) ہندی عشقہٕ جلسہٕ قائم۔''

یِوٚ دوے سہٕ سان سنسکرت ناٹکن سام ہموتہٕ ننہٕ زِ یمن منز چھِ دِوتا ہن علاوٕ رازن تہٕ رانین ہنٛزِ عشقہٕ کتھہٕ میلان یانے شرنگاررس مگر یِیلہِ بھان یا پرٕہسن ہوی روٗپک اَسی یوان لیکھنہٕ یم اَسی طنزیہ۔ مزاحیہ آسنہٕ علاوٕ سماجس منز بونمہِ ورگہٕ کِس لوٗکن ہندی کردار نہٕ رادان۔ لہٰذا اَسی کُنہِ نتہٕ کُنہِ سماجُکس پکھس ٹاکارٕ پاٹھی تخلیقو ڈٕسی عکاسی کران۔

راز جیاپیڈ (۷۷۹۔۸۱۳) سُند وزیر دامودر گُپت اوس کاشُر سنسکرت شاعر تیمی ''کُٹنی متم'' ناوٕک کاویہ چھُ لیوٗکھمُت۔ اتھ منز چھےٚ گانہٕ کارس ستی وابستگی تھون والین ہندِ کردارٕچ وکھنے کران اُکس گانہٕ (کُٹنی) ہندی ڈٕسی لوکچہ گانہٕ پننہٕ گانہٕ کارٕچ زان کرناوان ... ژوان۔ پزتھ گراکس نِش دنہٕ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

دولتھ کڈنٕی تہٕ سُہ کنگال بناوِتھ برباد کرنٕچ تاٲلیم۔ اتھ تخلیقہِ منز چھِ وِکرالا کُٹنی پتہٕ ونان زِ گانہٕ کارس منز گژھہِ سو فن موسیقی، رقص، ہاو بھاو، بناو سنگار بیترِ علاوٕ فن اداکٲری ناٹیہٕ تہٕ ناٹکن منز تہِ ماہر آسنٕی۔ چنانچہ خاص زنانوٕ سی کتھ کنٕی یِیہٕ ہرش سُند "رتناولی" ناٹکُک اکھ سالم اَنگ کِندنہٕ تہِ پتھس ہیچھاوان۔ یہِ گو ڈانگ کتھہِ کنٕی گژھہِ گندُن تہِ چھ شارن منز دِتھ تہٕ ونتھ۔

یوٗ تام نہٕ دامودر گُپتن رنگ وچھمُت چھو ومُت تہٕ زونمُت آسہے سُہ ماکرِ ہے پننہِ شاعرانہٕ تخلیقہِ منز رتناولی ناٹکُک اکھ مکمل انگ گندنُک تہٕ ہیچھاونُک ذکر۔ ناٹیہٕ زاننہٕ ورٲے اوس نہٕ یہِ ممکن۔ لہٰذا اَس یِژھ زان زِندٕ تہٕ جاوید رنگ دِوان یُس کشیر تہٕ تتھ اندی پکھس منز لکھ وُچھان آسی۔

۹۰۲۔ ۸۸۳ درمیان اوس کشیر منز شنکر ورمن راج کران۔ اَمی سُند اکھ وزیر اوس جینت بھٹ شاعر تہٕ قانون دان۔ بیٚیو تصنیفو علاوٕ چھُ تمی " آگم آڈمبر یا شن مت ناٹکم ناوُک ژوٗن انگن ہُند ڈرامالیوٗکھمُت۔ اتھ ناٹکس یوٗ دوے گو ڈنیک سیکولر پلیے تہِ ونو، کانہہ کمی گژھہِ نہٕ۔ یہِ چھُ بھرت مُنی سٕندی بیشتر اوٗ صول اوٗ کُطرف ترٲوِتھ نوترایہِ ہُند ڈراما۔ امیُک ہیر وچھا اکھ سناتک یانے تاٲلیم پژٲوِتھ زنتہٕ اکھ گریجیوٹ۔ اتھ ناٹکس منز چھ سوٗتردھار یتھ کنٕی ونان " بھٹ جینت سٕندی یو شاگردو کوٗ رُم حکم زِتھندی ووستادن ( گُرو) چھُ اکھ نوِ قسمُک تخلیق آگم آڈمبر ناوٕ لیوٗکھمُت۔ سُہ کمہِ قسمُک روٗپک چھُ تہِ وُچھن تہٕ ونن شاستر زانن وٲلی بیٚیہٕ تم کیاہ کیاہ ونن؟'' یتھی ہوی مکالمہ یتھ ناٹکس منز شوٗروعس منزٕ ے آسن زانن گژھِ فن ڈراما زانن وٲلی تہٕ تنقید نگار گژھِ آسہان تمہِ وِزِ۔ اکھ نو ڈراما رِوایتن خلاف۔ فلسفہٕ تہٕ مختلف مذاہبن سام ہیٚنی تہٕ مُرشد کڈِتھ آخرس یہِ کتھہ ننہٕ راوٕنی زِسارٕی دھرم تہٕ مت چھا کیہے خدایس مانان تہٕ تس مختلف ناو یاد کران۔ یہِ ناٹک چھُ مختلف مت

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


مانن والین زٲنی کارن پانہٕ وٲنی بحث کرناوان تہٕ تہنز راے بدٕ کڈان ۔ بُدھ، جین، شِو، وِشنو، پنچ راتر تہٕ نیلامبر مکتبن فلسفین یم تمہِ وقتہٕ کٲشیر منز راٸج اٲسی چھُ دل دِنہٕ یوان ۔ ناٹک کارسُند مُدعا چھُ اوسمت زِ تمہِ وقتہٕ کین طالبِ علمن تہٕ عام لُکن تمہِ وقتہٕ کین فلسفن ہنز زان کرناوِنی ۔ جینیت بٹن چھُ مزاح تہٕ طنز تہِ ورتومُت ۔ دھرمہٕ کِس ناوس پیٹھ آڈمبر تہٕ بداخلاقی ورتاون والین چھِن پردٕ فاش کوٚرمُت ۔ متن ہنز یکسانیت تہٕ مِلہٕ ژارس چھُن تھوٚد درجہٕ دیُتمُت ۔ اوے چھُ سوٚتر دارس ستی دوٚیم کردار پرپارشوک ونان زِ " یہِ ناٹک اٲسی تن بھرت ہندؠن اوٚصوٗلن گال کھالتھ تراوان تمیک ذمہٕ وار چھُ شاعر (ناٹکار) نہٕ زِ اداکار! بیٚیہ یتہٕ کُس تضاد دوٚتھہِ ییٚلہِ وُچھن وٲلی پانہٕ ناٹک کارنی شاگرد آسن ۔"

عیان چھُ زِ امہِ وقتہٕ تہِ آسہے رنگ راز سبھاین علاوٕ دھرمہٕ سبھاین، محفلن تہٕ تالیمی ادارو ٲسی تہِ گندنہٕ یوان ۔ ناٹک اٲسی رنگہٕ باپتھ لیکھنہٕ یوان لہٰذا اٲسی ناٹککار پننی تخلیق ماہر رنگن اتھہِ رنگس کھالتھ مولہٕ ناوان ۔

شِوسوامی تہِ چھُ سنسکرت زبٲنی ہُند بہلہ پایک شاعر تہٕ راز اونتی ورمن سُند وٗزیر اوسمت ۔ اٲمی چھِ شاعری علاوٕ ناٹک، ناٹِکا تہٕ پژکرن قسمکی روٗپک لیکھی متی ۔ اماپوٚز زاکھ تہِ مسودٕ سُپد نہٕ دٕستیاب ۔ اٲمی سندِ یو تخلیقی کارنامو منز چھُ خالص اکھ مہاکاویہ "کپھن ابھیوٗدے" دٕستیاب ۔

بِلہن اوس کہمہِ (۱۰۲۰ ـ ۱۰۹۹) صدی ہُند مشہور سنسکرت شاعر ۔ پومپرس نزدیک کھونموہ اوس روزان ۔ یہ چھُ کٲشیر ترٲوِتھ مُلکس واریاہن علاقن تہٕ راجہ وارن پھیرتھ کرناٹکس منز راز وکرمانک دیوس نش آسرٕ پراوان تہٕ تتی کلیان نگرس منز واس کران ۔ اٲمی لیوٗکھ پننس سرپرست رازس متلق تہٕ تمی ہندؠن فتوحاتن ہُند تذکرٕ تہٕ اتھ شاعرانہٕ تواریخس چھُ ناو "وکرمانک دیوچرتم" یہ چھُ ۱۸

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

باگن منز۔ اَخری باگس منز چھُ پنٕنہ تہٕ کشیر ہنز زان کرناوان بلہنن چھُ اکھ ناٹک ''کرن سُندری'' تہِ لیوٗ کھمُت۔ یہِ چھےٚ شرنگار رسچ ناٹِکا تہٕ اتھ پیٹھ چھُ کالیداس نہِ ناٹک ''' مالوکا اگنی مِترم'' تہٕ شری ہرش سنٛزِ ''رتناولی'' ہُند تہٕ اثر۔

کھیمندر چھُ بہلہِ پایک سنسکرت شاعرُس ''ترِ پُرشال شیکھر'' (ترو پہاڑ سنگر) گامُک روزن وول اوس۔ اَمی چھےٚ تقریباً ۴۰ کتابہٕ تصنیف کرِمژ۔ یِمن منز ترےٚ ناٹک تہِ آسی۔ طنز ومزاح ورتاونہٕ علاوٕ اوس نقاد تہٕ شاعر یا تس پیٹھ تہِ لیکھان۔ شاعری ہندی صفت ووکھناوان چھِن واریاہن ناٹک کارن ہندی شارٕ حوالہٕ رنگی پیش کرٕ ئ متی۔ اَمی ہندی ناٹک چھِ یِم آسٕ متی :۔

**للت رتن مالا:**۔ اُدین چرترچہِ بُنیاد پیٹھ آسہے یہِ اکھ ناٹِکا۔ ناٹک کارن چھُ اتھ رٕژِ صوبرٕ ہنز بُنیاد پیٹھِ وِدوٗشک سنٛز اکھ کہاوت وونمُت۔ باسان چھُ اَمی آسہے وِدوٗشک رنگس منز رتھِ کھور مُت۔

**چتر بھارت:**۔ یہِ آسہے مہابھارتچہِ کُنہِ کتھِ پیٹھ مبنی۔

**کنک جانکی:**۔ یہِ گژھہے رامائن چہِ بُنیاد پیٹھ سیتاجی متلق ناٹک آسُن۔ یِمن ناٹکن ہنٛدی شلوٗک چھِ حوالہٕ رنگی کھیمندرنن شاعرِ یاتھ تصنیفن منز تہِ دنہٕ آمتی۔ یِیمہِ تلہٕ ننان چھُ زِ کأشری سنسکرت شاعر آسی شاعری علاوٕ ناٹک تہٕ روٗپک بیترِ گندن گرٕ بن تہٕ رنگہٕ باپتھ لیکھان تہٕ رنگن کُن توجہِ دِوان۔ سُہ چھُ أکس جایہِ شاعرن ہدایت دوان زِ تِمن پزِ رنگ لگا تار وُچھُن۔

**گُناڈیہ سنٛز برہت کتھا:**۔ پتھ کالہٕ یِم تہِ بیشتر روپک بیترِ آسی لیکھنہٕ یوان تِہندی پلاٹ (کتھ، کہانی) اُس رامائن، مہابھارت، پرُان بیترِ علاوہ برہت کتھا یہٕ منز نہِ یوان۔ چنانچہ سنسکرت زبأنی منز یِم کینہہ مشہوٗر ناٹک آیہ لیکھنہٕ تِہندی پلاٹ چھِ گُناڈیہ سنٛزِ برہت کتھا منزٕ نِہ آمتی۔ برہت کتھا اُس

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


پشاچی پراکرتس منز لیکھتھ کتھن ہُند خزانہٕ۔ اتھ آو کٕہمہِ صدی منز دوٚیو شاعرو دٕ سٕ سنسکرتس منز منظوم ترجمہ کرنہٕ۔ ژھوٹرٕ اُدِتھ ترجمہٕ کوٚرُس کھیمندرن تہٕ ناو کوٚرنس ''برہت کتھا منجری'' تہٕ پوٚرٕ ترجمہ کوٚرُس سوم دیون تہٕ ناو کوٚرنس ''کتھا سرِت ساگر'' اُمی چھُ عالمی ادبس پیٹھ اثر ترومُت۔

بھاس ہندی مشہوٗر ناٹک ''سوپن واسودتم'' تہٕ ''پرتگیا یوگندراین'' تہٕ راجا ہرش سُندی ''رتناولی'' تہٕ ''پریہ درشِکا'' ناٹک چھ برہت کتھا یہ ہنزِ مشہوٗر داستانہٕ وتسراج اُدین تہٕ واسودتا یہ ہنزِ لولہٕ کتھِ پیٹھ مبنی۔ چونکہ یمہ کتھہٕ آسہٕ لوٗکن منز اندٕ وندٕ عام تہٕ وینہٕ لہٰذا اٰسی ناٹک تہِ گندنہٕ تہٕ وُچھنہٕ یوان۔ وشاکھ دت اوس بیا کھ سنسکرت زبانی ہُند ناٹککار ییٚمی ''مُدراراکھشس'' ڈرامہ لیوکھ یُس اکھ سیاسی ڈراما چھُ یوان تصوٗر کرنہٕ۔ اُمچ کہانی تہِ چھےٚ برہت کتھا یہ منز نہٕ آمژ یوسہٕ مگدکس راز ہندٕ برہمن تہٕ سیاستدان چانکیہ تہٕ سمراٹ چندرگُپت سنزٕ چھےٚ۔ اتھ ناٹکس منز چھُ کشیرِ ہُند راز ''پشکھراکھش'' تہِ اکھ کردار۔

یِیلہٕ سارےسے ملکس منز برہت کتھا یہ منز کتھہٕ نتھ تمن پیٹھ ڈراما گندنک تہٕ گنڈنک رِواج اوٚس کیا کاشُری لکھاری تہٕ شاعر آسہان نا برہت کتھا یہ منز کتھہٕ نتھ ناٹک لکھان تہِ گندان؟ امہِ ساگرچہ کاٚژہٕ کتھہٕ چھےٚ کاشرِس یادٕ وٗترس منز وُنہٕ۔ واریاہن لکھارین آسہے کُہمہِ صدی تام برہت کتھا پشاچی پراکرتس منز دستیاب لہٰذا چھنہ یہ ناممکن زِ کاشری گندِن گٔری کیا آسہان نہٕ پراکرت تہٕ سرد گوچر دیش بھاشایہِ منز گندِن گٔری ہاوان۔ وونی گو سنسکرت زبانی ہندی موقدم ما آسہن اتھ نچہ نظرِ وُچھان۔ آخر یوسہ زبان عام لوٗکن ہنزٕ زبان مروج آسہے تتھ منز آسہان ناکلاکار لوٗکن ہُند من رنزٕناوان۔ خاصکر تتھ وِدوٗشک تہٕ مسخرٕ !!!

یہ چھےٚ سانی بدنصیبی [illegible] گذرِتھ تہِ چھنہٕ وُنہٕ تمن

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

سنسکرت کتابن تہٕ تخلیقاتن ہُنٛد ترجمہ تہٕ مطالعہ صحی پأٹھی سپد مُت یِمہٕ کأشرِ سنسکرت ادیبو چھےٚ تیچھُمُت ۔ واریاہن شاعرن ہٕنٛدس کلامس منٛز چھےٚ ترٛٹھ سملی بیترِ میلان یِیمہٕ نژنس گتھ دِنس، اداکأری کرنس تہٕ رنگس ستی وابستہٕ چھےٚ ۔ یوٚدوے یہِ ونو زِ کشیر منٛز أس باضأبطہٕ اکھ کلاسیکی رنٛگچ تہٕ رِوایتھ لیس ناٹیہ تہٕ رنگ وٕنتھ زانہٕ أس یوان بڈ کتھ چھنہٕ یہِ رِوایتھ چھِ شرِی ورہندس زمانس تام سوٚت سوٚت پکان روٗزمٕژ ۔ گوکہ ۱۴ امہِ صدی تام چھُ کشیر منٛز رنگ تہٕ رنگ منٛچ رِوایتھ روٗزمٕژ تہٕ أتھی وقتس منٛز چھِ چرتر کاویہ، لیلا کاویہِ تہٕ لیلا رنگہٕ بدل پأٹھر بارسس یوان تِکیازِ نُندریوٗش چھُ گوڈنکہِ لٹہِ پأٹھر لفظ استعمال کران ۔

یم تہٕ پأٹھر یا چرتر لیلا رنگس منٛز ہاونہٕ آسہن یوان تم آسہن زیادٕ تر مہابھارت تہٕ رامائنچن کتھن پیٹھ مبنی آسان ۔ رنگس منٛز یہِ کینٛژھا شُریابوٚڈ وُچھان چھُ بوزان چھُ تہٕ چھُس پیٹھ دیرپا اثر ترٛاوان ۔ تِمن دیدن بروٚنٛہہ کنہِ یہِ کینٛژھاسہٕ سپدان ڈیشان چھُ تہٕ چھُس یاد ووترس تہٕ روزان تہٕ زندگی ہٕندس ویوہارس منٛز تہٕ کتھ کِتھہِ پیٹھ ووکھنان ۔ اوے چھےٚ وُنہِ یژھ کینہ کتھہ تلمیح تہٕ ترکیبہٕ لوٗکن ہنٛدس یادووترس منٛز یاد ۔

## نل رازن پلو

نل رازن پلو :۔ یوٚ تام نہٕ نل دمینتی ہنٛز کتھِ پیٹھ گندن گری رنگس منٛز نل رازنی غُربتھ درشاوان أسی یژھ ہش مثال کتھ روزِزِ پیٹھ ۔ ’’برہس نڈ‘‘ تہٕ چھُ تُھے تلمیح ۔ مہابھارتس منٛز چھُ وٕنتھ زِ یِلہِ پانڈون ون واسک حُکم میوٗل تِمن آوونہٕ زِتم گژھن ’’ اگیات واس‘‘ تہٕ کڈنی ۔ اگیات گونا مولوٗم پأٹھی روزُن یِتھر کانٛہہ تِمن زأنتھ پرٛزنأوِتھ ہیکہِ نہٕ ۔ پانژ وٕ بأے تہٕ دژ وپدی تہٕ مأج چھِ مختلف روٗپ دأرِتھ وٕری واد کڈان ۔ ارزُن چھُ یِمن باین منٛز سارٕوے کھوتہٕ تھوٚد تیر انداز تہٕ سُہ چھُ لأنژھ سُنٛد روٗپ لاگان تہٕ أکس راجس نِش تِمنٛز کورِ نژُن

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

ہیچھناوان ۔ تس چھُ تمہِ وزِناوآسان '' برہت نلا'' یتھ کأشرِ پأٹھی برہس نڈ چھُ گومُت ۔ تتھے کنٔی ییٚلہِ مہابھارتس منز گیتا گیان ونان شری کرشن ارزنس چھُ پنُن وِراٹ روٗپ ہاوان ۔ یتھ منز تمی سُند قدآ کاشس تام چھُواتان تہٕ ساریٚ کأیناتھ چھُس موکھس منز ہاوان ۔ تتھی وِراٹ لفظس چھُ کأشرِ پأٹھی '' وبراٹھ'' گومُت یُس تس چھُیوان ونہٕ یُس عام انسانہٕ ہند کھوتہٕ موٚٹ تہٕ تھوٚد آسہٕ ، ویوٚٹھ تہٕ پوٚٹھ آسہٕ ۔ بیا کھ کتھ چھےٚ '' جمبر پیٚنز'' پانڈون منز اوس بھیم سین سبٹھاہ ویوٚٹھ پوٚٹھ تہٕ جسمأنی طور دوٚر ۔ تس اُس کھُبنس چنبس کُن سبٹھاہ کل روزان ۔ اکہِ لٹہِ ییٚلہِ وندکین دوہن تمن فاقہٕ پیہِ درِنٔی تس لۍ راتھ کیُت بوچھہٕ ۔ گاش ینس تام پرارنس تام روٗزِس نہٕ محل سُہ گوتہٕ دیُتن نمبلہِ نار ۔ گاش پھوٚ رسأر ہے تہٕ کربکہٕ دِژن زِ گاش آوتا کہٕ سُہ کھیہِ ہے چیہِ ہے کینٔہہ ۔ ییٚمہِ دوہہٕ کر یہٕ کوٚرتھ دوہس چھِ وُنہِ کأشری بھیم سین کاہ ونان تہٕ لُکھ مانان زِ مینٛس چھُ جمبر پیوان تہٕ وُشنیر پھیران ۔ تتھی ہوِ منظر ییٚلہِ رنگس منز لوٗکو وُچھتی آسن تیلی چھِ وُنہٕ ونان زِ '' جمبر پیا کِنہ نہٕ ؟'' یتھے کنٔی اُسی رامایِن منز تہٕ ڈلیلہٕ ننتھ رنگس کھارنہٕ یوان ۔ مثلن رام ، راوُن جنگ ۔ سیتا سویمبر ، لنکادہن بیترِ ۔ لنکا دہنٛ اُکس گِندن ترأ یہِ منز چھُ اکھ منظر بانڈ ونہِ بٹہٕ (بوہری) پأتھرس منز '' بوہری پیر'' وُنتھ ہنو مان سُند Prototype کڈِتھ لوٗکن منز اسُن وو پداونہٕ موکھہٕ کڈان ۔ ننہٕ ریشی سُند یہٕ وُنن چھُنہٕ یمن کتھن کُن اشارِ کران ۔

دشہِ راونس نیتو جشن — تس ہلمت وتےِ ووتو

راز راسس وشل وشن — پانہٕ آشن کس کیا دتو

یمہٕ کتھہٕ آسنہٕ خألص کتھا یہٕ تہٕ داستانن ہندِ پأٹھی کنو بوزانےِ اوت بلکہٕ رنگن منز وچھنہٕ بوزنہٕ یوان ۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

کٲشیرِ منز چھُ پرٛانہٕ وقتہٕ پٮ۪ٹھہٕ شولیلایہ تہٕ توٚتایہٕ لیکھنہٕ، پرنہٕ، گیونہٕ آمژ۔ یمنے لیلاین ہُند رنگ تہٕ اوس مختلف لگہٕ رنگہٕ رٕ وپن منز کُنہٕ کُنہٕ دریٹھی یوان۔ یم لیلایہٕ گری اٰسی گندن گری تہٕ آسان تہٕ باضے پاٹھراون واٚلی تہٕ۔ یم اٰسی پانس خاص قسمک ولُت کران تہٕ وِہِر دھاران یم اٰسی پھیرِونی گندن گری تہٕ۔ ازکل چھِ وُنہٕ جمہِ، ہماچل تہٕ ہریانہٕ تھی لیلا یہِ گری وانہٕ وانہٕ تہٕ گرٕگرٕ پھیران تہٕ شولیلایہٕ گیوان یمن ''جنگم'' چھِ ونان۔ پرمانند چھُ اٚکس لیلا یہ منز یمن لیلایہ گربن ''زنگم'' ونان۔ تریلوکی گاٚمژ ونواس جوگی زنگم سبد ساد ٔسنی یاس موکھت گاٚمتی بوزتھ سمواداٚ۔ مگر کٲشیر منز چھُنہٕ ازکل یٖہند نام ونشان تہٕ۔ یژھن شولیلاین نشہِ چھُ کاٚشرِ بٹہٕ ژھہنہٕ گاٚمتۍ۔ شوپُرانٕچ کتھن تہٕ ڈٖلیلن پٮ۪ٹھ مٔنی سوانگ تہٕ لوٕکٕٹ موٕکٕٹ پاٚٹھر آسہن رنگس منز ماٚلن تہٕ دِوَین پٮ۪ٹھ تہٕ ہاونہٕ یوان۔ باسان چھُ نندریشی نہٕ لوکچارتہٕ آسہن یمہٕ لیلایہٕ پاٚٹھرن منز ہاونہٕ یوان یمہٕ کنٕ تمٕ وونمُت چھُ۔ چھاٚنگر بھاناسرُنٕ گٔے۔ یتیاہ ناٹک کٲشیر منز سنسکرت زباٚنی منز آیہٕ لیکھنہٕ تمن ہٕندی ''ناندی'' واک چھِ شوس کلیان منگان۔ راٚچھراوٹھ تہٕ بجر منگان۔ یہِ چھُنہٕ خاٚلص شوبھگتی کنٕ بلکہٕ روایژ کنٕ تہٕ واٚجب روٗ دمُت۔ وُچھو چندرک کوی سندی ناٹُک اکھ شلوٗک یُس ناندی (حمدیہ) شلوک گرِژھ آسُن اوسمُت۔

شو چھُ اٚچھی وٕٹتھ سمادِ منز بہتھ تمی وِزِ چھُ کپاٚری تام
گندتھ کرٕتھ تُنڈ لوٗکٕٹ شُر کارتکیہٕ یوان تہٕ ماٚلس وُچھتھ
ماجہِ پرُژھان۔ ماٚجی! ماٚلی کیا چھُ موچھن منز بند تھوٗمُت؟''
ماجہِ چھُ مزاق وُزان تہٕ پھبس ونان'' ہِزِ دار پھل چھن
کھوٗٹمُت'' شُر چھُس پرُژھان'' مے دی نا؟'' ماٚج چھبس
ونان'' گژھ نس موچھہِ مُژرتھ!'' شُر چھُ ماٚلس بروٗنہہ کُن

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

گرٛھان تہٕ اتھ مۄران ۔ شوٗس چھےٚ سمأدی پُھٹان تہٕ شُرس
وُچھتھ ٹھاہ ٹھاہ گرتھ اُسن ژلان نیرتھ ۔ سُے اُسن گرِتوہہِ
(ڈراماوٗ چھن والبہن) رأچھ!

**کالی داس:-** کالی داس چھُ سنسکرت زبأنی ہُند سارؠوے کھوتہٕ
تھۄد تہٕ عظیم شأعراوسمُت ۔ تیمی شأعری علاوٕ ترٛے ناٹک تہٕ لیکھی ۔ أمی چھِ اجین
نگری منٛز سمراٹ چندر گُپت وکرمادتیہ سٕنز سرپرستی حأصل کٔرمٕژ ۔ وکرمادتیہِ سُند
وق چھُ توأرِیخس منٛز سونہری یوان مانِنہٕ ۔ محقق تہٕ سکالر چھ ونان زِ کالی داس گرٛھِ
کٔشیر ہُند روزن وول بذأتی آسُن ۔ عام کأشرٕ بن چھنہٕ تہٕ زان نہٕ سنسکرت ادٕبچ
نہٕ کالی داس کُس اوس مگر کتھہِ کتھہِ پٹھ چھُ یاد دوترس منٛز آسنہٕ کٔنز أمی سُند ناو
ہیٚوان ۔ یۄ دوے کأنسہِ گۄ برُرت نیرِ تیٚلہِ چھُ یوان ونُنہٕ زِ ''نیچودژاس کالداس''
یۄ دوے کانٛہہ کأنسہِ چالاکی ورتاوِ یا گاٹہٕ جارچِہ کتھہٕ ونِس تیٚلہِ تہِ چھُ یوان ونُنہٕ''
تھاوتھاوِیہ کال دأسی مہٕ ون'' ۔ أمِس متلق چھےٚ یہِ کتھ تہٕ عام زِ ''کال داسس تالہِ
ٹۄنگ'' تہٕ ماسٹر زندٕ کول چھُ پننِس أکس شارس منٛز یتھہٕ کٔنز ونان:

کالہِ داسس تالہِ کٔنز پتھ کالہِ وونٛمت گاٹلیو
طالنٛی یُس لۄگ زالس گاٹہٕ جارس کیا کرے

کالی دأسنٛز شأعری بیتر اُس نہٕ کٔشیرِ منٛز صرف پرنہٕ پرناونہٕ یوان بلکہِ
اُس تتھ تشریح تہٕ ٹیکایہ تہِ یوان لیکھنہٕ ۔ چنانچہِ چھِ اکھ تخلیق یتھ خألص کأشری
شاستری کالی دأسنٛز چھِ مانان اُسمتی ۔ تکیازِ تتھ نظمہِ منٛز یُس چھند چھُ سُہ گۄڈٕ نہٕ
تتھ آسُن ۔ امہِ کٔنز شکس تراوان زِ کیا کالی داس کریا تتھ چھندس منٛز تژھ تخلیق؟ یہ
بحث رُۆد واریاہن ؤرین چلہٕ وُن مگر یلہِ ابھنوگُپت آچارِیہن تتھ وضاحتھ کٔر
سارنے گیہ ژھوپہ ۔ یہ چھےٚ وُہن شارن پیٹھ مشتمل اکھ لوکٹ نظم ۔ یتھ کٔرِ تشریح

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

کر۔ناو چھس "گھٹکار پرا کُلک" اتھ اَسی عموماً گھٹکار پراونان۔کلک گیۂ دراصل سو نظم یوسہٕ گیوٚنہٕ ییہِ تہٕ ناٹیہِ موکھ آسہِ لیکھنہٕ آمژ۔لحاظہٕ ییلہِ اتھ ابھنو گپتن کلُک، پوٚت لوٚگ واپس لگو پانے زونکھ زِ یہ نظم چھِ ناٹیہ نظم۔اَتھی نظمہِ وضاحت کران چھُ ابھنو گپت شاعرِ سنز آزادی ہنرکتھ ونان ییتھ سُہ "کوی پرتبا" چھُ ناو دِوان۔ییلہ ناٹیہ موکھ نظمہٕ آسہٕ یوان لیکھنہٕ تیلہ آسہن ناٹ تہٕ رنگس ستی وابستہٕ اداکار بیتر کشیرِ منز؟ تم آسہان نارنگ لاگان؟

سائنس ملکس منز اوٚس لکھارین شاعرن ہنز رِواتھ زِ تم اَسی تخلیقہٕ ستی چھُندک ناو تہٕ دِوان ییتھ منز شلوک یا نظم تخلیق سپد ہے۔کینہہ اَسی تمہِ راگہ ہُند تہٕ ناو دِوان ییتھ منز سُہ گیوٚنہٕ تہٕ ییہے۔خاصکرِ تھ اوس ییتھ رجحان سنسکرت زبانٕی پتہٕ علاقٕائی زبانن ہندِ ووتھہ بولبنہٕ پتہٕ۔ییتھہِ کنہِ اوس گیوٚن والین زیو پیٹھ کلامہٕ یاد تھونس منز سہوٗلیت سپدان۔سُلطانی دورس منز ییم پربندھ کاویہ کأشری پأٹھی آیہ لبھنہٕ تمن تہٕ اوس پٹن پٹن چھند یا گیوٚن راگ پیٹھ کنہِ دِتھ آسان۔اوتار بھٹ سنز بانا سُر کتھا کِس مسودس پیٹھ تہٕ چھُ دِتھ۔ییم پربندھ کاویہ اَسی رنگس منز "ناٹیہ" موکھہٕ تہٕ رِتی۔ییتھ واریاہ منظوم ادب چھُ ناٹک ناوہنہٕ ورأے کُنہِ رنگس کھارنہٕ آمُت۔

یاترا یہِ لکنہٕ برونہہ اَسی خاص کرِتھ رنگہٕ موکھہٕ ناٹک یا لیلا ناٹک لیکھناونہٕ یوان تہٕ دِوٚن پیٹھ گِندنہٕ یوان۔یاترا موکلتھ ژٕنہٕ کانہہ تہٕ بہٕنہٕ کانہہ۔ییم مسودٕ تیار اَسی یوان کرنہٕ تم چھِنہٕ ژٕکی درورٕ ژھرآوی منز۔تہٕ زأنتھ زِ آیندٕ ییہ نوٚو مسودٕ لبھنہٕ۔امہِ بھاونایہِ واتنوو زکھ۔یہ سپدٕ پرتھ دورس منز۔تیٚمی تہٕ ناٹک لیوٗکھ کُمی لیوٗکھ رنگہٕ موکھہٕ۔آیوٚ دوے تتھ منز ادبی جُزتہٕ بجر نمایاں اوس تیلہِ رٕژھرو کانسہِ نتہٕ پوٚو وقتہٕ کِس گأل کھاتس منز تہٕ روو۔پوٚز گویی ناٹک یا روٗیک لیکھناوتھ تہٕ کرٕنہٕ رٕژھراونچ کل گِندن

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


گرِ یونٹوٗ تہٕ رنگہٕ جوٗ وو۔

**چٔرت:** جین چرِت تہٕ زین پرکاش ناوٕ کی زٕ چرِت چھ بڈ شاہس متلق آمتۍ لیکھنہٕ۔ یوٗ دوے یم زٕ مسودٕ اسہِ نش آسہن وأتی متۍ یم کرناوہن تمہِ وقتہٕ چہِ زبأنی علاوٕ رنگہٕ ربوایٕژ ہنزٕ تہِ زان۔ وننہٕ چھ یُوان زِ یم "چرِت" أسی کأشری پأٹھی رامہِ موکھہٕ آسہن بڈ شاہ سندِس دربارس منزِ گندنہٕ پرنہٕ آمتۍ۔

**بودھ مألہٕ:**۔ اسلام کشیرِ واتنہٕ برونہہ أس کشیر منز بودھ دھرم مانن والین ہنز اکھ بڈ آبأدی۔ یِہندی "وِہار" (خانقاہ) آسہٕ جایہ جایہِ۔ یِہند پرٛتھ کانہہ تیوٗہار، خوشی تہٕ مسرت ہُند دوہ اوس توٗ تام نامکمل یوٗ تام نہٕ رقص تہٕ رنگ گِندہن۔ مردتہٕ زنانہٕ آسہٕ ستۍ ستۍ نژان۔ کشیرِ منز أسی مہاتما بدھ سُند زادوہ سأری کأشری رٕلتھ میلتھ مناوان۔ ازکل یُس مألہِ ویچہِ برارِ بابہٕ نصیب الدین ہنزِ زِیأرژ پیٹھ چھُ پرتھ ؤری لگان تمہِ دوہہٕ چھِ کأشرِ کلینڈرٕ موٗجب بُدھ پوٗرنما آسان۔ اتہِ چھےٚ وُنہِ دمألی۔ گیوٗن، نژُن بیترِ لگان۔ چونکہِ سونتہٕ کالہٕ پتہٕ اوس اکھ مألہٕ لگان۔ لُکہٕ رنگ چھُ تتھی وقتس پیٹھ لگان۔ بودھ کالس منز تہِ آیہِ ناٹک لیکھنہٕ۔ اما پوٗز بدس پھُٹہٕ کینہہ تتھی نُسخہٕ چھِ تبتی تہٕ بوٹہٕ زبأنی منز پھرنہٕ آمتۍ مگر پوٗرٕ تحقیق گُس کرِ یوٗ تام نہٕ تمن زبانن تہٕ رسم الخطن ہنز زان آسہِ۔

**روٗپک تہٕ رنگ:**۔ بھوبھوٗتی چھُ کالی داسس پتہٕ دوٚیم سنسکرت زبأنی ہند بوٚڈ ناٹک کار یوان مانہٕ۔ سُہ چھُ ونان زِ تسندی ناٹک أسی کال پریہ ناتھ مندرس منز یاترا یہِ ہندِ بن دوہن ساسہٕ وادلوٗکن برونہہ کنہِ رنگ منچس پیٹھ گِندنہٕ موکھہٕ لیکھنہٕ آمتۍ۔ یم ناٹک أسی ژُوتین، رازِ سبن تہٕ شراب خانن برونہہ کنہِ تہِ گِندنہٕ یِوان۔ بیا کھ ناٹک کار مُراری تہٕ چھُتی ونان۔ یم ناٹک أسی پتہٕ بیوٚن بیوٚن ناٹک منڈلیہ مختلف جایین گژھان کشیرِ منز تہٕ آیہِ یاترا یہِ وہری ؤری یس

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

بۆون بۆون جاین لگان ۔ ترٛیو دوہو پۄٹھہٕ ستن ستن دوہن تام اُسی لگہٕ جشنہٕ لگان تہٕ کتی ناٹک آسہن یوان لیکھنہٕ تہٕ گِندنہٕ ۔ ڈراما گِندن والی زانکار، آچاریہ، گونماتھ، ماگن ییلہِ ییلہِ افراتفری، سیاسی تہٕ سماجی بدحالی، سہلاب، اکال تہٕ بدیشی حملن منز گرفتار گیہ تہٕ کینہہ ملکہٕ نبر ژٕلی یم ڈراما مسودٕ پوتھِ تہٕ پوستک بیترِ تہٕ گلی نارس تہٕ مارس منز ۔ موختصر وننگ مُژ چھُ یہِ زِ کشیرِ منز اوس رنگ زندگی ہُند انگ تہٕ رنگہٕ موکھ اُسی گوڈٕ روٗپک، لیلا ناٹک، ناٹیہ روٗپک تہٕ گیت تہٕ پتہٕ چرِت بیترِ توٗ تام تصنیف سپدان یوٗتام بڈشاہ سُند دور روٗد پتہٕ گو سورُے ختم تہٕ سوٚت سوٚت زُوان تہٕ مران ۔ تو تہٕ یہِ کینژھا زِندٕ روٗد سُہ چھُ لگہٕ ناٹیہ یتھ بانڈ ناٹیم تہِ اُسی ونان ۔

**بانڈ ناٹیم** :- شری پرتھوی ناتھ پُشپ اوس سنسکرت، فارسی بیترِ زبانن زانن وول تہٕ سُہ چھُ ''پرانی آثار تہٕ نوٗرٕ ژھرن'' مضمونس منز لیکھان زِ ''اَکس جایہِ چھ اُبھنیو گپت بھانڈ نرتیہ (یانے بھانڈ نرژن) تہِ اسن وادکے اکھ تیتھٕ ذری یہِ زانی راوان یتھ اندر کانسہٕ ہندِ پارٕ اوک، نقل کرنہٕ یوان اوس ۔ مطلب زِ دٕہی مہٕ صدی ہنزِ یتھ فنی روایژ اندر بھانڈ نرتیہِ تہٕ بھانڈ ناٹیہ پرتھے متی اُسی تمہِ کُے تر دژ او پتہٕ بھانڈ پاتھرس اندر تہِ نوٚن تہٕ چرِت تہِ گو پاتر (کردار) لہاذا پاتھریس ووٗنی کاشرِ زبانی منز چھُ عام ۔ اوے گو بھانڈ ناٹیم بانڈٕ پاتھر چہِ شکلہِ منز نمودار ییلہِ اتھ ''ناٹیہ'' کم تہٕ لگہٕ پاتھر رلہٕ گیہِ ۔



CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

# بانڈٕ پائتھر

شمالی ہندوستانچن سارِنے زبانن منز چھُ "بھانڈ" لفظ عام پأٹھی ورتاوس منز یوان۔ اردوہس تہٕ ہندی زبانن منز چھُ یہِ لفظ تس متعلق یوان ونہٕ یُس نقال آسہٕ علاوٕ اپزٕ ٹھور، غلط ونن وول تہٕ بے پڑھ آسہِ۔ فلمن منز تام چھُ یہِ لفظ مکالمن منز امہِ انمانہٕ کأنسہِ ڈامب لاگنس یا بدکلامہٕ کرنس پیٹھ ونان۔ دراصل چھُ پُتی مین صدین منز بانڈٕ کارکرن والِو اپزِ ورتاوٕمو کھہٕ پنُن مانے راوراونس پیٹھ مجبور کۆرمُت۔ "بھانڈ" لفظ چھُ سنسکرت مۆلہٕ شبد "بھنڈ" منز درامُت تہٕ وو پدیومُت۔ بھنڈ گو مسخری کرنی، نقل کرُن۔ لہازا گو "بھانڈ" مسخرٕ کرن وول۔ مسخرہ، جوکر، یُس اسہٕ نادِ۔ اتھ لفظس چھُ دویم مانے "بانہٕ" یانے اردو۔ ہندی لفظ "برتن" تہٕ پنجابٕ تہٕ ڈوگری زبأنٕ منز بانڈے یانے بانہٕ۔ کاشُر لفظ "بانہٕ" تہِ چھُ "بھنڈ" مۆلہٕ منزٕ ے پنن وجود لبان۔ کأشری پأٹھین ییلہ وپِچن بانہ یا "رٹن بانہٕ" چھُ استعمال یوان کرنہٕ تیلہ چھُ یہ تس شخصس کُن اشاریس متلق یہ ییہ ونہٕ زِ تس کوتاہ تہِ پرٕ توتس ویپہ نہٕ کھینز۔ "بانہٕ" کس مانہس منزٕ چھُ بیاکھ لفظ تہِ کأشری پأٹھی ورتاوس یِوان۔ سُہ گو "پأتر"۔ ییلہ کأنسہ گوبر یا نیچوو پأنس ہیوٕ یا رُت نیرِ نہٕ تیلہ چھُ یوان ونہ تس "کوپاتر" تہٕ یودے رُت تہٕ ہیوٕت دزٕ اوتیلہِ چھُس ونان "سوپأتر" پاترتہِ گو بانہٕ۔ مگر اتھ چھُ سیدٕ سیود کأنسہِ شخصس یا کردارس ستۍ واٹھ تہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

تولق۔ سنسکرت رۄپ کن تہٕ ناٹکن منز چھِ کردارن ''پاتر'' ونان۔ تہٕ انگریزی پأٹھی Dramtic Personnel ونان۔ کأشُر لفظ ''پاتر'' چھِ یہوۓ ''پاتر'' لفظ لہاذا ہیکو ونتھ زِ دوشوے لفظ ''بھانڈ'' تہٕ ''پأتھر'' چھ سنسکرت زبانی ہندی ''بھانڈ'' تہٕ ''پاتر'' لفظن ہندی کأشری رۄپ۔ دوشوے لفظو چھےٚ خبر کیژ صدیہ گذارنہ پتہ ازچ شکل صۄرت رٹمٕژ۔

کٲشیرِ منز چھِ ازکل بانڈتس ونان یُس بأنڈِل کرِ سورنے وایہِ۔ مسخری کرِ یا جشنہٕ لاگہِ یا بانڈ جشنہٕ گِندِ۔ یُس پأتھر گۄر آسہِ۔ بانڈٕ پأتھر چھ تمن پأتھرن ونان یم بانڈ چھِ گِندان۔ لُکہٕ مألن پیٹھ چھِ بانڈ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ پأتھر گِندان تہٕ یمنے پأتھرن چھِ ''بانڈ پأتھر'' ونان۔ پأتھر لفظ چھ دُو ہدِش زندگی منز کأشرِ زبأنی منز عام پأٹھی ورتاوس منز یوان۔ پأتھر کرُن۔ پأتھر گژھنی۔ پأتھر کرنُک مانے گوادا کرُن۔ گِندُن، نٹ ہندی پأٹھی لاگُن، کانٛسہِ ہُند نقل کرُن، نخرٕ کرنس تام چھ ازکل ''پأتھر'' ونان۔

بانڈیس تہِ کردارٕ سُند نقل بیترِ ہاوَن تٔسی کرِ دارس ستی پأتھر پۆت لۆگ لأگتھ چھُ تسُند پأتھرناورٹان مثلن بکروال پأتھر، رازٕ پأتھر، گۄری پأتھر بیترِ۔

رنگہٕ دِوے:- پتھ کالہٕ پیٹھے ییلہِ ییلہِ استھاپنن، استانن، ترتھن تہٕ مُقدس جاین تہٕ تھانن پیٹھ دوے تہٕ مالہٕ آسی لگان اتہِ آسی بازر تہٕ لگان۔ مختلف کرتب ہاوُن والیو، دب کرن والیو تہٕ تماشہٕ ہاون والیو علاوٕ آسی تمبۄری نغمہٕ گیوُن وألی، بچہ نغمہٕ وألی، حافظ نغمہٕ کرن وألی تہٕ بانڈٕ جشن تہٕ یمن مألن تہٕ دِوین ہندی اژھنن أنگ آسان۔ یم نغمہٕ، پأتھر تہٕ کرتب بأزی وُچھنُک موقہٕ اوس لۆکن استھاپن، مندرن استانن، تہٕ مُقدس جاین أندی پکھی فراہم سپدان مگر یمو منزٕ اوس ''بانڈ جشن'' ساروے کھوتہ بۆڈ کھڈار آسان تہٕ باقی زنتہٕ آسی لوکچن لوکچن

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


ڈِفرٕن منز بیۆن بیۆن چھکرِتھ آسان ۔ لُکہٕ مۆت لُکہٕ جٹہٕ جوش ۔ جشنہٕ تہٕ رنگارنگ پوشاکھ لاگتھ زنتہٕ برجستہٕ لُکہٕ پھُلے درینٛٹھی یوان یِمن ماأنٛلن تہٕ دوہن پیٹھ ۔ استانن أزتھ عقیدت مندی ہُنٛد نوٚن مظاہرٕ تہٕ استانن نبر بازر ۔ ہیون تہٕ کٔنن ۔ تمہٕ لاووٕنی تہٕ کٔشش کرٕونی منظرتہٕ رنٛزناوٕنی نغمہٕ، ساز، نژٕن، گیون تہٕ بانڈپأتھر ۔ کأشرِ کہاوت چھےٚ عام، ''منزگام جشنہٕ تہٕ ہسی لوٚنگ گری'' ۔ پرتھ کانٛہہ فردِ بشر چھِ جشنہٕ وُچھنگ شوقین أستھ لُکن منز بہتھ پأتھرٕ وُچھان تہٕ خأنٛلص آسہِ ہے ۔ لوٚنگ، لیۆز، علیل تہٕ بیمار تہٕ تسُنٛد تیماردارٕ یوت گرِ آسان، یتھہٕ کٔنی اوس بانڈٕ پأتھر لوٚکن بڑونہہ کُن واتان تہٕ لوٚکن ہندی فنکار، سازندر، بچہِ کٹہٕ تہٕ مسخرٕ تہند من رنٛزٕ ناوان ۔ سودوے یتھ منز رنگ آسہِ سرس، ٹاکارتہٕ نوٚن تہٕ لُکھ آسن گِندنس تہٕ وُچھنس منز شوقہٕ سان حصہٕ نوان گٔیہِ رنگہٕ دِوے ۔

آثار تہٕ آکھ :- اما پوٚز کُس ہیکہِ ؤنتھ زِ بانڈٕ پأتھر کرٕ پیٹھ گو شوٚروع ؟ کیا کٔشیرِ نبر تہِ چھا بانڈٕ پأتھر گِندنہٕ یوان ؟ ویسے ازکل چھُ بانڈٕ پأتھر خأنٛلص کٔشیرِ منزے یوٚت درینٛٹھی گژھان ۔ مگر بانڈ أسی پتھ کالہِ کٔشیرِ علاوٕ، راجستھان، گجرات تہٕ شمأنٛلی ہندوستانس منز تفریح کران، نقل کران مسخری کران تہٕ اسہٕ ناوان ۔ راجستھانس منز چھِ وُنہِ بانڈن ہندی نقل عام ۔ تتہِ چھِ گوٚل واین والِس تہٕ بانڈ ونانِ ۔ کنٛہہ بانڈ (مسخرٕ) چھِ کشیر منز ازکل تہِ گوٚل وایان ۔ گوٚل واین گوپنہِ أکس بتھرلبہِ وأتھ آواز کڈٕنی ۔ یتھ کٔنی پرتھ کانٛہہ دوشوے وُٹھ وأتھ تھُرر ۔ ر ۔ رآواز ہیکہِ کڈِتھ مگر کُنے گوٚل چھُنہٕ پرتھ کانٛسہِ تگان وایُن ۔

بروٚنٛہہ کالہِ آسہن بانڈ اکہِ علاقہٕ پیٹھ بیٚیس علاقس گژھتھ بانڈِل کران تہٕ نقل ہاوان ۔ پنجاب کِس بانڈن چھِ ازکل تہِ ''نقال'' ونان ۔ یِم چھِ خوٚب اسہٕ ناوان ۔ بانڈ آسہن دوٚیمین لگہٕ ناٹک گِندن والین بندرٕ پأٹھی راتس ۔ کھڈ اِر

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


لاگان۔ یِتھہٕ کٕنؠ بھوٲیِی گجراتک لُکہٕ ناٹیہٕ چھُ گندنہٕ یوان۔ اوے چھُ ۱۴ صدی ہُند گجرٲتی بھگتی شاعرٲ کس شارس منز ونان۔ ''بھانڈ بھوییا تے ساری رات جاگے'' تہٕ گوز بانڈ تہٕ بھوٲیِی گندن گۄر چھُ رٲتی راتس ہُشی یٲری کران تہٕ کرناوان۔ راجستھانس منز تہٕ چھُ یِتھہٕ کٕنؠ ''موہن بانڈ'' رقاص تہٕ نۄٹ واین وول بانڈ مشہوٗر۔

پٲتھر گۄر بانڈ چھ ازکل خٲلص کشیرِ منزے یوٗت۔ اما کشیر منز کۄتاہ کال آسہِ بانڈن پٲتھر ہاوان گومت؟ یِہندی پٲتھرِ کٲتیاہ پرٲنی چھ؟ یِیلہِ یِتھن سوالن جواب آسہِ ژھارُن تیلہِ چھُ پیوان آگرن ہُند نیب ژھارُن تہٕ توارِیخس وۄن دُین۔ پرانین کھنڈراتن، عمارتن تہٕ تصویرن منز تیُتھ کینہہ ژھارُن یُس ازکٲلی پٲتھرس ہیوٗ آسہِ۔ یاتِمن کتابن پۄتھن وۄن دیُن یِمن منز یِہند ہیوٗ ذکر آسہِ۔ تکیازِ کانسہِ چھنہٕ لُکہٕ مالن، لُکہٕ نٹرنس، لُکہٕ ادبس تہٕ لُکہٕ رنگس متعلق کانٛہہ کتاب لیچھِمژ نہٕ چھُ پرانین کتابن منز الگ پٲٹھی کانٛہہ خاص ذِکر۔ اتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ پتی میٚن ترٛن دٔہلین منز آیہ کینٛہہ مضموٗن بیترِ یِتھن موضوعن پیٹھ لیکھنہٕ مگر کتھ چھےٚ نہٕ صحی تہٕ سرتھ ونہٕ آمٕژ۔ لفاظیت تہٕ تگنگری چھِ زیادٕ تہٕ پۄز پنرراونچہِ تہٕ کتھن فُٹ کڈنچہٕ ڈٔلیلہٕ چھےٚ کم۔ بانڈ پٲتھرس وۄن دیُن، تچ ادکٲری، وادتہٕ نٹرن، لوٗکن ہُند رجحان تہٕ گندن گٔری متلق بےلوث کتھٕ نٕہ راونہِ چھنہٕ سہل۔ تو پتہٕ تہٕ چھےٚ تمن سارنی ہنز کوٗشش تأریفن لایق یمو یژھہ کوٗششہِ کرِ۔

کشیرِ منز چھُ سنسکرت زبانی منز اکھ لوکُٹ پُران پانژمہِ صدی عیسوی منز آمُت لیکھنہٕ یتھ نیل مت پُران چھِ ونان۔ اتھ منز چھےٚ کشیر ہندی ستی سر منز وجوٗد سِنہٕ پتہٕ ناگ، پشاچ، آریہ بیترِ زٲژن ہندن لُکن ہنز بسأے کرنچیو ڈٔلیلو علاوٕ زندگی بسر کرنہٕ [illegible] بوڈ دوہہ کمہِ انمانہٕ گژھ دیُن

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


مُناوانہٕ ۔ کوسہٕ یاترا کتہٕ ییہٕ کمہٕ دوہہٕ مناونہٕ ۔ نژُن ، گیوٗن تہٕ رنگ گِنٛدُن تہٕ وُچھن کتھ کتھ بڈِس دوہس پیٹھ گژھہِ عام آسُن ۔ کمہٕ دوہہٕ گژھہِ رنگ یا نے ناٹک گنٛدِن گرہن ''پرٛیکھشا دان'' دِیُن ۔ پرٛیکھشا دان گو ناٹک وچھنہٕ موکھہٕ معاوضہٕ دِیُن یہٕ چھُ آمُت وننہٕ زِ تِتھِین گِندن گرہن گژھہِ پلو دلو تہٕ دان دِنہٕ یِن ۔ یہٕ دان اوس نقد و جنس دوشوٕنی صوٗرتن منٛز ۔ اما پوٗز کیٛاہ یہٕ چھنا ازکل تہٕ مانگے ہندس روٗپس منٛز جاری ییلہِ بانڈ گامہٕ گامہٕ پھیرتھ دانہِ ، دالہٕ ، پھل بیتر چھہِ سومبراوان ۔ بیاکھ مانگے وِزِ چھنا تم جنسہٕ کُس روٗپس منٛز اجناس انان سومبراوِتھ ۔ یہٕ رسم چھُ کٔشیر منٛز سیٹھاہ پرٛوٗن ووٗنی گوتیٛلہِ آسس دوہ مقرر تہٕ ناو اوسس ''پرٛیکھشا دان'' ۔ تہٕ ازکل چھُ فصل کٹایہٕ ہندہن دوہن مانگے ہندس روٗپس منٛز چالو ۔ آ ۔ یہٕ کتھ چھےٚ شبقہٕ زِتیٛلہِ اوس نہٕ بانڈ رنگ روٗپس منٛز الگ کنہہٕ یوٚ دوے آسہے تیٛلہِ آسہے نیل مت پرٛانس منٛز ضرور ذکر ۔ پرٛیکھشا گو وُچھن تہٕ دان گو خاراتھ ۔ رٔنکس سِتیٚ اوس رقاص یا رقاصہٕ بییہٕ گیوٗن واٗلکہ تہٕ ساز ندر تہٕ شاٗمل ۔ اداکارس آسیٚ ''نٹ'' ونان تہٕ اداکارایہٕ ''نٹی'' ۔ کاشرِ زبانۍ منٛز چھُ نٹ نٹھ تہٕ نٹنی پانس تھرتھرِ اژنس ونان ۔ یہٕ تھرتھرِ چھےٚ تسۍ نٹ یا نٹنی ہنٛز یاد تھ کران یوسہٕ رنٛکس منٛز نژُن کران پانس تالہِ پیٹھ نٹنی پادِ کران آس ۔ فارسی زبانۍ ہُنٛد زور وو تلنہٕ کنٛز آو ''ادا'' لفظ بارسس ییمہٕ کنٛز اداکار لفظ آونٛس متلق ورتاوس منٛز ۔

**موٗرژ بل:** کٔشیر منٛز چھُ مرازتہٕ کمراز پانڈولِ نظرِ گژھان ۔ ییم چھےٚ پتھ کالہٕ کیو راز و مہاراجوٕ سۍ بناونہٕ آمٕژ مندورہن تہٕ مندرن ہندۍ کھنڈر ۔ زیادٕ مشہور کھنڈر چھِ مارتنڈ، اونتی پور، پرسپور، تاپر، ناران ناگ، پٹن بیتر جایِن دریٚنٛتھی ییوان ۔ یوٚ دوے مارتنڈ چن دوٚن دیوارن تہٕ ڈکھِنِ سنٛز نظر ترٛاوو تہٕ اَسہٕ چھِ دیوی دیوتاہن ہنٛزن مورتین تہٕ ہسۍ بیتر جانورن علاوٕ مورلی یا نے واہن والین ہنٛز موٗرژ

CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

lyre چالہِ ساز واین والِنہ تہٕ کینژٕ ن ۔کردارن ہنز نژن Pose ہنز موۄژتہٕ مُدرایہِ تہٕ وُچھنس میلان ۔ نژن مُدرایہِ تہٕ کارک یانے پوز رۄ دی فن سنگ تراشی ہندہِن مختلف دورن منز کِنہ گرہن ہندی مرکزی خیال ، Motif تہٕ موضوع۔

یتھے کُنز بیلہِ ہارونہٕ کھدآے گرتھ بُدھ عباتھ گاہن ہندی کھنڈارت ژُٹ دژ ایہِ تتہٕ دژ ایہِ پییہ منز ٹایلہ Tiles یم پتھرس وۄہرآوتھ تہٕ لبن بیتر مُرتھ آسہٕ ۔ یمن پیٹھ چھےٚ پوش تہٕ آدم شکلہٕ بناوِتھ۔ یمن منز چھےٚ اُکس ٹایلہِ پیٹھ گتہٕ رہنہِ ہنز موۄژ ۔ گتہٕ رہنہِ چھےٚ وُڈِی شانو تہٕ کلہٕ پتہٕ کُنی دون اتھن منز رٹتھ تہٕ اکھ زنگ چھُس زمینہِ ہیوٚر۔ گوڈن تل چھُس پارا و گنڈِتھ زنتہٕ باسان گوڈ کوٚریا رونہِ گنڈ چھُس ۔ یہ چھُ صاف پاٹھی سوادا باوان یوسہٕ ادا بچہِ کُٹی ہندی ڈسی تہٕ بچہِ نعمس منز درینٹھ یوان چھےٚ ۔ بییس اُکس ٹایلہ پیٹھ چھےٚ ڈول واین واجنہِ ہنز موۄرت ۔ اُمس تہِ چھُ زنگن زنتہٕ پاجامہٕ مگر گوڈن تل گنڈِتھ ، ڈول چھُ ڈولکہِ ہندی پاٹھی دوشوٕنی اندو برابر۔ بییس اُکس ٹایلہِ پیٹھ چھِ ترےٚ سازندر ہاوِتھ۔ اکھ چھُ نے وایان ، بیا کھ چھُ تالہٕ ہور وایان تہٕ ترٚیم چھُ زنتہٕ تاسہٕ جوٚری ( ڈُلج ) یا نگارٕ وایان ۔ یم ترٚیشوے ساز چھِ نژنس تہٕ گوٚنس سنگت دِنہٕ علاوٕ رنگس منز پوٚت منظرٕچ موسیقی دِنہٕ وزِتہِ واینہٕ یوان ۔ خاصکرتھ بانڈ پاتھرس منز۔

راج ترنگنی: کشیرِ ہنز توآریخ چھےٚ کلہن پنڈتن ۴۹_۱۱۴۸ ءتام سنسکرت زبانی منز نظمس منز لیچھمژ ۔ اتھ منز چھےٚ مہابھارت جنگہٕ ( کالہٕ ) پیٹھ ۱۱۴۹ءتام کشیر منز مختلف خاندانکین راژن مہاراجن ہندی راجٕ کالک ذکر۔ راج ترنگنی ناوچ یہ توآریخ چھےٚ کلہنن اُٹھن ترنگن یانے باگن منز لیچھی مژ ۔ پتم ژٕ باگ چھِ تمی ہندی کالکی دور لہٰذا چھِ سارنے باگن مقابلہ ہنٛدی تہٕ چشم دید واقہٕ ۔ کلہن سُند

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


موول چمپک اوس راز ہرش دیوٗن وزیر۔ امہِ کٔنز چھِن تہٕنڈی کیٚنہہ چشم دید واقعات تہٕ حالات بیان کرٕ ئی متۍ۔ گوڈنکین کینژن باگن منز چھےٚ کینہٕ توٲریخی خآمیہ تہٕ لبنہٕ یوان ووٚنی گوٚتس یُتاہ ڈٔسی یاب سپُدتیٚ تاہ تھوون قلم بند کرتھ۔ اتھ توٲریخس منز چھِ کینژن گتہٕ ریٚنین ہنڈی ناوتہٕ اسہِ مولوٗم سپدان تہٕ امہِ علاوٕ یتہٕ نان زِ کینہٕ موسیقار آسی کترِ وساز استعمال کران۔ رنگہٕ دِویہ آسہٕ لگان۔ رازن ہنزن یاتراہن آسی ساز سورنے وادن ستۍ آسان۔ راز محلن منز اوس ''چتو شالایہِ'' منز گوٗن، نژن تہٕ ناٹیہ محفلہٕ لگان۔ مگر سُہ چھُنہٕ کُنہِ جایہِ تژھ کتھ ونان زِ یٚیمہِ ستۍ یہِ ٹاکارٕ پاٚٹھۍ ننہِ ز ''بانڈن ہُند پاٚتھر'' کیاتہِ کُیٚتھ ہیوٚ اوس۔ سُہ چھُنہٕ کُنہِ جایہِ لُکہٕ نژن، لُکہٕ گوٚن یا لُکہٕ رنگ ؤنتھ باوتھ کران۔ بلکہِ یٚمن سارنے بدل گوٗن، نژن یا رنگ ونان۔ امہِ تلہٕ چھُ عیان زِ رنگ چاہے بھگوت لیلا یا مہابھارت، رامایٖن یا برہت کتھایہِ ہنزن کتھن پٹھ مبنی اوس یا ناٹکارن ہنڈی آسی یا محض تفریح بخشنہٕ واجیٚنۍ گِنڈن گری آس یہِ اوس کُنے مانے تھوان۔ چاہے بھانڈ کلاکار آسی گِنڈان یا چاہے رازٕ محلس منز زانٚی کارگتہٕ رنہٕ یا مندرن تہٕ استھاپنن منز بھگوت لیلا ہاون واٲلی نٹ۔ یِہنز گِنڈن گری اوس '' رنگ'' ؤنتھ تتھ کالس منز جاے آمٕژ دِنہٕ۔ کلہن پنڈت چھُ یتھ کتھِ کُن تہٕ اشارٕ کران زِ رنگ دِوے آس دوہس کُھلہٕ مأدانن، مندرکین احاطن منز لگان۔ لہٰذا چھےٚ یہ کتھ شبقہٕ زِیہِ رنگ اوس پیشہِ وارانہٕ نٔوٕ علاوٕ لُکہٕ فنکار روذٕ کرتہِ ہاونہٕ یوان۔ اِدٕ سُہ اپٔشر بھگتن ہُند آسہِ ہے آسان، نٹن ہُند یا بانڈن ہُند۔ سوٗرے اوس رنگ۔

**بھانڈِ کا:** پروفیسر پشپ سُند دوٚپ چھُ زِ ابھنوگپتن چھُ بھرت ناٹیہ شاستر چہِ پٔنہٕ کومنٹری (ٹیکایہ)۔ ابھنو بھارتی منز اُکس جایہِ یہِ وونمت زِ کشیرِ منز اوس بھانڈ ناٹیہ گِنڈنہٕ یوان۔ تتھ منز بھانڈ رازن تہٕ رازٕ پوترن ہُند نقل تہٕ

CC-0Agamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

مزاحیہ گنڈُن آسی ہاوان۔ تم آسی تہندی نوقص بدِ کڈتھ اسان اسان طنز کران۔ امہِ تلہٕ ہسکو ؤنتھ زِ ژٕہمہِ صدی منز تہٕ اوس بھانڈن ہُند رنگ یا ناٹیہ گِندنہٕ یِوان یمیک مُرتہٕ مُدعا اُسن تہٕ اسہٕ ناوُن اوس۔ بھرت مُنی چھُ اکہِ نژٕ ٹُک تہٕ ذکر کران یتھ ''بھانڈکا'' آسی ونان۔ اُتھی چھُ شاید پروفیسر پُشپ بقولِ ابھنوگپت بھانڈ نرتیہِ (یعنی بانڈٕ نژٕن) مانان۔ چونکہِ بانڈٕ سُند مقصد اوس اَسہِ ناوُن تہٕ مسخری کرٕنی لہٰذا ہسکو ؤنتھ زِ یہ نژٕن آسہے اسہٕ وُن۔ ضرٕور آسہے اتھ منز تیُتھ کینہ یتھ لُکھ چاو سان آسہن وُچھان تہٕ لُطف تُلان۔ اگر یہ پوٗز مانو زِ ''بھرت ناٹیہ شاستر'' چھُ دویمہِ صدی بروٗنہہ لیکھنہٕ آمُت یَیلہِ ''بھانڈکا'' ناوُک بانڈن ہُند نژٕن عام اوس تیٚلہِ پییہِ اَسہِ مانُن زِ بانڈیم مسخری کران آسی، نژان آسی تہٕ لوٗکن اَسہٕ ناوان آسی آسہان پننی لُکہٕ ناٹک تہٕ ہاوان تہٕ یم آسہن پننہِ مزاحیہ گِندن گری کِنی لوٗکن منز وِیدی تہٕ یہ پیشہٕ تہٕ آسہے اکھ وِیوٚد پیشہٕ۔ چنانچہ یم آسی نہ بہلہٕ پایک ادبی ناٹک یارازن دأنشورن تہٕ عألمن ہنٛدِ باپتھ گِندن گری کران امہِ سببہٕ چھُنہٕ عألمو تہٕ دأنشورو تہٕ پننین تصنیفن منز یہُند ذکر کرُن مناسب زونمُت۔ مگر یَیلہِ سنسکرت رنگ موکلیو و لُکہٕ رنگ روٗد کُنہِ نتہٕ کُنہِ حالہٕ کِنی کُنہِ نتہِ کُنہِ روٗپس منز زندٕ اتی ژھوکان تہٕ اتی بییہ کلہٕ کڈان تہٕ زُوان۔

یَیلہِ سلطان زین العابدین بڈشاہ (۱۴۷۰۔۱۴۲۰) پننس شہزادٕ سُند زادوہ چھُ مناوان بھانڈ چھِ تس بروٗنہہ کنہِ جشنہٕ گِندان۔ بڈشاہ سُند وزیر شری ور چھُ پننہِ راجترنگنی منز امہِ جشنک ذِکر کران تہٕ ونان زِ ''بھانڈ وہأوی پننی مزاحیہ ناٹک۔ یم آسی زٕ تٔھی ریش گرتھ، دند چیرتھ، اُچھن ہنٛدی لال تز کرأوتھ (ٹوجہِ کڈتھ) ، گنہِ بمہٕ چارتھ اَسہٕ وُنی قصہٕ، حقایق دلیلہٕ تہٕ ضمنی قصہٕ ہاوان۔'' امہِ تلہٕ چھُ یہِ صاف پأٹھی عیان زِ بڈشاہ وقتس منز اوس یمو فنکارو پنُن لُکہٕ رنگ رٔژھرومُت

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


چنانچہ چھِ ازکل تہٕ بھانڈ زٕتھٕی ریش لاگان تہٕ ڈٕرز پاتھرس منز ماگُن اُچھ ترٛکراوِتھ تہٕ دندچیرتھ پوٚرشرارتس منز مسخرن روب ہاوان تہٕ پتہٕ گرٛلایان۔ شاہ گاسی تہٕ چھُ یِ کران۔

پاتھر: یہ چھےٚ حارٲنی ہنز کتھ زِ نُند ریوٚش چھُ پننس اُکس شُرکس منز ''پاتھر'' لفظ استعمال کران تہٕ رنگ لفظ تھیٹرٕ کس مانیس منز واریاہ لٹہٕ استعمال کران مگر ''بانڈ'' لفظ چھنہٕ استعمال کران! لل دید تہٕ چھِنہٕ بانڈ یا پاتھر لفظ پنہٕ نِس واکھن منز استعمال کران۔ سوٚ چھےٚ رنگ'' ''ناٹیہ'' تہٕ مُدرا لفظ ضروٗر استعمال کران۔ بہر حال ورتاوس منز شبد'' رنگ'' ''ناٹیہ'' یا ''پاتھر'' آسِتن یا ''ماگُن'' یا'' رنگ نایک'' یہ کتھ چھےٚ پزتھ کُنہِ عانٕہٕ عیان سپدان زِ تھیٹر گنِدن۔ وُچھن تہٕ ہاوُن اوس سانہِ تمدنک تہٕ تہذیبک اکھ ازھیوٚن انگ تہٕ بھانڈ ناٹیم، بھانڈ کا تہٕ بھانڈ پاتھر یتھ تہٕ روٗپس منز پتھ کالس منز اوس یہِ اوس لوٗکن بروٗنہہ کنہِ وُچھنہٕ یوان، اسہِ ناوان تہٕ من رنزناوان۔ اتھ ناٹیس منز اوس نژن، اداکٲری، گیوٗن، موسیقی تہٕ رنٛگکی جُزو پتھ۔ یہِ اوس پزتھ وقتہٕ ہم کالی واقعن تہٕ قصن، دلیلن تہٕ حقایقن ہنز ترجمانی کران۔ امیک روٗپ اوس ہر ہمیشہٕ مزاحیہ۔ یہِ لُکہٕ رنگ اوس مالن تہٕ دِوین پیٹھ لوٗکن تفریح بخشان۔ مُدعا تہٕ مقصد روٗدس لُکھ اسہٕ ناوُنی لہٰذا روٗزس ہر ہمیشہٕ خالص یک رنگی۔ توے روٗ دکم پایہ، ادبی سرکلن منز کھوٚت نہٕ یہِ رنگ زانِکارن تہٕ نقادن ٹار۔ اوے چھنہٕ امیک کھُلہٕ پاٹھی ذِکر۔

رہو اینتھ: بانڈ پاتھر ییم وُنہٕ تہٕ چھِ یوان گندنہٕ چھِ زبانی زبانٲنی اسہِ تام واتی متی۔ ییم چھِنہٕ دراصل لیکھنے آمتی تھ کنہ۔ تھہٕ کُنہٕ اکھ ناٹکار پُنن تخلیق کوٚرمُت ناٹک چھُ لیکھان۔ اوے چھُ پزتھ دورس منز تھِمن پاتھرن ہندی مکالمہٕ بیترِ بدلان روزان۔ ییم چھ بے گنڈتہٕ بند شوروٗس پکان۔ اکھ بنیادی

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

خاکہٕ چھُ ژیتس تھونہٕ یوان تہٕ تمی خاکہٕ موٗجب گِندن گری کرنہٕ یوان۔ اوے چھِ باضے فنکاری ہندی موٗللی نوقطہٕ راوان۔ ویسے چھُ یتھین لُکہٕ پأتھرن ہنٛز ہییت امی انمانہٕ پکان تکیاز ماٗلن پیٹھے یوٗت اوس جشنہٕ گندنہٕ وزِ پأتھر لگان۔ موروثی بانڈ آسی خاکہٕ موٗجب اداکارس تہٕ سوٗرے ونان یمہِ انمانہٕ تس پأتھرس منٛز گِندن گری ہاوٕنی آس آسان۔ ہرگاہ سُہ یہِ گِندن گرٕی رتھِ کھأرتھ ہبکہٕ ہے تیٚلہِ اوس بڑونہہ کُن تہٕ بأنڈِل کران نہٕ اوس لوٚب ہیوان۔ مگر پیشہِ ورانہٕ بأنڈ آسی رِیاض تہٕ کران تہٕ تیأری سان لُکہٕ ماٗلن منٛز پأتھر ہاوٕنہِ یوان۔ لُکہٕ پأتھرن ہُند مزاجہ چھُ امی انمانہٕ لبنہٕ یوان۔ خاصکرتھ تم پأتھر یمن نہٕ دیومالأیی کتھن تہٕ کِردارن ستی کأنہہ توٗلق چھُ چونکہ بانڈ پأتھر چھُنہٕ کُنہ تہٕ تواریخی یاد یومالأیی کتھِ یا عشقہ داستانہِ یا کأنسہِ تہٕ لُکہٕ نایکس مُتلق کأنہہ پأتھر چاران لہٰذا چھُ یہِ زیادے بےٚ گنڈ، یٚیلہ تہٕ ڈیوٗل۔ یہِ چھُ شوٗد پأٹھی اکھ سیکولر کِردار تھوان۔ اوے چھُنہٕ لیکھتھ مسودہٕ رژھرنچ کوٗشش تہٕ آمژ کرنہٕ۔ یوٚ دوے کأنسہ باوِقارس ٹسنہٕ بیترِ کر یوکھ تہٕ لیکھتھ شہادت آسِہکھ تیٚلہِ ماکھسہِ ہکھ مٹہِ کھار؟ ووٕنی گوپأتھرن ہنٛز موسیقی چھکھ مینٛژسان رٕژھراوٕمژ۔ یوٚ دوے کأنہہ تہٕ پرانہِ پرون مسودِ رٕژھرومُت آسہے تیٚلہ أس یہِ کتھ نزراوٕنی سبٹھاہ آسان زِ یہِ کرچھُ لیکھنہٕ آمُت یا تخلیق کرنہٕ آمُت۔ تمیک اصلی روٗپ کیا چھُ اوسمُت تہٕ زبان بأتھ تہٕ باقے لوازِماتھ کمہِ اندازٕ چھِ ورتاونہٕ آمتی۔ یُتھ ہیوٚ مسودٕ آسہے پأتھرس متلق زانٛی ہُند آگر۔

پھیرٕ وٕنی پأتھر گرٕی: از برونٛہہ ہتھ شتھ وٕری کھوتہٕ زیادے پہن اوس کشیر منٛز سروالٹر۔ آر۔ لارنس بندوبست افسر۔ تمی لیچھ انگریزی زبأنی منٛز کتاب ’’دِویلی آف کشمیر‘‘۔ یتھ منٛز تمی کشمیر متلق پانٕنی چھیٚمٕتی حالات، تہذیب تہٕ

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


تمدن علاوٕ روزِ مرزندگی ہندی نقشہٕ تام کھنتھ چھ ترآوتی ۔ امہ کتابہٕ ہُندس صفحہ ۲۵۶ ہس پیٹھ چھُ سہ ونان ۔ ''مےٚ چھےٚ کشیر منز بانڈن تہٕ بگتن ہنز بہترین پارٹیہ وُچھمژ ۔ خاص کرِ چھ سویہ بگکی بانڈتہٕ بگت مہارتھ تھوان ۔ ییم بانڈ گیہ ۷۷ ۱۸ ء کس وو باہس منز مرتھ'' ۔ سہ چھُ ونان زِ مہاراجہ گلاب سنگھن اوس بانڈ پاتھر وُچھتھ کشیر منز گامی نظامچ حالتھ زانی ہژ تہٕ پیچھمژ ۔ خاصکر تھ پٹھواری کیا چھُ کران تہٕ گامہٕ حساب کتاب تھوَن وول کیا چھُ کران ۔ لارنس صاب چھُ ونان زِ بانڈن ہندبن پاتھر پُلاٹن منز چھُ ہشر ۔ اکہِ پاتھرُک ذِکر کران چھُ ونان زِ شکایت کرن وول چھُ راژس نش کربکہٕ چکہٕ تہٕ واویلا کران یوان ۔ راژ چھُ انصاف کرنہٕ موکھہٕ وُزیرس اتھہِ پٹھواری، نمبردار تہٕ گامہٕ اکونٹنٹ انہٕ ناوان ۔ مظلوم چھُ خوش گژھان زِ تس میلہِ انصاف ۔ مگر راژ چھُ وچھان زِ وزیر تہٕ پٹھواری بیترِ چھُ بے گناہ تہٕ مظلومس چھِ گُرٕ وایان ۔ لارنس صاحب چھُ ونان زِ بییہٕ تہِ چھ تھی کینہٕ گامی زندگی ہندی منظر ہاوان تہٕ سارِوے کھوتہٕ مقبوٗل عام چھُ سہ گنڈن ییتھ منز کپس ووَنی ، لوٗنی تہٕ کپُر وونہٕ نچ عمل چھِ یوان پاتھر اونہٕ ۔ بقول لارنس صاحب ''بگت چھِ گامہٕ زندگی ہنز غمناکی دوٗر کران ۔''

لارنس صاحبنہِ ہیرِ مہٕ تفصیلہٕ تلہٕ چھُ نان زِ تمی چھِ بانڈتہٕ تہندی پاتھر بیوٗن بیوٗن جاین وادی منز مختلف موقس پیٹھ ۱۸۸۹ بروٗنہہ وُچھمتی اوے چھُ ونان زِ سویہ بگکی بانڈتہٕ بگت گیہ ۱۸۷۷ کس وو باہس منز ہبنہٕ ییتھ مرتھ ۔ تمی چھُ بگتن ہنز بہترین پارٹیہ وُچھمژ مگر سہ چھنہٕ صحیح پاٹھی تہٕ واضح طور پارٹین یا گامن بدِ کڈِ ان ییتھ اُسی ہیکہ ہاوِنتھ زِ کمہٕ بہترین پارٹیہ وُچھ تمی سویہ بگ کمن بانڈن علاوٕ ۔ تمی چھنہٕ گنہٕ تہِ پاتھرُک ناو ہیوٗ تمت حالانکہ ییمہِ پاتھرُک سہ وکھنے چھ کران سہ ہیکہِ ''راجہ پاتھر'' آستھ ۔ سہ چھُ ونان زِ بانڈ چھِ گامی زندگی ہندی منظر

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


پیش کران تِکیا زِ بانڈ چھیی بذآتی گاہکہ تہٕ گامی فنکار ۔ لارنس چھُ ونان زِ مقبوٗل عام گِنڈُن گرٕی چھےٚ کپس ودنہٕ پٹھ کپُر ودنہٕ نس تام عمل ہاوان مگر پاتھرُک ناو چھُنہٕ ہیوان ۔ یہ چھُ دراصل بوڈرنگ گندنہٕ وِ زِ بانڈ نژان پیش کران یُس بٹہٕ یا بُہرِ پاتھرُک اکھ اہم حصہٕ اوس ۔ یہٕ وٗنتھ زِ " بھگت چھُ گامی زندگی ہنٕز غمنائی کی دوٗر کران" چھُ لارنس صاحب یتھ کتھِ تصدیق کران زِ بگتن ہندی پاتھرٕ چھِ مزاحیہ تہٕ یِم چھ اَسہِ ناوان تہٕ چھُنہٕ گامی زندگی منٛز غموروٗس کینٛہ تہِ ۔

بانڈن متلق چھُ لارنس ساحب لیکھان ۔ بانڈ یا بگت ہکو کھ تہندِ کرٕ ہنہِ مستہٕ تہٕ وتہٕ گتھ صوٗرت تلہٕ بِد کڈتھ ۔ تِم چھِ پننہِ کرام نبرِ تہٕ کانسہِ باصلاحیت گِندن گرِس تہٕ پانس ستی رٹان ۔ تہندس پیشس منٛز چھُ گوٗن ، نژن تہٕ بیچھن شامل ۔ یِم چھِ سخ پھیرٕ وِنی ( وتہٕ گتھی ) ۔ یِم چھُ پنجاب تام تہٕ گرٕ ھان تہٕ تتہِ کاشرٕ بن پاتھرٕ ہاوان ۔ ساری بانڈ چھ مسلمان مگر صرف چھےٚ اکنگاچ بانڈ جماتھ پنڈت ۔ یہ چھےٚ عجب تہٕ غار موموٗلی کتھ ۔ کھاندر سالن تہٕ فصل کٹایہِ وزِ چھےٚ یِمن سبٹھاہ منگ روزان ۔ یِم چھِ سارِہے ملکس پھیران تہٕ یِیمہِ وزِ فصل ژوٚرنیرِ یِم چھِ مانگے حاصل کرِتھ رُت پھل وٹان ۔ یُہند نغمہٕ ساز ( آرکسٹرا ) چھےٚ سارنگہٕ ژومبرٕ ، سورنیہِ تہٕ ڈولس پیٹھ مُشتمل یُس منٛزس رٹنہٕ یوان چھُ ۔ اَکس بانڈ کمپنی منٛز چھُ عموٗمن ۲۰ بانڈ آسان ۔ یِمہٕ پارٹیہِ مےٚ وُچھِ تِمن نش چھِ پلو پوشاکھ ۲۰۰۰ روپیہ کھوتہٕ زیادے قیمتی ۔ یِہنز اداکاری چھےٚ بہترین تہٕ یِہندی باتھ ( گوٗن ) چھِ خوش یوٗونی ۔ یِم چھِ چالاکی سان برموقہٕ گِندن گرٕی کران تہٕ یِم چھنہٕ کھوژان زِ تتھ کیتھ نتیجہ نیرِ ۔ یِہندی گوٗن باتھ چھِ کاشری ، فارسی ، تہٕ پنجابی ۔ مگر کاشری باتھے یاتی چھِ مےٚ بوٗزی متی ۔ اکنگا ملکہن بگتن ہنٛز کتھ چھےٚ عجیب ۔

برٛہمن بانڈن برٛہمن چھ اداکاری تیٚج کوٚرانان تہٕ یِم چھِ اکنگامہٕ

CC-0 Agamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


کمِن گِندن گرٕن تہٕ حقارٕژ سان وُچھان۔ مگر اَکنگامکی بٹہٕ گِندن گرٕی چھ وَنان زِ یمو چھےٚ دیوی ہندِ حکمہٕ اداکارٕی شروٗع کرٕمٕژ۔ رٕوایتھ چھےٚ زِ واریاہ وٕری برونٛہہ دیٖت اَکنگامکِن پنڈتن ہندس زِٹھس دیوی درشُن تہٕ سارنگ دِژِنس اتھس مَنٛز تہٕ وونہٕ نس"۔ "واے یہ سارنگ؟" تمی کوٚرنس اِنکار مگر دیوی کوٚرس اسرار۔ تمی تُج کمانِ تہٕ وآین سارنگ تہٕ ووٗن زنتہٕ سورٕگُک سوز، دیوی وونس زِ گرٕھ اَکنگامکِس دِودآری ونس منٛز کر سارنگی وآیتھ تسنٛز بھگتی۔ کینٛژس کالس کوٚر تمی لی تہٕ تسند یوٗشر یوتہٕ کوٚر لی۔ مگر پتہٕ ذآژہندس مفادس برخلاف یہ کآم ہیٛچ نہٕ تمو زیادٕ کالس کرٕتھ۔ لہٰذا ترآوٕ تمی سارنگی وایٛنۍ۔ امہِ پتہٕ پیوٚتس انیوتہٕ گام ترآوِتھ ژوٚل لیدرعلاقس کُن۔ امہِ پتہٕ آیہٕ لیدرٕ علاقہٕ کس افسرس یہے دیوی سوپٛنس منٛز تہٕ وونٕنس زِ یہ پنڈِتھ واپس اَکِنگام نِنہٕ خاطرٕ۔ پُنٛن گام وآتتھ آوٕ اَمس پنڈتس رومُت اَچھ گاش تہٕ واپس تہٕ تمہِ دوہ پیٛٹھے ہٕشٕرمی تہٕ تسند یوٗشر یوٗزٕریوٗ کُنہِ احتجاجہٕ روٚس سارنگ وایٛنۍ۔ یِم پنڈت چھِنہٕ پننٛز شرٕی سکوٗل تراوان تِکیازِ یُہند عقیدہ چھُ زِ دیوی گرٕھہِ خفہٕ تہٕ شرٕی مرنکھ۔

بکت چھِ خوش مزاج لُکھ۔ یہنٛز خوش بأشی تہٕ رُت مزاج چھُ غمو برٕتھ کأشرِ گآمی زندگی اکھ اسہٕ وُن نُمایان فرق Contrast بخشان۔ یِم چھِ دون سردارن طآبیہٕ یِم یُہند دورٕ یا علاقن پھیرنُک دوہ مقرر کران چھ تا کہِ کانٛہہ ٹکر سپدِ نہٕ۔ یِم چھ پانہٕ وآنٛی اکھ خاص پھرٕ کتھ استعمال کران۔ یتھ گِندن گرٕی منٛز تہٕ چھِ ورتاوان"۔

لارنس صأحبن یہ ذکر چھِ بےٚ لاگ۔ سُہ اوس بدیٖشی، یورپُک روزن دول۔ لہٰذا اچھن کتھہٕ ترٛژھے ونہٕ مژیژھ باڈن ہنٛز حالتھ چھِن وُچھمٕژ۔ اَسی ہسکو تسُند یہ ذکر نظرِ تل تھاوِتھ ذٕنتھ زاز رٕوفہ تتھ ورٕی اَکھ باڈن بوٗژھمس تھوان۔ یِم

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

اُسی پرُتھ علاقس تہٕ کشیٖرِ نبر پنجاب ہماچل (شملہٕ) تام تہِ گرٕھان یتہٕ یم پٔنٕن نژُن گٕبوٗن تہٕ پأتھر ہاوان اُسی۔ یمن اُس کھاندرن کھوٗ ندرن پٔٹھ جان منگ۔ یم اُسی چھکر تہٕ بچہٕ نعمہٕ تہِ شوقعہ سان ہاوان تہٕ گیوان۔ ژور ژور سارنگہٕ چھےٚ چھکر موکھے زیادہ موزون۔ سورنے چھےٚ بانڈ پأتھرس پس منظرچ موسیقی بخشان۔ یم اُسی بیچھان تہِ۔ گامہٕ گامہٕ یا شہرس منز کوچہٕ کوچہٕ پھیر تھ سورنے وایان یا بچہٕ کوٚٹ ہتھ نژان تہٕ معاوضہٕ نقد و جنس حاصِل کران۔ عیز، (نور ہہ تہٕ نوٕوٕری یکٕ گوڈنیک دوہ) تہٕ دورسن پٔٹھ آستانن، ہُر ہُر پھیر تھ نژُن تہٕ گیون کران۔ پننہ کرأم نیبر یودوے باصلاٰحیت گِندن گوٚر بچہٕ کوٚٹ یا ساز ندر نظرِ گرٕھیکھ تس اُسی پانس ستی رٹان۔ پرٕتھ بانڈ پارٹی اُس وٕہن گِندن گرین مسخرہ، بچہٕ کٹین تہٕ ساز ندرن پٔٹھ مشتمل۔ اُکنگا مکیوٗ پنڈت بانڈ و علاوہٕ آسی سأری بگت تہٕ بانڈ مسلمان۔ فصل کٹایہ وِز اُسی مانگیہٕ نیران تہٕ جنس وٹان۔ یمن چھہٕ زٕ زِٹھی آسمتی۔ اکھاوس دوہ مقرر کران تہٕ بیا کھ کیاوس کران تہِ چھُنہ واضح۔ چونکہٕ بانڈن ہُند مدعا چھُ اسہٕ ناون اوے چھُ لارنس صاحب ونان زبانڈ چھ خوش مِزاج۔ مسخرہ چھُ چاٹہٕ گوٚر آسوٗنے۔ اوے چھُ ونان زِیم چھ گاچ غمنآ کی دوٗرکران۔ جشنہٕ ڈسی، گٕبونہٕ ستی تہٕ مسخری ڈسی۔

پھرِ کتھ استعمال کرنی چھےٚ اکھ مجبوٗری، لاچأری۔ بانڈے یوت چھنہٕ پھرِ کتھ استعمال کران بلکہ بییہٕ کینہٕ کاربار کرن وألی تہِ چھِ پانہٕ وأنی پننہٕ نِہ قسمچ پھرِ کتھ استعمال کران۔ مثلن چھانن، سوٗزن تہٕ واتلن منز تہِ چھےٚ پھرِ کتھ پانہٕ وأنی عام۔ کٲشیرِ منز چھِ پچ تہٕ کارٕ بار کرنہٕ موکھہٕ پھرِ کتھ تہٕ پھرِ لفظ استعمال کران۔ دراصل چھِ یہ غلأمی ہنز علامتھ۔ یِیلہٕ پرٕزرکھٔٹتھ تھونس آدم مجبوٗراوٗس۔ سہ اوس نہٕ پرُخلوٗص تہٕ ننہٕ رِتھ کتھ کران۔ اتھ ستی یُس جذبہ اوس سہ اوٗس خود غرضی ہُند تہٕ

CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


خوفک تہِ ۔ عام گرس منز لۄکن منز سدِ سیٚود کاشِر زبان استعمال کرٕنی تہٕ مجلسہٕ منز، خاندرن پیٹھ یا بییس کانسہٕ وو پرس ژو پرس تھی چھِ بانڈ ازتہٕ پھِر کتھ کران۔ یہ پھِر کتھ چھِ بانڈ صرف پانہٕ واَنی کران۔ یہ چھےٚ لوٚزرچ نشانی۔ خلوٗص تہٕ کردار کہِ بجرِ چ نہٕ کینہ۔ مجبوٗری تہٕ لاچاری ہنز نشانی۔ آزادی تہِ یزتچ نہٕ کینہ۔ دراصل اوٚس نہٕ سماج بانڈس تھٕزِ نظرِ وُچھان۔ برآژ کھمن دِنہٕ پتہٕ آسی کانلمن تہٕ بانڈن بتہٕ دِوان۔ یِیلہٕ یڈ آسکھ سوتان یم آسی پانہٕ وانی کلامہٕ پھِر کتھن منز کران۔ یودوے کانسہِ یِہنز کتھ بوٗزتہِ مگر فکرِ تربیس نہٕ۔

چونکہٕ لارنس صاٗبن چھِ سویہ بلکین بانڈن ہندی کاَفی تعریف کرِمتی تہٕ یہِ وُنن چھُ نہ بے جازِ تتھ گامس منز چھُنہٕ ازکل کانہہ بانڈ روزان۔ یا بانڈٕ کارس مازان۔ کینہہ سامانہٕ، سہہ کلہٕ تہٕ چوغہٕ بیترِ آسی کانسہِ کانسہِ نش تموکنٕ تم دوٚیمِن بانڈن۔ لہٰذا چھِ لارنس صاٗبنس ڈٕپس منز صداقت۔ زِیم قابل کار بانڈ چھ ۱۸۷۷ کس پلیگس منز ہہنہٕ یتھ مارٕ گامتی۔ مرگ چھُ فنکارن تہٕ فنس تہِ گراس کران۔

یہ چھےٚ ٹاکار حقیقت زِ اکنِگامہِ (مہرٕ پوٗرٕ) آسی بٹہٕ بانڈ روزان۔ یم آسی کاشِرِ موسیقی ہنٛدی ماہرتہِ۔ جشنہٕ آسی گنِدان تہٕ ہاوان۔ اکنگامہٕ چھُ بالہٕ دامنس ہیوٚر رپہن شوادیوی ہُنٛد مندر۔ واراہ ؤری برونہہ اوٚس یہ یلہ جنگل تہٕ اتہِ آس اکھ مقدس یاَر یتھ شوابگوٗتی ہُنٛد روٗپ ماَنتھ رامہٕ نوٚم دوہ دِوے آس لگان۔ اتہٕ چھِ پرتھ ؤری وُنہ تہِ مالہٕ لگان۔ امی دوہ آسی بانڈ اتہِ جشنہٕ تہِ گنِدان۔ بٹہ بانڈ آسی شوا دیوی ہنٛدی بکھتی یمن اوٚس ضروٗری امہِ دوہ جشنہٕ گنِدُن۔ یمن آسی مُہری پورکی تہٕ اکنِگامکی مُسلمان بانڈتہٕ بکت تہِ جشنہٕ گنِدنس ساتھ دوان۔ ۱۹۴۷ تام آسی یم بٹہٕ بانڈ باضاَبطہ باَنڈِل کران مگر پتہٕ ترٕ ویٚموٚ یہ کار سماجی وجوٗہاتو کنٕ یِیلہ باقی بٹوٚ یمن کم نظرِ ہیوٚت وُچھن تہٕ یہنٛدس کارس آسی ہناہ کم پایہ ماَنان۔ یم بٹہ بانڈ آسی فارسی،

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

کأشُر کلامہٕ گیوٚنس تہٕ اداکأری کرنس تہٕ نژنس منز سیٹھا ماہر۔ سارنگہٕ۔ سازتہٕ سیتار وائنس منز تہِ آسی ماہر مگر یِیلہٕ ژھوکان ژھوکان آیہِ ساز نذرہ تہٕ مسخرہ بیترِ آسکھ ستی باج۔ یِم آسی مانگیہ تہِ نیران۔ تہ بٹہ کیو مسلمان زمیندار تہٕ گرٕسی آسکھ خوشی سان مانگے پھول دِوان مگر یہ کار تہِ ترووِ یموو وارِ وارِ ۱۹۷۰ برونہہ کن۔

**گلاب رام:**۔ یمن منز اوٚس اکھ مشہوٗر بچہ کوٹ گلاب رام یُس گلُو بچہٕ ناوٕ کنہِ اوس زانہٕ یوان۔ حأفظ نغمہٕ ختم گژھنہ برونہہ اوس یہ بچہ کوٚٹ کشیر منز مشہوٗر رییہ اوس نژنس گیوٚنس تہٕ اداکأری منز سرس۔ لُکہٕ بأتھ، واکھ، وژن، غزل، نعت تہٕ فارسی کلامہٕ تہٕ لیلایہِ گیوٚنس منز تہٕ آسس مہارتھ۔ یہ اوٚس کشیر منز گوڈنیک بچہ کوٚٹ ییٚمی اردٗ وبأتھ تہِ ییتی گیوٚنی۔ کأشر موسیقی پتہٕ اوس نژان تہٕ کمن کمن حأفظن پتھ تراوان۔ اُمی گیوو گوڈنی یہ اردٗ وبأتھ۔ "محمدؐ بڑا شان والا نبی ہے۔" اما پوٚز یہ گولو پٔچی وأنسہِ منز مُرتھ۔ اُمس متلق چھےٚ ضلع انت ناگس منز حلقہٕ بڑنگ کُٹہارس منز وارِیاہ کتھ عام۔ مشہوٗر گیوٚن گوٚر تہٕ رقاص آسنہٕ موٗجب اوس بنیومُت Legend۔ دپان ییٚلہ یہِ سور گواس سُپد تہٕ اُمی سُند شوییٚلہٕ برنگی بٹھس پیٹھ داہ سنسکار موکھ نیوٗکھ، ژینتایہ نار دِنہٕ پتےٚ وٚتھا تہٕ تیٚتھ واوزِ یِم نفراُمس ستی اُسی تم آیہ ژٕلتھ یِیلہ گامس نکھ پہن وأتی بُتھِ سمکھے یہ یمن کینہ نفریم دویمہِ گامہٕ پیٹھ یتھ برنگی اپور ترتھ پنہٕ نس گامس کُن ژلان آسی۔ یِمو نفرو پرُژھ یِمن زِ کوٚت آسِو گأمتی۔ یمو وٚنکھ زِ گلُی بچس آیہ داہ دِتھ۔ دوٚیمہِ گامہٕ پیٹھہٕ آمتی یِم نفر گییہِ حأران۔ وٚنہکھ زِ توٚہی کیا ونان، سُہ ہے اِسہِ وُنی یورٕ واپس اکِنگام کُن گژھان وُچھ۔ سارِوے کھوٚت اجب۔ وننہٕ چھُ یوان زِ گلُی بچہ اوس کستام فقیرِ خوداِیس نش گیوٚنہِ گژھان تہٕ تمو اوٚسُس وٚنمت زِ "گلیا! ژٕ نبا گژھکھ نارٕ دزُن" یہے کتھ پُزراونہ موکھہ چھُ گُلی بچس متلق Legend بنیومُت

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



**کأنِلی - بانڈ پۆری:** از کل چھِ بانڈ کشیرِ منز مختلف جاین روزان۔ کُنہِ کُنہِ گامس ستیٖ چھُ یُہند پۆرا الگ کُن آسان یتھ "بانڈ پۆر" چھِ ونان۔ کانِلی کار کرنہِ کِنیٖ تہٖ کرٛنجہِ، کرٛنجلی تہٖ کانگرِ بہترِ بناونہٕ موکھہِ چھِ یمن کانِلی تہٕ ونان۔ دراصل اوس کانِلی کار بانڈن ہنز اتھہٕ کام یوسہٕ یم گرن اندر رؤزِتھ تمن دوہن کران آسی ییلہِ کھاندر کال یادِ ویہ، مألہ تہٕ وورسہٕ آسہٕ ہن نہٕ۔ آخر زِندٕ روزنہٕ موکھہٕ اوس کانہہ نتہٕ کانہہ کار یمن کرُن۔ جنگلہٕ کانہِ والنہِ، چھلنہِ، تاپس تراونہِ، تیار کرنہِ، زلنہِ تہٕ رنگنہِ۔ کرالن کونڈل ہینز تہٕ کانگرِ وونہِ اوس سُہ کار یُس یمن پیٹھہِ خرچ اوس دِوان۔ کینہہ بانڈ خاص کرِتھ ماگُن اوس رٕژ کانگرِ ہیتھ کُنہِ تہٕ بڈٕ دوہہٕ کانٛسہِ باعزتھ امیرس، جاگیردارس، نمبردارس یا گامہٕ حأکمس ڈألی ہیتھ گژھان۔ تس اُس ذٕ ربخشأئش تران۔ مستخرٕ، سازندر بہترِ آسی یتھے کُنہٕ کانگرِ تمن گریسی گرن تہٕ زمیندارن ہیتھ گژھان یمن نِشہِ تم مانگے آسی رٹان۔ یتھہٕ پأٹھی اوس زمیندارس تہٕ بانڈ فنکارس درمیان جنسہٕ کِس صورتس منزیہ لین دین پتہٕ وتھ پیٹھہِ چلان۔ کانِلی کارٕ علاوٕ چھِ عمومن بانڈ فنکار نانگأری، کُملی کار، واٹن گری بہترٕ کرِتھ تہٕ گزارٕ کران۔ ٹانگہٕ چلاوان۔ پھیری کرٕنی نتہٕ شہر یا قصبس منز یتھ مؤزوٗری کرُن تہٕ چھُکھ پیشہٕ۔ سبٹھا کم بانڈن چھُ تیوٗت زمین زراعت یُس تِہندس عیالس کیٖت وٗری بتہ دِی۔

کُلس پیٹھ چھِ بانڈ/کانِلی دون ورگن ہندی۔ اول یم گبونہٕ، نژنہٕ علاوٕ پأتھر چھِ گندان تہٕ دوٚیم تم یم نہٕ پأتھر چھِ گندان۔ یم چھِ خألص سورنے وایان یا ڈول نگارٕ تہٕ بچہ کوٗٹ ہیتھ گیوان، نژان تہٕ بخشش حأصل کران۔ یتھہٕ پأٹھی چھِ یم پنُن گزارٕ پکناوان۔ یم چھِ وندس کانِلی کار کران۔ یتھہٕ کُنہٕ لارتس تہٕ ونان چھُ زِ بانڈ آسی برونہہ کالہِ زیوٗٹھ مس تھاوان۔ دراصل اوس بچہ کٹمن زنانن ہندی پأٹھی زیوٗٹھ مس آسان۔ یم آسی پیشوأزٕ [illegible] تہٕ بانڈن نِش

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


اَسی کینژن بچہٕ کٹھن ہندی فوٹو حال حال تام موجود۔ یم بچہٕ گُژ اَسی پنداہ پٹھہٕ وُہ وٕہرِس تام زیوٗٹھ مس تھاوان۔ یِتہٕ اوس اکھ وجہ زِ اتھ کاشرِس نغمس اَسی بچہٕ نغمہٕ تہٕ ونان۔ مگر ازکل چھنہٕ سو کتھ۔ وونی چھِ ڈراما گِندنہٕ موکھہٕ بناوٹی مس تہٕ وِگ دٔستیاب۔

وادی کشیرِ ہُند چھُنہٕ سُہ کانہہ تہٕ ضلع یا تحصیل یَیتہٕ نہٕ کانہہ نتہٕ کانہہ تیُتھ گام آسہٕ یَیتہٕ نہٕ کینٛہہ بانڈ گرٕ آسن روزان۔ ضلع اننت ناگس تہٕ پلوامس منز چھِ بِڈر، مُہری پوٗر، بدسگام، اکنگام، شانگس، گونڈ، امام صأب، (تکیہ) بلہٕ پوٗر ،پھرسل ،روموہ ، سیر کانِلی گوٚنڈ تہٕ ضلع سرینگر تہٕ ضلع بڈگامس منز چھِ ییچھ گام، واہتھور، ہأنز گوٚنڈ، بامبراد، ضلع ورمُلس تہٕ کپوارِس منز پاہالن، بُمے، لولہٕ پوٗر، تلگام، ہتہٕ مُل، دروگہٕ مُل، کارِہوم تہٕ کُل گام چھِ کینٛہہ گام یَیتہٕ بانڈ روزان چھِ۔ امہِ یِیمہِ آسن وادی کشیرِ منز شیتن گامن منز بانڈ چھکرِتھ۔ یم بانڈوٗ نہٕ پأتھر چاران چھِ تِم چھِ وونی مساہ پنٛدہن گامن تام محدود، ازکل چھِ یم تھیٹر کِس صورتس منز کأم کران۔ واریاہ پارٹی چھِ اَیپن مطابق ناو بیترِ رجسٹر کرنأوِتھ بأنڈِل تہٕ کران تہٕ ڈراما تہٕ گندان۔ ازکل چھُ ماگن کم تہٕ پریذیڈنٹ یا سیکرٹری بانڈ پارٹی ہندی ژِھی زیادٕ پہن آسان۔ برونہہ کالہِ اوس بانڈن اوٕر انُن تہٕ وودرس برُن مگر ازکل چھِ یم فأصلہٕ کرِتھ یا کنٹریکٹس پیٹھ پأتھر ہاونہِ گژھان۔ برونہہ کالہِ اَسی خاندرن ہنز سے رٕٔتھ مہرازس پھر ناوان۔ برأ ژتہٕ مہرازس برونہہ برونہہ سورنے وایان تہٕ ماہرٕنٛی ڈولہِ منز اننہٕ وِزِتہٕ سورنٔے وایان مگر وونی چھُکھ نہٕ اتھ کانہہ پرٕژھان۔ پوٚز گویی بأنڈِل ہیٚرٕشن ژھوٕ کٔنی۔

گڈھا سنگھ: اننت ناگ مٹن گامس منز چھےٚ سِکھ برادری تہٕ روزان۔ اتہِ اَس اکھ نادار سِکھ ...... روزان یُس گُڈ اسنگھ اَسی ونان۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


أمِس اوس لوکچارٕ پٮ۪ٹھے گیوٗنُک تہٕ اداکاری ہُند شوق۔ یہ اوس باڈن سٟتؠ پھیران تہٕ ماگُن بُنتھ جشنن منز رازٕ، عاشق گوسانٛی بیترِ سبٹھاہ کامیابی سان گنِدان۔ یہ اوس شمشیر بازی تہٕ گتکہٕ علاوٕ نژان تہٕ۔ اداکاری منز اوس أمی سُند ریش تہٕ مس أمِس کافی مددگار ثابت سپدان۔ ییلہِ کینژن سکن أمی ہنز بانڈِل خوش آیہٕ نہٕ تموٚ کر درمہٕ گوٚروہن نِش أمی ہنز شکایت۔ یتھ پٮ۪ٹھ پرٕ ونژھ پٮ۪ٹھہٕ آواکھ زیٹھ "بھایی جی"، مٹن تہٕ کوٚرُن پانہٕ تحقیقات۔ تمیٚ وُچھ پانہٕ گڈا سنگھ جشنہٕ گندان۔ ییلہِ تمیٚ أمی سُند عاشق گوسانٛی سُند رول وُچھ یتھ منز گڈا سنگھن واکھوشرٕ کیو علاوٕ گرنتھ صاٗبہٕ منز رُت روٗحانی کلامہٕ تہٕ گیو۔ بھایی جی گو تیوٗت متاثر زِ تمیٚ کُر شکایت رد۔ گڈھا سنگھن نژن بیترِ وُچھتھ اوس کشیر ہُند وزیرِ اعظم بخشی غلام محمد تہٕ متاثر سپدمُت، تہٕ سُہ اوس تس سرپرستی تہٕ کران۔

**ازکٲلی پٲتھر:** وقتہٕ وقتہٕ چھُ مختلف مذہبن سٟتؠ وابستہ فنکارو بانڈِل کرِتھ یہ لُکہٕ فن زندٕ تھوومُت مگر ازکل چھِ ساری فنکار مسلمان۔ کینہہ چھِ بانڈِل تراوان تہٕ مگر کینہہ چھِ وُنہِ اتھ مازان۔ آیندٕ کتِس کالس روزِ یہ زندٕ تہٕ کُس ہیکہِ وٕنتھ۔ مگر پرانین رِوایتی پٲتھرن ہنز گندن گری چھےٚ وونی وارٕ وارٕ ژھوکان۔ ییلہِ مےٚ بانڈ پٲتھرس وڈن دِنُک موقعہ آوٕ اوُسس اکثر بانڈ زِٹھن یہ پرٛژھان زِ توٚہۍ کُس کُس پٲتھر چھو گندِان۔ تِم آسۍ یمن پٲتھرن ہُند ناو ہیوان۔

ڈرزٕ پٲتھر، رازٕ پٲتھر، راجہِ پٲتھر، بُہری پٲتھر، بٹہٕ پٲتھر، واتل پٲتھر، آرِمی پٲتھر، تِل وان پٲتھر، ووَنتہٕ پٲتھر، بوٚٹہٕ پٲتھر، چینی پٲتھر، موغل پٲتھر، میٚرزاے پٲتھر، گوسانٛی پٲتھر، بِسنہٕ پٲتھر، انگریز پٲتھر، بکروال پٲتھر، شکارگاہ پٲتھر، گدی پٲتھر تہٕ ہانزٕ پٲتھر۔

مگر حقیقتن آسۍ یِم خالص ناو گنزرِوان۔ مگر ییلِ یِنہٕ انان آسۍ زِ تہٕ

CC-0.Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

چھُس امہِ فنگ اکھلوکُٹ موکُٹ زاۓنی کارتم آسی یم ساری پاتھر گندنہٕ نش لوب ہوان ۔ بقول لارنس صاحب ''باںڈن ہندن پاتھرن منز چھُ ہشر'' یم چھِ باضے اکھے پاتھر مختلف ناوَ دِہاوان ۔ اکہِ وقتہٕ چھِ یم واریاہ نقل زانان آسی متی مگر سبٹھاہ کینٛہہ مشر بس منز پیٚنہٕ کنیٚ تہٕ سیاسی ، سماجی حالات تیزی سان بدلنہٕ کنیٚ چھُکھ واریاہ راوُرمُت ۔ مثلن پتھ کالہٕ آسی کینٛہہ مشہور چینی سیاح تہٕ سفیر کشیرِ آمتی ، چن گن اوس راز للتادت سُند وزیر ۔ ہیون سانگ اوس دون ؤری ین کشیرِ منز بودھ عبادتھ گاہن منز روزان تہٕ مذہبی کتابہٕ پران تہٕ ترجمہ کران ۔ تِتھے کنیٚ اوس اوکانگ تہٕ کشیرِ آمُت ۔ یوٚدوَے تمہِ وٚقتکی کانٛسہِ باںڈن نقل کٔرِتھ پاتھر چورمُت آسہِ تہٕ ناوکوٚرنس چینی پاتھرتہٕ تعجب کیاچھُ ۔ پاتھر روٗدنہٕ موجود بس روٗدناوِ ے یوت زٕہتہٕ ووتٕرس منز ۔ یم پاتھر مےٚ پانہٕ وُچھ تہٕ ننہِ وانہٕ کٔڈِم بدِتم چھِ نوم :-

دٔرز پاتھر ، راجہِ پاتھر ، (اُتھی چھِ رازٕ پاتھر تہٕ ونان ) گوسانٛی پاتھر ، واتل پاتھر ، انگریز پاتھر ، شکارگاہ پاتھر (اتھ آسی برونٛہہ کالہٕ سہہ پاتھر تہٕ ونان ) بٹہٕ یا بُہری پاتھر ( یہِ چھُ زٕکہِ کُنے پاتھر یُس دو یوناوو چھُ کننہٕ یوان ) تہٕ آرٕی پاتھر ، وؤنتہٕ وٲلی پاتھرس منز چھِ وؤنٹ بناوان تہٕ تِل وٲنی پاتھرس منز آسی تِل وان زٕکھ پکہٕ ناوان ۔ تِتھے کنیٚ چھُ ہانز پاتھر تہٕ اکھلوکُٹ پاتھر ۔ باقٕے پاتھرن ہُند چھُ خاںٔلص ناوِ ے یوت ۔ موغل تہٕ مہر زاۓ ے پاتھر تہٕ چھُ کُنے پاتھر اوسُمت ۔ یتھ منز فارسی مکالمہ یسلہٕ پاتھی آسی ۔ یم پاتھر مےٚ ستیٚ مِس دٕہی لِس منز وُچھ تہندی بیشتر حصہ چھِنہٕ ازکل گندنے یوان ۔ نٔژن تہٕ چھُ سبٹھاہ کم گومُت تہٕ موسیقی تہٕ چھِ مٔشر ادنہٕ یوان ۔

**باںڈٕ بوٚکھچہِ :** باںڈ آسی پلو پوشاکھ تہٕ سامانہٕ احتیاطہٕ سان رٔژھران ۔ رازٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


لۆکن تہٕ بڈٕ بن موہنوٕ بن نش تہٕ اوس یمن چوغہٕ میلان۔ عمومن اٚسی یم پٔنٕنی پلو، پوشاکھ، بندِ، ٹوپہٕ، پیشواز، لونگہٕ، کپر ژادر، بیتر بوچھن منز تھوان۔ پرٛانہٕ پرون انگہٕ رٚکھ اوس دز وگہٕ مُلکن بانڈن نش تہٕ پرٛانہٕ پرٛون دُسہٕ اوس واتھورکین بانڈن نش۔ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ پیشواز، چوغہٕ تہٕ کھیش اٚسی ہانز گنڈکین بانڈن نش۔

اتھ سامانس گٔیہٕ ترٛے ژور حصہٕ تہٕ آوٕژھوکان۔ شکارگاہ پٲتھرُک سامانہٕ یتھ منز مِنہٕ مرٕ بن ہندی کلہٕ (موکھٹ)، گرٕی کلہٕ تہٕ ہہہ بتھی شامِل چھِ چھُ اکن گامہٕ کین باںڈن نش۔ امہِ علاوٕ چھُ تکیہٕ امام صٲب، واہتھور تہٕ بُمیہٕ ہندٕ بن باںڈن نش تہٕ۔ یمن جاین چھِ مِنہٕ مرکلہٕ ازکل تہٕ چھان گران۔ اماپوٚز واہتھورکو باںڈو چھُ یتھ ہیوٚ کینہہ سامانہٕ کینہہ ورٕی بروٚنہہ سویہٕ بٔگ چہٕ اٚکس باںڈ بابہٕ نش مٔلی ہیوٚ تمٕت۔ یتھے پٲٹھی اوس اکن گامہٕ کو باںڈو ہہہ موکھٹ روموکین باںڈن مٔلی ہیوٚ تمٕت۔ مِنہٕ مرکلہٕ تہٕ گرٕی بتھی چھِ ہچہٕ ہندی مگر ہہہ کلہٕ چھُ ہچہٕ علاوٕ پیپر ماشی منز تہٕ بناونہٕ یوان۔ سامانس منز چھِ ساز تہٕ شامِل آسان۔ سورنے، ڈول، نگارٕ، یم اٚسی عمومن واین واٚلی ہندی پٔنٕنی ساز آسان۔ بانٛسُ، رونہٕ، ڈابر، ترشول، وِگہٕ (خاصکرِ تھ گوساٗنی پٲتھرس منز کام یِنہٕ واٚلی گوساٗنی مس) بیتر چھِ ماگنس نش آسان۔

باںڈن اوس عادتھ زِ تم اٚسی نہٕ کُندی کرِتھ پوشاکھ لاگان نہٕ تتھ کِندنہٕ بروٚنہہ یہٕ وُچھان زِ بٹن، تنہٕ، ٹیب بیتر چھُکھہٕ برابر۔ یہٕ سورُے اٚسی تم مساوی زانان۔ مگر ووٚنی چھِ کینہہ لُکہٕ تھیٹر پٔنٕنی پلو پوشاکھ ژٹنکن منز تھوان۔

**راحت:** ڈوگر راجس منز اوس باںڈ تہٕ بگت بیگارِ تہٕ دوٚیمو ٹیکسو نش مُچھِ آسان۔ درد گُملہٕ کین باںڈن نش چھُ وُنہِ اکھ پٹہٕ (اشٹامی)۔ یتھ منز مہاراجن

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


چھِ حکم ورج کورمٕت زیٚمن باننٛدن نِش ییہِ نہٕ چالہٕ ٹھکس تہٕ تیٖل (ژرٛانگی) ٹھکس بیترٛ بنہٕ۔

بکت (**بھگت**): باننٛدن چھِ بکت/بھگت تہٕ ونان۔ بھگت اٚکھ ساریٚے شمالی ہندوستانس منٛز گیٚندن گرٛی ہاوان۔ یِم بھگوت لیلایہٕ گیٚندان اٚکھ مگر ییلہٕ یِمن سرپرستی اَس راوان یِم اٚکھ خالص تفریح کرن والۍ نقل تہٕ پاتھر ہاوان۔ لکہٕ فنکاری چھِ پرانہٕ وقتہٕ پیٹھے سانٛس ملکس منٛز مندر ثقافتس سٟتۍ وابستہٕ روٗزمٕژ۔ لہٰذا ییلہٕ دیوستھانن پیٹھ دِوے اَس لگان بھگت تہٕ اٚکھ لیلایہٕ گیٚندنہٕ موکھہٕ واتان۔ بھگتن منٛز تہٕ اٚکھ قسم آسان۔ کینٛہہ اٚکھ صرف بھگوت بھجن گیوان، کینٛہہ گیٚندن گرٛی تہٕ ہاوان تہٕ کینٛہہ اٚکھ بھگوت لیلایِن سٟتۍ سٟتۍ نقل بیترِ تہٕ ہاوان۔ یِتھہٕ کٔنی اوس لوٗکن من رنزناونہٕ یِوان تِم اٚکھ نقل پاتھرن منٛز زنہٕ مرد ہندہٕن رِشتن ہنٛزن لوچن موچن کتھن، سوٗدخارن، ظالمن تہٕ مکارن بیترِ ہُند نقل باوِتھ لوٗکن ہندی دِل رنزناوان۔ بھگت تحریکہ روٗزنہٕ سرپرستی حاصل لہٰذا دزایہٕ شمالی ہندوستانس منٛز لکہٕ تھیٹر چھِ لوکچہٕ موکچہٕ ریوایژنہٕ۔ کشیرِ منٛز روٗزیہٕ تحریک چلہٕ وِنی بانٛڈ جشن رکس روٗپس منٛز۔ جموٗم، ہماچل پنجاب، اُتر پردیش علاقن منٛز تہٕ اٚکھ بھگت آسان مگرازکل چھِ ژھوٚیمٕتۍ۔ امہٕ تحریکہٕ ہُند ژھوکنُک اکھ خاص وجہ چھُ لیکن تہٕ جنٛسس متلق کتھن ہُند نٕی رِتھ ورتاو۔ عام لوٗکن ہندِ باپتھ یوٗ دوے یِمہٕ کتھِ لطف اندوز آسہٕ اماپوٚز سماج یُت یوٗت باشعور بنان گو، عزتھ دار ورگن گراتھ نفرتھ تہٕ یِتھِ پاٹھی سپُد یہٕ سرپرستی نِش محروم۔ ییلہٕ بڈروٲدِن ولگام، غوہن تہٕ صوف شالی، یِمن ژون جاین مالہٕ چھُ لگان امہٕ علاقکی بانٛڈ چھِ جشنہٕ علاوٕ "بانٛڈ ژوٚک" رٕلتھ میلتھ نژان۔ اکنگام، ہُمہری پور، ہندگام تہٕ کوٗنٛڈپورِکی بانٛڈ تہٕ بکت چھِ اور

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


واتان۔ یِتھے کٕنٛز یِیلہِ درو گمُلہٕ شاہ ولی ہٕندِس استانس پیٹھ دِوٕ ے چھِ لگان تیلہِ چھِ درو گمُل، گل گام، ہتہٕ مُل، کارہاماہ تہٕ کہِ مُلکی بانڈ چھِ توت واتان تہٕ جشنہٕ تہٕ نژُن بطورِ عقیدت پیش کران۔ یِتھے کٕنٛز چھِ باقٕی گامن منز روزن والٕی بانڈ فنکار تہٕ پننہٕ ننن پننہٕ ننن نزدیک کٕنٛہن استانن تہٕ زیارژن منز دِوٕ ے تہٕ مالہِ لگنس پیٹھ جشنہٕ کران۔ لہٰذا ایوٚ دوٕ ے بکت ناوٕ دی یم وننہٕ تہٕ زاننہٕ ییٚن رُتٕے چھُ۔ بھگت چھُ دراصل سنسکرت زبانٕی ہُند ''بھکھت'' لفظ دِیہ سُند بھکھت یا اپشر بھگت چھُ عمومن زیوٚ پیٹھ یوان ہیہنہٕ۔ لہذا بگت گوسہ یُس دِیہِ سُند عابِد آسہِ۔ اتھ لفظس ہیکن زٲہد، پرستار، یا پوز طالِب تہٕ مانے اُستھ۔ لہٰذا ایوٚ دوٕ ے بانڈ کلاکار باصلاحیت تہٕ ژُکھ تھون وول آسہِ سُہ گژھہِ زانُن زِ بانڈِل چھنہٕ خالِص تفریح کرنہٕ موکھہِ کرِنٕی بلکہ زٲہد ہٕنٛتھ عبادتھ تہٕ اداکٲری ہُندِ فنٛک پرستار ہٕنٛتھ پزٕ وتھ تہٕ زان حاصل کُرتھ دَیہِ وتھ گارنہٕ خاطرٕ۔ اتھ ستٕی ستٕی چھُ سرپرست تہٕ باقٕی پاتھر وُچھن والٕی تتھ پاٹھی رنز ناوِنی۔ یُتھ سارِنے بندن توشہ خودائے۔

**پاتھر چھُ یک رنگی:** پاتھر لفظ چھُ دراصل واراہ مانے تھوان۔ یِہ لفظ چھُ کاشُرِ زبانٕی منز ناٹک یا ڈراما بدل تہِ استعمال سپدان۔ یِیلہِ ژُری دارین دجن، گُڈیا یہِ Dolls گِندان چھِ تہٕ مہراز مہربنہِ چھِ خاندر کران یتہٕ چھُ اکھ پاتھر یوان مانہٕ۔ دارِ دجہِ پاتھر، اپٕژ ے میژ ے خاندر خالِص Make Believe۔ ژُری گیٚندناہ، زندگی ہُند نقل، چونکہِ بانڈ جشن تہٕ بانڈ پاتھر، دوشوے چھِ ہو بہو یکسان اصطلاح تہٕ باضے چھِ بزم تہٕ پاد کران۔ جشن اُسِ تن یا پاتھر موسیقی چھُے زورِ شورِ سان دوشوٕنی منز۔ دراصل اوس برو نہہ کالہِ گُنہ دِوٕ ے یا مالس پیٹھ اکھِ کھوتہٕ زیادٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


بانڈ پأتھر ہاوان ،اوے اوس اتھ جشنہٕ یوان وننہ ہیٚیہ اوس موسیقی ،نژن، نقل تہٕ اداکأری ہُند رلہٕ مِلہٕ فن ٹیس پیٹھ ہاونہٕ یوان۔ تہٕ لُکھ تہٕ سرپرست آسس ''جشن'' ونان۔یوٚ دوے بأنڈلہٕ ،بانڈ اداکأری، نقل تہٕ پأتھرن ووٚن دموتہٕ امیک روٚپ تہٕ ہٕیت بدِ کڈ واسی ہیکو اتھ موسیقی الگ کڈتھ تہٕ پأتھرتہٕ گِندن گٔری ہنٛدِس رِپس خالص ''پأتھر''ؤنتھ پأتھرکی جز مشخص کٔرتھ ہیکو امیک Form وکھنأوتھ۔ پرتھ ناٹکس منٛز چھےٚ کأنہہٕ نتہٕ کانہہ کتھ اکہِ خاص انداز ووِنتھ آسان۔ کینژن ناٹکن منٛز فنی آیہ سبٹھاخوٗبی سان تہٕ کینژن منٛز اڈلکھ آیہ ڈیج یالوتہِ پایہ۔مگر بانڈٕ پأتھرن منٛزِ چھےٚ نہٕ یہِ کتھ یاپلاٹ کہنٛ تہِ آسان تِکیاز یِمن پأتھرن منٛز چھےٚ نہٕ کتھ یا پلاٹ اہم بلکہِ چھُ اتہِ نقل کرُن۔ یا کأنسہِ شخصہٕ سُند کانٛہہ مضحکہٕ خأز پہلو اُبارُن یا ہزِل کرُن یانے Caricature پیش کرُن ۔مگر کینٛہہ پأتر چھِ امہِ برونٛہہ تہٕ دژ امتی ۔یِمن منٛز مسخری ہنٛز مِلہٕ مِش سان تہِ ٕکرِ ٹھی آیہ خداشنأسی ہنٛز وتہٕ گُن اِشارٕ کرنہٕ آمُت چھُ مثلن گوسأنی پأتھر۔حالانکہِ کینژن جدید ناٹکن منٛز تہِ چھُنہٕ باضے Plot اہمیت تھوان یتہٕ واتناوبر یافنکأری یا گِندن گری پیٹھ چھُ زور۔مگر عالمکئن مہشور ناٹکن تہٕ تھیٹرن منٛز چھکھ پلاٹس اہمیت دِژمژٕ۔اُسن دو پداوُن چھُ بانڈٕ پأتھرن ہُند مُدعاتہٕ مقصد۔اُسن چھُ اہم رس یُس یہِ صنف چھُ پننہِ آیہِ لوٚکن من رنٛزٕ ناأوتھ وو پداوان۔یُوٗ تاہ گاٹل، تجربہٕ کارتہٕ قابل گِندن گوٚر آسہِ تیُوٗ تاہ اَسہٕ ناوِ سہ۔لہاذا ییٚلہِ تہِ پأتھرٕ چ کتھ کرواَسہِ چُھ دِمپاغس منٛز یہِ کتھ تھاوٕنی زِ یہِ آسہ سہ ناٹک یتھ منٛز نہٕ ٹریجڈی یا دوکھ اند یا یورپی سٹاپلیج ناٹکأری آسہ۔یوٚ دوے دو چھ باوتھ تہٕ آسہِ سوتہٕ آسہِ تمہ انداز آسُن وو پداپأتھری منٛز چھُنہٕ گُنہٕ تہٕ توأریخی یا

CC-0.Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


نیم توآریخی واقعہ کانہہ تہٕ پیش کش نظرِ گژھان ۔ پاتھر چھُ امہِ آیہ محدود ۔ یہِ روٗپ چھُ مزاحیہ تہٕ کامِک ورتاوان ۔ اتھ رٕپس منز چھُ ملکہ کیٚن بیشتر ڈرامارٕ پن ہندی پاٹھی تم باقے جُزیم اتھ اکھ باشان ، بامقام تہٕ عالی شان قسمُک رنگ رٕپ بخشان چھِ ۔ بہوُدری ، بلہٕ وآنی ، ہابتناک ، حارآنی ، شہوآنی یا عاشقانہٕ ، دردناک ، جوشیلہٕ ، حوصلہٕ مندی ، وآنآ کی ، نفرت انگیز تہٕ حارتھ انگیز بیترِ جذبن ہنز نمایندگی تہٕ چھُنہٕ یہِ پاتھر رٕپ کران ۔ یہِ چھُ اُکی جذبن جذب کوٗرمُت سُہ گو ''ہاسیہٕ'' یانے اسُن ۔ اسنُک جذبہٕ چھُ ترٕہن قسمن ہُند ۔ جسمُک ، پوشاکُک تہٕ لفظن (آوازِ) ہُند ۔ بانڈپاتھر چھُ یمنے ترٕہن جذبن پیٹھ ڈٕرتھ ۔ امہِ برونہہ نہٕ کہنی ۔ اتھ لُکہٕ پاتھرس منز چھُنہٕ کانہہ سیٹ یا منظر کشی ۔ یا کُنہٕ تہٕ پردس پیٹھ کانہہ منظر ہاوِتھ یِس منظرس منز تھاونہٕ یا ہاونہٕ یوان ۔ اتھ گِندن گرٕی رٕپس منز یہِ کینہہ چھُ سپدان تہٕ چھُ لوٗکن برونہہ کنہِ سپدان ۔ یوٗ دوے اکھ مسخرٕ اکہِ روٗپہٕ یا کردارٕ منزٕ نیرِتھ بیٚیس کردارُسند روٗپ ہتیار کرِ سُہ کرِتھ میک پوشاکھ بیترِ لوٗکن منزٕ ے لاگِتھ تمن برونہہ کنہِ پیش ۔ نتہٕ یِم پلو پوشاکھ لاگِتھ آسنس تتھی منز کرِ بیاکھ کردارٕ تہٕ پیش ۔ لہٰذا چھُنہٕ میک اپ کُتھ یا پوشاکھ بدلاوُنچ کانہہ الگ جاے مقرر ۔ یہِ چھُ پرٕزی پاٹھی لوٗکن ہندِ خاطرٕ لوٗکن منز لوٗکن ہند یو فنکار روٗدُسی ۔ لُکہٕ پاتھر یتھ منز گِندن گرٕی اہم چھِ سوتہٕ خالص اُکے نظریہ تہٕ مقصد نظرِ تل تھاوِتھ زٕ اسُن وو پداوُن ۔ اوے چھِنے اتھ منز حد بندش ۔

## پاتھرن ہندی باتھ:

از یوٗ دوے بانڈ پاتھرن وُن دِمواسہٕ چھُنہٕ اکہِ یا دو یو باتو سوآے کانہہ ترتیہ نظم یا باتھ اتھ یوان یُس خالص تمہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

پأتھرِ کےٚ آسہِ ۔ بانڈ چھِ کانہہ تہِ رۄف بأتھ، ونہٕ وَن ہُر یا عام گوٗمت بأتھ گوٚوان چاہے سُہ کانٛسہِ زِندٕ شاعر سُندُے کونہٕ آسہِ ۔ حالانکہ بانڈن منز تہِ چھِ شأعر وۄد پدٕ ہمتی مگر پأتھرن برزر کرنس کُن چھُنہٕ تِمو توجہ دِیتمت ۔ خبر کیازِ؟ اکھ بأتھ یُس مےٚ بانڈٕ پأتھرک چھُ بدآمُت چھُ بٹہٕ پأتھرس منز مختلف طأیفن متلق اکھا اکھ شارہتھ یہ بأتھ:

وازے نچِو اتھدم تھوٚ دُے☆ پتھر نہٕ تراوان پوٚ دُے جوٗ

گوٗشتابہٕ کھوان گنٛگ تس دودُے☆ وازٕ بابہٕ کوتاہ وۄ دُے جوٗ!!

وغأرٕ وغأرٕ ..........

گیوٗن تہٕ موسیقی چھُ لکہٕ پأتھرن ہُند اہم جز لہاذا چھُ ملکہٕ کِہ پرٛتھ لُکہٕ رنگُک زوٗ تہٕ زہتہٕ ۔ مگر گیوٗن کتی گرٛھن بأتھ، نظم، شرُکی، واکھ، وژن، ہُری رۄف بأتھ بیترٕ آسنہٕ ۔ مگر بانڈ پأتھرس منز چھِ دۄیمِن شاعرن ہندی بأتھ بیترٕ یا عام لُکہٕ بأتھ یا مزاحیہ وژن ہُری گیوٚنہٕ یوان ۔ گوسأنی پأتھرس منز چھےٚ چھومباہو (چھُمبالہِ) علاوٕ للہٕ واکھ تہٕ شیخٕہ شرُکی یوان گیوٚنہٕ اماپوٚ زیٚم چھُمبالہِ دروگہٕ مُلکی بانڈ اتھ پأتھرس منز چھِ گیوان تِہُند لب لہجہِ وُچھِتھ چھُ زنتہٕ یِم ''چھُم سِمبر داہکی'' پدیا پنجأبی پأٹھی زنتہٕ گرٛنتھ صاحبکی شبد یاد پیوان یوٚ دوے وُنہِ کانہہ بُڈ بانڈ اتہِ چھُمبالہِ گیوان آسہِ تس نِش تِمہٕ سومبرأوِتھ ہیکہِ کانہہ تِمن سٔنتھ تہٕ اصل رائے مقرر کٔرِتھ ۔ یِم چھُمبالہِ تہِ چھِ واکھ تہٕ شرُکی اندازٕ لَیہِ منزٕ ے گیوٚنہٕ یوان ۔ باقےٚ بأتھ چھِ برموقعہٕ بانڈس گِندن گری وِزِ یاد پیتھ گیوٚنہٕ یوان ۔ لہاذا یوسہٕ اکھ بندِش گٔژھ آسنہٕ تِمہِ نِش چھُ یہِ لُکہٕ رنگ مُچھِ ۔ امیُک خاص وجہ تہِ چھُ یِی زِ بانڈٕ پأتھرن چھُ واراہ کینہہ پتھ کُن ترووُمت

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


یاراوٗ رمُت ۔ یہِ چھُ بے گنڈ ۔ یہِ اکہِ وِزِ تخلیق کرنہٕ آوتہِ چھُ بدلان روزان ۔

**رٕژھرُن / راورُن:** حالانکہ لکیر کا فقیر نہٕ آستھ تہِ چھُنہٕ فنی طور باندٕ مسخری تہٕ موسیقی علاوٕ کینہہ تہِ رٕژھروومُت ۔ فنکار بُتھ چھُنہٕ یموپنہٕ نمن پأتھرن منز پنُن دیُت گُنہِ رنگہٕ ہُر رومُت یوٚ تام یہِ ختم سپدنکس حالس اوس ووتمُت ۔ اکہِ وقتہٕ أسی یِم وُہوُہ فنکار تیُتھ نژُن کران یتھ لارنس صاحب تام اوس متأثر گومُت ۔ مگر پُتی مِس ہتس وُریس منزٕ ے ژھوکیہِ ۔ امہِ نژنچہِ اکھ زٕ اداپھےٚ ووٗنی کأنسہِ کأنسہِ پرأنس ووستس تگان ۔ زِڈھی تہٕ پرأنی ووستہٕ چھِ رحمتہِ حق سپدان تہٕ باقٕے نژُن چھُ خالِص دمالہِ ہندی کینہہ قدم ۔ بچہِ نغمہٕ ، نژن ڈالہٕ تہٕ روٗف بأتن پٮ۪ٹھ قدمن ہنز تُلہٕ تراو ۔ أسی ہیکوٚ ونتھ زِ باندٕ پأتھرن منز یِم بأتھ باندٕ گوان چھِ تِم چھِ سأری ووزُم أنی متی ۔ تِتھے کُنی یوٚ دوَے واتل پأتھرس منز چھُ کانہہ کانہہ گوُن بأتھ سہ چھُ دراصل وُزرامال ڈلیلہِ ہُند مثلن ۔ "نابدی واتلنی کوٗرڈ بکہٕ بجی ۔ ونتہٕ لُتی ماٗز کِژھ لُجی یے" تِتھے کُنی نژن مُدرایہِ تہٕ گتھ مُشراوِتھ فلمی تہٕ ڈسکو نژنس نقل کران ۔ یوٚ دوَے یِی سپدان روٗد برونہہ کُن تہِ پتہٕ روزِنہٕ اتھ منز پنُن کینہہ تہِ ۔

**وِہ روٗپ:** پأتھر گِندنکی چھِ اسہِ نِش زٕ وِہ روٗپ ۔ اکھ یُس رِوایتی پأتھر باندٕ کھڈارن منز گِندان چھِ تہٕ سہ وِہ روٗپ یُس اکھ گِندن گوٚریا بچہِ کوٚٹ چھکرِ ہندِس نغمس پٮ۪ٹھ گِندان چھُ ۔ نصیف رأژ گوبنہٕ پتہٕ اوس بچہِ کوٚٹ پأتھر گِندان ۔ مثلن سہ لاگیہے دوٗبِ باے ۔ پلوٚ سوٚمبراوِنی ، چھلنی چھوکنی ، کُندی کرنی ، تاہ کرُن ، پلوٚ تاہ بہٕ تاہ تھوٗنی تہٕ پتہٕ گراکن گرٕ پتہٕ گرٕنی ۔ یہِ اوس اداکأری سان گوان نژان ۔ بأتھ اوس گوان: "ملی ملی صابن تہٕ چھلی دوٗبِ بأیاے ۔ چھلی دوٗبِ بأیاے" یہِ بأتھ چھُ اِشارن ونتھِ ستہِ منسوب ۔ ویتھ چھِ ویرناگہٕ نیران تہٕ کشیرِ سیراب کرِتھ چھلان چھوکان ۔ اوَے چھُ اتھ بأتس منز تمن سارِنے مقامن ہُند

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

ذِکریم ویتھِ تمِس پتھ چھِ۔ یایہٕ گِندن گوٗر چھُ گوسانٛۍ، فقیر، بٔچہٕ گوٗر تہٕ زنانہٕ لاگِتھ یک کردار گِندن گرٛزی کرِتھ اسہٕ ناوان۔ یہٕ گِندن گری چھِ خاندر کٔنِن دوہن خاصکرِتھ مانٛزِ راتھ ژِ وِزِلوکَن منز باگ پیش سپدان۔ بچہٕ کوٗٹ چھُ زنانہٕ، گوٗر، گوسانٛۍ (باباجی) باضابطہٕ رٕکھ لاگِتھ پیش کران۔ حقیقت چھِ یہٕ زِ ازکل کہِ بچہٕ نغمہٕ بروٚنہہ اُسی بانڈِ اوت چھکری تہٕ آسان تہٕ بچہٕ نغمہِ تہٕ لاگان۔ اوے اُسی بچہٕ کُڑ یک کردار پاتھر گِندنس منز ماہر آسان۔ گُلاب رامن تہٕ پکہٕ ناوِ یہٕ رِوایتھ بژوٚنہہ تہٕ گوپی ناتھ بچہٕ کُڑ تہٕ۔ یِزِ دوٚیے اُسی بانڈِ پاتھرن وار سنوٲسی وُچھو بیشتر پاتھری اُکی ہے کردارس گاشراوان تمِس تیٚمی ہنز گِندن گری اسہِ بدس یوان چھےٚ۔ مثلن بکروال پاتھرس منز بکروال سُند کردار۔ تِتھے کٕنی ییٚلہِ بٔچہٕ پاتھر چھُ گِندنہٕ یوان اُسی چھِ وُچھان زِتھ منز تہٕ چھِ مختلف لِہجہٕ گِندنہٕ وِزِ مختلف یک کردار گِندنہٕ یوان۔ مگر ییٚلہِ بٔچہٕ یاترایہٕ چھِ نیران ییم چھِ ورِچ ترجمانی کران۔ واتل پاتھرس منز چھُ ناپدی واتل گوڑکٕنے تہٕ پتہٕ ییٚلہِ شیٚری واتل، ژمُر، واژ، براتی واتل بیترِ چھِ سمان تیٚلہِ چھِ ورِچ ترجمانی کران۔ اصلی پاتھر چھُ گِندن گوٗر گِندان ییٚلہِ سُہ پنہٕ نہٕ انداز گوٗر فقیر، زنانہ چھُ لاگان، سُہ چھُ اکی وقتہٕ کردار تخلیق تہٕ کران، مکالمہٕ تہٕ تھران، باتھ تہٕ گُوان تہٕ مزاج نظرِتل تھاوِتھ تہٕ سوٗرے ہاونچ کوشش کران یہٕ اتھ کردارس منز اُہنز خاصیژ، غلطی، غفلژ یا کُنہ کمی کٔنژ وٕہپہٕ مثلن ییٚلہِ زنانہٕ رٕکھ لاگِتھ یہٕ گِندن گوٗر ''زنانہٕ پاتھر'' چھُ گِندان تہٕ تمِس زنانہِ ہنز عملہٕ نقل کران یِس گوڈنچہ لٹہٕ گامہٕ پیٚتھہٕ شہرٕ وُژھمژ آسان چھےٚ۔ اُمِس چھُ گُستام فرضی Imaginary نوکر تہٕ سٕتی یِس سٕتی یہٕ کلامہٕ چھےٚ کران۔ اُمِس چھُ لوٗکٹ بوٗھچہ تہٕ کھونہٕ یِس زنتہٕ دودٕشر چھُ یِس وِزِ وِزِ ودان چھُ۔ اُمی ہے ژھوپہ کرناونہٕ باپتھ چھےٚ یہٕ پھِری پھِری ونان ''بلایہٕ لگے'' گوڈنچہ لٹہِ شہر یِنہٕ موجب چھےٚ یہٕ لاری، موٹر، بچہٕ تِلہٕ سڑکہٕ تہٕ لگہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

چُرِ گیُش بیترِ وُچھتھ حاران گرٛھان تہٕ نوکرس ستۍ چھےٚ کتھہٕ کران کران اِکان۔ یہِ چھےٚ أتھۍ اندازس منز فرضی کردارن ستۍ ہم کلام تہٕ سپدان۔ یِم مکالمہٕ چھِ امہٕ صوٗرت حالہٕ مطابق زِیہِ زنتہٕ شہرس منز راوان چھےٚ۔ نوکر چھُس ژھنہٕ گرٛھان شُرِس چھُس پتہ کھسان۔ أمس چھِ أندی أندی اکہِ اکہِ زأری، شرأبی، ٹانگہٕ وول، بدماش بیترِ گتھ کران۔ یہِ چھےٚ نوٚر دِتھ (پرٛدٕ دآری) تِمن ستۍ کلامہٕ کران کران اِکان۔ یِژھ ہش گِندن گرٛی وُچھتھ چھُ باسان زنتہٕ سنسکرت ڈرامہن ہُند "بھان" رُوٗپ ہیوٚ چھُ۔ ازکل چھِنہٕ بچہ کُٹھ یِم پأتھرن گِنْدان۔ یِنہٕ پیٹھ یوٗ وأنی چینل ریڈیو ہس پیٹھ عام گیہِ تہٕ مزاحیہ بأتھ نشر ہیتی گرٛھنی بچہ کُٹھ تہٕ گِندن گرٛی چھِ عاشق معشوق ہنز گزاو گراوے بیترِ ہاوان یِمن منز گوٚن اہم چھُ تہٕ گِندن گرٛی کم چھِ گأمژ۔ یِمن یک کردار پأتھرن ہُند ذِکرمےٚ کوٚر یِم گِندنس منز اوس اننت ناگُک گوٗپی ناتھ کمال کران۔ مےٚ چھُنہٕ کشیر منزتس ہیوٚ باکمال گِندن گوٚر بیاکھ کانہہ وُچھمُت۔ بچہ کُٹھ آسۍ واریاہ جان گوٚن گرٛی اماپوٚز اداکأری تہٕ پأتھر گِندنس منز اوس گوٗپی ناتھ ماہر۔ سہٕ اوس تیُتھ فنکار زِ اسہِ ناوٗن یژھ ہےاَسہٕ ناوان اوس لبلہٕ کرناونہِ یژھِ ہے ودناوٗن تہٕ اوٚش اوس انان۔ أمس ہوی آسۍ بییہٕ تہٕ کینہہ گندن گرٛی یِمن منز جیالال (جیہِ بچہ) وبدِ لال (وبدِ بچہ) محی الدین گلگام، عبدالغنی رأتھر (غنی ترالی) تہٕ غفار لوٗجر بیترِ شأمل چھِ۔

واریاہ ادیو گر قیاس آرآیی زِ بچہ نغمہٕ زاوافغان یا مغل دورکس اثرس تل مگر یتھ حقیقژ کُن دیُت نہٕ کانسہِ دیان زِ ازکل یِم چھکرِ پیشہٕ ورانہٕ چھِ تِم دزِ ایہِ وُہمہِ صدی منزےٚ نٔی خاصکر تھ ریڈیو کشمیر چالوٗ سپدنہٕ کنہٕ۔ امہٕ برونہہ آسۍ بانڈٕ بچہ کُٹھ بتھ نغمہٕ تہٕ چھکر گوٚان۔ یِمیک تصدیق والٹر لارنسن چھُ کوٚرمُت۔ یِمن بچہ کٹھن اوس زیوٗٹھمس آسان زنانن ہندی پأتھی۔ مُہرِ یوٗرک گلہٕ بچہ (گلاب

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

رام) اوس گبوٗن گری علاوٕ کأشرِ موسیقی پیٹھ نژان تہٕ یک کردار پأ تھر گندنس منٛز تہٕ اوس مأہر۔ مگر بانڈ وہیوٚت یُتھ کارٕ مشر اوٗن ووٚنی۔

**پأراو:** پوشاکھ چھُ پأتھرن تہٕ ناٹکن منٛز سبٹھاہ اہمیت تھوان۔ کأنسہِ ہنٛدی پلو پوشاکھ وُچھتھ چھُ تمی سُند مقام، عوٚہد، دین دھرم، عمر، دیش تہٕ پیشہٕ ننان۔ پوشاکھ علاوٕ یِم چیز یا Properties کردار استعمال کرِتم تہٕ چھِ تمی سنٛدِ کردارٕچ زان کرناوان۔ یوٚ دوے شٕپی واتُل اَژِ کھڈ ارس منٛز تس آسن ترنگرِ منٛز شٕپی تہٕ اتھس منٛز شٕپی شیر نکی تہٕ پأر نکی اوزار۔ تس کن وُچھتھے باسہِ زِ سُہ چھُ شٕپی واتُل۔ حالانکہ تس آسہِ شلوار کُرتہٕ نألی مگر باقے چیز یِم تس ستی آسان چھِ چھِ تسنٛدِ پیٚشچ زان کرناوان۔ بانڈ پأتھرن منٛز یِم پوشاکھ چھِ استعمال سپدان تِم چھِ یِتھٕ کنٛی۔

**پیشواز:**۔ یہ چھُ زبن نالس تہٕ یڈتام اکھ چُست جامہٕ ہلوٚ بوٚن چھُ یہِ لہنگا ہیوٗ جامہٕ یُس کھورن بون تام چھُ تہٕ ہٕلس تل چھُ چوٗرِ بند تاکہ نژن ڈال دِنہٕ وزِ چھُ یہ اکہِ گول دأیرکی پأٹھی پھألان۔ ہٕلس تام چھُ یہِ اکہِ سدرِ ہنٛدی پأٹھی بند نال تہٕ بند سینہٕ آسان۔ پلش دارتہٕ ذٔری دار نقأشی کرتھ یہِ جامہٕ چھُ کُنہِ چھِٹہِ یا تمہِ کپرُک آسان۔ یتھ واوِ گلِن نژناوان ہیوٚ رتام کھسہِ تہٕ اکہِ پمپوٚشکی پأٹھی پھُولہِ تہٕ وہراونہ یِیہ۔ پأتھرن منٛز چھِ عوٚموٚمن بچہ کٔٹ تہٕ ذٔرِز پیشواز لاگان مگر ماگنس علاوٕ چھِ کینٛہ کردار راجہ پأتھرس تہٕ موغل پأتھرس منٛز تہٕ عہد دار کردار گندوٚنی تہٕ چوٗغس تلہٕ لاگان۔ دراصل چھُ پیشوازٕ دوٚن وٕلتن ہنٛد بینوٚمت۔ یتھ ازکل چولی تہٕ لہنگا چھِ ونان۔ ووٚنی گوکشیر ہُند موسم نظرٕ تل تھأوتھ چھِ چولی نٔری دار۔ تنہٕ دار یا بٹن دار تہٕ یڈ تام پوٗرٕ ولان۔ تہٕ چولی چھِ وارِیاہ قسمہٕ۔ پیشواز ہیوٗ جامہٕ آسہٕ ایرانس منٛز رقاصہٕ لاگان تہٕ یتھے ہیوٗ جامہٕ اوس پتہ کالہٕ پیٹھے راجستھان، پنجاب، ہریانہ تہٕ ہماچلہ علاوٕ کٔشیرِ منٛز رازٕ وارن تہٕ سلطانن منٛز تہٕ عام۔ موغل بادشاہو پانٛنہِ وٕلتہٕ اتھ پیٹھ

CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



کوٚرُکھ رێشمی تہٕ مَلمَلی جامُک ہُر بر خاصکر تھ زنن ہندِ خأطرٕ۔

یێلہِ ملکس منز گپت خاندانُک راج اوس تیلہ اوس '' گاگری '' ناوُک جامہِ لاگنُک رواج۔ اتھ چھِ ازکل گاگراونان۔ یہ چھُ کھُلہِ جامہٕ توٚنہِ پێٹھُ گوڈن تام آسان۔ اتھ چھُ گیرٕ آسان تہٕ ڈور لاگان۔ پتہٕ آو أتھی گاگراہس '' کوٹی '' یانے لوکٹ کوٹھ بندنالہِ تہٕ چست ژٕری دارلاگتھ '' پیشواز '' وننہٕ۔

**چوٚغہٕ :** یہ چھُ اصلی أکس کوٹھس ہیوٚ مگر زیوٚٹھ چھُ۔ عوموٚمن چھُ تھدِ کپرُک آسان۔ مثلن ذرباف، پشمینہٕ ( یمن اندر استر تہِ چھُ آسان )۔ نپہٕ نپہٕ کرُون چوٚغہٕ اوس باندِپأتھرس منز نژنہٕ وزِ چم کھاران۔ کانہہ چوٚغہٕ چھُ کوٹھن ہیوٚ ر مگر عام کوٹھہٕ کھوتہٕ آنچہِ شےمرٕ زیوٚٹھ آسان۔ چوٚغہٕ لاگنُک رواج تہٕ چھُ قریبن ژٕ ساس ؤری پرٛون۔ متھرا میوزیمس منز یوسہٕ موٗرتی راژٕ کنشک سنز چھےٚ تتھ تہِ چھُ زنتہٕ پیشوازس ہوس جامس پێٹھ چوٚغہٕ نالہِ ترآوتھ۔ چوٚغہٕ چھِ واریاہن قسمن ہندی۔ کٔشیرِ أندی پکھی تاجکستان، ایران، بیترِ ملکن منز تہِ چھُ پننہِ قسمُک چوٚغہٕ لاگنُک رواج۔ کینہہ مذہبی رہنما چھِ وننہِ چوٚغہٕ لاگان۔ مگر یم چوٚغہٕ کأشرٕ بانڈن نش وُنہِ موجوٗد چھِ تِم چھِنہٕ ڈوڈٕ ہتھ ؤری کھوتہٕ پرٛأنی باسان۔ تِم چھِ ڈوگرٕ راجکین دۄہن ہندی باسان۔ حالانکہ بانڈ چھِ تھکہٕ ناوان تِم چھُ ونان زِ یہ چوٚغہٕ چھُ عربکی بادشاہن دیتُمت مگر کمی بادشاہن تہٕ سہٕ کرآو کٔشیر ؟ یمن سوالن چھِنہٕ جواب دِوان )۔ جانور مُسلُک ( فر ) کوٹ لاگنُک رواج تہِ چھُ پرٛون۔ تتھ ( پوستین ) چھِ ونان مگر بانڈ چھِنہٕ یہ استعمال کران۔

**انگ رٕکھ :** یہِ اوس سہٕ پلویُس نرٕبن تہِ اوس ولان تہٕ تن تہِ اوس ولان۔ اتھ آسہٕ سێنس پێٹھ زنتہٕ زٕپکھہٕ ہشہِ آسان۔ اکھ اُس سینہٕ کس أکس پاسس گُن أندری روزان تہٕ بیاکھ دۆیمہِ پاسہٕ پێٹھ نزٕ ۔۔۔ ۔۔۔ اُس جامکی پأٹھی چرٕ

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

دار آستھ کوٗھِن تام آسان ۔ کٔشیرِ منز اوس تِتھس انگہِ رٔکھس پھمبھ تہٕ آسان بٔرتھ یُتھ گرم روزِ ہے ۔ پرانہٕ وقتہٕ أسی اتھ ''انتریہ'' ونان ۔ أنتریہ آسی واریہن قسمن ہندی مثلن لوکٹی ،ژھوٹی ، یا ژھوٹبو نربو ۔ بانڈن نِش چھنہٕ ووٗنی انگ رکھ ۔

امیک رٕواج اوس پرانہِ وقتہٕ ۔ یہ اوس گوسأنی پأتھرس تہٕ بٹہٕ پأتھرس منز استعمال سپدان ۔ امِچ بناوٹ أس لدأخی ''گونچ'' ہِش آسان ۔ پرانہِ چالہٕ بٹہٕ پھرنس آسی انگ رٔکھی پأٹھی چست تہٕ زِ یٹھی ٔری آسان ۔

**صافہٕ:** صافُک رٕواج تہِ چھُ ساسہٕ وادٕری پرٕ ون ۔ مختلف دورن منز چھُ امکی مختلف قسم تہٕ گنڈنکی طریقہٕ رأیج گژھان ۔ ازکل چھِ بانڈ ڈوگرٕ دٕرس منز رأیج طریقُک صافہٕ گنڈان ۔ سورنے وأکی تہِ سازندر چھِ سفید ململہِ صافہٕ گنڈان تہٕ باضے رنگدار تہِ ۔ بروٗنہہ کالہِ اوس ژامنہِ مونجہِ (موٗنڈ) طریقُک صافہٕ تہِ کانٛہہ کانٛہہ گنڈان ۔

**پھیرن:** پھیرن چھُ کأشرٕ ن ہُنٛد عام پلو یُس ؤری کس ؤریس چھُ لأگنہٕ یوان ۔ سازندرتہٕ سورنٕے وأکی چھِ عموٗمن پھیرن لأ گتھ بانڈٕ جشنس موسیقی دِوان ۔ زیادٕ تر چھِ سوتی پھیرن لاگان یم مختلف رنگن تہٕ عام پأٹھی صوٗفیانہٕ رنگن ہندی آسان چھِ ۔ زنانہٕ پھیرن لأ گتھ چھِ ازکل بچہ کٔٹ ''درزٕ'' لاگان ۔

**شلوار:** شلوار چھُ اکھ عام پہناوتہٕ بانڈ فنکار تہِ چھِ استعمال کران ۔ شلوارس سٔتی چھُ کرتہٕ یا قمیض لأگنہٕ یوان ۔ ووٗنی چھِ یاوٕ بانڈٕ کٔٹی پتلون لأ گتھ تہِ نیران چاہے سازندر بٔنتھ یا پیشوازس تلہِ لأ گتھ ۔ مسخری کرنہٕ وزِ چھِ تتھ پھٹہٕ رأوتھ کوٗھِن تام کھأرِتھ تھوان ۔ شلوار چھُ بِذاتی افغانستان تہٕ اندی پکھی علاقن ہند عام پہناوٕ یُس کٔشیر منز ووٗنی عام چھُ ۔ امہِ بروٗنہہ اوس زنگن ہندِ باپتھ پأجامہٕ چالہٕ دُولت عام ۔

**ہوٗل:** ہوٗل گنڈن چھُ پرانہٕ وقتہٕ پیٹھٕ عام ۔ ازکل چھُ پتلوٗن لأگنہٕ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


پتہٕ کمرس پیٹھ کمر بند گنڈان ۔ برونٛہہ کالہِ اوس کاے بند گنڈنُک رِواج ۔ بانڈ چھِ پورٕ ژادر یا کپر ژادرٕ ہلس گنڈان ۔ خاصکرٕ تھ مسخرٕ ۔ اکھ چھُ کمر چست روزان بیٚیہ چھُ کُرٕ ٹاس اُتھی گنڈس پیٹھ پھوان ۔ رہتہٕ کالہِ چھِ کپر ژادر گنڈان تہٕ ہرٕ دکالس تہٕ ونده کالس منٛز ژادر گنڈان ۔ ہوٚل گنڈتھ چھُ ڈٕری تہٕ کران ۔

**ووڈنی** : ڈٕرزٕ چھےٚ عوٚموٚمن کلس ووڈٕنی گنڈان ییتھ ساٹٕرٕی تہِ ونان چھِ ۔ روٚف کرنہٕ وزِ چھِ ڈٕج کلس گنڈان ۔ ازکل چھِ کینٛہہ بانڈ ڈٕرزٕ پیشواز بدلہٕ پھیرن شلوار لاگان تہٕ کلس ساٹٕرٕی ڈٕجہِ بدل گنڈان ۔

**کھیش** : یہ چھُ تھدِ کپرُک زیوٚٹھ شال ۔ بانڈ چھِ اتھ راجہ یا ڈٕرزٕ پاٹھرس منٛز شامیانہ بدل استعمال کران ۔ امیک استعمال آسہٕ کاشرِ بٹہٕ کران تم آسہٕ زیوٚٹھ پھیرن لاگان تہٕ لونگہ بدلہٕ یانے کاے بند یا ہوٚل گنڈنہٕ وزِ آسہٕ امیک ورتاو کران ۔ ڈٕرزِ تہٕ ماگنہٕ ہِندِ نژنہٕ وِزِ تہِ چھِ بانڈ کھیش اتھن منٛز رٹان ۔ بانڈ چھ کھیش اتھن منٛز رٹتھ درزِ تہٕ ماگنہٕ ہِندِس نژنس منٛز تہِ استعمال کران ۔ پرانی کھیش بیترٕ نیرتھ ینہٕ کنٛہ تہٕ رٕننہٕ کنٛہ چھ ووڈنی لٹھہ کپر ژادرٕ استعمال سپدان ۔ رنٛگس منٛز اُسی اتھ پلوونان ۔

**ٹوپہِ** : بانڈٕ پاٹھرن منٛز چھ ادا کار عموٚمن کردار ہِندِ پوشاکہٕ مطابق کلس ٹوپہِ بیترٕ دِوان ۔ بٹہٕ پاٹھرس منٛز چھ اڈین صافہٕ دتھ تہٕ کانٛہہ کانٛہہ گاندھی ٹوٗپ یا چیری ٹوٗپ دِتھ آسان خوجہ سُند کردار گنڈن دول چھُ قراقلی ٹوٗپ دِوان ۔ مسخرہ چھُ پرانہٕ ژھبنہٕ مژہ کگہِ صاحب ٹوپ ژٕکھانٛٹل ٹوٗپ ، اولہٕ دولہٕ صافہٕ تہٕ روٗمی ٹوپہ بیترٕ کلس دوان ۔ ووڈنی چھ پک ٹوٗپ تہِ استعمال کران ۔ زنانہٕ کردار چھنہ ٹاچہ ، قصابہٕ یا ترنگہٕ بیترٕ کلس دوان ۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

**کھور بانہٕ:** اتھ کُن چھُنہ بانڈ ودیان دیتمُت، خالص یلہِ بٹہ پأتھرِ گِندن تیلہِ چھ پلہ ہوٚر کھورن لاگان نتہٕ چھِ ازکالِ بوٗٹ، چینہ پأزار بیترِ ورتاوان۔ مسخرِ چھ زیادتر کھورنہٕ وأری آسان۔

**گُرہ:** یہ چھُ بنگہِ ہُند زیوٗٹھ لٹھر۔ یُس حصہ اتھس منز آسہِ سُہ چھُ توٚن تہٕ موٚٹ تہٕ برونہہ کُن چھُ تنان تہٕ سرپھہٕ لچہ ہند پأٹھی نیک تہِ زآویُل آسان۔ ییلہ دب چھُ یوان دِنہٕ اتھ چھُ زنتہٕ گنڈن منز ورلگان یُس لچہِ کِنز "ٹاس" کڈتھ نیران چھُ۔ یہ "ٹاس" آواز چھےٚ مسخری موکھا اہم۔ ٹاس چھُ وُچھن وألس باہوش تہٕ ہُشیار تھاوان تہٕ ٹاس کھینہٕ ووٚل چھُ ژرنگہٕ ٹُلان۔ ییمہِ کنز اُسن چھُ یوان۔ پنجابس منز چھُ نقال اتھ پوٹاجہ ستی یہ ٹاس کڈان تہٕ واریاہن لُکہٕ پأتھرن تہٕ کامِک منظرن منز چھِ ٹاس وو پداونچہ روایژ موجوٗد۔ گُرہ چھُ ماگُن مسخرن پیٹھ استعمال کران۔ واتل پأتھرس تہِ گوسأنی پأتھرس منز چھُنہ امیک استعمال سپدان۔

**ریش تہٕ مس:** بکروألی ژھاولین ہندِس مسلس چھُ عقلمندی سان ژٔٹتھ دأر یوان بناونہٕ یوسہ کنوٚپتی کِنز نچہ رزہٕ پیینہٕ ستی گنڈتھ بتھس تہٕ ہونگنہِ پیٹھ چھُ یوان لاگنہٕ۔ بکروال پأتھر۔ پیر، فقیر، کردارس چھُ یوان لاگنہٕ۔ ییمہِ چھےٚ کرہنہ۔ سفید تہٕ کرہنز تہٕ چھیرٕ تہِ کینہ چھے زِبچھہٕ دارِ تہِ۔ کرِہنس بیرس تہِ چھےٚ یوان دأر بناونہِ۔ ووٚنی چھُ جدید قسمُک "کریپ" لاگنہٕ یوان یُس میک اپک اہم انگ چھُ۔ زنانہٕ کردار گندناونہٕ موکھہ اُسی برونہہ کالہٕ بچہ کٹین زنانن ہنڈی پأٹھی زیوٗٹھ مس تھاوناوان مگر ازکل چھِ بنی بنأیی وِگہ استعمال سپدان۔ صرف چھُ کینژن بانڈن نش گوسأنی مس "جٹا" یُس تموتمن گوسانین نش چھُ حاصل کوٚرمت یم امرناتھ یاترایہ وزِ مٹن وأتتھ پٔنن سورے مس تہٕ ریش کھورِ ستی کاسان اُسی۔ تتھس مستس اوس دزونہٕ دوٗ[illegible] تہٕ مستس آسہِ وأنسہٕ کنگوٗ نہ دنہٕ سببہ

CC-O Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


رینچہ گرٕ ھان۔ یُتھ رینچہ دارمس کلس لاگتھ چھ گوسائی پأ تھرس منز بانڈ کھڈارس اژان تہٕ حأران کران۔

**بٔندی:** مأگُن چھُ پننس صافس پیٹھ بٔندی گنڈان۔ یتھ منز سُہ گوند لاگان چھُ۔ امہِ سٟتی چھُ سُہ مہاراجہ ہیوٗ بوزنہٕ یوان۔ بٔندی چھےٚ زرقہ برق زٕ آنچہ کُھلہٕ فیتہٕ ہیوآسان۔

**تبرزین:** یہ چھ اکھ لوکٹ موکٹ تبر۔ اتھ چھُ قلمکہِ مُوچرٕ اُٹھ دٕہ آنچہ زیوٗٹھ دن۔ یہ چھےٚ درزٕ پأ تھرس منز مأگنس گوڈہٕلس گنڈتھ پتہٕ اتھس کیتھ آسان۔ سُہ چھُ امہِ سٟتی مسخرن کھوژناوان۔ یہ تبر چھے دراصل ہتھی یارچ علامتھ۔ امہِ سٟتی ییہِ نہٕ کو کرپوٗت تہِ مارنہٕ مگر یہ چھےٚ توتہِ اتھس منز تمہٕ تلوار یاتبرِ بدلہٕ آسان ییمہ سٟتی گردن اُس ہینہٕ یوان۔ بٔدی تہٕ برأیی نشہ بچنہٕ موکھہٕ چھ ییہ ضرورٗی۔ اوے چھُ بانڈٕ پأ تھرِ طنز ورتاوان تہٕ یہ تبر چھ روب دانچ علامتھ تہٕ۔

**گوٚنڈ:** لارنس صأحب چھُ پننہ کتابہ ''ویلی آف کشمیرس'' منز ونان زِ ''پتھ کالہٕ اوس پرٕتھ کانہہ ذی عزت موٚہنیوٗ (کأشُر) برگہٕ سنزن تیر بن ہندگوٚ ندکلس گنڈان'' خاندرو وزِ اُسی بٹہٕ تہٕ مہرازس صافس پیٹھ گوند گنڈان۔ مگر یہ فیشن گو ۱۹۳۰ پتہٕ ختم۔ پأ تھرن منز چھُ مأگن بندِ پیٹھ ییمہ تیر ہٕ وُنہِ گنڈان حالانکہ ییمہ آیہ تیر سُہ گنڈان چھُ تمہ آیہ چھےٚ نہٕ یم گوند یک باس دِوان بلکہ چھے یم کلہٕ ولٕبت سجاوٹک سامانہٕ باسان رازس یا مأگنس ورائے چھنہٕ ییہ کانہہ کردار گوند لاگان۔ دوٚنی گو باضے چھُ عاشق گوسائی تہٕ گوندلاگان۔

چونکہ بانڈٕ پأ تھرن منز نہٕ چھ کأنسہٕ تواریخی شخصیژ متلق پأ تھرِ گندنہٕ یوان تہٕ نہ کُنہِ دیومالا کتھِ متلق۔ نہٕ چھُ کُنہِ تتھِ داستانک پأ تھرِ گندنہ یوان۔ ییمہ باپتھ کُنہ تہِ خاص تہذیبی دورکی علامت پلاو پوشاک [illegible] ییمہ باپتھ بناونہ یا

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


رژھراونہ یہن۔ بانڈ چھ وقتس ستی ستی پکہِ متی۔ یمو چھ پننہ زندگی اندی پکھی لوٗکن ہندی پاٗتھر چاٗری متی لہٰذا چھُکھ پوشاکھ بناونس تہٕ رژھراونس کُن کم توجہ دِتمت۔ یوٗتے ضرورتھ زونکھ تیوٗتے رژھروکھ۔ بیشتر پاٗتھرن منز چھُ بانڈ پننہ ین روزمرہ کِمن پلون منز پاٗتھر گِنداں۔ لہٰذا ہیکوٗ نتھ زِ بانڈ پاٗتھرس منز چھےٚ گِندن گری سبٹھا اہم۔

واد: موسیقی چھے رنگس ستی پتھ کالہٕ پیٹھے وابستہٕ روٗزمژ تکیازِ سہ چھُنہ کاٗنہہ فن تہٕ کسب یُس نہٕ رنگس منز دُرینٹھ ییہِ۔ موسیقی چھ پوت منظرتہٕ جذبن کہو واقعاتن ووکھناوان۔ وُتشاوان بُرژرکران تہٕ ناٹک وُچھن والین منز رس پاٗدٕ کران۔ جذباتن وُتش دِلس تہٕ تہنز جدت پاٗدٕ کرنس منز چھےٚ موسیقی مدد کران ناٹکک مُژ تہٕ واتناویر ذہنس منژ تھوٗتھ چھِ موسیقی ڈزاین یوان کرنہٕ۔ یتھہٕ کُنی چھےٚ موسیقی یا سازگونس ستی سنگژ باپتھ لگان۔ نژنس منژ تہٕ چھےٚ تال لے تہٕ بندشہِ حدس منز رٹان۔ باضے چھ اُکے (سولو) سازتہِ واینہٕ یوان۔ ہندوستاٗنی سازواینس منز چھُ تال تہٕ لیہِ موکھہٕ دوٚیم ساز تہِ ستی آسان۔ ییلہِ کاٗنہہ پاٗتھر چھُ چارنہٕ یوان ادکاروتہٕ گِندن گریو بروٗنہہ چھِ سازندر ساز وایان وایان رنگس منز اژان تہٕ یمے ساز چھِ پاٗتھرس تہِ پوٗت منظرِ چ موسیقی تہِ بخشان تہٕ Effects تہِ ووپداوان۔

بانڈ چھِ ''واد'' لفظ واریاہن مانے ہن منز استعمال کران۔ وادگو ساز، وادگو وایُن تہِ، وادگو مقام کاٗنہہ بندش یالفظن تہٕ سورن ہنز بندش۔ دراصل چھُ یہِ سنسکرت زباٗنی ہُند لفظہٕ ''وادیہِ'' امیک مانے گوٚ ''ساز'' یُس واینہٕ ییہِ۔ پھوکہٕ ستی یا واوٕ ستی، گزٕ ستی، اتھٕ ستی، زیرٕ ستی، ٹاسہِ ستی تہٕ نمہٕ ستی بیترِ۔ بھرت منی چھُ ناٹیہِ شاسترس منز سازن ژون قسمن منز تقسیم کران۔ گھن وادیہِ۔ اوٚندھ وادیہِ۔ سُشِر وادیہِ تہٕ تت وادِیہِ۔ بیہہِ اُکی گرنتھ کارن چھِ وادن ہنڈی خاٗلص تژے قسم ماٗنی متی۔ تت، وِتت تہٕ تت وِتت تہٕ گھن چرم۔ تنتر کا تہٕ گھن۔

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


ا۔ گھن گیٛیہٕ تِم سازٕ یِم لوٗرِ یا گُنہِ داتہٕ سٟتۍ وٲیتھ آواز دِن۔ یِتھ کُنٛز گر یا گنٹی چھےٚ لوٗرِ یا بیچِہ ڈوکرٕ سٟتۍ واینہٕ یوان۔

۲۔ اونٛدھ: یِمن سازن چمرٕ یا مُسلہٕ مُرتھ آسان چھُ تہٕ آواز چھکھ ٹاس دِتھ نیران تِمن چھ اوٗندھ سازو نان مثلن ڈول، مرِدنگ، دمامہٕ، نگارٕ، ڈابر، تمبک نارٕ یِمو سازو منٛز چھ ڈول تہٕ نگارٕ بانڈٕ پٲتھرس منٛز واینہٕ یوان۔ ڈابر واینُک رواج چھُنہٕ بانڈٕ پٲتھرس منٛز مگر گوسٲنی پٲتھرس منٛز چھےٚ یہ بٔڈس گوسٲنس تٕر شولس لٲگتھ آسان۔

سُشر: یِمن سازن واو دِتھ یا پھوکھ بُرتھ آواز یِہ پٲدٕ کرنہٕ گیٛیہِ سُشر۔ نےٚ، سورنےٚ، شہنٲیی، بین، ہارمونیم، کلیرنٹ بیترِ چھِ اتھ گرندِ منٛز یوان۔ بانڈ پٲتھرس منٛز چھ سورنے تہٕ ٹوٹکہٕ (ژھوٹ سورنے) یوان واینہٕ۔

تت: تِم سازٕ یِمن تارٕ آسن چاڑتھ تہٕ تارن یِی زیر دِتھ اتھ سٟتۍ یا مظرابہٕ سٟتۍ آواز کڈنہٕ۔ مثلن تنبوٗر، ربابہٕ، ستارٕ مگر وتتِ گیٛیہِ تِم سازٕ یِمن آواز گژِ بیترِ سٟتۍ یِیہ کڈنہٕ مثلن سارنگ، وایلن، سازِ کشمیر، اسراج وغارٕ۔

بانڈٕ پٲتھرس منٛز چھےٚ سورنے، نگارٕ تہٕ ڈول زیادٕ تر استعمال سپدان۔ امیک وجہ چھُ زِ بانڈٕ پٲتھر چھُ کُھلہٕ مٲدانن منٛز آکاشس تَل یوان گِندنہ لہٰذا سورنیہِ ہنٛز آواز، ڈولک ٹھس تہٕ نگارٕچ ژٕنڈ چھےٚ دوٗر تام گژز واتناوان۔ یِہ گژز چھنہٕ کُھلہٕ مٲدانن منٛز بوزُن کھران مگر اگر یہے گژز ٹھس منٛز بوزُن پیِٚیہ تیٚلہِ پیِٚیہ کنن تھوٚپ دِین۔

ڈول چھُ لکرِ مونڈِس کھوکھر اوتھ یوان بناونہٕ۔ یِہ چھُ منٛزس اندو کھوتہٕ ہناہ زیادٕ پہن کھلہٕ۔ اتھ چھُ دوشوے اندو چمرٕ رزو سٟتۍ یوان چارنہٕ تہٕ یِہ چھُ دو یو لوریوٚ سۍ یوان واینہٕ۔ ڈٕچھنہِ اتھچ لوٗر چھےٚ ہناہ موٚٹ پہن تہٕ کھوورِ اتھچ زاوِج آسان یِتھ تھ حرکژ و سٟتۍ جنبش تہٕ سپد

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

نغارٕ (نقارٕ) یہِ چھُ کرالہٕ ہنٛز پےٚ منٛز ڈُلجہِ پَپٹھ چمرٕ مُرتھ یوان بناونہٕ۔ اتھ چھےٚ رزٕ وٕزِسی یا دالہٕ سٟتؠ چاران۔ اکہِ لورِ ٹکرٕ ڈٟسی یوان وایِنہٕ۔ یہِ چھُ تال دِنہٕ موکھہٕ سنگت دِوان۔

سورنے: یہِ چھُ ہچہِ کھوکھرس گدی کرتھ بناونہٕ یوان۔ کٲشیرِ منٛز چھےٚ کولگامی علاقس منٛز اتھ کینٛہہ چھانٛ گران۔ اتھ چھُ ہِنکہٕ پترٕ ڈٟسی دندن تل رٹتھ پھوکھہٕ یوان برنہٕ تہٕ گدی بندن پٮ۪ٹھ اوٚنگجہ ہنٛز تُلہٕ تراوِکٕنؠ سور یوان کڈنہٕ۔ یہِ چھُ بانڈپاتھرن ہُنٛد اہم ساز۔ یہِ ساز چھُ کٲشیر کیوٚ مُلکس منٛز سبٹھاہ پرٛون ساز۔ لداخس منٛز چھِس "سُرنا" ونان۔ یِمہٕ کٕنؠ باسان چھُ یہِ چھُ تور کٲشیرِ پٮ۪ٹھےٚ گومُت۔

گرٕ:۔ کٲشیرِ منٛز چھُ گرٕ وایِنُک رِواج مندرن، محل خانن، بودھ وِہارن تہٕ سنٛگن منٛز سبٹھاہ پرانہِ کالہٕ پٮ۪ٹھہٕ اوسمُت۔ مگر ۱۹۴۷ء پٮ۪ٹھ چھےٚ وونؠ گرٕ خالص سکوٗلن منٛز اکھ پیریڈ موکلتھ بیاکھ شروع سپدنہٕ موکھہٕ یوان وایِنہٕ۔

پرانہِ وقتہٕ یِم ساز کٲشیرِ منٛز وایِنہٕ آسی یوان تِمن منٛز اُس وینا، مردھنگ، پٹھا، پُشکر تہٕ ترِپُشکر، بنسری، تہٕ ستارٕ ہوی ساز یوان وایِنہٕ۔ امہِ علاوٕ نوٹ، دمامہٕ، تمبک ناری تہٕ کینٛہہ کترٕ ساز یِمن ہُنٛد الگ الگ موقعن پٮ۪ٹھ الگ الگ رِواج اوس۔

بانڈپاتھرس منٛز اوس "پیشرو" ناوُک بیاکھ ساز یُس کترِ یو تگارِ ہیوٚ آسان اوس۔ یتھ چمرٕ اوس مُرتھ تہٕ گردنہِ منٛز رزٕ سٟتؠ نالؠ تراوِتھ اوس سینس سٟتؠ رٹتھ دوٚیو زاوِ جومؤر بوٚ سٟتؠ یوان وایِنہٕ۔ یتھ ساز چھُ مُلکس منٛز کرناٹکس منٛز ازکل تہٕ وایِنہٕ یوان تہٕ جمہِ کِنہِ پہاڑی علاقن منٛز چھِ "والمیکی"، قبیلن سٟتؠ وابستہٕ کینٛہہ واین والؠ وُنہِ وایان۔ امیُک رِواج چھُ کٲشیرِ منٛز ختم گومُت۔ اتھ سازس اُس ترٕم ترٕم ہِش آواز نیران۔ وُنہِ چھُ کاشری زبٲنؠ منٛز "ترمہٕ ترمہٕ" لفظ موجوٗد۔

کھوکھر ہینگ چاہے جنگلی ماش یا ہانگل سُنٛد آسہِ تہٕ اوس پتھ کالہِ وایِنہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


یوان ہیتھ "پوگ" آسی ونان۔ تتھے کنٕ اوس "ڈاپھ" تہٕ ہانگ" تہٕ واینہٕ یوان۔ ننٛد ریشی ہنٛدٕ بن شُرکین منٛز تہٕ چھُ یہنٛد ذِکر "پوگ ییلہِ واین زمین پھٹن" ......

"ہاہے ہانگ نارزن وُزن"۔

چنگہ :- یہ چھُ دندن تل دُبتر یوان رٹنہٕ تہٕ منزُم زآوِیل تارہیوٗ پترٕ چھُ اتھٕ ستیٚ یوان واینہٕ۔ دم یا شاہ تہٕ چھُ امہِ موکھہٕ کارآمد۔ امیک چلن چھُنہٕ بانٛڈٕ پأتھرس منٛز۔ یہِ واینہٕ موکھہٕ گرٛشہِ سبٹھاہ مہارتھ تہٕ دم آسُن۔

رٕپ: کُنہٕ تہٕ گندن گری ہُنٛد رٕپ متعین کرُن تہٕ تمیُک وضاحتھ کرٕنی چھےٚ ہناہ مُشکل کأم۔ ووں گوامہِ فنکی جزیا انگ تہٕ وٕھرٕ وٕھرٕ نٔبہٕ وُچھتھ تہٕ زانتھ ہیکو أسی پأتھرن ہُنٛد رٕپ بدٕ کڈتھ۔ ییلہِ مےٚ کأشری زبأنی منٛز پنٛنی گوڈٕنچ اوک انگی سومبرن "ترٛنوٕ" شایع کٔرتھ گوڈٕ کتھہِ منٛز کٔرمےٚ بانٛڈ پأتھر کہِ رٕپچ وضاحت۔ امہِ بروٚنٛہہ اُس نہٕ کأنسہِ تہٕ کأشری لکھأری کانٛہہ تہٕ ڈراماتھ ہیٚرٕ منٛز چھپوومُت۔ یتھ کنٕ انسأنی جسم مختلف انگو تہٕ لوکٹو انگو ستیٚ چھُ بنیوومُت تتھے کنٕ چھِ کینٛہہ اہم تہٕ کینٛہہ دوٚیم جزٕ تمہ یم بدِ کڈتھ بانٛڈ پأتھر ونہِ ہیکو کڈتھ۔ مثلن یتھ کنٕ بروٚنٛہہ آوونہٕ زِ "بانٛڈ" گومسخرٕ لہٰذا اچھُ بانٛڈ پأتھرُک اہم جز مسخری۔ چونکہِ مسخرٕ چھُ اسہٕ ناوان لہٰذا یُس تہٕ کلامہٕ تہٕ عمل سُہ کرتمیُک مزاجہٕ آسہِ مزاحیہِ۔ یُس تہِ بأتھ سُہ گَہِ سُہ آسہِ اَسہٕ وُن، مزاحیہِ، طنزیہ بیترٕ۔ یوٚ دوے سنجید کلامہٕ تہٕ کرٕ مدعا چھُس لُکھ رنزناوٕنی۔ چونکہِ بانٛڈٕ پأتھر چھُ کھُلہٕ مأدانن منٛز گندنہٕ یوان لہٰذا یوسہٕ موسیقی ساتھ چھس دِوان تمہٕ موکھہٕ چھےٚ سورنے، ڈول، نغارٕ یوان واینہٕ۔ یتھ آواز دوٗر دوٗر تام واتہٕ تہٕ لوٗکھ واتن گھیٚنچھو۔ چونکہِ یہ گندنِ گری چھِ لُکہٕ گندُن لہٰذا اچھنہٕ بانٛڈ زیادٕ پوشاکھ بیترٕ استعمال کران یا میک اپ کران۔ گندنَ گوٚ رچھُ لُکہٕ کھڈِ ارس منٛزے لوٗکن تھی روٗپ بدلان۔ اکھ کردار اتھٕ پھیٚرِتھ بنان بیاکھ دوکھا ووکھا کہِ اکہِ تہٕ

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


اتی نیرِ پھُٹھ۔

مسخری: مسخرٕ کُس گوٚ وتہٕ کیاچھُ کران اتھ متلق چھُ اکھ مکمل باب آمُت لیکھنہٕ۔ وونی گوکنہٕ کتھہٕ ووکھناووپیٚنتھ تہٕ۔ سُہ چھُنہٕ کانہہ ریوایتی پأتھر یتھ منزٕ مسخرٕ آسہِ۔ کینژن پأتھرن منزٕ چھِ شیٚنہٕ پیٹھہٕ باہن تام مسخرٕ آسان۔ یِم صرف ترٛشہٕ حرکژ تہٕ نقالی چھِ کران ییمہٕ ستیٚ اُسن ییہِ۔ برونہہ کالہِ اُس کینژن کأشرٕ ہن کھر آسان تہٕ مسخرٕ اوس لوتے یِوان تہٕ کھڈارس منزٕ کھرِس لوتی ٹوٗپٕ ٹلان تھوٚ دتہٕ کھر کڈان نٕژ۔ بیا کھ مسخرٕ چھُ یِوان تہٕ سُہ تِمس کھرِ لوٚنچ اداکأری کران۔ ترٕ یِم مسخرٕ یِوان تہٕ سُہ دوٚ یمس مسخرس زیٚولوٚان زنتہٕ تِمٕ ہنزٕ زیٚوِ منزٕ کھرِ ہُند مزٕ نوان چیٚتھ۔ یا یتھہٕ کٕنٛژ ڈٕرزٕ پأتھرس اکھ مسخرٕ یِوان تہٕ ڈٕرزِ ساڑی ٹلان تھوٚ دتہٕ خوش گژھان۔ بیا کھ مسخرٕ یِوان تہٕ سُہ ڈٕرزِ ہُند مس پنہٕ نِس بٕتھِس ڈالان۔ ترٕ یِم مسخرٕ یِوان تہٕ سُہ چھُ دوٚ یمس مسخرس بٕتھِس اَتھہٕ ڈالان تہٕ پتہٕ پنہٕ نِن نرٕ ہن زنگن پھشِ دِوان۔ ییہِ سوٗرے ییہِ ہاونہٕ موکھہٕ زِیُس فِلٕ لہٕ تہٕ تیل ڈٕرزِ چھُ مستس موٚ تھمُت تِمٕ چ مُشک نِیہٕ تموبأ گرِتھ۔ یِمن حرکژن پیٹھ کس ییہِ نہٕ اُسن۔ حالانکہِ ناٹکس ستیٚ چھُنہٕ اتھ عملہِ کانہہ تعلق۔ ییہِ پچھےٚ چھرا مسخری۔ ییہِ عمل چھِ مسخرٕ سُند ژھر برٕ تہٕ حارأنی باوان۔ لیس نہٕ مشکہٕ دار تیل میسر آسہِ سُہ آسہِ نامُشک ژھٹنہٕ تہٕ تتھ حرٕ تلنہٕ موکھہٕ تشنہٕ۔ سُہ چھُ اتھ عملہِ مسخرٕ اداکأری ستیٚ بییہِ تہٕ تھُر کھاران۔ مسخرٕ چھِ اکھ اٚکس ستیٚ تشنگی ہُند مظاہرٕ کران لاینہٕ یِوان۔ تِم چھِ اورٕ یورٕ پھیران۔ کُنہٕ کتھِ پیٹھ جہل کھُسن، لارِ لارِ منزٕ لاینہٕ یُن، ڈُلہٕ گنڈی دِنٕ اورٕ یورٕ پھیرُن۔ چھانگرٕ پیٹھ لوٗکو منزٕ ژُلن تہٕ کھلبلی مچاوٕنی بیترٕ تہٕ چھِ اتھ مسخری منزٕ وُچھنہٕ یِوان۔

کینژن پأتھرن منزٕ چھُ مسخرٕ مسخری ستیٚ ستیٚ دوٚ یِمن کردارن ووتلاونہٕ موکھہٕ تہٕ اکھ اہم وٕسیلہٕ۔ یکوٚ پأتھرن منزٕ چھُ گُجری کأشرس کٕٹھ کڈان۔

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



بکروال چھُ پانہٕ تہٕ اکھاسہٕ وُن کردار مگر مسخر چھُ گُجری ہند کاشُر لہجہِ آیہٕ کتھہٕ کُری کُری تَسِنْد کردار صحیح پاٹھی ووتلاوان۔ کینژن پاٹھرن منز چھُ مسخر حدٕ نیر تھ مسخری کران۔ باضے چھِ تِم اُکی ہے کتھِ ٹانٹھ کھاران تہٕ باضے حدٕ کھوتہٕ زیادٕ کتھہٕ کران۔ یتھہٕ پاٹھی چھےٚ تِہنز مسخری پاٹھرکہِ اہم واقہٕ، منظر تہٕ موضوع نشہِ الگ پکان۔

چونکہِ بانڈِل چھِ زیادٕ نقالی ہاوان لہٰذا چھِ اتھ منز سانگ، ڈانب، نلم، منز پاتھر (Mime) لاگُن ہسبڑن گیلُن، لنجر کجر، اڈ کجر، پھپھبر، انبر، بُجر شُری گی، مُڈٕ گی، وُچاپہ گی، چاربر، ووٹہٕ، دمالہٕ، مشتبازی، بیترِ موجوٗد۔ مسخر چھُ بے سوٗمی جندٕ تہٕ اسہٕ وِنی پوشاکھ لاگان۔ پھرِتھ پھرن یا پھرِ تھر نال کُرتھ کُرتہٕ۔ مالہٕ ٹوپی، زیوٗٹھ ریش، جانور مُسلہٕ، گنٕڈتھ ہوٗل تہٕ زچہ لگہِ چھِ عمومن لاگان۔ سُہ چھُ پرتھ وِزِتی لاگِتھ رنگس اژان یی نالی آسبس۔ مگر کُرتن بِرِ شلوار گیرس منز تہٕ شلوار کھارِ ہیٚور۔ ژادروٗلہِ ہلس، اگر پوژھ آسبس نالی تیلہٕ آسبس دستار کھنگر کلس تہٕ شلوار زنگن تہٕ ژادر یا کپر ژادروٗلہِ ہلس۔ بتھس رنگ کرنک رواج چھنہٕ مسخرس۔ حالانکہِ یہ اوس ضروری جُز۔ مسخر چھنہٕ اُکی ہے جایہٕ کران ٹھہراد۔ سُہ چھُ رنگس پرِتھ اندٕ پھیران۔ بے مطلب پاٹھی لگن، پاتھرِ کین اہم تہٕ جزوی۔ کردارن پیٹھ طنز کرنس تہٕ چھس نہٕ گنڈ۔ اوے چھُ اہم کردارس نش گُردب کھوان۔ لوٗکن باسان سُہ چھُ چوب کھوان مگر ''ٹاس'' چھِ اکھ بیداری انان، نوڈرامائی صوٗرت پادٕ کرنہٕ موکھہٕ یتھ نہٕ سُہ نیرتھ گژھ۔ ٹیپہ ژٹہٕ نس یا فقرٕ کسنس تہٕ چھنہٕ تس گنڈ۔

پاٹھرن ہندی اہم کردار چھِ تِم یمن ہندس ناوس پیٹھ پاتھر آسہِ۔ بٹہٕ پاٹھرس منز بٹہٕ گوسانی پاٹھرس منز گوسانی بیترٕ یم تہٕ چھِ عاشق گوسانس ہوا ئے سأری گوڈٕ مسخر تہٕ پتہٕ کردار۔ یوہے وجہ چھُ زاتھ مسخری رِ پس منز چھُ اہم فنی نوقطہٕ راوان۔ بٹہٕ پاٹھرس منز چھِ مسخرس ڈگہٕ دنان۔ ڈگہٕ گوسہ بچو بانہٕ یتھ منز

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


کبنہٕ رژھراونہٕ ییہ گیُونن اوس کشیرِ منز ہچوٕن ڈگن منز ترٚلیش تہٕ کھٕژ یوان کھیاونہٕ۔ امہِ علاوٕ گوڈ گہٕ سُہ کھوکھر وُمت ''ہچہِ بانہٕ'' یتھ چمبرٕ مرنہٕ پتہٕ تال واینہٕ موکھ ساز چھُ بناونہٕ یوان۔ یتھہٕ کنٕز دوکرٕ یا طبلہٕ۔ لہٰذا بانہٕ آسنکہِ مانے مطلبہٕ کنٕز گوییتہٕ ''پاترٕ'' وونٕ گوہزل کرنہٕ کس اندازس منز آوٕ ستھ بانہٕ کس مطلبس منز مسخرس ''ڈگہٕ'' تہٕ وننہٕ۔

**رنگہٕ چال:** یہ چھُ بروٚنٹھے آمُت وننہٕ زِ بانڈ پاٗتھر چھُ استانن، استھاپنن، زیارتن تہٕ دِوِیہ بلن پیٹھ دِوے لگنہٕ وزِ گندنہٕ یوان لہٰذا اٗسی لوٗکھ تتھ جایہٕ ژستھ یوان یتھ یہِ لُکہٕ رنگ لگہِ ہے۔ امہِ کنٕز اٗسی گندن گرس پٔنٕز مکالمہٕ سارِنٕے تام واتناونہٕ موکھہٕ تھدِ آواز منز پوان وننٕ۔ سُہ اوس مکالمہٕ ونان ونان اکہِ اندٕ پیٹھ بیٚیس اندس تام گژھان اوے چھُ گرا یپاٗری تہٕ گراہُپاری پھیران۔ لہٰذا چھےٚ گندن گرہن ہنز رنگہٕ چال خاص اندازٕ آسان۔ یہ رنگہٕ چال چھےٚ سیٚد سیٚو د ہرگاہ کردار دوٚیمس نکھہٕ ییہ یا تس ستی سوال جواب یا باٗت باٗزی کرِ۔ مثلن بٹہٕ پاٗتھرس منز چھُ اکھ بڈٕ بٹہِ ڈگس ناوپرٕ ژھان۔ سُہ چھُ تس ماٗلی سُند ناو تہٕ مٲجی سُندس ماٗلی سُند ناو تہٕ تھے کنٕز اٗٹھن پُتین ہند ناوپرٕ ژھان۔ امہِ ساتہٕ چھِ یم اکھ اٗکس نش سیٚد سیوٚد یوان تہٕ آمنے سامنے سوال جواب کران۔ اتھ ونو سیٚد سیٚو د رنگہٕ چال۔ ہٕج رنگہٕ چال ؤنو تتھ ییلہِ زیا زیادٕ کردار یتیتھ صورت حال ووتلاونچ کوشش کرن زِ جتھ بندی یا جمہٕ گھٹہٕ سپد پاٗدٕ۔ آرٕ ڈری چال تمہِ وزِ ییلہٕ پاٗتھرٕکی کردار رنگس اژن۔ یانٕژُن لاگن یتھ تہٕ وَنو رنگہٕ چال ییلہِ کردارس ووتلاونہٕ خاطرٕ تہٕ پاٗتھرک موٗڈ Mood ظاہر کرنہٕ موکھہٕ کاٗنہہ مسخرٕ اہم کردارس لاگان لاگان گول داٗیرس منز پتہٕ پتہٕ پکہِ۔ یہ چھےٚ اکھ صحی کتھ زِ رنگہٕ چال چھےٚ عموٗمن ہدایتکار ہٕندی ڈٕسی متعین کرنہٕ یوان مگر چونکہِ بانڈٕ پاٗتھر چھُ لُکہٕ پاٗتھرٕ یمن گندنچ اکھ زٕٹھ ریوایتھ چھےٚ لہٰذا چھےٚ یمن ہنز رنگہٕ چال یتھ کالہ پیٹھے مشخص سپدیمٕژ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



**گیوٚن ہُری:** سہٕ چھِنہٕ سانہِ مُلکُک کانْہہ لگہٕ پاتھر یتھ منٛز نہٕ گیوٚن آسہِ۔ کینْہہ لگہٕ پاتھر چھ مکمل طور گیوٚن پاتھرتہِ۔ بانڈٕ پاتھرس منٛز تہٕ چھ گیوٚن آسان تہِ گیوٚن ہُری چھِ مزاحیہ تہٕ گیوٚن اندازٕ تہٕ مزاحیہِ۔ فارسی شارتہِ چھ وننہٕ تہٕ گیوٚنہٕ یوان۔ کاشرِ گیوٚنکی ساری روٗپ وِنہٕ وُن، وژُن، باتھ، ننہٕد باتھ، سدِ گوٗری وژُن، روٗف بیترِ چھِ ورتاوس منٛز یوان۔ کینْہہ ہُری چھِ تیزی Tempo اننہٕ موکھہٕ تالہِ تہٕ لیہِ ہنٛز کام دوان۔ یتھٕ کنہٕ بٹہٕ پاتھرس منٛز۔ اہئ راجو تے وہئ راجو۔ راجو ہوٗے راجو ہو۔ یا۔ تخیل فناہ گژھنے، ملکہِ منٛز گژھنے، شہمارہ منٛزے گژھنے وغارٕ تیزی ہُند تاثر چھُ ہوٚ کِنہٕ منٛزتہِ آسان۔ یِمہِ وزِہوٚ کِنہٕ "ہکہٕ چھی چھی" کران تیزان چھِ۔ کینْہہ باتھ چھِ ویکی باتن ہند بن طرزن پٮ۪ٹھ تہِ گیوٚنہٕ یوان۔

**موسیقی:** پاتھرس منٛز چھےٚ سورنے ڈول نغارٕ پس منظرٕچ موسیقی دوان۔ پاتھرن ہنٛز سارے گتہٕ کاری Choreography تہٕ Effects چھِ یِمنے سازن پٮ۪ٹھ منحصر۔ رنٛگس منٛز پرٛاوِش کرنس۔ نٹرس، گیوٚنس لورِ جنگس، شہسوارن ہندس نژنس تہٕ باقی حرکژن چھےٚ یِہے موسیقی رنگ کھاران۔ یہ سارے موسیقی چھِ کاشر موسیقی۔ پاتھر گندنہٕ موکھہٕ گژھن کم سے کم ترٛیے سورنے والی، زٕ نغارٕ والی تہٕ اکھ ڈول واین وول آسُن۔ سورنے پٮ۪ٹھ چھِ مختلف واد (مقام) یوان واینہٕ، کینْہہ اہم واد چھ پرٛاوِش، سلامی، دردِ ناد، ہندِ پوش، سوآری، گنگہٕ، شراب، سائل گاہ، بڈرنگ، تھووبیترِ۔

**مکالمہٕ:** بانڈٕ پاتھر چھُ زیادٕ تر نقل یُس اسہِ نادنکہِ مدعا کنہٕ گندنہٕ چھُ یوان لہٰذا ایِم مکالمہٕ ورتاوس منٛز چھ یوان تِم چھِ تس شخصہ ہنٛز وانسہِ، پیشہِ، روتبہٕ درجہٕ یا علاقہٕ مطابق مقرر آمتی کرنہٕ۔ مکالمہ ادا کرنس تہٕ نقل صحیح تھاونس پٮ۪ٹھ چھُ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

زور۔ یِم مکالمہٕ چھِ زیادٕ تر مزاحیہ لہٰذا ہزل، مذاق، ٹسنہٕ، چاٹھ وٕنٛزٕ تہٕ کُٹھ کڑٕنی چھےٚ پٲٹھرن ہٕندِس زبٲنی ورتاوس تہٕ مکالمہٕ ادا کرنس پٮ۪ٹھ منحصر۔ یِتیتھ ہزل تہٕ مذاق کم پھن آسہِ تیتھ آسہِ طنز۔ باضے چھ لکھتھو کھتہِ استعمال کرنہٕ یوان۔ ناشایستہٕ کلامہٕ تہٕ دُ چاپہٕ مزاح تہٕ بد مذاق تہِ چھُنہٕ پٲتھرن منٛز کم کینٛہہ۔ بٲتن منٛز تہِ چھُ مذاق، طنز تہٕ مزاح لبنہٕ یوان۔

اداکٲری: رنگُک فن چھُ اداکارسُند فن۔ چاہے لکہٕ رنگہ آسی تن یا کلاسیکل رنگ۔ گِندن گوٚر بادشاہ گداہ یا مسخرٕ لٲگِتن ژکہِ چھُ اکھ اداکار اوے چھ بانڈ اداکاری ہنٛز سبٹھاہ مہارت تہٕ سان نقالی کران۔ یِم چھ عوموٚمن گامس أندی پکھی کارِ بٲری لوٚکن ہند حقیقت پسندانہٕ نقل کران۔ اداکٲری منٛز کِرداران ہنٛز زبان تہٕ بولہِ، دمباٮ۪لی، مختلف لہجہٕ سانگ، ڈامب، منٛز پٲتھر، لاگُن، زنانہٕ آواز، لانٛژھ آواز، شُری آواز، جانورن ہنٛزٕ بولہِ، مختلف پکن ترایہِ بیترٕ ہاوان۔ یہند نقل زیادٕ تر ہاوان چھ تِمن منٛز چھُ گوٚر، گبہِ راٚچھی، بٹہٕ منشی، پٹھوٲری، کھار، ہرٛ، کرال، کانٛدُر، حکیم ڈاکٹر، کمپونڈر تہٕ پلسہِ وول بیترٕ شامل۔

بانڈٕ پٲتھرس منٛز چھےٚ نہ زنانہٕ تماشہٕ بینی علاوٕ بیٮ۪ہ کانٛہہ تہِ حصہ نوان۔ اتھ منٛز چھِ اِموکھہٕ بانڈ کٹۍ زنانہٕ کرداران ہنٛد رول ادا کران۔ گُنہِ وزِ پیشواز لٲگتھ تہٕ گُنہِ وزِ تِلٲگتھ یہِ دستیاب آسکھ۔ ازکل چھُ دِگن ہنٛد چلن تہٕ یِم زنانہٕ کردار چھِ زنانہٕ پھبرن تہٕ پیز ار تہِ لاگان۔

بولہِ تہٕ لہجہ: کٲشیر منٛز چھےٚ کٲشرِ زبٲنی علاوٕ گُجری پہاڑی، تہٕ پنجٲبی (تریشوے کٲشرٕ برسان) یوان بولنہٕ۔ یتھ کنی چھُ سکہٕ کوشُر، گُجری کوشُر تہِ ڈوگری رلہٕ پہاڑی کوشُر تہِ بولنہٕ یوان۔ یہند بیوٚن بیوٚن ورتاو چھُ اُسہٕ ناونہٕ موکھ کارآمد۔ مرازی، کمرآزی تہٕ شہری کٲشرِ چھِ تفاوُژ موجب لفظن ہُند ورتاو تہٕ لب

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


لہجہٕ تہٕ مختلف آسان۔ بانڈ تہٕ چھِ پننہٕ اداکاری منٛز یمن مختلف لہجن ہُنٛد ورتاو کران۔ باضے چھُ بانڈ ادکار لفظن ہُنٛد تلفظ مسخ کران تہٕ بوزن وٲلس چھےٚ اسان اسان نیلہٕ گژھان۔ وون گو یہنٛز اداکاری منٛز چھےٚ زیادٕ پہن یک رنگی۔ رنگارنگی باپتھ گژھن واریاہ پاٲتھر آسنۍ یہنٛد موضوع، گیون تہٕ نژن بیترِ شوز رتھ آسُن گژھہ مگر یہِ چھنہٕ کینہٕ تہٕ۔ بانڈ چھِ ضورؤ رژ وِ زِ مختلف پوشن تہٕ جاناوارن ہنٛز بولہِ کرئتھ پاٲتھرس رنگ کھاران۔

**نژُن:** نژن تہِ چھُ بانڈ پاٲتھرن ہُنٛد اکھ اہم جز۔ یہِ چھُ تیوٚت بے لے تہٕ بے تال گومُت زِ امیک کانٛہہ صحیح رۄپ ژھارُن چھُ مشکل۔ پاٲتھر کین رقصن ہُنٛد آدار چھُ ''بانڈ ژوکھ'' کینژن پاٲتھرن منٛز چھےٚ شراب نوشی، یندرٕ کتنچ میک اپ (سنگار) کرنچ اداکاری یِوان ہاونہٕ، بٹہٕ پاٲتھرس منٛز آسی کپس وونہٕ پٹھ کپس وونہٕ نس تام مختلف طریقہٕ تہٕ عمل ہاونہٕ یِوان۔ یمیک ذکر لارنس صابن پننہٕ کتابہِ منٛز تہٕ چھُ کوٚرمُت۔ اتھ نژنس آسی ''بڈرنگ'' ونان۔ ازکل چھِہ نہٕ روف، مونگہٕ مارنہِ، گتھ دِنۍ، جور ِمارنہ، تہٕ دمالہِ علاوٕ بییہٕ کانٛہہ نژن در ینٛٹھی یِوان۔ فلمی نژن ہیوٚتن ورتاوس یِن مدرا، تال، لے، ہاو، بھاو ہیوٚتن کم گژھن۔

**بانڈ ژوک:** ژوک گو ژُووت تہٕ مربع تہٕ۔ ژوک گوسٕ ڈکھ تہِ یُس آبہٕ نٹس تلہٕ کنہِ چھُ تھونہٕ یِوان۔ کُنہِ علاقس منٛز ییٚلہِ کانٛہہ مالہٕ یا دِوے ژون دوٕہن ژون نکھہٕ نکھہٕ گامن منٛز زیارتن بروٗنٛہہ کنہِ لگہِ تتھ تہٕ چھِ ژوک ونان۔ یتھہٕ کُنۍ کو کرناگس نکھہٕ بڈروان دولگام، گوٗہن تہٕ سوپھ شاپی ژورن دوٕہن ہنٛز دوے لگان چھِ یا شہرِ سرینگرس منٛز بٹہٕ مالی صاٮ۪بس، زانٛدار صاٮ۪بس، رو یہٕ ریشی صاٮ۪بس تہٕ بریہ کجن نش استانس منٛز ژون دوٕہن پوتس پتھ دِوے لگان آس۔ شہارٕ بغارگامس منٛز چھِ بانڈ دِویہٕ پٹھ اکِ خاص قسمُک نژن کران۔ اتھ چھِ بانڈ ژوکھ ونان۔ یہ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


چھےٚ سبٹھاہ پرأنی رِوایتھ۔یتھ اکہِ وقتہٕ تِمن نون دوہن ستی سمبندھ اوس یِیلہِ دٮ۪یس خوش کرنہٕ باپتھ نژُن بطورِ عقیدتُک نذرانہٕ پیش سپدان اوس۔یِم نو دوہ أسی (نوراترا) دُرِیس منز دوےیہ لٹہِ مناونہٕ یِوان۔یہِ نژُن اوس نکھہٕ نکھہٕ گامن ہندِس ژُوٚوتس پیٹھ لگان۔اتھ موقعس پیٹھ آسی اتہِ مورتی ہنز تھاپناتہِ سپدان تہٕ أتھی مورتی برونٛہہ کنہِ اوس یہ نژن سپدان۔مگر ازکل چھُ نہٕ اتھ منز یُتھ عقیدتُک عنصر۔گجراتس منز چھُ نوراترا اکِس دوہن شامہٕ پتہٕ ''گربا'' یا ڈانڈیا نژُن سپدان یتہٕ گامہٕ ژُوٚتس پیٹھ ''چاچر چوک'' وٕنتھ دیوی رنگُک نژُن عقیدتن پیش سپدان چھُ۔

سأری بانڈ، سازندر، بچہِ کُٹ تہٕ مسخٕر چھِ یکجا سپدان تہٕ دوے لگنس پٕزاران۔ترٛہ ژنجہِ سورنے وأل، وہمرِ ڈول واین وألی، تہٕ وُہمرِ نگارٕ وألی چھِ موسیقی ہنز گرٛز ژٕلان تہٕ بچہِ کُٹ مسخرٕ تہٕ باقی فنکار چھِ گلی موہر (اکھ أکِس ہنٛدِ اتھہٕ رٕٹتھ) کرٕتھ أکس دأیرس منز نژان۔پتہٕ چھِ آرن منز نژان۔پتہٕ اکہِ اکہِ نژان۔زنتہٕ عقیدتھ مند رقاص چھُ دوٕرِ پیٹھ یِوان تہٕ آغس برونٛہہ کنہِ نمانٛ تہٕ لوٚت لوٚت تالہِ پیٹھ والس یِوان۔کنٛہہ چھِ أچھو منزٕ اوش آسان ہاران۔کنٛہہ پوٚرٕ من لگأوِتھ دیدٕ آغس کُن کٔرتھ نژان نژان ووندٕ ژھانژھہٕ ناوان۔پتہٕ چھِ بیٚیہِ گلی موہر کٔرِتھ آرس منز نژان۔باضے چھےٚ نژنہٕ موکھہٕ جاے کم گژھان تہٕ باضے گردتہِ کأنی ووتھان مگر گلی موہر چھنہٕ توٚتام پھٹان یوٚتام نہٕ وادٕ موکلہِ۔

دراصل اوس ''بانڈ ژوک'' رنگ ہاونہٕ موکھہٕ برونٛہہ پوٚرٕ تیأری کٔرتھ گامہٕ گامہٕ پھیرِتھ رنگہٕ دوے لاگنہٕ موکھہٕ دُیس حمد کران۔اوے چھ اتھ منز بانڈ ہنٛز عقیدتھ آسٕنی ضروری۔بانڈن منز چھ یہِ کتھ عام زِ بانڈ ژوک نژان نژان یوٚ دوے کأنسہ گلی موہر ژھنہِ تیٚلہِ چھُس تمی ورِیہِ موت یقینی۔وونی چھُ بانڈ ژوک وارٕ وارٕ ختم گژھان۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


**دوے خاۍر:** پرٛتھ کانٛہہ بانڈٕ پاتھر چھُ دعایہٕ خاۍر ستۍ ختم سپدان۔ گنہٕ
وزِ چھِ لُکھ ژھوپہٕ کرناونہٕ موکھہٕ یا لُکھ پتھ پتھ بہناونہٕ خاطرٕ تہٕ بانڈ منزی دعایہٕ
خاۍر کران۔ گامکێن بسکینن تہٕ دوے بل گرٛھن والێن منٛز چھُ یہٕ بہتھ زِ تم گرٛھی
بانڈٕ ژوک ختم سپدنہٕ وزِ دوٚیہٕ خاۍر منگنہٕ وزِ حاضر آسن۔ یہ چھُ سبھاہ نیک تہٕ رُت
پھل دنہٕ وول ماننہٕ یوان۔ دوٚیہٕ خاۍرس منٛز عوموٚمن کٲشرِ ہند رُت، زمین
زراعتک رُت گامن تہٕ شہارن ہُند رُت لُکن تہٕ رازن ہند رُت، بٹن مسلمانن
ہند رت، بیمارن، بُنلێن تہٕ ناگہانی بلاین ظالمن تہٕ جابرن نش نجات منگنہٕ یوان۔

یم آسی کینہہ وٲٹھی پوٚٹھی جز یمو ڈسی آسی ہکو بانڈٕ پاتھرچ ہیت بدٕ کڈِتھ۔
وونی چھے ووستادن ہنٛز وبٕ ھنے نٕز نیران۔ سورنے وانیس کُن چھُنہٕ کانٛہہ ژٕکھ یا
شوق تھوان۔ کاشر تالہٕ زبِ ستۍ وننہٕ یانے بول پرنی چھِ مشتھ گامتۍ۔ مکالمن
یاد کرنُک رواج چھُ ژھوکان۔ کانٛہہ چھُنہٕ باتھ مکمل یاد کران مصرٕ زٕ ژورتہٕ بس۔
پرانێن رِوایتی پاتھرن ہُند ہشر چھُنہٕ نوٚس وقتس ستۍ لگان۔ نوٚ تخلیق کرنس کُن
چھُنہٕ بانڈن دِل لگان۔ بانڈٕ پاتھرچ یک رنگی چھُ یہٕ لُکہٕ فن محدوٗد کوٚرمت۔ اَمہٕ
وُن آسنہٕ موجب چھُنہٕ پاتھرن منٛز کامِک نمبر بیہِ کانٛہہ تہٕ گنجایش۔

**کوٚر:** پاتھر گندنہٕ بروٚنٛہہ چھُ ڈُلج (نغارٕ) واین وول یوان تہٕ اَکس
دایرس منٛز پکان وایان روزان تس اَندی اَندی چھِ لوٗکھ بہان۔ اَمس چھُ "کری دار"
وننان تہٕ اَمی ہنٛزِ عملہٕ چھُ "کوٚر دِین" وننان اَمس پتے چھِ سورنے وٲلی، ڈول
وول اژان تہٕ اَکس طرفس کن وایان روزان۔ کری دار سُند دایرمٕ جایہٕ نمبر چھُ
لُکھ ژستھ بہان۔ کوٚر واینہٕ پتہٕ چھُ وادبدلان تہٕ گندن گری اژان۔

**پرٲوِش:** ڈرزٕ پاتھرس منٛز چھُ سارنے بروٚنٛہہ ماگُن تہٕ تس ستۍ پلوٚرٕ تھ
ڈرزٕ اژان تہٕ تمن پتہٕ [illegible] تلان۔ سارِنے

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

پۆتس چھِ زیوٗٹھ ریٖش گرتھ بانٛس ہیتھ زُیٹھ مسخرٕ اژان۔ گوسأنی پأتھرس منٛز چھُ بُڈ گوسأنی ترٛشول ہتھ اژان تہٕ تس پتہٕ اژان گوسأنی چھوکھ تہٕ پتہٕ بٹہٕ تہٕ تس پتہٕ مسخرٕ۔ یتھے کنٛز واتل پأتھرس منٛز نابدی واتل اژان گوڈٕ اتھس منٛز دالہٕ کھکھر ہتھ یتھ سُہ پرٛتھ اندٕ چھُ لمان آسان تہٕ پتہٕ تسنٛز واتٕج بیترِ۔ مسخرٕ چھُنہٕ کُنہِ تہٕ پأتھرس منٛز گوڈے رنٛگس اژان۔ رنٛگس منٛز گوڈے پرٲوش کرنُک حقدار چھُ ماگُن۔

سٹیج: بانڈٕ پأتھر گِندنہٕ باپتھ چھُنہٕ کُنہِ تہٕ سٹیجُک، ڈنگیک یا ڈٕنگجہِ ہُند انتظام پیوان کرن۔ تہٕ زن گوکانٛہہ تہٕ سٹیج چھُنہٕ پیوان بناوُن۔ یہ چھُ وُڈٕ رداٛمنن تل، استان آگنن منٛز، کھُلہٕ مأدانن، سڑکہِ ژٕندس یا دِویہ بلن منٛز یوان گندنہٕ۔ لُکہ رنگ آسنہٕ موجُب چھُنہٕ محفلہِ منٛز یا خأص پرٕدکرن والٮ۪ن ہنٛدِ موکھہٕ کٹھن یا بیٖٹھکن منٛز لاگنہٕ یوان۔ یُس پأتھر کانٛہن، یا بیٖٹھکن منٛز گندنہٕ یِیہ سُہ چھُ بچہٕ نغمس ستۍ وابستہٕ یک کِردار پأتھر یا اکِہ قسمُک دوگانہٕ گیوٚنُک اندازٕ یتھ زٕ بچہٕ کٕرٕ نژان نژان تہٕ گیوان گیوان گندان چھِ۔ کینٛژن جاین چھُ پأتھر گندان گرٕد غبار ووتھان مگر لُکھ چھِ توتہِ وُچھان روزان۔ مگر یٮ۪لہِ وُڈٕ رداٛمنس تل چھُ گِندنہٕ یوان تتہِ چھےٚ مردن کِرژٕ الگ تہٕ زنانن کِرژٕ الگ جاے آسان۔ دۆری چھُ باسان زِنتہٕ قودرتن امہِ وُڈر ہنٛدی دوشوے طرف وکھرٕ وکھرٕ پأٹھی نٔزکٕڈی ہتۍ چھِ تہٕ گندن والٮ۪ن چھِن منٛزس اکِہ دأیرٕچ جاے دِژٕمٕژ یتھ ساسہٕ بٔدی لوٗکھ آرامہٕ سان بہتھ وُچھتھ ہیکن۔ یونانس منٛز تہِ آسی الہٕ پلہٕ ڈاے ساس ؤری بروٗنہہ یتھی ہوی تھیٹر بناونہٕ یوان مگر یتہٕ زنتہٕ چھُ قودرتن پانے یِم اوگری تھوٚگری پأٹھی بناوٕمتۍ۔

وق: یتھہٕ کنٛز چھُنہٕ بانڈٕ پأتھرٕ گندنُک کانٛہہ وق مقرر آسان مگر یٮ۪لہِ دِوے چھےٚ آسان بانڈ چھِ دوپہلچہِ نمازِ پتہٕ پأتھر گندُن شوٚروع کران لہٰذا چھُنہٕ مصنوعی گاش استعمال سپدان۔ یٮ۪لہِ بانڈٕ جشن روتلہ لاگُن پیٚیہِ تیٚلہِ چھِ گیس لمپ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

یا بجلی تل جشنہٕ گنداں۔ جشنہٕ اندوأ تتھ چھِ لۄکھ تہٕ پننہٕ نٮ۪ن گرن گژھان۔ درۄگہٕ ملہٕ شاہ ولی ہندس استانس نٮ۪بر چھےٚ جشنہٕ موکھہٕ جاے گنڈتھ تہٕ اتہٕ چھُ ہنا نمازِ برونٛہہے اکہٕ جماژ آسان جشنہٕ ہوومُت تہٕ نمازِ پتہٕ چھےٚ دوٚیم پارٹی پٮ۪ن جشن گنداں۔ ویسے چھِ یتھٕن مأکن پیٹھ گوڈ تمہٕ بانڈ پارٹیہٕ جشنہٕ گنداں یمن اتہٕ گندہٕنچ سند چھےٚ آسان یمن چھُ دِیہٕ بل وأتتھ جشنہٕ کرنک گنڈ آسان۔ یم بانڈ مختلف وجوہرٕ دپیٚنہٕ کٔنٛز یا صحت نا ساز آسنہٕ کٔنٛز گنڈ پوٚر کٔرتھ ہبکان چھنہٕ تم چھِ گری ''مجرأ ہی'' دوان۔ پننہٕ گری دِیہٕ بل کہٕ طرفہٕ سورنے وأیتھ یا دُعایہٕ خأر منگتھ یا نغارس ژٔنڈ دِتھ مجرأ ہی دوان۔ یتھیو ژھوٹو گنڈو چھُ اتھ کارس زوژر ژومُت۔ گندن گٔری منزٕ تہٕ مجرأ ہی تہٕ لۄکن رنزٕ نا ونس منزٕ تہٕ مجرأ ہی۔ ییٚلہٕ نہٕ کُنہٕ پارٹی اتھ دوہس پیٹھ سأرۍ فنکار ڈٔسی یاب آسن تیٚلہٕ تہٕ چھِ تم دِیہٕ گژھنس آلژھ کراں تہٕ گرِہتھے مجرأ ہی دِوان۔

پھِرِ کتھ: کٔشیر منزٕ چھِ واریاہ کار بأری لُکھ پانہٕ وأنۍ اکھ Code زبان بولان یتھ پھِرِ کتھ چھِ وناں۔ یتھے کٔنٛز چھِ بانڈ تہٕ کُنہٕ کُنہٕ پانہٕ وأنۍ پھِرِ کتھ کراں تاکہٕ سر پرستس ترِ نہٕ فکرِ اصل کتھ۔ پٔجن سوٗنرن چھانن تہٕ دوٚیمین کأری گرن منزٕ تہٕ چھےٚ پھِرِ کتھ آسان۔ لارنس صاحب چھُ ونان زِ بانڈن علاوٕ چھُکٕ پھِرِ کتھ چھانن سوٗنرن تہٕ واتلن منزٕ تہٕ عام۔



CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


# ماگُن

یتھ تہِ گامس منٛز بانڈ روزان چھِ تتھ گامس منٛز چھِ بانڈن ہٕندس زِٹھس ''ماگُن'' ونان۔ کأشرِ زبأنؠ منٛز چھُ یہِ لفظ تس شخصس متعلق تہِ یوان ونہٕ یُس گُنہِ کارُک مأہر یا زأنؠ کار آسہِ۔ عام پأٹھؠ چھُ کانٛہہ ونان زِ ''یہِ گوپڑ ون ماگُن'' (باضے ماگُن تہِ کینٛہہ ونان) یانے کارُک وأقف کار۔ یتھۍ لفظ چھِ تۄ تام صحی پأٹھؠ ورتاوس منٛز روزان یۄ تام کارس وُقعت روزِ تہٕ زبأنؠ پٔنن کانٛہہ خاص مانے تہٕ مطلب تھوۓ۔ نتہٕ چھُ باضے کار ختم گژھنس سۭتۍ تتھ کارس سۭتۍ وابستہٕ لفظہٕ راش تہِ راوان۔ مگر ''ماگُن'' لفظ چھُ ونہِ تۄن زندٕ تہٕ جاوید۔ اِمو کھہٕ زِبأنڈِل تہٕ ماگُن سُند پیشہِ تہِ چھُ وُنہِ زِندٕ۔ ماگُن چھُ مورثی طور بانڈٕ زیٹھ۔ بانڈٕ کارُک سورے سامانہٕ۔ پلو پوشاکھ، دستارٕ چوغہ، ٹوپہ، بندِ، ساز، بیترِ چھ أمۍ سے نٛش آسان۔ ماگُن چھُ بانڈٕ کارُک زأنؠ کار۔ سأئِلم موسیقی۔ بانڈٕ سنگیت زانن وول۔ بانڈلہٕ ہنٛز تألیم دنہٕ وۄل۔ ساز سورنے نغارٕ تہٕ ڈول ہیچھناوان وۄل۔ تس چھِ سأرۍ واد، مقام یاد آسان۔ تس چھے سارنے پأتھرن ہنٛز مُکمل پأرۍ زان۔ سُے چھُ بانڈ اداکارن تہٕ مسخرن رِکردار (رۄل) بأگران تہِ گوز گُس کلاکار گُس کردار گِندِ، گُس پوشاکھ لاگہِ۔ کم مکالمہٕ ونہِ۔ کم بأتھ گیوٕ۔ کمہِ وادٕ پتہٕ گُس واد یییہ واینہٕ۔ موختصر ونوزِ ماگُن چھُ سارِنے نُۄنٹھ [illegible] بأنڈلہِ موسیقی، پأتھرن تہٕ

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


نژ ننک ۔ چونکہ بانڈپأ تھرس منز گرٛ ِ ٹھ گنٛدن گرین پرتھ کانہہ رول یانے ،کردار تگُن ادا کرُن لہٰذا اچھُ ماگُن اکہِ جشنہٕ پیٹھ دوٚیمس جشنس تام گنٛدن گرین روٚل بدلان روزان یوتام تہنز قأبلیت کانہہ خاص ،کردار گنٛدنچ تہٕ ادا کرنچ ئژ چھِ نیران ۔ ماگُن چھُ لہٰذا اداکارن، سازندرن تہٕ مسخرن ہنز قأبلیژ ہُند ذِمہٕ وار۔ یتھ بانڈٕ پارٹی ماگُن حقیقی زأنی کارتہٕ فنی مہارتھ تھاون دول آسہِ تتھ بانڈٕ پارٹی آسہِ فنی طور بجرتہٕ پأ تھرتہٕ آسن شوٗبہ دار۔ ماگنس چھُ یادٕ دوٗترٛسبٹھا تیز ۔حفظِہٕ تیز ۔ یِ اکہِ لٹہ وُچھِ یا بوزِتی تھوٗومرِ پیٹھ یاد، بأنڈلہِ خاطرٕ چھُ یہِ سبٹھا اہم ۔ آخرنقل کتھ سپدِ؟ کأشرِ موسیقی ہُند زأنی کار آسنہٕ موٗجب چھِ ماگنس خبرزِ کمہ وقتہٕ کُس مقام ییہِ واینہ تہٕ گوٚنہٕ ۔ گاہے اپر اُستھ تہٕ چھُ ماگنس فارسی کلامہٕ یاد آسان ۔ یم فارسی بأتھ یا شار صوفیانہٕ موسیقی منز گیونہٕ چھِ یوان ماگُن چھُ تمن مانے ونان تہٕ تشریح کران ۔ یودوے کأنسہِ ماگنس اداکاری یا گیوٚن واینس منز مہارتھ آسہِ نہٕ تیٚلہ چھُ سُہ ناوکےُ ماگُن ۔ نتہٕ یوٚدوَے ساز بیترِ وانچ مہارتھ آسبس تیٚلہٕ چھُ سازندرن ہُند زُیٹھ ۔ ماگُن چھُ لوٗکن تہٕ بانڈن منز رأبطہ قأیم کران ۔ سُے چھُ اسامیٚن نش سےَ رٹان، بخشش رٹان، تہٕ گامس منز جشنہٕ بیترِ ہاونہٕ پتہٕ حصہٕ بأگران ۔ یہ کینژھا نقد وجنس سُہ حاصل چھُ کران ۔ تمہِ منزٕ چھُ ماگُن پانس زٕحصہٕ رٹان ۔ اکھ پنن بیا کھ بانڈٕ کارُک ۔ دوٚیم حصہٕ اَمہِ ،کنہِ زِ سُہ چھُ امہ کارُک محأفظ تہٕ مولادار ۔ تسٕی نِش چھُ امہِ کارٕکی پلودلو، پوشاکھ تہٕ سامانہٕ ۔ یتھ اصوٗلن وِزِوِزِ برٕ ژرر گرٛ ِ ٹھہِ گرٛ ِ ٹھن نہٕ کہِ چھوٗنن ۔ فصل تیار سپدنہٕ پتہٕ ییٚلہِ بانڈ مانگنہ چھُ نیران، ماگنس چھُ دوٚیمن بانڈن ہندِ کھوتہٕ زیادے پھن حصہ جنسس منز تران ۔ ماگنس چھُ گأمی سماجس منز یزتھ ۔ گاہکی ژھِی کیٚولوکٕ چھس تھزِ نظرِ وُچھان ۔ ماگن اُسی برونہہ کالہِ کشیر نسبہ کشتواڑ تہٕ گرٛیس علاقن منز تہٕ بانڈ پارٹی ہیتھ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


گرٛھان ییٚتہٕ یم پأتھر اٰسی ہاوان۔ برونہہ کالہِ اٰسی اور مانگیہٕ تہٕ گرٛھان۔ بانڈن ہُند زُیٹھ ماگُن چھُ سارسےٚ علاقس ویوٚدٕ آسان۔

عموماً اوس یتھ کالہِ ماگُن یا تسنٛد نیچوٚ شری پانے کأشرِ موسیقی پیٹھ نژن ہیٚچھان۔ ییٚتھ پأٹھی حافظ آسہٕ نژان تِتھے پأٹھی اٰسی بانڈ شری تہٕ نژان یوتام نژن بچہ نعمہ ناوی نوٚن دراو۔ یہ نژُن اٰسی بچس سورنے وادن پیٹھ ہیچھناوان تہٕ پتہٕ ییٚلہِ خاندرن ہیوٚتکھ گرٛھُن تہٕ یہ نژُن ہیٚتکھ ربابہٕ، سارنگ، نوٚٹ، تہٕ تمبکنارِ ہِندِ بن سازن پیٹھ تہٕ نژُن۔ لہٰذا چھکر تہٕ بچہ نعمہٕ زانہٕ کنی اوس ماگُن لکہٕ تھیٹرٕ علاوہٕ لکہٕ گیوٚن تہٕ نژُن تہٕ زانن وول آسان۔ چونکہ کشیرِ منٛز چھنہٕ کانہہ کلاسیکل یا نیم کلاسیکل رنگ یا نژن رٕوا تھ لہٰذا چھُ ماگُن سانہِ لکہٕ کلچرُک محأفظ۔ یہ چھُ سانہِ نیم کلاسیکل موسیقی ہُند زأنی کار۔ امہِ کنی چھُ ماگُن پانس منٛز ادارٕ۔ اکھ انسٹیوشن۔ یہِ مہاگنی وتہٕ ہاوُک یوٚدوے مَرِ اکھ تحریک واتہِ اَند۔ اکہِ میراثُک رأچھی درتہٕ محأفظ مرِ، اکھ رٕوا یتھ گرٛھ ختم، لکہٕ کلچرٕچ زان پہچان، شناخت، پرٛزنتھ راوِ۔

ماگُن لفظُک موٗل چھُ سنسکرت زبأنی ہُند لفظ "مہاگنی" امیک مانے گوٚسہ شخص یَس وار یاہ صفت آسن، گون آسن۔ یہ شبد ہیٚکہِ "مارگنہٕ" منٛز تہٕ درامُت اٰستھ "مارگن" شبدُک مانے گو وَتہٕ ہاوُک یتھ ازکل ہدایتکار۔ ڈایریکٹر تہٕ چھِ ونان۔ یہ چھُ ہأوِتھ دِوان زِ سبٹھاہ پتھ کالہٕ پیٹھے چھُ ماگُن سُند پیشہِ کشیرِ منٛز اہم روٗدمت یُس لکہٕ رنگس ستی چھُ وابستہٕ روٗدمُت تہٕ لکہٕ رنگس آسہان نہٕ نیچہ نظرِ وُچھان۔ کشیرِ منٛز روٗدی وزِ وِزِ تواریخی تہٕ سماجی حالات وواقعات بدلان۔ دھرم دٲسن تہِ روٗدی بدلان۔ بیمارٕ، نارٕ، مارٕ، دراگ، سہلاب، تہِ روٗدی پتےَ۔ پرٛتھ وِزِ آسی لُکھ مبتلا تہٕ مُتأثر گرٛھان۔ "یُتھ راجا تتھا پرٛجا" یانے یتھُ راز تِتھی لُکھ تہٕ چھِ پرأنی مثال۔ یوان اوس یودوھہ ...کہ ... اوس ... تہٕ پننہِ عقیدٕ موٗجب حکم رأنٛچ

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



کران ۔ اوس یوان شِو یا ویشنو راز سُہ اوس پننہ رایہ تڑ ایہ حُکم کڈان ۔ تیوٗت
کرتھ تہِ اوس نہ لُکہٕ کلچرس عام پاٗٹھی زکھ واتان ۔ بلکہ اوس پرتھ کبنہہ پانس منز
وپر اوان تہٕ زِندٕ روزان مگر یِیلہِ وو باہ یا بیمار آسہِ وو تھان یادراگ تہٕ مرگ آسہ
نال ولان تیٚلہِ اوس ہناہ لُکہٕ کلچرس زکھ واتان ۔ یِیمہِ کنہٕ وِزِ وِزِ سماجی تمدنی تہٕ
ثقافتی مزاجس تہٕ وراثتہِ بدلاو یوان اوس ۔ ادبی تہٕ فنی نہجن تہٕ تراین اوس اتی
تیوٗت برٔ زر گژھان زِ باسان اوس سنہری زمانہٕ آو تہِ اتی آس ساری ہے لگان
گرا ے باضے اوس لُکہٕ فنن تہٕ فنکارن تہِ پننہٕ نہن ریوایتن ستی ژھسن لگان نتہٕ
اوس روٗپ بدلان ژلہٕ لار لگنہٕ کنہٕ یا ملک بدر گژھنہٕ کنہٕ تہِ اوس واریاہ کبنہہ مولُل
پراوٗت مشربس منز پوان ۔ لہاذا ایوٗ دوے ماگُن تہِ پرانین ریوایژن نشہِ ژھبنہٕ
آسہِ گومُت یہ چھنہٕ حاٗرانی ۔ تیوٗت کرِتھ تہِ چھُ اسہِ تام کبنہہ نتہٕ کبنہہ ہتھ سُہ
اکہِ اِدارٕکی پاٗٹھی زندٕ ووتمُت یہ چھے بڈ کتھ ۔ ماگُن چھ مہاراز سُند ہیوٚ روٗپ لاٗگتھ
رنکس اژان ۔ یِمن پاٗتھرن منز سُہ ماگُن ہُتھ چھُ اژان تہٕ نژان تِم چھِ دٕرزٕ
پاٗتھر ، بوہری پاٗتھر تہٕ گوساٗنی پاٗتھرس منز چھنہٕ سُہ ماگُن بلکہِ عاشق گوساٗنی ۔
ازکل چھُ صلاحیژ پٹھ منحصر زِ ماگُن گِندیا یِم وِہ ۔ ماگُن چھُ پیشواز لاٗگتھ تتھ پٹھ
ہوٚل گنڈِتھ پٹھہٕ چوغہٕ ناٗلی تڑ اوِتھ ۔ کلس صافہٕ دِتھ ۔ تتھ پٹھ چھس سونہری بندی
لاٗگتھ ییتھ بزگہٕ ہنز چمکیلہٕ تیز چھس گوندِ بدل لاٗگتھ آسان ۔ (بانڈ چھِ ونان یمہِ
تیز چھے شُترمُرغ ہنز )

کاٗشرِ شاعری تہٕ ادبس منز چھُ گوڈنکہِ لٹہٕ "ماگُن" لفظ اسہِ شیخ العالم
ہندِس ییتھ شُرکس منز درینٹھ یوان ۔

تیمی ہیوت تھندِ برتل زاگُن تس پٹز شربتھ پاٗنہٕ چاوے
چھِس پاٗتھر بیون بیون اکے چھا گُن ... تہِ سے اِدٕ پراوے

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


گوکہ ۱۴ صدی وِزِ اوس ماگُن بیٚون بیٚون پأتھرن منز اژان تہٕ کُنےٚ رول گِندان۔ وُنہِ چھُ یہ ماگُن بنٕتھ اژان مگر پتھن رول درد بنٕتھ تہِ گندان یہ نہ برونہہ کالہٕ آسہے کران۔ ڈرزٕ پأتھرس منز ڈرزن ستی پرأوِش کرِتھ رنگس تہٕ رنگہٕ بینن سلام کرنہٕ پتہٕ نژان تہٕ شراب چنس تہٕ چاونس تام چھُ ماگُن تہٕ پتہٕ درد۔ یہ چھُ ازکل رلہٕ گوٚمُت۔ دراصل گوٚ ژھ ماگُن نژُن بیترِ کرنہٕ پتہٕ اندراژُن تہٕ پتہٕ گوٚ ژھ درد راجہ بنٕتھ ڈرزن ستی پأتھر گِندُن۔ دردٕ سنٛدی مکالمہٕ تہِ چھ ژھوٚٹی تہٕ ژھوٚژی باسان۔ سُہ چھُنہ کأنہہ خاص کِردار باسان۔ ڈرزٕ چھےٚ گِندن تماشہِ تہٕ گتہٕ ریٚنہِ باسان۔ نژنہٕ علاوہ نہٕ کانہہ کتھ نہ کانہہ خاص رنگہٕ عمل ووتلان۔ خالص چھُ یہ مسخرٕ پأتھر۔ یوٚ دوٚے اَسی آگُر بدِ کڈون اسہِ ترِفکرٕ زِ ماگُن سُندرنگس پرأوِش کرٕنی۔ ڈرزن ستی نژُن تہٕ رنگس تہٕ لوٚکن نمٕتھ سلام کرٕنی چھےٚ پانس منز اکھ سو رنگہٕ عمل یتھ بانڈ رنگہٕ پوزا اَسی ونان۔ یژھہٕ رنگہٕ عملہٕ اوس بھٕرت مُنی ''پوٚروٕرنگ'' یانے گوڈ رنگ ونان۔ ممکن چھُ یُس رنگ کشیرٕ منز عام اوس تتھ منز آسہے ''ماگُن'' صحیح طور پوروٕرنگ گِندان یتھ منز سُہ گتہٕ ریٚنن ستی نژُن تہٕ اوس کران پتہٕ آسہے لوٚکن ناٹکُک تعارف کرناوان تہٕ ادپس پردٕ گژھان۔ گتہٕ ریٚنہِ آسہٕ دیو یہ ہشہِ سجأوِتھ۔ سنسکرت رنگس منز اَسی تِتھس ماگنس سوٗتر دھار ونان سوٗتر دھارس علاوہ اوس تسندی ہیوٚ رکھ لأگتھ بیا کھ کردار اژان یس ''ستھاپک'' اَسی ونان۔ دویو منز اوس اکھ ناٹکُک تعارف کران تہٕ پس پردٕ گژھان اوے اوس بیٚون بیٚون پأتھرن منز ماگُن کُنے۔ ڈرزٕ پأتھرس منز چھُ ماگُن شامیانس یا چھترس تل پننہ نین ڈرزن شراب چاوانِ پانہٕ تہِ چوان یوٚ تام تس نشہِ چھُ کھسان۔ شاید چھُ یوہے یا تھے ہیوٚ منظر نندٕ ریشی وُچھمُت تہٕ چھُس ذہنس منز اوسمت یمہِ وِزِ ہیٚریم شُرٕک چھُن تھُرُس ''شُرب'' لفظ اِستعمال کران بلکہ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


''شربتھ'' شاید امر بتھ۔ بانڈٕ ژوٗک یاراجہ پأتھرس منز چھُ ماگُن بچہ کٹھن ستی نژان تہٕ پتہٕ پس پرد گژھان۔ شربتھ چنگ چھُنہ کأنہہ منظر۔ بوہری پأتھرس منز اَسی بانڈ اکھ خاص قسمُک نژُن کران۔ یتھ منز ماگُن ڈٕرزٕ۔ مسخرٕ اَسی اَکس پنگتھِ منز روٗ زِتھ سورنےٚ وادس تہٕ تالہِ پٹھ شراب بناونچ عمل ہاوان۔ زنہٕ کوستام بوٗٹی یا بنگہٕ ژیٹان۔ پتہٕ زنتہٕ گڈٕ پتہٕ گڈٕ بران۔ پتہ زنتہٕ کتھ تام شراب کشس منز بران اَسی۔ پتہٕ قطرٕ قطرٕ کڈان تہٕ کھاسہِ کھاسہِ رٹان تہٕ پتہٕ اَسی اکہِ اکہِ چوان۔ ماگُن اوس ڈٕرزن (بچہ کٹھن) چاوان۔ لہٰذا اگرُند ریشی پننہِ زندگی منز پأتھرِ گربن نِش یتھی منظروٗ چھمتی آسن یہ کوسہ کتھ چھےٚ۔ تُمی چھُ ''رنگ'' تھیٹرکس مانہس منز واریاہن شرکھن منز استعمال کورمت۔ توے چھُ ونان 'کیلگ گرِ گرِ ریش لاگُن یتھُ پأتھرِ لاگن منز رنگن'' کیلک گیہہ گنِدن گرٕی یا کرتب ہاون والی۔ ازکل چھِ بانڈن نِش اَٹھ نور بوایتی پأتھر مگر ماگُن چھُ دون تربن پأتھرن منز اژان یہٕژ ے تِچھےٚ ماگن سٕنز وابستگی۔

ماگُن چھُ دون یا ترٕبن ڈٕرزن ستی اکھ زیوٗٹھ پلو اتھس کیتھ رنگس اژان۔ یم چھہ ساری رنگس چکر دِتھ لوٗکن نزدیکھ یوان۔ تِمن تہٕ بُتراَژمتھ سلام کران۔ پتہٕ آرس منز نژان۔ کینژس کالس نژُن کرنہٕ پتہٕ چھِ اکہِ اکہِ مسخرٕ تہٕ اژان۔ اتھ عملہِ ہکبوٗنتھ پراٗدِش، سلام، نژُن، یہ وُچھتھ چھُ باسان زِ یہ چھےٚ کمہِ تام رنگہٕ سنسکارُک (رِچوٗلُک) اکھ حصہٕ، یا کمہِ تام پرانہِ رنگہٕ سنسکارُک سُہ ژھوکیوٗمُت روٗپ یُس واریاہ کینہہ پتھ کُن تراٗوِتھ اَسہِ تام ووت۔ کانہہ کانہہ ماگُن چھُ اتھ رنگہٕ پوٗز تہٕ ونان یہ گوڈے آوونہٕ امہٕ نژن واہِچ دلکش موسیقی چھ باس دِوان زِ سو چھےٚ کمہِ تام شاندار نژُن روایژہند یُدی آکھ۔ ماگُن چھُ ازکل ہِلس اکھ لوکٹ تیرتہ کرُگنڈِتھ وان۔ تِہ ستی کھوژناوان تہٕ گُرتیلہِ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

استعمال کران یِیلہ مسترٕ سبٹھاہ تنگ چھس اَنان۔ ماگُن تھوَنہٕ گرٕ ستی نہ کرِ مسترن پَتھ سُہ استعمال۔ یہِ چھُ ماگُن تہٕ دردِ حاۓ کم رلہٕ گوٚمُت تکیازِ واراہ کینہہ چھُ باندوامہٕ پاۓتھرٕ منزٕ راوُ رمُت۔ ڈٕ رزٕ پاۓتھر بٹہٕ پاۓتھر تہٕ راجہ پاۓتھر نژن چھُ ہیوٚے حالانکہ موسیقی ہندی واد چھ وکھرٕ۔ ہشر چھُ امہ کنہٕ زِ ووٚنی چھنہ شوٗ زرِتھ پاۓٹھی تعلیم یِوان دِنہٕ نہ مشق کرنہٕ یِوان۔

سنسکرت رنگس منز اوس سوٗتر دھار بیترٕ رنگہٕ پتہٕ ''ناندی'' (حمد یہ) شُرکی پران پتہٕ رنگس اۓژِتھ نالُکھ تہٕ ناٹکِ کارسُند تعارُف کرناوان۔ رنگہٕ پوٗز کرنہٕ وِزِ چھِ تمِس ستی نٹی (گتہٕ رینز) تہٕ آسان یوسہٕ اکھ مددگار کردار چھِ۔ امہِ علاوٕ آسی پرپار شوک تہٕ ودوٗشک تہٕ آسان۔ یم آسی پوٗزِ پتہٕ رنگچہ کامیاۓبی موکھہٕ دوٚیہِ خاۓرٕ منگان۔ دوٚیہِ خاۓرٕ پتہٕ اوس ''چترتُھ کار'' چھٹی پوش دوژھن منز ہتھ اژان۔ ساۓری ہے رنگس پھیران۔ تالہٕ ہندی بول پران تہٕ پوش سارِے رنگس چھکان بیٚہ اوس ''جرجر'' ناوچہ یندرازنہٕ الَمہِ تہٕ پوٗزا کران تہٕ پوش چھکان۔ ازکل چھنہٕ پاۓتھر گرہن نِش کانہہ الَم۔ آدوٚیہِ خار منگُن چھُ اکھ اہم جُز۔ عقیدٕ ژہُند اژھیوٚن انگ تہٕ کردار چھُ گوڈے رنگس اژان تہٕ لوٗکن منز نگارٕ وآیتھ رنگچ مخصوص جاۓ رٹان۔ اُمِس پتہٕ چھِ ازکل باتہٕ سازندر سورنے واۓلی اژان۔ شاید چھُ ''چترتھ کار'' ازکالُک سون کری دار۔ بول پرنہٕ بدل چھُ تال وایان وایان اژان یِتھ کوٚردیُن چھِ ونان۔ کوٚرواین تہٕ کوٚردیُن چھے باندٕن ہنزٕ زٕ اصطلاح (Terms) شاید ماگُن سُند تقدس برقرار تھونہٕ موکھہٕ چھُ ازکل ماگُن باندٕ زُیٹھ کینژن روایتی پاۓتھرن منز رنگس اژان ڈٕ رزن ستی نژان درد بنان تہٕ پتھ ہوان۔ سوال ہیکہٕ وُتھتھ زِ کیا ماگُن اوسا صرف کشیر منزٕ یے یوت باندٕن ہُند زُیٹھ کِنہٕ ملکس منز چھُ بیٚیہ کُنہٕ اسہِ یہِ شانہٕ ووگُن لُکہٕ فنن ہُند مولادار

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


دریٚنٹھی گرٛھان؟

شمأ لی ہندوستانس منز ہمالیہ پرٛبتن تراین منز چھُ یہِ گامن منزٕ وُنہِ لیلایہِ بھجن، کیرتن تہٕ لُکہٕ مأیہٕ کرن کرناون وول زُیٹھ ''مول گین'' ناوٕ زانہٕ یوان تہٕ یوہے مؤلہٕ گین چھُ گاٛمکی درمہٕ سنسکارتہِ اندواتناوان۔ سأرٕ ے سرَ ے کیٛو گام چھِ أمِس یزتھ تہٕ مان کران۔ بہار بیترِ جاین تہِ چھُ مول گین ماگُن ہندی پأٹھی پانس منزا کھ ادارٕ۔ مؤل گین لفظُک مانے گو دراصل ''مؤلہٕ گوٚن دول'' یانے یُس کورس گوٚنُک یا گوٚن والین منز زُیٹھ آسہِ۔ چونکہِ کأشر ڈکشنری منز چھُ ماگُن لفظُک مؤل سنسکرت زبأنی ہُند لفظ مہاگُنی دِتھ توَ ے وۄن مے گوڈنٕتھے تی۔ مگر یہِ تہِ چھُ ممکن زِ یہِ لفظ آسہِ ''مارگنہٕ'' یانے ''دتہٕ ہاوُک'' منز درامُت۔ سنسکرت زبأنی منز آسی کلاسکی سنگیتس یا رنکس ''مارگی ونان تہٕ لُکہٕ سنگیتس تہٕ رنکس ''دیسی'' ونان۔ ممکن چھُ یہوے مارگی سنگیت تہٕ رنگُک زأنی کار زُیٹھ ما آو مارگن زانہٕ تہٕ لفظ آو بارسس کأشری پأٹھی ماگُن۔ یہِ تہِ چھُ ممکن زِ کشیرِ منز ما آسہِ مارگی تہٕ دیسی موسیقی تہِ رنگُک ووستاد تہٕ زُیٹھ ماگُن زأنتھ نوٚن دژ امُت یُس پانہٕ سورنے وادس پیٹھ باپوشا کھ رازٕ ہیٚو رنکس تہٕ لوٚکن سلام تہٕ خوشامدید کرنہٕ موکھہٕ تہٕ رنکس عقیدٕ ژہندی پوٚش ووتھرادنہٕ موکھہٕ سارِنے برونہہ رنکس اوس اژان تہٕ نژان۔



CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


# مسخرٕہ

بانڑٕ پأتھرن منز یُس کردار تہٕ گندن گوٚ رسارٕوے کھوتہٕ زیادٕ اسہٕ ناوان چھُ تس چھِ ونان مسخرٕ۔ یَس عام فہم زبأنی منز ''بانڑ'' تہٕ چھِ ونان۔ ورتاوس منز چھِ بانڑ اپزیأرِس یا نقالس ونان۔ بانڑ گوٚ یُس مسخری کرِ تہٕ جوکری کرِ۔ مسخرٕ چھُ پننہٕ نوٚحرکژو، کتھو، کرژکو، چکو وٹو، چال ڈالہِ تہٕ بول چالہِ کنہٕ اسہٕ اساوان۔ مسخرٕ لفظس چھُ موٗل عربی تہٕ بانڑ لفظس سنسکرت۔ پوز گوٚیی زِ بانڑ جشنن تہٕ پأتھرن چھنہٕ مسخرٕس سواے شوٗبے کأنہہ۔ بانڑٕ پأتھرن ہُند مرٕ تہٕ مدعا چھُ اسہٕ ناوُن اوے چھےٚ مسخرٕس اہمیت۔ اسہٕ ناونہٕ موکھٕ چھِ مزاح، مزاق، ہجو، ہزل، ٹأنہٕ ژٕنٛژ، چاٹھ وٕنٛژ، لاگُن کوٚدِ کڈٕنی بیترٕ ضروری نتہٕ کُس تہٕ کتھہٕ کنی پھٔٹہ اسُن۔

اسُن: عالمس منز چھُ سأرنے زُوٗ زأژن منز صرف انسان اسان۔ دوکھ، کھوژُنک، درُوک، دوددگہٕ ہُند جذبہٕ تہٕ احساس چھُ جانورَن منز تہٕ آسان مگر اسنُک جذبہ تہٕ احساس چھُ خأئص انسانٕسے منز آمُت وچھنہ یوٚدوے کأنسہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

کتہٕ کتہٕ کرٕ وتیلہِ تہٕ چھُ تس اُسن یوان، گرن منز چھِ زِٹھی شُربن کتہٕ کتہٕ گرِتھ اسناوان ۔ یُس یوٗتاہ اسہِ، اسہٕ وُن تہٕ اسہٕ ناوٕوُن آسہ سُہ چھُ تیوٗتاہ سارِنے خوش کران تہٕ ٹوٗٹھ بنان ۔ اسہٕ نَس منز چھِ کوشش تہٕ روزان ۔ غلطی ہندِس احساسس پتہٕ، شرمہٕ دادِ تہٕ بے جا حرکژ پتہٕ تہٕ چھُ آدم پانہٕ اسان تہٕ دوٚیمین تہٕ اسناوان ۔ انسان کیازِ چھُ اسان؟ ییلہِ تہٕ سُہ کانہہ چیز، واقعہ، نظارٕ، ووپر ژوپر بے سوٚم وُچھِ تس چھُ اُسن پھٹان ۔ انسان ہندس شعورس تہٕ لاشعورس منز چھُ ییمہ کاینا تکہِ نظامُک سورُے کینہہ اُچھوسۍتۍ وُچھنہٕ کرٕ تہٕ حیاتی تجربوٕسۍ سوٚم تہٕ سومبر سینومُت آسان تہٕ ییلہِ تہٕ سُہ کینہہ تِتھ وُچھِ یا بوزِ یُس نہٕ سوٚم آسہِ یا تسٕندس تجربس سۍتۍ ہشر آسہِ تھوان ۔ یا برابر آسہِ نہٕ یا تسندبن تجربن، عادتن، سۍتۍ مناسبت آسنہِ تھاوان ۔ تیلہ چھُ تس اُسن یوان ۔ مثلن ہنگتہٕ منگہ پییہِ تس اُکس شۍ فٹہٕ زنانہِ سۍتۍ ڈوڈ فٹہٕ قدٕ کس اڈورس پتہٕ نظریہ ڈوڈ فٹہٕ اڈٕ ورتہٕ چھُ دَین تھُرمُت اماپوٚز یہِ چھُ بےٚ سوٚم ۔ اُمس کُن وُچھتھے چھُ اُسن یِوان ۔ یوٚ دوے اُمس گونژھ زیچھہِ آسن تیٚلہ ییہِ زیادَے پھن اُسن ۔ یا اُمس مقابلہ ییہِ کانہہ زنانٕ تہٕ برٕس اندراژِ مگروٹھ آسہِ تیژ زِبرس واتہِ نہٕ ۔ تسند بے سمبرتہِ انہِ اُسن ۔ یتھے کُنۍ سائنین دوہدِش کمن تجربن برعکس یوٚ دوَے کانہہ تہٕ حماقژ کریا تژھ غلطیہ کرِ ییمہٕ نہٕ سوٚم آسن تیلہِ چھُ اُسن یُن ضروری، مسخرہ چھُ یوہے بے سمبر وو پداوان تہٕ اسہٕ ناوان ۔

"لکہٕ ہتھ تہٕ بانڈ": پتھ کالہ اوس گامی زندگی منز مسخرٕ اکھ اہم جاے رٹتھ اکھ اہم شخصیتھ ۔ یہ اوس نہٕ صرف پاتھرن منز حصہٕ نِوان بلکہ اوس خاندر ووزِ برأ ژۍتۍ نِنہٕ یِوان ۔ ییلہِ اکہ گامہ پتہٕ بیٚیس گامس تام شام ڈلتھ خاندر اُسۍ نِوان تہٕ سیہ بتہٕ کھینہٕ پتہٕ نکاح پرٕتھ آس مجلساہ لگان مسخرٕ اوس چاٹھ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

وَنان ۔ اسہٕ وٕنہٕ ڈٕلیلہٕ ونان تہٕ لۄکن بر مجلس ہٕلی کانٛہن گرُس کران ۔ پتہٕ اُس سحر ڈٕلتھ بَراتھ ماہرینٛز ہٕتھ واپس پٕنُن گام کُن پھیران ۔ چاڑھ ڈلیلہٕ تہٕ اَسہٕ وٕنہٕ کتھ وَننہٕ علاوٕ اوس مسخرٕ یژھن مجلسن منٛز باقے تمن کردارن ( یمن منٛز کنہٕہ نتہٕ کنہہ بے سومبر چھُ آسان ) لاگان تہٕ نقل پیش کران ۔ یم لۄکن ویدی اُسی آسان ، مسخرٕ اوس بدکرِ دارن ، رُشوت خورن ، فند بازن ، زارٕ بن ، شرابہٕن ، ٹھگن ، بدباپارٕ بن ، تہٕ تتھہٕ کٕنٛز لاگان تہٕ نقل کران ۔ یُتھ بر مجلس بَرأتی لطف اُسی تلان تہٕ تمن اُس بتہٕ ننہٕدٕ رتام گلان ۔ یژھن مجلسن منٛز اوس سُہ مزاحیہ بأتھ تہٕ گیوان ۔ نتہٕ اوس کُنہ خاص گأمی واقعک اوحال مزاحیہ شارن منٛز بوزناوان ۔ مگر ووٕنی کوسہٕ برات چھ راتس پٕٹھ گژھان ۔ ٹرانسپورٹ موٹر تہٕ لأری یِنہٕ پتہٕ گوڈولہِ ہُند رواج تہِ ختم تہٕ مسخرس تہِ چھُنہ پزٕ ژھان کانہہ ۔ ووٕنی چھُ مسخرٕ پأتھرن منٛز زنگن کشان ، برٮ۪ڈی کڈان ، پکان پکان زنتہٕ لاینہٕ یِوان ۔ گرٕہ دب کھیوان ، تہٕ ہر ہمیشہ بے سۄم تہٕ بے جاحر کرٕ کران ۔

**ذات بُتہ رات :** لُکہٕ پأتھرن منٛز چھےٚ مسخرٕ سنٛز رِیوایتھ سبٹھاہ پرأنی ، کشیر منٛز اُس رِیوایتن مسخری ہُند پیشہٕ پُشتنی طور مألس پتہٕ نیچوس تران یُس اکہِ لٹہِ مسخری اوس کران تسند زُرِ پُترٕ تہِ اوس مسخرٕ آسان مگر از کل چھُنہٕ سو کتھ یُس کانہہ بانڈٕ پأتھرن منٛز مسخرِ ل اوس کران تسنٛز کرام اُس مسخرٕ روزان حالانکہ تسنٛز ذات اُس بدل تہِ آسان ۔ تسندس ناوس ستیٚ اوس پتٕ لۄگ مسخرٕ لگان ، محکمہ مال کین کاغذن منٛز اُس تسنٛز اصلی کرام یِوان لکھنہ مگر گامس منٛز چھُ وُنہِ مسخرٕ ناوی اتھِ یوان ۔

**تربیت :** پتھ کالہِ اوسِ مسخرٕ کۄٹ بأنڈِل باضأبطہٕ ہیٚچھناونہٕ یوان ۔ سُہ اوس ڈول ، نگارٕ ، سورنے وایٚنٛز زانان ۔ کأشر موسیقی ( صۄفیانہٕ ) گیوُن تہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


وایُن تہٕ اوس ہێنٛچھناونہٕ یِوان۔ شُرؠ پانے اُسؠ تس بچہٕ نغمہٕ تہٕ نژُن ہێنٛچھناوان۔ اتھن ہنٛز مُدرا، اشار، اُچھن ہُند باو، اظہار کرُن، مختلف حرکژ، تالہِ پٹھ قدمن ہنٛز تُلہٕ ترٛاوڈالہٕ دِنہٕ تہٕ گُتھ مارٕنؠ تہِ اوس ہێنٛچھان۔ یِیمہِ صٔدی ہٕندِس ژٔور ٕمس دٔہلس تام اوس کٔشیرِ منٛز حافظ نغمہٕ رٲیج لہٰذا اوس تیٚتھے نغمہِ تہٕ مسخرٕ زانان۔ لُکہٕ بٲتن چھکرِ تہٕ روٗدبٲتن ہُند نغمہٕ کرُن تہِ اوس لوکچارے ہێنٛچھان۔ کوربن ہٕندؠ پٲٹھؠ اوس اُمس تہٕ زیُوٹھ مس آسان یوٗتام جوٲنی منٛز قدم تراوِ ہے۔ لوکچہٕ وٲنسی اُسس سارؠ واد، مقام، تہٕ تالہٕ یاد روزان۔ اُمس اوس حافظہٕ تیز آسان۔ مسخرس اوس گوٚل وایُن تہٕ تگان۔ اُسس اکی بتھی لبہِ گوٚل دنہٕ راوان تہٕ تھر۔ ر۔ ریا۔ ڈر۔ ر۔ رآواز کڈٕنؠ گوگوٚل وایُن۔ یہِ چھُنہٕ پرٕتھ کانٛسہِ تگان۔ یہِ چھے مُشکل ورزِش مگر ریاض کٔرِتھ چھِ مسخرٕ شُرؠ پانے ہێنٛچھان۔

ڈگہٕ: بٹہٕ پٲتھرس منٛز چھِ بٹہٕ مسخرس ''ڈگہٕ'' ونان۔ ڈگہٕ گولکرِ ہُند سہ بانہٕ یتھ منٛز گاوُن کوٚم بیترِ چھِ کھیاوان۔ چمرٕ مرنہٕ بغٲریُس ہچٕو بانہٕ چھُ طبلہٕ یا دوکرٕ موکھہٕ آسان تتھ تہٕ چھِ ڈگہٕ ونان۔ ''پٲترٕ'' لفظہٕ بدل لوٗژرٕ موکھہٕ مسخرس ونان۔ مانے زِسہٕ چھُ کم پایک دٔستھ کردار۔ پٲترتہِ گوبانہٕ مگر لوٗیہ، شِشترٕ یا سرتلہِ ہُند۔ ڈگہٕ گوہچٕو، مسخرؠ ہُند جلوٕ تہٕ کمال چھُ ڈٔرزٕ پٲتھر علاوٕ گوسٲنؠ تہٕ بٹہٕ پٲتھرس منٛز درٕیِنٛٹھی یِوان۔

ڈٔرزٕ پٲتھر تہٕ مسخرؠ: ڈٔرزٕ پٲتھرس منٛز چھ مسخرٕ کم سے کم ترٛے ژٔور آسان تہٕ بٹہٕ پٲتھرس منٛز ہنا زیادے پھن۔ کُنہِ تہٕ پٲتھرس منٛز چھُنہٕ مسخرٕ گوڈٕ رنکس منٛز پرٲوِش کران۔ یہِ چھ ماگُن سُند ربوٲیتی حق۔ کوٗردِنہٕ پتہٕ یِیلہٕ واد چھُ بدلان ماگُن چھُ دوٗن ڈٔرزن ستؠ رنکس پرٲوِش کران۔ تہٕ تمن پتہٕ پتہٕ مسخرٕ تارٕ، سارِنے پتہٕ چھُ زیٚٹھُ مسخرٕ زیُوٹھ ریش کٔرتھ تہٕ اتھس منٛز کھانٛٹل بٲنس ہیتھ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

مسخرن کلہٕ پیٹھۍ وایان وایان رٕنگس اژان ۔ ییم سأرۍ تالہِ پیٹھ نِرِ ٹلان تہٕ
ترٛاوان ۔ ماگُن چھُ دوشوٕنۍ ڈٕرزن ہٕتۍ باشان تہٕ باوبقار پأٹھۍ تالہِ پیٹھ قدم ٹلان
نژان ۔ ماگُن چھُ اکھ زیوٗٹھ شال، کپر ژادرٕ ییمکۍ زٕ اند دویوٗ ڈرز وچھِ اتھن منزٕ ڈۍ
ہٕتۍ ہیتھ آسان ۔ مسخرٕ چھِ ییمن پتہٕ پتہٕ مختلف بتھۍ بناوان تہٕ لاگان لاگان اژان ۔
تال چھےٚ تیز لےٚ رٹان تہٕ ماگُن چھُ ڈٕرزٕ ہیتھ رٕنگس تہٕ لوٗکن سلام کران تہٕ گتھ
دِوان نمان ۔ ترٛیشوے یکجا نژان ۔ اکہِ اکہِ تہٕ نژان تہٕ یکجاتہِ ۔ پتہٕ چھُ سےُ منز
رٕنگس ترٛیشوَے کپر ژادرِ ہندۍ زٕ اندرٕ ٹتھ زِ ڈٕرزٕ تہٕ منز باگ ماگُن رٕنگس منز
نژان ۔ مسخرہ چھُ اتھ ضابطہٕ پأٹھۍ نژنس بے وایہ بے وطیرہ تہٕ وُچاپکۍ سان نژان
تہٕ اسہٕ ناوان ۔ پرٛتھ اکھ مسخرٕ چھُ شروع پیٹھے کنٛہہ نتہٕ کنٛہہ تیتھ کرتب یا مسخرِ ل
یژھان ہادٕنۍ ییتھ زن وُچھن والین ہُند توجہ پأنس کُن پھرِ ۔ اکھ مسخرٕ چھُ آواز
کڈنہٕ روستے اُس منز راوِتھ تھدِ اسان تہٕ دوشوے اتھ وایان چھُ بیاکھ مسخرہ زنتہٕ
ماگُن سُند رُعب دار رووے وُچھتھ دہشتھ زدٕ گژھتھ کُنہ جایہ پان کھٹن یژھان تہٕ
اورِ یور پھیران ۔ ترٛےکُٹ چھِ اکھ پلو ہیتھ رٕنگس اژان تہٕ موسیقارن برونٛہہ کُنہ
وہراوان تہٕ بیاکھ کوٚٹ چھُ لوٗرٕ ہیتھ اژان تہٕ اتھ پلوس منزس لورِ ہٕتۍ ہیوٚ ررٹان
زنتہٕ اتھ بنوُکھ شامیانہ یا پھتر ۔ ماگن چھُ ڈٕرزِ ہیتھ اتھ تل وودنۍ
روزان ۔ ماگنس چھُ پیشوازس پیٹھ چوغہ نالۍ ۔ ہوٚل گنڈِتھ ۔ کرٕ ہٕتۍ تہٕ اکھ
لوکٹ موکٹ تبر (تبرزین) چھس دچھنِس اتھس منز ۔ کلس سافہٕ تہٕ تتھ بندۍ
لأگتھ تہٕ گند بدلنہٕ برگہٕ سبز چمکاچمک تیرہ ۔ وودنۍ چھُ مسخرہ تس برونٛہہ کنہٕ پٹن نژُن
کران ییتھ منز کُنہ قسمچ ضابطگی چھنہٕ ہٕتۍ چھےٚ مسخری چالوٗ ۔ اکھ مسخرہ چھُ ماگنس
مُدے گنڈِتھ بییس طرفس کُن پکان تہٕ کھوٚنٹ کھٹتھ لاینہ یوان ۔ بیاکھ چھُ
ماگنس وُچھتھ دہشتہٕ زدٕ تہٕ دوٗرٕ ژلان گلۍ گنڈان ۔ ترٛیم مسخرہ چھُ ہاوان زِسہٕ چھُنہ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

ماگنس کھوژان کنہہ لہذا اچھُتس ستیٖ ذٔسی پۄسی کرنہٕ گژھان مگر سُہ چھُس کرٕ دب لایان۔ یتھے کٔنز چھِ یِم ترٛینوٚے مسخرٕ کینہہ نتہٕ کینہہ تہِ کران یہ اُسن لایکھ چھُ۔ ییٚپتِس کالس اکھ مسخرہ لۄکن برونہہ کنہ مسخری کران چھِ تیتِس کالس چھُ باقی زٕ مسخرٕ ذٔرزن النہ تہٕ ولنہ یِوان۔ تِمِ چھِ وارٕ وارٕ تِمن دوشوٚنی ماگنس نِشہ ژھینہ کران۔ اکھ چھُ اکس ذٔرزِ پننِس زچہِ پھیرنہٕ نالس منٛز کلہٕ کڈناوان تہٕ گردن نژناوتھ لۄکن اسہٕ ناوان تہٕ بیاکھ مسخرٕ چھُ بیس ذٔرزِ کھونہٕ کھاران۔ تہٕ رنکس پھِر ناوان یوتام ماگن چھُ ہلہِ گرٕ مژراوان تہٕ تس گرٕہ دب لایے لایے ژلہٕ راوان۔ تِمِ چھ دوشوٚنی ذٔرزن یلہٕ تراوان۔ پتہ چھ بییہ وارٕ وارٕ یِوان تہٕ کانہہ نتہٕ کانہہ احمقانہٕ حرکت کران ییمہ ستیٖ اُسن ییہِ۔ پانہٕ چھُ مسخرہ سنجیدہ روزان۔ ماگُن چھُ بییہ ذٔرزن ستیٖ نژان تہٕ مسخرٕ الگ الگ نژان۔ سارٕے رنکس چھُ نژن چلان۔ پاٚتھرک یہ گوڈباگ چھُ سورنے وادس پٹھ صرف مُنٛز پاٚتھریانے Mime Play کانہہ تہِ لفظٕ زیوہ وننہ ورأے صرف خاموش پاٚتھر۔ خألص ہیکہ ماہر تھیٹر وٚنتھ زِ یہ مُنٛز پاٚتھر کوتاہ فن چھُ۔ یہ مایم پلیے وُچھان وُچھان غأر کأشر تام اسان اسان نیلہ گژھان تہٕ کأشری زیادٕ لطف اندوز سپدان۔ مسخرن ہنٛز نبرل بےسۄم حرکژ تہٕ عمل چھِ ماگنس جیرہ ژلان تہٕ سُہ چھُ اکہ اکہ مسخرن گرٕہ لایان۔ زِ مسخرہ چھ اور یور ژلان تہٕ ژژنگہٕ دِوان مگر اکھ چھُ خاموش کرٕہ دب کھےکھے تہِ سنجیدہ تہٕ لگن گُن ہاوان زِ حرام تس ہے امہِ ستیٖ لگانے چھُ! اتس ییلہ باسان چھُ زِ ماگن ہیوتن تھکُن سُہ چھُ پوٚت پھیر تھ تس اشاروٚ اشاروٚ ٹأنہٕ کران۔ اتھ موقابلہ چھُ بیاکھ مسخرٕ کھوژان زنتہ سُہ چھُ دہشت زدٕ تس چھے تھرٕ تھرٕ سُہ چھ کأنپان۔ ہپأری ژلان تہٕ پۄتس نِنْدرٕ مسخرس ہکہ لتھ کڈان مگر پننہ نِس وُچھس ژنڈلأیتھ آواز کڈان۔ ہِنْدر مسخرہ چھُ بتھی کٔنز لاینہ یوان۔ لُکھ چھُ اسن کھنگالہِ تراوان۔ موختصر چھُ یِتھا اکھ مسخرہ پننہ پننہ اندازٕ اکھ

CC-0Agamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

اسناوِ وٕنۍ رنگہٕ عمل بے سوٚم حرکژ و ڈٕسی شوروع کران تتھ زنتہٕ سنجیدہ تناوٕ Tension سان بروٗنہہ پکہ ناوان تہٕ پتہٕ تژھ حرکژ کران۔ یتھ ساری عمل پھٹےٚ ڈٔنج Relax گژھان۔ یتھ پاٹھی کانہہ پننۍ گلی کھالتھ پھوکہٕ بالہٕ پھوکھ کھارِ تہٕ پتہٕ زنتہٕ ہرٕ نہٕ پیٚتہٕ ستی کُنے ترٕ وس دِتھ پھوکھ نیٖس کڈتھ۔ بس تتھے کٔنۍ چھُ مسخرہ اکھ عمل زنتہٕ وٕکھرٕ حرکژٕ وڈٕسی ہُنہِ راوان پتہٕ بس یکدم تتھ پھوکھ نوان کڈتھ۔ یا یتھ کٔنۍ ونوسہٕ چھُ ٹنشن بڈٕ راوان تہٕ یکدم عروجس واتناوِتھ تتھ Relax کران چونکہ یہِ مسخری چھِ ماگنس سپژل باسان سہٕ چھُ بروٗنہہ کُن یتھ کاٗکی مسخرس گرٕہ دب لاٗے لاٗے دِہ ٹلان مگر دویم زٕ مسخرٕہ چھِ دون ڈٕرزن ورغلاوان تہٕ تمبلاوان۔ اکھ مسخرٕہ چھُ اُکس ڈٕرزِ کھونہِ ٹلان تہٕ لول بران۔ تہٕ ماگنس نکھہٕ نِوان۔ سہٕ چھس کرہ لایان مسخرہ چھُ ڈٕرزِ دأرِتھ دِوان تہٕ ژلان ماگُن چھُ مسخرس پتےٚ لاران ترٚییم مسخرہ چھُ لوتے دوٚیمہ ڈٕرزِ ٹلان کھونہِ تس کُن مُدٕے گنڈان لولہٕ بٔرژ ونظرو دُچھان۔ ماگُن چھُ پوٚت پھیران تہٕ ترٚییمس مسخرس گرہ لایان۔ ڈٕرز چھِ کھونہ منز یلہٕ گژھان یتھے پاٹھی چھِ ساری رنگس یا کھڈارس منز دورٕ دور تہٕ گتھ دِنۍ روزان جاری تہٕ لگھ چھِ اسان۔ رنگہٕ چال Movement پکن ترایہٕ ڈالہٕ مضحکہ خیز ادا تہٕ مسخرِل وُچھتھ ہیکو اتھ ساری مایم ناٹکس انگریزی پاٹھی Folk Farce وٕنتھ۔ وُنہِ ووت نہٕ یہِ مایم پُلپے اند۔ تکیازِ واد چھُ بدلان۔ ماگُن تہٕ ڈٕرز چھِ شامیانس تل سورنے وادُک ھض ٹلان۔ ماگُن چھُ شراب شیٖش پھرنک تہٕ مس چینگ تہٕ ڈٕرزن چاوُنک عمل ہاوان مگر مدراتہٕ ادکاری منز۔ گوڈ چھِ بہتھ چوان تہٕ چاوان پتہٕ تھوڈٕ وُتھتھ تہٕ۔ اتھ دوران چھِ مسخرٕہ سو اداکاری کران ییمہِ تلہٕ چھُ ننان زِ تم چھِ مس چینہٕ موکھ کریشان۔ ییلہ ماگُن پانس مس چوان چھُ اکھ مسخرٕہ چھُ یوان تہٕ تس بروٗنہہ کنہٕ اُس وأہرتھ ہیوٚر گُن

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

ماگُن ہندِس پیالس تل داران۔ یتھے کُنۍ دۆیِم مسخرٕ ہ تہٕ ژٕ رزن ہندٕن جامن پٮ۪ٹھ پیمتێن مس پھیرٕن لبٕوان۔ أکِس پتھ اکھ مسخرٕ یوان تہٕ مس پھیرٕن ہُندمزٕ لێوتھ نوِان۔ پتہٕ پانہٕ وأنۍ اکھأ کۍ ہندِس چانٹس لبٕوان۔ دۆیمہٕ صوٗرٕژ منٛز چھُ زُیٹھ مسخرٕ ہ ماگنس برونہہ کنہٕ پان ترأوِتھ أس ہیۆر کُن کرِتھ مس کھاسہٕ منٛز شراب قطرٕ پنٛنس پراران۔ تس چھُ اکھ قطرٕ زنتہٕ أسس گژھان۔ سُہ چھُ ماگُن ہندِس پیشوازس دامنہٕ پٮ۪ٹھے لبٕوان لبٕوان کمرس تام کھسان۔ باقی مسخرٕ چھِ زِٹھس مسخرس نال ولان۔ سُہ چھُ ژژنگہٕ دِوان ژلان۔ تم چھِس پتے دوران تہٕ اکہِ اکہِ منٛزس رٔٹتھ تسندِس أسس زنتہٕ لبٕوان۔ یتھ تم تہٕ شرابک مزٕ وُچھن۔ یہ شرابکہِ اکہِ قطرُک مزٕ بأ کرِتھ ہنگ منظر آسیا عالمکێن دۆیمێن رنگہٕ رِوایتن منٛز؟ کینہہ مسخرٕ ہ چھ گوڈٕ تیُتھ منظر پیش کران زِ شرابکہِ اکہِ قطرُک مزٕ وُچھنہٕ خاطرٕ جوکھ تمو سبٹھا مگر لۆ بُکھ کیا؟ بس زیوِ کوڈُ کھ ٹاس تہٕ بس! مزٕ آو کتہٕ تہٕ گوکۆت؟ بس زیوِ ٹاس کڈنس برابر! زنتہٕ اوسُے نہٕ! مگر کینہہ مسخرٕ چھِ اتھ منظرس دۆیمو طریقوتھٕ کھاران۔ مزٕ خاطرٕ تیوٗت أنتہٕ گژھان زِ اکھأ کِس لتہٕ لایان تہٕ ماگنس برونہہ کنہٕ پیالہٕ منٛز قطرس بۆن پنٛنس پژارنہٕ خاطرٕ "بےٕ نتہٕ بےٕ" باپتھ جدو جہد کران۔ زٕرلان تہٕ ترٛیمس نوِان نبر کڈِتھ پتہٕ باقے زٕرلان تہٕ دۆیمس نوِان کڈِتھ یۆتام ماگنس چھُ نشہٕ کھسان تہٕ سُہ چھُ وبسرُن ہبٕوان۔ مسخرٕ چھِس شانن تل اژان تہٕ اورٕ یورٕ پھِروان پتہٕ لۆب کُن تراوان۔ زٕ مسخرٕ چھِ ژٕ رزن ٹلان تہٕ لۆکن منٛز الگ الگ طرفن کُن روزان تہٕ تتے پٮ۪ٹھہٕ زِٹھس مسخرس ستی کلامہٕ کران تہٕ واپس یتھ ماگنس مۆژراوان۔ اکہِ اکہِ تس شانن تل اژان تہٕ نیران یۆتام تس نشہٕ چھُ وسُن ہبٕوان۔ زُیٹھ مسخرٕ چھِس بأنس ہاوان تہٕ ماگُن چھُ رٹنہٕ گوٗھان۔ مگر زُیٹھ مسخرٕ چھُ بأنس ہێنس مسخرس پلہٕ ناوان۔ یتھ کنۍ چھِ مسخرٕ ماگنس مۆژراوان۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

یوٚ دوٚے بأنسں پیٹھ مژٕ راونس نہٕ تیلہِ چھِ ییٚہِ کانہہ گنڈُن کران یُتھ ماگنس نشہِ وَسہِ۔ ڈرزپاٗتھر چہ پرأوشہِ پیٹھ اوٚت تام چھُ اوٚ ڈ گنٹہٕ پیٹھہٕ ڈوڈ گنٹہٕ تام تہٕ یہِ مُنٛز پاٗتھر گِند نہٕ یوان۔ نہ چھُ کانٛہہ لفظ نہ مکالمہٕ یوان وَننہٕ۔ خالص کینٛہہ آوازٕ۔ ہاے ہے واے۔ہوٚ۔ تشنگی تہٕ کریشن! تِتھی ہوی جذبہ سمجنہٕ باپتھ چھِ تِتھی ہوی منظر اہم۔ ڈرزپاٗتھرُک یہ گوڈ باگ پیش کرنس منٛز یِژھ صحیح تربیت تہٕ تجربہٕ أکس مسخرس آسہِ تیوٚ تاہ روزِ سُہ مسخرِل تہٕ اداکأری کرنس منٛز کامیاب مسخرٕ چھِنہٕ بندِ شن تہٕ ضأبطن منٛز روزان۔ باضے بندِشہِ تہٕ گنڈ کھۄ حدو نبر نیرتھ بداخلاق حرکژن تام واتان تہٕ فنکاری زکھ واتناوان۔

مکالمہ تہٕ مسخری ہُنٛد دوٚیم پہلوٗ: باوتھ یا منٛچ کتھ، سونٛچ بیترِ اظہار کرنہٕ موکھہٕ چھےٚ زبان اہم تہٕ زوردار وٚسیلہٕ۔ خبرٕ کتی خیال فکر و فلسفہ روزن اندرونس منٛز وٚٹسی گژھتھ یوٚدوے زبان آسہِ نہٕ۔ ڈرامہن منٛز چھُ پزتھ کانٛہہ کردار مکالمہٕ زبأنی ڈٚسی اظہار کران۔ زیوٚڈٚسی، کلامہٕ ڈٚسی، وادوادٕڈٚسی یا سمواد ڈٚسی، گۄنہٕ ڈٚسی چھےٚ پزتھ کُنہِ جذبٕچ، خیالٕچ، ووٚمیذ، منگ یا دوکھٕچ دادِچ باوتھ سپدان۔ یہے زبان چھےٚ تتھہٕ کُنٛی بےٚ سوٚم تہٕ بے جا کتھہٕ بنأوتھ استعمال سپدان تہٕ اسنس پیٹھ مجبور کران۔ مسخرس نِش یوٚدوَے باوتھ کرنٕ مزاحیہ زبان یا مکالمہٕ آسن نہٕ تسنٛز اداکأری تہٕ فنکأری نہٕ روزِ پاید ارنہٕ زوردار۔

ییٚلہِ زٕ مسخرٕ چھِ ڈرزپاٗتھرس منٛز دون ڈرزن ہیتھ ژلان تہٕ لوٗکن منٛز تھوان تم چھِ زِٹھس مسخرس آلودِی دِی انان تہٕ ڈرزن ستی خاندرکرنٕچ یِژھا ظأہر کران۔ امہِ پتہٕ چھِ گرٕکرنٕچ کھٔری لدتہٕ پریشأنی ہنٛز زندگی بسر کرنکین تجربن ہنٛز پُرمزاح کتھہٕ ننہٕ راوان۔ اتھ پاٗتھرس منٛز چھِنہٕ ڈرزا کھ کتھ تہٕ کران بلکہِ تہنٛدِ طرفہٕ چھِ مکالمہٕ مسخرٕ ے وَنان۔ سیٚدِ سیوٚد تہٕ تہٕ ورگہ پاٗٹھی تہِ۔ مثلن اکھ مسخرٕ چھُ

CC-0Agamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


تھوڈ ؤ تھِتھ لۄکو منز کرٕکھ دِوان ''بابو! یہِ ہاوےٚ ونان ےٚ گرٕھی آسُن وتھرُن ؟'' بابہٕ مسخرٕ چھُس رنگس منز اَستھ جواب دِوان۔ '' آہن با آسُن گرٕھبس ، مظہر جلالُک !'' ہُپاَری چھُ بیا کھ مسخرٕ بیٚیہِ طرفہٕ لۄکو منزٕ ے کرٕکھ دِوان ''بابو! تیٚمِس وون ےٚ چومُت کیا چھُے ؟'' بابہٕ چھُس ہکہٕ جواب دِوان: '' دۆ پنےٚ انمہٕ ! تیو؟'' یہِ چھُ شاید واَحد طریقہٕ مکالمہٕ وننُک یتھ منز اَکس کردار ہٕندِ بدل دۆیم کردار چھُ مکالمہٕ ونان تہٕ جواب Repartee تریٚیم کردار ونان۔ یہِ چھےٚ Alienation کرنُک تہٕ آسنٕچ اکھ زبر مثال۔ اوے چھِ پاَ تھرُوچھن واَلی یہ احساس کران زِ تِم چھِ پاَتھرُوچھان تِم چھنہٕ کاَنسہِ تہِ ،کردارس سٟتی یا تسند بن جذباتن سٟتی مدغم سپدان۔ تِم چھ باہُشیارُوچھن واَلی ہٕندی پاَٹھی ردِعمل اسان اسان اِظہار کران۔

مسخرٕ چھُ لفظن گِنداَن کُنہِ ساعتہٕ تِمن پھرِتھُر کرٕتھ ونان۔ مثلن وُنن آسبس ادب تہٕ ونہٕ بدب یا'' لگے تقدصس'' تہٕ ونہِ ''ہسہٕ دکن لگے''۔ گرا چھُ لفظس اچھرا چھر ونان یتھ بوزن واَلس پڑارُون تھوٕتہٕ تہٕندس دِلس منز اصلی لفظہٕ موکھہٕ تشویش بڈراوٕ پتہ لفظُک پتُم اچھریا Syllable ؤنتھ تھ بدو کھنے ،کر۔ گرا چھُ سُہ بدلے لفظ استعمال کران یِم کنن شۆ دی لفظن ہُند باس چھُ دِوان مگر وُنن تہٕ بیان کرنٕچ تڑاے تہٕ لہجہ چھُ بدلاوان۔ باضے چھُ مسخرہ باَتن تہٕ شارَن منزٕ لفظ ادلہٕ بدل کرِتھ گوٚان تہٕ مانے بدلاَوتھ اَسہٕ ناوان۔ یا ژھایہِ باَتھ Parody ونان۔ مثلن گوٚن آسبس''ژ اوسکھ گاٹہٕ جارُک نۆر۔ ژےٚ لۄگُتھ نار انسانو!'' تہٕ مسخرٕ گوٚ: ژ اوسُکھ گاٹہٕ جارُک نار۔ ژےٚ اویو گیوٚ رانسانو!'' کاَنہہ کاَنہہ مسخرٕ ونان سبٹھاہ سنٛجیدگی سان کاَنسہِ خاص اَکس شخصس کُن ہاوِتھ تسُند ذاَتی ناویا کرٕام رلاوِتھ۔ مثلن چھان آسبس تلاوٕنس ژ اوسکھ چھانکارُک نۆر، ژےٚ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


وۄتھیو تۄرموٕمہٕ چھانو!" یتھہٕ کنۍ چھُ مسخرٕ Redicule تہٕ کران۔ مسخرٕ چھُ Mock تہٕ کران۔ جوکری کران تہٕ بیوقوف بنان تہٕ بناوان تہٕ۔ ڈالان تہٕ تہٕ ڈلان تہٕ۔ یہٕ چھُ کھکھر کھسوان۔ زژ نگہٕ ٹُلان، لۄنگ، اڈکول تہٕ چورلاگان۔ بتھہٕ نہناوان، شخصیژ مسخ کران۔ پۄزے بوزو صۄرژ مسخ کران تہٕ پھٹراوان۔ سُہ چھُ مکمل بدنظامی پاٹھٕ کران۔ کیازِ؟ مسخرٕ چھُ اکھ پُرامن فطادار حسین دُنی یہک آسُن یژھان۔ اکھ پۄز انسان دُنی یاہ تہٕ نظام۔ اوے چھُ اُسُن وۄ پداوان۔ اوے چھُ Redicule کران۔ ختک کران تاکہٕ آدم بنہٕ نیک تہٕ جان۔ جائی تہٕ رژرس گُن لُکھ نہٕ تہٕ آماد کرُنی چھُ تمی سُند مدعا۔

**اوند پۄکھ تہٕ مسخرٕ:** چونکہٕ بانڈٕ پاتھر چھُ کھلہٕ مأدانن منز یاوُ ڈر دانن تل یا گامہٕ آنگن منز گِندنہٕ یوان لہذا چھُ مسخرٕ اوٚند پۄکھ نظرِ تل تھاوتھ پننہٕ مسخرِل کرنہٕ موکھ جایہٕ تہٕ اوٚند پکھیک فایدٕ ٹُلان۔ یۄ دوے کلُی نزدیکھ آسن تیلہٕ چھُ ڈٕرزٕ ہتھ گلِس کھسان۔ ڈٕرزِ أکس لنجہِ پٹھ تھاوان تہٕ پانہٕ بیٚس لنکس پٹھ کھسِتھ بابہٕ مسخرس ستی سوال جواب کران۔ اتی کلُی لنجن الہٕ راوان تہٕ سارنٕے لۄکن ہنٕد دیان پانس گُن مرکوٗز کران تہٕ مذاحیہٕ ہُری ونان۔ یۄ دوے رنگ لُرگنہٕ رس منز لگہِ تیلہِ چھُ لۄکن تھی ڈٕرزٕ کُنہٕ تہٕ أکس لرِ کھاران تہٕ کُتھی دارِ کنی نبصف پان کڈِتھ بابہٕ مسخرس آلودی دی مکالمہٕ ونان۔ سأری لُکھ تہٕ چھِ أچھی تہٕ کلہٕ ہیوٚر گُن کرِتھ تسی وُچھان۔ یتھہٕ کنۍ چھُ سُہ پاتھرس ماحول رنگ بخشِتھ زنتہٕ زُوٗ بخشان۔ مسخرس چھنہٕ مند چھ اوے چھُ باضے بے پھرُک پاٹھی اُراٹھ پراٹھ مکالمہٕ تہٕ تھران تہٕ وُچاپہ لاگان۔ بابہٕ مسخرس ستی ڈٕرزٕ ستی خاندرٕچ تیارٕری کرِتھ سوداتہٕ پلو پوشا کھاوان۔ مصالہٕ اینکہٕ تہٕ گرناوے بیترٕ وۄسبن ہندبن موقن ہندی مکالمہٕ وٕنتھ چھُ یہٕ باضے بابہٕ مسخرس ستی تہٕ باضیٕ بزن ستی ڈٕری گنڈِتھ مزاحیہٕ

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

بأتھ، رؤف وئوٗن، تہٕ گوٚن ہرٕی ونان تہٕ اتھ دوران تہٕ طنز، مذاق تہٕ مزاح وٗوتلأ وِتھ اسہٕ ناوان۔

**زنہٕ وِہی:** یِیلہِ تہٕ مسخرس چھُ پیٚوان کانٛسہِ تہٕ زنہٕ ہُند رول گِندُن سُہ چھُ ژادر یا کپر ژادر ووڈ پلوٗ کہِ انداز ولان تہٕ ہانزٕنی، گریسی باے، واتجِ ووستہٕ باے، بیترِ تتھہٕ پأٹھی لاگان زِ وُچھن والین چھ داد پیٚوان دِنی۔ سُہ نہٕ چھُ میک اپ بدلاوان نہ پوٚشاکھ۔ چاہے پننہِ گھونژھہِ آسنس گنہٕ تہٕ خاٗلص کپر ژادرِ کأم ہیتھ کرِ زنانن ہنٛدی سأری رۄپ تہٕ وٕہی پیش۔ خاصکرتھ واتجہِ ہُندی آیہ ووہوکڈی کڈی تمہِ آیہِ لڑایہِ ہنز اداکأری تہٕ دوٗرٕ دوٗرٕ ژِسأرٕہے کھڈارس منز چھےٚ کھلبلی ووتھان تہٕ لوٗکھ اٗتھی ستی ژلان۔

**پوٚشاکھ:** عموماً چھ مسخرس سۓ پوٚشاکھ لأگتھ آسان یُس تسُند روزمرٕ وُیُست چھُ۔ ووٗنی گورنکس اژنہٕ بروٗنہہ یِیہ شلوار زنگو، ہیٚوٗر کھارنہٕ۔ ہٕلس گنڈِ ژادر یا کپر ژادر۔ اسناونہٕ موکھہ چھُ گنہٕ وزِ قمیضہِ یا کُرتنہِ پٹھ بستہٕ کھکھراتہٕ گنڈان۔ زیٖوٗٹھ ریش لاگہِ، گکو، یا پرٕأنی صاحب ٹوٚپی دیہ ووڈِ نتہٕ پرٕأنی ژُکھانٹل ٹوٗپی۔ یِیلہِ رنکس اژِ گوٚل آسبس نیجہِ کانٛشرِ الہِ ستی برتھ تہٕ ژوپا ژوپا کڈان اژِ نتہٕ ژوٗٹھی کھنجہِ کھوٚوان کھوٚوان۔ نتہٕ آسبس سوٚت اٗس برتھ تہٕ رنکس اٗژِتھ دیہ پھوٗ پھوٗ کرتھ لوٗکن گن دأرتھ۔ مسخرٕ چھا کھاکی ہنز ٹوٗپی ٹلتھ لوٗکن منز دأرتھ دوان تہٕ اکھاکس پتہٕ دوان تہٕ پننٕ پننٕ ٹوٗپی حاصل کرنہٕ موکھہ چھلہِ چھانگر تہٕ کھلبلی ٹلان۔ یوٚدوے یمن مسخرن منز کانٛسہِ ترامہ کلہٕ آسہٕ تیٚلہِ چھ تس زیادے مٕژراوان تہٕ لوٗکن اسناوان۔ انگریزٕ پأٹھرس منز پزٕون پتلوٗن لأگتھ نتہٕ شلوارس گوڈن تل گنڈ ترأوتھ تتھ برجس بناوتھ کلس پرانہِ پرٕأنی صاحب ٹوٗپی دِتھ تہٕ میم آسہِ شلوار زنگو ہیٚوٗر کھأتھ پھراقس نیبری بریسری لأگتھ اٗچھن گاگل لأگتھ پأٹھر

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

گِند ان ۔ میک اپ کرنٕک رواج چھُنہٕ مسخرس ۔ واتل پاٹھرس منز چھُ برأ زٕ ستی سوٗر چھکان چھکان اژان تہٕ رسم پوٗر کران ۔ ماحولس بدمزاجی ہُند انہار بخشنہٕ باپتھ یُس امہٕ پاٹھرکین واقعاتن تہٕ مکالمن برمحل چھُ ۔

**بولین ہُنٛد ورتاو:** کٔشیرِ منز چھُ کاشری زبانٕ علاوٕ گُجری زبان ، پہاڑی ، پنجابی تہٕ ڈوگری علاوٕ کاشرِ زبانٕ ہنز بولہِ تہٕ بیوٗن لہجہِ تہٕ ورتاوس منز ۔ مسخرٕ چھُ یمن بولین ہُنٛد استعمال کرٕتھ اسناوان گاہے پھِرتھرُ مانے کڈِتھ تہٕ کامِک جز کڈتھ تہٕ ورتاوتھ ۔ مثلن بکروال بٔنتھ چھُ مسخرس ونان ۔ بکروال : او کپر یا ( کشمیر یا ) یُن گرٕ ھے سانین ڈیرن آسی دِموے ژٕے گرٕ واجنین کلن متھُن کیُت کھِنہٕ پاوا ۔ ( لُکھ اَسان )

مسخرٕ ۔ ہا ، کھوگے خاناہ ! وُن گرٕ ھِ گرٕ واجنہِ کلس متھنی کرٕتھنہِ پاوا ۔

بکروال : آہ لُگم بلاے ۔ سُہ کھِنی پاوا ۔

پانہ چھُ بکروال سُنٛد پاٹھر گِندن وول سبٹھاسجیدہ روزتھ بکروالی شرارتھ اُچھن منز ٹاکارٕ چھتھ ۔ ” پتہ برونٹھ “ جملن منز لفظ بٔرتھ اسہٕ وٕنی کامِک تہٕ بے سوم حالتھ پادٕ کران ۔

مسخرہ : خانا ! دال کتھ ٕ کنی چھورنان ؟

بکروال : اُنُن گرٕ ھے شپ ( باضے یُپ ) بیہ گرٕ ھے اُنُن راج ماش ۔

مسخرہ : تہٕ پتہٕ ؟

بکروال : شُپ گرٕ ھے ترٕ اوُن راج ماشس منز ۔

مسخرہ : کھوونتھ ! دپھ راز ماہ گرٕ ھِ ترٕ اونی شُپس منز ۔ پتہ ؟

بکروال : آہ ۔ آہ ۔ ژبے گرٕ ھے کڈٕنی ژھٹھ ( بکروال ژادر رٹتھ واو کران ) بیترِ تِھے کٔنی چھُ سِکہ پاٹھرس منز پنجابی لہجس منز کاشُر استعمال کرِتھ تیز تیز

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

بولان تہٕ مرد اٚستھ پاٚنس (میے چھس) وٕنتھ بولان۔

**چاٹھ:** لکبہ، جنسی چاٹھ، جنسیاتی جملہٕ، بیترِ وٕنتھ بے جا حرکژ یسلہ پاٹھ استعمال کرِتھ تہٕ چھُ مسخرہ اسناوان چھِ۔ پتہٕ میٚن پنژہن ؤرین منز آو واتل پاٚٹھر پتھ کُن ترأوِتھ مشراونہٕ امہ کِنۍ بیشتر حصہ ژھوکان تہٕ لکبہ تھوکہ تہٕ کم گاٚمژ۔ اتھ پاٚٹھرس منز چھِ واتل کرام ہندی شٕپی واتل، لڑھلی واتل، مارٕ واتل، ژُمرٕ تہٕ ترنگرِ وونی بیتر بٔنتھ خاندرانہٕ نس تہٕ فسادز ٹھنس تہٕ اُخرس پیٹھ واتل لڑایہ پیٹھ اند واتنس تام مسخرہ سٔندی مختلف گِندن گرٕی سنٛز لایکھ۔ چاٹھا اکھ چھُ یتھہ کِنۍ۔ واتج چھ سورنے بوزِتھ دوران یِوان تہٕ خاندارس ونان: "وُنہ چھکھا بہتھے؟" ژوک تل چھُے نہٕ واتان۔ براتھ ہا آیی" واتُل چھُ حاٚران گژھان تہٕ پرژھان "نا ے تہٕ کوسہٕ براتھ:" کہنز؟ مےٚ کوسہٕ کوٗر چھےٚ" واتج چھس ونان "چانہٕ کوٗرِ ہنز براتھ!" واتُل چھس سنجیدگی سان ونان "نا ے مےٚ کوسہٕ کوٗر چھےٚ؟ بہٕ ہا ے اردہن ؤرِین پنجاب اوٗسس!" واتج چھس ونان "اِد بو ے اُوسے نا پیتی؟"

**اکھ مظاہرہ:** رازٕ پاٚٹھرس منز چھ راجس نِش مختلف طاٚیفن ہندی نمایندٕ قسمہٕ قسمکی چیز ہتھ یِوان تہٕ تس بطورِ نذرانہٕ پیش کران۔ مسخرٕ چھُ کرال بٔنتھ اژان یٹ نکھس کِتھ ہتھ۔ ہلہ گلی تہٕ پھُٹ مٹی بانہٕ تہٕ مچہٕ وارِ ہتھ۔ نہ چھس فارسی فِکرِ تران نہٕ چھُ کلامےٚ کنہہ کران۔ گُرٕ دَب تہٕ چھُ کھوان۔ اُخر چھُ اکھ لوٕ کٹ مچہٕ وارِ ہن نذرانہٕ پیش کران۔ فارسی پاٚٹھی چھس پرژھان اتھ منز کیا چھُ؟ سُہ کیا ونہٕ! سُہ چھُ گُرٕ دَب کھوان تہٕ مایہٕ ہوٚت نذرانہ پیش کران ونان "سرکار! ماچھ۔ ماچھ بقسمہِ ماٚیر۔ بہ نمونہٕ انمہ! پتہٕ چھُ بڈ پہن واٹرکڈان تہٕ تمہ منزٕ ماٚیر پانس کھوان۔ شاہ گاٚسی چھس پرژھان نذرانہٕ کیا اوٗنتھ تہٕ واریا گُرٕ کھبنہ پتہٕ چھُکھ ونان! کوٗر! تہٕ شلوارز نگہ منزٕ چھُ کڈان چوٗل چوٗل کرُدن پوٗت تہٕ

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


شاہ گأسِس کُن دِوان دأرِتھ۔ بیٚہ چھُ کُرکھوان تہٕ ٹوٗپی کلہٕ پٹھ ژُلتھ چھُ بیا کھ پوٗت مارکس منز ترٛاوان۔ پتہٕ ییلہ کُردب کھیٚیے کھیٚیے جیرٕ چھُس انان سُہ چھُ یٔٹ شانو پیٹھہ دأرِتھ دِوان تہٕ دوشوٕنی زنگن شلوارس گنڈیلہٕ ترٛاوان تہٕ تموٕ منزٕ بیٚیہ کوکرپوٗتی جوراہ کڈِتھ ہیور آسمانس لایان تہٕ پانہٕ ژرنگہٕ دِوان ژلان۔

سانہِ لکہٕ پأتھرٕ چ ہیٚیت چھِ مُلہٕ تلہٕ اسناونہٕ موکھہٕ مگر یِمن پأتھرن منز یہِ کینژہا مسخرٕ کران تہٕ باوان چھُ تہِ چھُنہ سورُے بے مانے تہٕ بلا مطلب۔ اُسن تہٕ اسناوُن ہیکہِ ذریعہ آستھ مگر منزل نہٕ۔ اختتام تہٕ آخری اند تہِ نہ۔ یِم پأتھر چھِ مختلف نوعیتن ہندی سماجی تہٕ سیاسی طنز تہِ پیش کران۔ کشیر چھےٚ واریاہن وٗرِین بلکہ صدیین وو پرن ژوپرن ہنز غلام روٗزمٕژ۔ بیشتر حاکم تہٕ تہندی ٹوٗٹی اُسی بے انصاف، ظالم تہٕ جابر۔ خبر کیٚژن صدیین روٗز بے گأری چلہٕ وِنی۔ لٹہِ لٹہِ رُودی کأشری دہشت زدٕ، غریب تہٕ کھوژان تہٕ ظلمات برداشت کران کران اُس آبادی تہِ کم گژھان پیٹھ ییلہ سہلاب، وو با، بیمارِ تہٕ نال آسہٕ ولان۔ رازن ہندی شاہ گأسی اُسی ماردی دی کأشرس زٔٹ تہٕ میٔٹ تام کامٕژ کران۔ یہوے وجہ چھُ زِ پأتھر چھِ لکھ چاوسان وُنہِ وُچھان تِکیازِ کأشرِ میٚژ منز چھُ کستام شر یہہ ییمہِ کنٕز یہ چھےٚ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ موٗل مول تہٕ قدرِ ہیٚتھ زُوان تہٕ ثقافتی وِرثس رأچھی کران۔

**بے مانے مانیت:** ییلہِ ڈرِ پأتھرس منز چھُ ماگُن اٰکِس مسخرس کرُدب لایان سُہ چھُ خاموش روٗزِتھ برداشت کران بیا کھ مسخرٕ چھُ یِوان تہٕ تس پرٛژھان۔ "وٗژھیہِ دَگ؟" مسخرہ چھُس سنجیدگی سان جواب دِوان! حرام کہنٕ ہے! اسہِ چھےٚ ہالے! اُمی ہے تھکن نٕرِ تہٕ سوتہِ۔ تکبر تہٕ بلہٕ وِیرِی ژلبس نٕیرِتھ۔ نوم لکھ تہٕ ترٛاونس اُسن۔ مے کیا پانے ترٛبکھ فکرِ زِبہٕ چھُسہ کُستام کِنہٕ یہٕ "اَتھی پأتھرس منز چھُ مسخرٕ یُس وانسہ سارنے لوکٹ چھُ ماگُن ہِندِس تاجس مُدٕ ے

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

گنڈِتھ ڈُچھان پتہٕ آرگرٕ وَنظر و بابہ مسخرس کُن ہاوان ۔ بابہٕ چھُس ونان : کیا؟ یہِ ہویہِ ! اچھا یہ تاج ہوتاج ! باقی مسخرٕ چھُس اُسن ٹھاٹھا گرتھ ترٛاوان ۔ ''سورٕ ے بنہِ مگر یہِ نہٕ ؟'' تہٕ اسان ۔ لوکٹ مسخرٕ ہ چھُ روشان تہٕ بابہٕ مسخرٕ چھُس ونان '' یہ چھُ بے پرٛ ھ چیز ۔ از چھُ تہٕ پگاہ چھُنہٕ ! یتھ کلہٕ ہیرہٕ تاج آسہٕ تتھ پیٹھ کوسہٕ پرٛ ھ ! مسخرہ چھُس توتہِ اسرار کران زِتس گژھِ تاج ۔ بابہٕ مسخرہ چھُس لتھ لاٛیتھ ونان ۔ بیوقوفہٕ ! مُڈٕ داندا ! پننِ کلہٕ ہیر چھےٚ پنہٕ نئن شانن پیٹھ ۔ بس یِی پوٗشہِ نے ۔ چاہے اتھ پیٹھ ہوگاڈٕ ءکنگھ یا ڈل مصالہٕ ، زِندٕ تہِ روزکھ ! یمن تہٕ یتھن مکالمن چھُناہ سماٛجی تہٕ سیاٛسی عکاٛسی علاوہ تہِ مانے تہٕ مدعا ۔ لگھ چھ پانے سمجھان ۔ اوے روٗدی یم پاٛتھر کاٛنسہِ ہُند خوشامد کرنہٕ وراٛ ے زِندٕ ۔ پنن بے مانیت مانے ہیتھ زِندٕ ۔

**ناو :** کُنہ تہٕ پاٛتھرس منز چھُنہٕ مسخرس یا تسندِس کردارس کانہہ خاص ناو ۔ سُہ چھُ پرٛتھ کھِڈارس منز پنہٕ نے ناوٕ زانہٕ یوان حالانکہ تمُی سُند گِندوُن کردار گوژھ ناودار آسُن ۔ امیک وجہ چھُ زِ یم پاٛتھر چھِنہٕ تمہِ آیہِ تخلیق سپدی متی یمہِ آیہِ ناٹک یا روٗپک چھِ یوان گوڈٕ لیکھنہٕ پتہٕ گِندنہٕ ۔ وونی گو یوٗدوَے کینہٕ کردار کُنہِ کوٗششہِ سان یمن پاٛتھرن منز تخلیق چھِ سپدی متی تمن منز چھُ تمن اہم کردارن ہُند ناو یم مسخرٕ چھِنہٕ لگان ۔ یتھہٕ کٔنہ نابدواتل ، ہوبج ، لالہٕ آرم ، گُپاٛلی ، عاشق گوساٛئی ، ٹھاڈا ، مرچی ۔ مسخرس ناونہٕ آسنک بیاکھ وجہ ہیکہٕ اٛستھ زِ یم مسخرٕ چھِ وقتہٕ وقتہٕ پاٛتھرس منز پنُن روٗپ بدلان روزان ییٚہ چھِنہٕ پاٛتھر لیکھتھ اسہٕ تام واٛتی متی ۔ موکھہٕ درایہِ تہٕ گِندنہِ آیہِ ۔ تریم یمن پاٛتھرن ہندی مکالمہٕ چھِ بدلان روزان ۔ واریاہ پرون حصہٕ چھُ مشان یا تراونہٕ یوان تہٕ نوٕ کتھہٕ ، نوٕ ی انداز رلہٕ گژھان ۔ یم پاٛتھر چھِ وقتس ستی بدلان روزان ۔

**باٛنس :** زٕ یٹھ مسخرٕ چھُ پانس ستی باٛنس تھوان ۔ یُس سُہ مسخرن پیٹھ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

چھُ استعمال کران۔ دراصل چھےٚ اکھ چھونہِ دار ''ٹاس'' آواز کڈنچ زأنتھ مأنتھ کوٗشش تکیاز ِٹاسر آوازِ پتہٕ مسخرن ہنز چھلہٕ چھانگر چھےٚ اُسن پاٹھ کرنس منز مدد گار سپدان۔ یہِ بأنس چھُ ترےٚ ساڑ ترےٚ فٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ منز کی مہِ گنڈ ہیوٚر چھِس کھأنڈ آسان آمتہٕ کرنہٕ۔ کأنسہِ تہِ لاینہٕ ستۍ چھےٚ اتھ چھونی آواز نیران مگر لگان نہٕ۔

سماجی ویقار: برونہہ کالہِ کیمہِ نظرِ اُسی مسخرس سماجس منز وُچھان کُس ہیکہِ وُنتھ؟ مگر یمہِ کتھہٕ گامن گٹھن منز بوزان چھِ تموتلہٕ چھُ ننان زِ امیر جأگیردار، ژکدار بیترِ اُسی باصلاٗحیت مسخرس تھزِ نظرِ وُچھان حالانکہ ازکل چھُ تسُند پیشہ پس پاےٚ بنیومُت۔ مسخرس اُسی مانگےٚ تہٕ ژرےٚ پہن دِوان مگر ازکل وُچھیوٗن توٗہی مسخرِ مأٚلن تہٕ جشنن منز اتھہٕ دأرِتھ بخشایش منگان۔

ٹوچہِ بانڈ: ییلہِ سونتھ چھُ یوان تیلہِ چھُ بانڈ سورنےٚ وول، بچہِ کوٗٹ تہٕ مسخرِ بیاٗلی مانگیہِ گامہٕ گامہٕ پھیران بیاٗلی موٗٹھ سومبراونہٕ موکھہٕ تہٕ پٔنُن اوزکہٕ بجنس کماونہٕ موکھہٕ۔ امہِ وِزِ چھِ یمن بانڈن ٹوچہِ بانڈ تہِ وناں مگر ژیٹھ چھُ مسخرِےٚ آسان۔ آنگنن منز اُژتھ دوہہِ خاٗر کرِتھ چھُ مسخرِ بچہِ کٹِس ستۍ گیوان نژان تہٕ مسخرلہِ سان بأتھ بیترِ گیوان۔ یوٚ دوےٚ لُکھ اسرار کرنس تیلہِ چھُ مسخرِ کینہ نقل تہِ ہاوان تِمن لُکن ہُند یم گامن کُن کارٕ بار، بدباپار، ٹھگہٕ ٹھیکہٕ ڈری یا ٹھگہٕ پھیری کرنہٕ موکھہٕ شہر یا دوٚیمو سریو پیٹھہٕ چھِ یوان۔ کینہہ مسخرِ چھِ مختلف جانورن ہنزِ بولہِ کرِتھ شرٕبن ہُند دِل رنزناوان۔

اہلیت: اکھ قأبل مسخرِ گوسہٕ یُس گیوٗن گوٗر تہٕ رقاص آسہِ۔ یُس پننہِ نہِ آوازِ پیٹھ مکمل دسترس آسہِ یُتھ سُہ مختلف آوازن ہُند نقل، کتھن ہُند نقل، لہجن ہُند نقل بیترِ آسأنی سان ہیکہِ کرِتھ۔ تیمۍ سُند جسم ورزِشہ بیترِ کرنہٕ پتہٕ کانہہ تہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

عمل، حرکت، چال، گتھ دِنہٕ موکھہ تیار آسہِ ۔ یُس مختلف بُتھی بناوِ مثلن ودٕ وُن، اسہِ وُن، روشہِ وُن، بُتھی پھیر، باکہٕ ژھٹہٕ وُن، ٹاٹہٕ کرُون، لاگُن تہٕ اِشارٕ کرُون بیترِ ۔ یُس اَچھوٗ دٕسی اداکاری کرِ ۔ یُس برموقعہٕ تہٕ برمحل بے ساختہٕ پاٹھی شعر ہیکہِ وٕنِتھ ۔ بے ساختہٕ مکالمہٕ ہیکہِ تھُرتھ ۔ یِمن منز دُمانے یا ترٛمانے دار لفظ تہٕ جملہٕ آسن ۔ یُس پُرمزاح حرکژ تہٕ کتھہٕ کرِ ۔ یُس حفظہٕ تیز آسہِ ۔ یادٕ دوٗ تُر تیز آسہِ ۔ یُس کاشُرِ موسیقی ہندی وادتہٕ مقام گوٗنی تہٕ واتہٕ تگن ۔ یُس سارے تالہٕ یاد آسن ۔ یُس صحت مند آسہِ ۔ یِمن صفتن ہُند مالِکھ یُس مسخرٕ آسہِ تس کرٛھ تربیت گژھہِ آسٕنی یہِ ہیکو خالِص تخیلس منز اَنِتھ مگر یس مسخرس منز یِم گون آسن تیلہِ مانٕی تون سہ پورٕ فنکار ۔

زبٲنی سند: ییٚلہِ واتل پاٹھر چھُ شروٗع سپدان نابدی واتل چھُ دالہٕ کھِکھرِ ہیتھ کھِڈارس منز اژان تہٕ پتہٕ وُزراماں دلیل (لُکہٕ کتھ ۔ داستان) شروع کرنہٕ برونہہ چھُ سہ تھدِ ہٹہِ یہِ پدتہٕ تھہٕ کنٕی ونان:

ہری شادٕپو اوس رازٕ      وری شا دیو اوس وزیر

دیہِ دُیت اوس ماگُن      تہٕ اِبہٕ ہوزٕ اوس مس کھوز

یہِ پدا گرشوزرِتھ پاٹھی وٕنوتہٕ ادنیرِ ہناہ فُٹ ۔

ہرش دیو اوس رازٕ      ورش دیو اوس وزیر

دیودت اوس ماگُن      تہٕ اِبہٕ ہوزٕ اوس مسخرٕ

کلہن ہنزِ راج ترنگنی چھِ ونان زِ ہرشدیو اوس لوہر خاندانُک رازٕ یٚمی کشیرِ پیٹھ ۱۰۸۹ عیسوی پیٹھہٕ ۱۱۰۱ عیسوی تام حکومت کرٕ ۔ ورش دیو ناوُک ار[illegible] تہٕ اَمِس کانہہ وزیر ۔ ممکن چھُ ورش دیو ما آسہِ ہے کانہہ تھوٗ دا ہلکار یا بیٚیہٕ کانہہ افسر ۔ اِبہٕ ہوزٕ اوس مس کھوٗ ریانے مسخرٕ ۔ یہِ اِبہٕ چھُ باسان سنسکرت یا پراکرت زبٲنی ہُند بِگر یومت روٗپ تہٕ ہوٗر گو کاشری پاٹھی جور ۔ یتھہٕ کنٕی کھراو ہور ۔ دانہٕ ہور بیترِ ۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

نتہٕ چھس بیا کھ مانے ہُرِ گںوٗن وول۔ وٕژُن تہٕ چھُ ہرٕن منز آسان۔ امایہ ناپدٕ ی واتُل کیازِ چھُ ازکل تہٕ ''مس کھوٗر'' تلفظ استعمال کران۔ یہِ چھُ شکس منز تراوان۔ ییٚلہِ زن مسخرِ لفظ ازکل چھُ عام۔ ''ہوٗر'' چھُ پوٚت لوٗگ تہٕ لگان تتھہِ کُنٕ ٹیٚچہ ہور۔ کیا ابہٕ اوسا ہترِ لد یاٹیٚچہ ہور کِنہٕ ہُرِ ونن وول گںوٗن گوٗر؟ کُس ہیکہِ وٕنتھ مگر ''مس کھوٗر'' چھُ اوسمتُ تِکیازِ کأشرِس یادٕ وٗ ترِس منز چھُ یہِ سُند۔

سنسکرت زبأنی ہُند لفظ ''مسکر'' گو کھوکھُر بأنسہٕ ڈنڈٕ۔ یوٚ ہے کھوکھُر بأنسہٕ ڈنڈٕ اکہِ گنڈٕ پتھ کھأنٹ کرِتھ چھُ زُیٹھ مسخرِ پانس ہتی تھوان۔ بیا کھ لفظ ''مسکرِن'' گوسہٕ مذہبی بیچھِ یُس کشکول ہتھ چھُ پھیران۔ یہِ بیکھیک یا بھِکھشا منگن وول اوس برہمن آسان۔ تِس اوس بانسہٕ ڈنڈٕ تہٕ اتھن منز آسان۔ سوال چھُ وٕوتھان زِ مسخرِ لفظس تہٕ مسکر یا مسکرِن لفظس چھا پانہٕ وأنی کانہہ تولُق؟ یہِ چھُ صاف عیان زِ مسخرِ تہٕ مسکر یا مسکرِن لفظس چھُ آوازِ تہٕ مانے کِنہٕ ہشر ہیوٗ باسان مگر مسخرِ لفظس چھُ موٗل عربی تہٕ فارسی زبأنی کِنہٕ چھُ اسہِ تام وأتتھ عام سپُد مُت۔ کأشُر، اُردو تہٕ شمالی ہندوستان کین زبانن منز چھُن جاے رُٹمُت۔ مگر مسکر تہٕ مسکرِن شبد تہٕ أسی پرانہٕ وقتہٕ پیٹھے عام۔ یِتہٕ ہیکہِ آستھ زِ مسخرِ لفظن آسہِ امی مسکر لفظچ شکل تہٕ آواز رُٹمُت۔

کأشرِ بٹن منز ییٚلہِ شرٕن چھِ میکھل یوان دِنہٕ تمن چھےٚ ابید منگنہٕ وِزِ پوٗرِ ''مسکرِن'' صورت بناونہٕ یوان فرق چھکھ زِ بانسہٕ ڈنڈٕ بدلہٕ چھکھ تُلی موٗر اتھن منز آسان۔ تِکیازِ کشیرِ منز چھُنہٕ بأنس کھسان۔ مسخ کرُن گوٚ پھُٹراوُن۔ مگر کأشرِ پأٹھی ییٚلہِ کأنسہِ شرمندگی چھِ پیوان تس چھُ یوان وننہٕ زِ گیہ ''مسکہٕ صورتھ''۔ اتھ ہیکہٕ نا ''مسکرِن'' صوٗرژ ستی تولُق أستھ۔ یوٚ دوے یہِ صحیح ہیکہِ أستھ تیٚلہِ ما آسہے مسخرِ پننی صوٗرت رنگ مُتھتھ یا ماسک لأگتھ، تیتھُ میک اپ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

کرِتھ پنٕنۍ اصل صورت کھٹِتھ اسہٕ وُنی ہِش شکل بناوان۔ یُتھ تس کُن وُچھتھے اُسن آسہِ ہے یوان۔

**بھرت منی سُند قول:** اُسن چھُ اکھ جذبہٕ۔ بھرت منی چھُ ناٹیہ شاسترس منز ونان زِ یتہِ چھُ اکھ دوٗر جذبہٕ۔ دوٗر جذبہٕ چھُ سُہ عشق یا لول، اُسن، شوٗکھ یا غم، کروٗدیا نے شرارتھ، اُتساہ یا نے حوصلہٕ، بیہہ نا امیدی، حأرانی بیترِ مانان۔ بھرت منی چھُ ونان زِ اُسن چھُ تِمو عنصرو ڈٕسی وونلان ییٚلہِ کانہہ کأنسہِ ہنزن حرکژن، عملن تہٕ کتھن لاگہِ۔ بے رابطہٕ کلامہ کرِ۔ یا خواہ مخواہ دی دخل یا کھشرِی پأ جامن ترٲوِ زنگ۔ مُڈگی تہٕ بیوقوفی بیترِ کرِ اُسن چھُ سٹیجس پیٹھ خندٕ کرنہٕ ڈٕسی۔ وُٹھ گُماونہٕ ڈٕسی۔ اسنہٕ ڈٕسی تہٕ ٹھاٹھا کرِتھ اُسن کرِتھ دِرشاونہٕ یوان۔ یِی چھُ مسخرٕ ووتلاوان تہٕ کران۔

ناٹیہ شاسترکس ۱۳مس چپٹرس منز چھُ بھرت منی مختلف کردارن ہُند رول گِندن والین ہنز چال ڈال یا رنگس پرٲوِش کرنٕی تہٕ پکہٕ نُک انداز کیٚتھ گژھہِ آسُن امیُک ذِکر کران تہٕ اتھ موضوعس پیٹھ مختلف ہدایت دِوان۔ شلوٗک ۱۳۷ پیٹھ ۱۴۰ تام چھُ ونان زِ دِوٗشک یا نے مسخرٕ آسہِ ساد قدم۔ اسہٕ وُنہِ چالہِ منز ٹُلان تہٕ برونہہ کُن ترٲوان۔ تسنز چال ڈال گژھہِ ترٛیہ قسمک اُسن پاد کرنٕی۔ انگوڈٕسی اسناوُن۔ لفظوڈٕسی اسناوُن تہٕ پلوٗ پوشاکھ تہٕ میک اپ کنٕی اسناوُن۔ امہِ خاطرٕ یوٗ دوٗے تس مٕگرِی تہٕ زٕ ژھٹی دند آسن، ترامہ کلہٕ آسہِ، کوٗب آسہِ شانن دزٕ امُت (مچُل گوز یادٕ بہتر) لنجر آسہِ تہٕ بُتھ تہٕ بگریومُت آسہِ تیٚلہِ ووپدِ تس کُن وُچھِتھ اُسنٕ۔ یوٗ دوٗے کأنہہ ژھینٛی مٕتی پلو، مسلہٕ ناٹکی ترٲوِتھ آسہِ، میل یا رب یا سوٗر مٕلِتھ تہٕ مٕتِھتھ آسہِ تس کُن وُچھِتھ تہٕ پھٹہِ اُسن۔ یہِ گو پلوٗ یا میک اپ رنگٕی اُسن ووپداوُن۔ لہٰذا مسخرس پزٕ کردار بٕجِتھ احتیاطہٕ سان مسخرٕ صورتھ اختیار کرنٕی۔ مسخرٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

سنز چال ڈال گرٕتھ مختلف حالاتن منز مختلف آسنۍ۔ عام حالژ منز آسہٕ وِدوٗ شک ہول (کمان) ہیوٗ ڈنڈٕ ہیتھ یُس تس کھورِس اتھس منز آسہٕ تہٕ ژٕ چھنہٕ اتھہٕ آسہٕ ''چتر مدراہاوان۔ سُہ آسہٕ تالہٕ ہُند دیان تھوتھ قدم تُلان تہٕ ترٛ اوان۔ وِدوٗ شک سٕندِس ییتھِس ہُلس ڈنڈس چھُ کالیداس أکِس ناٹکس منز ''ڈنڈ کاٹھ'' تہٕ ''ڈنڈ کاشٹ'' تہٕ ونان۔

**وِدوٗ شک:** سنسکرت رنگس تہٕ ناٹکن منز یُس کِردار اَسہٕ ناوان چھُ تس چھِ ونان وِدوٗ شک۔ امہٕ لفظُک مانے گوسہ شخص یُس کانہہ کاٚم خاص طریقو دوٗشت یانے خراب کرِ۔ سبز، کامہٕ کوس انہٕ، کھُر انہٕ۔ اوے چھُ وِدوٗ شک کلامہٕ ژٕسی یا کامہٕ ژٕسی اسہٕ ناوان۔ ییتھے پاٹھی چھُ یہ کِردار باضے ہُلس ڈوٗل لاگان۔ أکِس کتھِ بیاکھ مانے کڈِتھ کھُر انان۔ ییلہٕ کھُر چھُ نیران پانہٕ تہٕ اسان تہٕ اسہٕ تہٕ اسہٕ ناوان۔ سنسکرت زبأنی ہند ین تِمن بیشتر روٗپکن منز چھُ وِدوٗ شک یہندرس ''شرنگار'' چھُ۔ ییتہٕ چھُ پزر زِ ویر رسکین روٗپکن منز چھےٚ أمی سنز کمی، عشقہٕ ناٹکن منز چھُ یہ کِردار عموماً نایک تہٕ نایکایہٕ ہُند میُل ممکِن بناوان۔ یہ کردار چھُ ہر ہمیشہٕ نایک سُند ذاتی ستیٚ بوج۔ رازٕ دار سر ساوی ساتھی۔ شرنگار رس پردھان روٗپکن منز ہیکو أسی مہاکوی کالیداس سٕندی ترٛیشوٕ ے ناٹک ''شکنتلا''، وِکرم اُردشی تہٕ مالوِکا اگنی مِتر''۔ شوٗدرک سُند مرچھ کٹِک یا شری ہرش سُند رتناولی ہیتھ۔ یِم روپک پرُان مہابھارت ہوبن رزمین پیٹھ چھِ مبنی تِمن منز چھُنہٕ وِدوٗ شک لبنہٕ یوان۔ کینژن روٗپکن منز چھُ أمس بدل مددگار کردارن منز ''پیٹھ مرد'' یہ کاٚم کران مگر سُہ چھُنہٕ وِدوٗ شک۔ ییتہٕ کٕنی بھوبھوٗتی سٕندِس مالتی مادھو روٗپکس منز چھُ۔ حالانکہ سُہ روٗپک تہٕ چھُ عشقہٕ کتھِ پیٹھ مبنی۔ مگر خبر ناٹکارن کیازِ چھُنہٕ وِدوٗ شک کِردار تھوٚومُت۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

یِمن روٗپکن منٛز شرنگار رس چھُ اہم یِمن منٛز چھُ ''ہاسیہٕ'' یانے اسُن تتھۍ رسس تابع تہٕ اسہٕ ناوٕنک موقعہٕ تہٕ عمل چھےٚ سے وبڈٕ آرتھ اہم رسس برٛزر کران۔ وِدوٗشک ہنٛز عمل، حرکژ تہٕ کلامہٕ چھِ ناٹکہٕ کس رسس نوقطہٕ عروجس تام واتنس مدد کران۔ روٗپکن ہنٛز کتھ کران چھُ بھرت منی پاٹرٛن کردارن ہنٛز کتھ کران۔ یِمن منٛز وِدوشک تہٕ چھُ اکھ۔ لہاذا چھُ امہِ تلہٕ اُمس کردار ہنٛز اہمیت نَنان۔ وِدوٗشک چھُ کلامہٕ دٕسۍ شکل صورٕ ژٕدٕسۍ، تہٕ پلوپوٗشاکہٕ دٕسۍ روٗپکس رٕسیل بناونچ کوشش کران۔ اوَے چھُ بھرت منی تہِ اُمۍ ہنٛزِ اہمیژ ہُند ذِکر کران تہٕ ناٹکارن اُمۍ سُند کردار اسُن ووتلاونہٕ موکھہٕ گرنہٕ باپتھ ونان۔ تتھہٕ کنۍ چھُ باسان وِدوٗشک چھُ خودمختار کردار۔ سُہ چھُنہٕ پننۍ کاٗم بامل انہٕ موکھہٕ دویمین کردارن ماتحت بَلکہِ چھُ پنہٕ نہٕ عملہ دٕسۍ کاٗم انجام دوان۔ تہٕ نوقطہٕ عروجس تام واتناوان۔ کشیرِ ہُند بہلہ پایک سنسکرت شاعر، فلسفی تہٕ وکھنے کارتہٕ وبڑھنے کرن ودل ابھنوگُپت آچارین چھُ سوٗتر دھارس ستۍ ستۍ دون مددگار کردارن منٛز وِدوٗشک سُند ذِکر تہِ کوٚرمُت۔ بلاشک چھُ اسہِ یہِ کردار ناٹکن منٛز میلان مگر سماج شاستری چھِ ونان زِیہِ اوس سماجس منٛز تہِ اسہٕ ناوان تہٕ خندٕ کرناوان۔ یہِ باوتھ چھِ کام سوٗترن منٛز تہِ دِتھ۔ اسہٕ ناونہٕ موکھہٕ چھُ اُمۍ سُند بدصورت آسُن مددگار رسپدان۔ کوٗتلین چھُ پنہٕ نِس ارتھ شاسترس منٛز اُمۍ سُند بدصورت آسُن ضروری زونمُت۔ اوَے چھُس ''مانوک'' یانے گرُوٗپ ونان۔ ولیسے بدصورتی کنۍ آسہان اُمۍ ہندۍ جامہٕ تہِ وبھتۍ آسان۔ کالیداس ہندس ناٹکس ''وِکرم اُروشی'' تہٕ ''ابھگیان شاکُنتلمس''، منٛز چھُ وِدوٗشکس مانوک آمُت ونہٕ۔ بھرت منی چھُ ونان زِ وِدوٗشک چھِ ژور قسمکۍ مگر سُہ چھُنہٕ کانٛسہِ تفصیل دِوان۔ عمومن چھُ وِدوٗشک نایک سُند رازدار ساتھی آسنہٕ علاوٕ تِمۍ ہنٛزِ سارے کامہٕ، ووٚمیژ تہٕ نایکایہِ ستۍ میل بامل انان۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

وِدوٗشک چھُ نایکس پرٛتھ مرحلس پٮ۪ٹھ خوش تھوٚنچ کوٗشش کران۔ پرٛتھ روٗپکس منز چھُ وِدوٗشکس الگ الگ ناو۔ لولہٕ میٛل کرناونس منز مدد کرنہٕ موکھہٕ چھُ اُمِس ''کامِ سچِو'' تہِ آمُت وننہٕ۔ مرچھ کٹکس منز چھُ نایک چارودتٕ سُند وِدوٗشک ''میترٛیہ''۔شکنتلا ناٹکس منزِ راز دوٗشنت سُند ''مادھوِیہ'' تتھے کنٕز مہا کوی بھاس سٕندِس ناٹکس سوپن واسودتاہس منز رازِ اُدین سُند وِدوشک ''وِسنتک''۔ یِمن ناٹکن منز چھُ یہ باپڑھ۔ کردارتہٕ اُمی سےٚ کردارس نِش چھُ نایک پننہٕ نہِ کمزوٗرین تہٕ خاہشاتن ہنز باوتھ کران۔ واتساین چھُ کام سوترس منز ونان زِ وِدوٗشک چھُ عہدنامہٕ یا یقرار کرناونکہِ محکمُک انچارج۔ شاسترن منز چھُ یہ صاف طور آمُت وننہٕ زِ وِدوٗشک چھُ برہمن ذاژ ہُند آسان۔ مالوکا اَگنی متر ناٹکس منز چھُ گوتم ناوٕکس وِدوٗشکس برہمن آمُت وننہٕ۔ کُنہِ کُنہِ جایہِ چھُس مہابرہمن یا برہمن بندھو تہِ آمُت وننہٕ۔ مرچھ کٹک ناٹکس منز چھُ میترٛیہِ پانس پانے ناوکُے برہمن ونان تہٕ مانان تس چھُ نالٕی یونہِ مگر عملو کنی چھُ نہٕ سُہ برہمن لگان مگر تیوٗت کرِتھ تہِ یوٚ دوے تس کانہہ ترٛژھ کام کرنی وننہِ ییمہِ ستی تسٕندِس برہمن آسنس زکھ واتہِ سُہ چھُ سو کام کرنس انکار کران۔ مانو کانہہ وٕنِس زنگن موٗٹھ دِنی سُہ کرِ انکارتہٕ تھکہٕ ناوِ پننہٕ برہمن آسُن۔ لہٰذا اچھُنہٕ وِدوٗشک پننٕز بے عزتی برداشت کران حالانکہ سُہ چھُ خالص ناوکُے برہمن۔

وِدوٗشکس کیُتھ ناو گژھہِ آسُن اتھ متلق چھُ بھرت مُنی خاموش مگر کینژن زانٕی کارن ہنز راے چھ زِ اُمی سُند ناو گژھہِ واتساین، شاکلیہ، مودگلیہ، یا وسنتک آسُن۔ بیٚیِس زانٕی کارٕ سنز رایہِ مطابق گژھہِ اُمی سٕندِس ناوس موسم بہارس ستی مشابہتھ آسنٕز یتھہٕ کنٕز وسنتک (یا نے سونتھ) نتہٕ کُنہِ پوشہِ زاژ ہُند ہیوٚ۔ اشوگوش سٕندِس ناٹکس منز چھُ وِدوٗشکس ناو ''کومد گنُد''۔ بھاسن چھُ وسنتک تھوومُت۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

وِدوٗشک ہنز وانسہِ متلق ہکوٚ نہٕ زیادٕ کینہہ وٚنتھ مگر باسان چھُ یہِ آسہے نا یک سُند ہم عمر آسان اوٚ ے چھُس باضے نا یک ''وٚیس'' (وانسہِ برابر) ونان۔ ممکن چھُ یہ کِردار گِندن وول ما آسہے پانس کم عمرتہِ بناوان تِکیازِ طنزن چھُس ''بٹک'' تہِ ونان۔ بٹک گو بالک یا برہمچاری نتہٕ گوٗسنٚ یاسی۔

اسناوٕنہٕ موکھہٕ چھُ وِدوٗشک ہنز بدصورتی تُمی ہندِس کِردارس بیٚیہٕ ہن بۄ ژُر کران۔ بھاوٕ پرکاشس منز چھُ وٚنتھ زِ وِدوٗشک چھُ سُہ یُس زہنہٕ کُنہ بدصورت آسہِ۔ ناموقول کلامہٕ چھُ کران تہٕ مضحکہٕ خیز پلو پوشاکھ لاٚگِتھ چھُ لوٗکن من رنزناوان۔ بھرت مُنی چھُ ونان زِ وِدوٗشک چھُ برہمن بۄڈی تہٕ زٔنٹھی دند کرِتھ۔ اچھی چھس ووزجہِ، کوٚب چھُس تہٕ جسم وٚٹکر۔ لہٰذا چھُ عیان زِ جسمٕچ بدصورتی، بے جا پلو پوشاکھ چھِ اسہِ ناونس مددگار سپدان۔ کینژن ناٹکن منز چھُ وِدوٗشک پانہٕ ونان زِ تُمی چھُ لُکھ اسناوٕنہٕ موکھہٕ پنُن پان بدصورت بنوومُت۔ لہٰذا چھُ امہِ کتھِ تلہٕ صاف عیان زِ وِدوٗشک ہنزِ کردارٕچ نمایندگی کرن وول گِندن گوٚ راوس پنٕنی صورت بدلاوان تہٕ اسہِ ناوٕنہٕ موکھہٕ کُروٗپ بنان تہٕ بدصورتی ہندی جامہٕ وٚلِتھ اداکاری رنگ کھاران۔ لہٰذا چھنہٕ بدصورتی تُمی ہنز قودرتی بلکہِ بناوٹی۔ اوٚ ے چھُ کینژن ناٹکن منز وِدوشکس ''پوٚنزٕ'' یا ''پنٕزی بتھ'' وٚنتھ مذاق یوان ژٹنہٕ۔ وِدوٗشک ما آسہے معنوعی ریش لاگنہٕ علاوٕ بتھس رنگ متھتھ پنٕزی شکل بناوان۔ کرپوٗ زمنجری ناٹک کس گوڈنکس انکس منز چھُ کپنجل ناوٗک وِدوٗشک سُند مکالمہٕ زِ ''بدخدمتگارینٛ چھے تُمی سُند تاج۔ زٔنٹھی کن، زیوٗٹھ ریش تہٕ دوٚیم سازسامانہٕ ہیتھ پانس لاٚگِتھ میانی جاے رٹنہٕ دراہِشٕ''۔ یہِ کردار اوس تتھ کُنہ پکان یتھ کُنہ لوٗنگ یا لیوٗ ژھ چھُ پکان۔ لہٰذا چال ڈال، شکل صورت بے وطیرٕ نقلی تاج (یورپی تھیٹرس منز تہِ اوس یتھ کردار کُنڈی دار تاج لاگان) زیوٗٹھ ریش، پنٕزی

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

بُتھ، رنگ روغن یا ساز کرِتھ تہٕ مضحکہ خیز جامہٕ لاگِتھ اوس یہ اسہٕ ناوان۔ یہ اوس پنہٕ نِس کلس باضے ترامہٕ کلہٕ تہٕ بناوان۔ اکہِ سنسکرت ناٹکہ کہِ یِمہِ مکالمہٕ تلہٕ تہٕ چھُ ٹاکارٕ پأٹھی ننان زِ یِیلہِ وِدوٗشک چھُ ونان: "وائے تاپہٕ کرائے چھِ تتھ زِ میانہِ، ترامہٕ کلہٕ منزٕ ہیٚتِن پھپھر پھٹنٕ۔" وِدوٗشک اوس اسہٕ ناونہٕ موکھہٕ گھیے کلس کھوٚرلاگان تہٕ گھیے کاوٕ پڈی ہیوٗ تاج لاگان یتھ پنٕنی صورتھ مسخ کرِتھ اسہٕ ناونہٕ خاطرٕ کینہ نتہٕ کینہ بے سوٚم باسیہے۔

وِدوٗشک چھُ اسہٕ وُن کردار، مزاحیہ کلامہٕ کران، یِمہٕ ستی أمی سنزٕ وکھٕرٕ تہٕ عجیب صورژ بُرژر سپدان چھُ۔ بدمذاق ٹأنہٕ یا طنزیہ زبان ورتاوان تہٕ لوکن اسناوان۔ أمی سنز کتھ کرنک لہجہ تہِ باضے ویوکھٕتے آسان۔ یہِ چھُ کینژن دوٚیمین کردارن ریٚژھہٕ کڈِتھ آلو پلو کران یتھ لُکھ تِمن پیٹھ اسُن تراون۔ مثلن کأنسہِ ونہِ "کُٹنی پُتر" تہٕ کأنسہِ "دایہٕ کُٹ بیترٕ۔ یہِ وُنی تن کوتاہ تہٕ بے مانے سمواد مگر یہِ چھُ لوٗکن ہُند توٹھ کردار بنان۔ یہِ چھُ دِلہٕ صاف آسان۔ وبوہارٕ کنی تہٕ غفلژٕ کنی کامہِ کھُرانان تہٕ رٕتہٕ مشورٕ کنی کھُر تہٕ کاسان۔ یہِ چھُ اہم کردارس ستی لرلوٚر مددگار کردار۔ یہِ چھُ دُمانے دار لفظ تہٕ جملہٕ استعمال کران۔ باضے ورگہٕ پأٹھی کتھہ تہٕ مدعا باوان نتہٕ اشارتن لفظ استعمال کران تہٕ وق، وِزتہٕ موقعہٕ وُچھتھ اسہٕ ناوان۔ ناٹکہٕ کِس رٕسس تہٕ رنگہٕ عملہِ گرٕ ھِ نہٕ أمی سنز بے جا مداخلژٕ ستی زکھ واتُن۔ وِدوٗشک چھُ صلاح کار کردار تہِ۔ یہِ چھُنہٕ مُڈ چاہے مُڈ باسہِ۔ یہِ چھُنہٕ چور، پھیورٕ یا بے وقوف۔ اسہٕ ناونہٕ موکھہٕ ما باسہِ تِیتھ۔ کینژن روپکن منز چھُ یہ ویدوان تہٕ عائلم۔ یوٚ دوے یہ گاٹُل آسہ نہٕ یہ ہیکہِ نہٕ صلاح کار آسِتھ۔ یہِ کرِدار چھُ "تقدیرُک" قأیِل کردار۔ تِمس چھِ تقدیرس پیٹھ ڈٕر پژھ مثلن "رازن! شانت روٗ زِ و! یہِ ڈبکس لیکھِتھ آسہ تتھ کُس ہیکہ نہنأوتھ۔ ووٗنی گودوٗ رِ رِچ دگ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

چھےٚ برداشت کرٕنۍ"۔ (سوپن واسودتم) تہٕ تھےکنۍ چھُ شکنتلا ناٹکس منز وِدوٗشک ررازس ونان "یہ بنہٕ وُن آسہِ تہٕ چھُ بلہٕ وان"۔ سنسکرت زبانٕی منز تہٕ شمالی ہندوستانٕچن زبانن منز چھُ یہ مکالمہٕ محاور بنیومُت۔ یہ گاٹل، چاٹل مسخر کرِدار چھُ قریب قریب سارِنٕے ناماوار سنسکرت ناٹکن منز برموقعہ کاٗم انجام دِتھ نایک سُند مددگار کردار۔

ییٚلہِ سنسکرت ڈراما عورُج سوٚت سنسکرت زبانٕی بدل آیہ شمالی ہندوستانس منز علاقائی زبانہٕ بارسس یِم ازکل عام چھےٚ۔ یِمن زبانن منز وتلییہِ لُکہٕ ناٹک یِم علاقائی زبانن ہُند رنگ زانتھ چھِ گندنہٕ یوان۔ سنسکرت رنگس موکلییہِ سرپرستی تہٕ ہیوٚتُن لوٚب۔ یوٚ دوے کاٗنسہِ ناٹک لیوٗکھ تہٕ سُہ کھوٚت نہٕ سٹیجس ۔ ازکل چھُ سنسکرت زبانٕی تہٕ لوٗکن دوٗر رہر پیوٚمُت۔ یوٚ دوے کُنہِ سنسکرت زبانٕی منز ناٹک گِندنہٕ تہٕ چھِ یوان سُہ چھُنہٕ شوٚدپاٹھی رنگہٕ رِوایژ منز گندنہٕ یوان یوسہٕ پتھ کالہٕ عام اُس۔ یتہٕ چھُ جدید رنگ۔

**کُٹی اٹُم تہٕ وِدوٗشک:** بھارتس منز چھُ خاٗلس کیرالاہس منز وُنہِ سنسکرت زبانٕی ہندی ناٹک گِندنٕچ رِواےتھ زِندٕ۔ اماپوٚز یہ چھُنہٕ مکمل تتھ رنگہٕ رِوایژ منز گندنہٕ یوان یوسہٕ از برونہہ ساس باہ شتھ وُری زِندٕ اُس۔ اتھ رنگہٕ رِوایژ منز چھُ ملیالم زبانٕی ہُند کاٗفی حدس تام استعمال کرِتھ فاید یوان تُلنہٕ۔ یہ تھیٹر چھُ مندرن منز زِندٕ۔ اتھ چھِ ازکل کوٗڈی اٹم یا کُٹی اٹم ونان۔ امہِ رنٛگکی گندن گرٕی چھِ اکہٕ خاص ذاتہٕ ہندی یِمن "چکیار" چھِ ونان۔ یِم چکیار گندن گرٕی چھِ زیادتر مہاکوی بھاس ہٕندی تُرواہ ناٹک تہٕ دوٗ یِمن ناٹک کارن ہندی ستھ ناٹک وُنہِ گِندان۔ یِمن نِشہِ چھِ گندن گرٕی ہندی ہدایت نامہٕ یتھ یِم "اٹاپراکرم" چھِ ونان وُنہِ لیکھِتھ روٗپس منز موجود۔ امہِ علاوٕ چھکھ طریقہٕ کارتہٕ ضابطہٕ تہٕ لیکھتھ یتھ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

یِم ''کرم دیپکا'' چھِ ونان۔ مگر چکیار چھِنہٕ یِم ہدایت نامہٕ تہٕ طریقہ کار تہٕ ضابطہِ کائنسہِ ووٚ پرس ژٕ وٕ پرس ہاوان یا باوان۔ شاید امہِ موکھہٕ زِ یِتھٕ نہٕ یِہندِس موروثی کارس منز سنٛز ژوٗر پھِن۔ کُنٹی اٹھِم رنکس منز یُس تہٕ کانہہ ڈراما چھُ گِندنہٕ یِوان سُہ چھُنہٕ اکی دوہہٕ تہٕ اکی وِزِ شروع پتٕھ اٚخرس تام گِندنہٕ یِوان بلکہِ چھُ واریاہن رأژن سُہ گِندنہٕ یِوان۔ پانے بوٗزِ وامہِ ڈرامہٕک باڈٕ وکوتاہ آسہِ بڑان۔ تِکیازِ پرٛتھ اِنکس چھِ چکیار الگ ناو دِتھ گِندان تہٕ تعجب چھُ زِ یہ اکھا نگ تہٕ، چھُ واریاہن رأژن یِوان گِندنہٕ۔ یِمن سارِنے ناٹکن منز یِم چکیار چھِ گِندان کم سے کم اٚٹھن ناٹکن منز چھُ وِدوٗشک آسان۔ یِم چھُ مہاکوی بھاس ہندی پرتگیا یوگندھراین، سوپن واسودتم، اوِمارک گُلہٕ شیکھر ہندی تاپتی سمورنم تہٕ سُبھد رادھنن جیم بییہٕ شری ہرش سُند ناگانند تہٕ بودھاین سُند بھگوتی اجوکیم تہٕ متہٕ وِلاسم۔ یِمن سارِنے ناٹکن ہنز گِندن گری منز چھُ وِدوٗشک مختلف روٗپن منز لبنہٕ یِوان۔ حالانکہ پزر چھُ یہ زِ یِم ناٹک چھِ وِدوٗشک ہنزِ مسخری گنڈس تہٕ بندشن منزٕ ٹِتھ مگر کُنٹی اٹھمس منز چھُ وِدوٗشک واریاہن رأژن پنہٕ نہِ مسخری ہُند مظاہر کران۔ یِتھِس اٚکس ناٹکس منز چھُ اکھ مونولوگ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ دون منٹن منز ادا کرنہٕ یِوان مگر کُنٹی اٹھمس منز چھُ وِدوٗشک یہ پچھ وادن گِندان تہٕ پیش کران۔ چھنایہِ حاٚرتس لایق کتھ؟

بجر مال وُچھِو ''سُبھدرا دھنن جے'' ناٹکس منز کیا چھُ وِدوٗشک کران۔

نایک دھنن جے چھُ اٚکس وٗری لیس یاترایہِ آسان درامُت۔ یاترایہِ پتٕھ واپس پھیرِتھ چھُ سُہ پرتھاس تیرتھس پتٕھ ٹھہران۔ ''کونڈلیہ'' وِدوٗشک چھُ اٚمس سٟتی اتھ یاترایہِ دوران آسان۔ وُنی کیس چھُ سُہ کاٗفی تھوٗ کمُت۔ بوچھِ چھس لٚج ہرٛشحی۔ تریشہِ تریشہ چھُ کران سُہ چھُ اٚکس آشرمس نزدیکھ لہذا چھُ بھِکھشا منگان۔ گِندن گری چھے یِتھ کنٛی۔ پردٕ پتٟ کنٛی چھے کونڈلیہ ہنز آواز

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


گڑہان۔ ''بھو! بھگونتھو! مہیشور دِکھم دِدھ! دِکھم دِدھ!! امہِ پتہٕ چھُ کونڈلیہ لوٗکو منزی رنگس اژان۔ اُمس چھِ کرٕہس تل کیلہٕ کُلیک زیوٗٹھوٗ تھر تتھہٕ پاٹھی ڈلتھ زنتہٕ پیچ۔ سُہ چھُ زنتہٕ پرن شالایہ منز بیچھان۔ کُر سُند ڈبکہٕ تہٕ سینہٕ چھُ توملہ آٹہِ چھوٕرِ کھوستی لوتھ یمن منز باگ شنگرفچہ رِکھہٕ چھِ تراوِتھ۔ نستہٕ، ہوٗنگنہٕ تہٕ اُچھن پیٹھی تہٕ تِلی کرٕہنی فیتہٕ لاگتھ۔ گونژھہٕ چھس گنہٕ تہٕ کرٕہنہٕ۔ اکہِ طرفہٕ ہونگنہٕ بون تام تہٕ بییہٕ طرفہٕ ہیوٗ رنگس تام کھاٗلتھ۔ کنن منز چھُن وُٹھتھ پانہٕ پتر زنتہٕ بیڈی تھاوٕمٕژ۔ دوٗیمس کنس منز ژور پوش گوندتھ کنہٕ واجہِ۔ یژھ اسنہٕ ناوٗنی شکل کرِتھ چھُ لوٗکن منز اژان تہٕ اتھ دارِتھ بیچھان تہٕ منگان۔ لوٗکن ''پرن شالایہِ'' ہندی ژاٹھ تہٕ لُکھ تصور کرِتھ چھُ منگان منگان تہٕ اتھ داران رنگس پیٹھ واتان۔ ہیتھہٕ کُنہٕ ''پرٲوِش'' کرنہٕ پتہٕ چھُ سُہ وِدوٗشک ہندِس کردارس منز اُژتھ اکہِ خاص قسمُک نژُن پیش کران۔ یتھ وِدوٗشک ''شٹوبا'' چھِ ونان۔ اتھ نژنس منز چھُ وِدوٗشک ہاوان زِ سُہ چھُ پان کھوان، ژاپان، پتہٕ یونہِ چھلان۔ اوٗنگجوستی مستس کنگوٗ کران۔ پھیکی پلوٗ ڈسی پانس واو کران پتہٕ زنتہٕ سماز منز بہتھ دیان کران۔ (گوساٗنی پاتھرس منز چھُ بٹہٕ اکھ تھال انان پانس برونہہ کنہٕ تھوان۔ پتہٕ تمہِ منز دوٗژھو دوٗژھو زنتہٕ آب کڈان تہٕ پھیکو پتی کُنی تراوِتھ شران کران۔ تمہِ برونہہ گوڈٕ شروژہوان۔ کولکژ کران۔ اتھ نِر چھلان تہٕ بُتھ چھلِتھ شروژ شروٗن بُتھ گوسانین ہندی حُکم بامل انان۔ یہ سورُے چھُ مایمہٕ منز کران) امہِ پتہٕ چھُ کونڈلیہ مزاحیہ طور باوتھ کران۔ لاٗنگی بارو دوان یانے کرمہٕ پھل چھنہٕ ڈنجہِ روزان۔ لہٰذا چھُ دلیل ونان تہٕ سوکھ کرمہٕ پھلس ستی واتان۔ سُہ چھُ ونان زِ یلہٕ برہما جین عالم وٗ جوٗ دس منز اوٗن پتہٕ کتھہٕ کُنی پھو کرمہٕ پھل بوٗ گنہٕ موکھہٕ برہما۔ وِشنوٗ تہٕ مہیشس تکلیف ٹلنی۔ سُہ چھُ برہماس کرالس ستی مقابلہ کران تہٕ مشابہت

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

دِوان۔ دوٗشوٗ ے چھِ تخلیق کار۔ اکھ چھُ آدم پانژھ عنصر و ستی بناوان تہٕ بیا کھ تہٕ چھُ پنجہِ بھوٗتہٕ ہتی بانہٕ تھٕران (میژ، آب، ہوا، شنٛ تہٕ ناد) مگر فرق چھےٚ اکے۔ برہما چھُ پننہٕ نہٕ تخلیقہٕ بناونہٕ پتہٕ تہٕ کاٗم ہینہٕ پتہٕ زالان تہٕ کرال چھُ پننہِ تخلیقہٕ گوڈے نارٕ منزٕ زاٗلتھ کڈان۔

یہِ ناٹک چھُ مُلہٕ تلہٕ پانژن انگن ہُند مگر گوڈنیک انگ چھُ کاہن راژن یوان گِندنہٕ۔ وِدوشک ''کونڈلیہ'' چھُ ژوٗرمہِ راٗژ پراٗوِش کران تہٕ ہیرِم ڈیلیل زٹھر اٗوِتھ، وکھنے کرِتھ تہٕ ڈیلیوتہٕ کتھو ستی اسناوی اسناوی پوٗرٕ راٗژ پننہٕ گِندن گری پیش کران۔ پوٗنژمہِ راٗژ چھُ فسادن تہٕ لڑاین ہُند ذِکر کران۔ شیٚمہِ ستیٚ مہِ تہٕ اِٹھمہِ راٗژ چھُ بیٚیہِ تہٕ واریاہ قصہٕ تہٕ ڈیلیہٕ ونان یِہند تولُق پوٗرٕ شارتھ یانے بہادری تہٕ شجاعت چھِنہ تہٕ رٕژن کامن ستی چھُ۔ مگر یمہِ سارے ڈیلیہٕ چھےٚ سماٗجی طنزٕ ہتی برِتھ آسان۔ تِتھے کٕنٛ طنزٕ ژٹان چھُ دھرم، ارتھ، کام تہٕ موکھش بدلہٕ ''اسان'' یانے روزٕ درِنی ''راجتو'' یانے راز سنٛز خدمت کرٕنی، ''وِنودم'' یانے گانٛمن ستی ووٗتھن ہیٚن تہٕ صوحبتھ تھوٗنی تہٕ ''وانچم'' یانے گانٛمن تہِ دوکھہٕ دیُن وکھناوان۔ ''اسانس'' تحت چھُ ونان زِ کتھہٕ کٕنٛ چھِ یم لُکھ سالہٕ بتہٕ تہٕ وازٕ وان موکھہٕ عاجزی کران تہٕ پتہٕ بے شرمی سان لطف تلان۔ ''راجسوہس'' منز چھُ وٕژھناوان زِ رازٕ سنٛز خدمت کرٕنی گیہِ دُدھاری تلوارِ میٹھی دِنی تہٕ ''وِنودمس'' منز ووٗکھناوان زِ کتھہٕ کٕنٛ گرٕشہِ زنہٕ ستی جنسیاتی بوچھِ دوٗر کرٕنی تہٕ لطف تُلن۔ سُہ چھُ مختلف قسمہٕ چن زنان تہٕ گانٛمن ہُند تہٕ ذکر کران۔ یہِ کینژھا کونڈلیہ وِدوٗشک یمن راٗژن ونان، کران، باوان یا ہاوان چھُ تتھ چھُنہٕ بلکل کانہہ تولق ناٹکہِ کِس اصل مسودس ہتی آسان۔ نوٗی مہِ راٗژ چھُ سائلم ناٹک یا باقے سورٕے ناٹک گِندنہٕ یوان۔ وِدوٗشک سنٛدی مکالمہ چھِ پراکرت زبٲنی منز۔ سُہ چھُ مکالمن ہُند ترجمہٕ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

سنسکرت زبأنی منز وننہٕ پتہٕ پننہٕ نہٕ ماجہٕ زیوِ یانے ملیالم زبأنی منز تشریح سان ادا کران ۔ أتھی ستیٚ ییٚلہِ کانٛہہ شرُک چھُ پران تتھ پتہٕ چھُ تتھی مقابلہٕ بیا کھ شرُک پران ملیالمس منز یتھ کنٛی ایمس منز ژھایہِ شرُک Parody چھِ ونان ۔ ژھایہِ شرُکس مقابلہٕ چھُ بیا کھ شرُک پران ییتھ بُتھِ شرُک چھِ ونان ۔ یوسہٕ کتھ ژھایہِ شرُکس منز چھُ ونان تتھ چھُ بُتھِ شرُکس منز تردید کران ۔ کیا مقابلہٕ آرأیی چھےٚ ؟ یتھے کنٛی یہِ کینہ نا یک یا نایکأنی وٕنٛبس تتھ تہٕ چھُ یتھے کنٛی وکھنے کران یا کام کران ۔ پرتھ کُنہٕ شرُکس چھُ وِدوٗشک ہم کالکین حالات و واقعاتن ستیٚ وابستہٕ کرِتھ تشریح کران تہٕ ڈلیلہٕ گران ۔ سہٕ چھُ شرُکی کین لفظن تہہ دارتھُر کھاران ۔ مثلن یہِ شرُک نمون :-

سوندریم سکمارتا مدھورتا کانتر منو ہارِتا
شرِیمتا مہی متی سرگا وِبھاوان نشپتا ناری گنم
ایتیسیام اُپایچا دُرودھا تیادیناہ پرماتمہٕ بھوٗ
سرشٹم واپھچتی چت کروتوٗ پنٛر باتھر یوٗ بھکھشا دانم

ییٚلہِ دھنن جے چھُ ونان وِدوٗشکس " آتمہٕ بھوٗ بھکھشا دانم کروتو" یانے وِدوشکس چھُ حکم دِوان زِ پننہٕ نہٕ موکھہٕ کرِن سُہ بھکھشا دان حاصل تیٚلہِ چھُ ہیٚرمہٕ شرُکہِ کین آخری لفظن تہِ تھپھ کرِتھ وکھنے کران ۔ " کیا توہہِ چھنا ییٚہِ کانٛہہ شخص اتھِ یوان یُس بیچھِ ؟ کیا حکماہ کوٚرنم ! بیٚیہِ چھ کرور بٔدی لکھ دُنی یاہس منز بیچھان" ۔ امہِ وِزِ چھُ سنجیدگی سان لُکن منز یتھ کانٛسہِ شخصس کُن مُدے گنٛڈِتھ ونان : وُچھون یہِ شخص ! یہِ ییٚژھہٕ ہے نا بیچھن ؟ کُنہٕ تہٕ حدس تام ییٚژھہِ بیچھن ! گوڈ یورتہٕ آونا ٹک وُچھنہٕ باپتھ اکہٕ پاسہٕ Invitation موکھہٕ بیچھنہِ ! یوٚہے اوت نہٕ بلکہِ أمِس ہوی وار باہ آیہِ اکہ روقہٕ موٗجب بیچھنہٕ !" پتہٕ چھُ بیٚیس

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

کأنسہِ شخصس کُن اشارٕ کرِتھ ہاوان تہٕ ونان: '' اوٗں! ہے ژٕ آکھنا یور پچھنہٕ؟ یِیلہِ سأری آسن بچھہِ وِنی مے برہمنس کتھ کوٚڈ کھ حکم بیچھنُک؟ گوڈٕ بڈی موہنوی تأم چھِ بیچھان۔ کیا سأنہٕ مللکُ پرایم منسٹر چھُناہ دوٚ یمین ملکن نِش روپیو موکھہٕ بیچھان؟ مأنی مدتہٕ موکھہٕ بیچھان؟ ازکل چھِ أسی سأری تتھ ہیٚژ وأتی مٕتی یِیلہِ سون وجود بیچھنہٕ سٟتی زندٕ روزِ! برہماجی ہیٚکہِ کینہ تہٕ تہٕ کانہہ چیز تہٕ پادٕ کرِتھ لہٰذا اتس منگُن تہٕ بیچھُن گیہِ حماقتھ!'' تِتھے کُنی چھُ وِدوشک تشریح تہٕ لفاظیت بیترِ ہرُ راوان تہٕ مذاق، مزاح تہٕ طنزیہ مکالمہِ تھُران تہٕ باوان گژھان۔

تِتھے کُنی چھُ کُٹی اُٹم کیٚن ناٹکن منز وِدوٗشک ہتہٕ گنہٕ کیا ساسہٕ گنہٕ ہُر بر کرِتھ زٟٹھرِ اوان تہٕ رہتہٕ کھوتہٕ زیادٕ رأژن ناٹک گِندوٗن تھوان۔ یِمن ناٹکن منز چھِ ڈلیلو، کتھو، دیومالأیی قصو علاوٕ ازکأنی واقعاتن تہٕ حالاتن تہِ سام ہوٚان۔ یِہ کرِتھ چھُ وِدوٗشک یِمن ناٹکن پنٕہ نہِ زندگی تہٕ موجودٕ دورس سٟتی وابستگی تھوان۔ أسی ہیکو وٕنتھ زِ کُٹی اٹمک وِدوٗشک چھُنہٕ خألص مسخری یا ژکران یا ترٕشے مسخری کران بیٚژ اہ ناٹککارن تھُر ہرٕ چھےٚ بلکہِ چھُ ڈراماسوٗدُک ڈکھرٕ رٕٹتھ منزل واد عمارتھ بناوان۔ یِیمہِ کِنی ہتہٕ واد کٕٹھُن چھُ سُہ اکہِ اکہِ برمٕ راوان۔ تہٕ قسمہٕ قسمہٕ شکلہٕ ہاوان تہٕ کتھہٕ ونان۔ سُہ چھُ دھرمہٕ شاستر، ارتھ شارستر علاوٕ فلسفہٕ تہٕ فکرن تام واٚش کڈان، کٕتھ کڈان تہٕ وکھنے کران۔

چکیار چھِ وِدوٗشکس متلق ونان:

'' یُس پننہٕ نہِ گِندن گری علاوٕ علمن ہنز مہارتھ آسہِ تھوان تہٕ اسہٕ ناوٕنہٕ موکھہٕ آسہِ اداکأری زانان، یُس سرِ پھُلس ہمالہ تگہِ بناوُن، یُتھ زأنی کارگوٚو ودوٗشک''۔ ودوٗشکس متلق چھُ آمُت وننہٕ زِ یُس '' ہاسیہ کر'' اسہٕ ناون وول آسہِ۔ '' کلا ہارِتا''۔ فنکار یا گِندن گوٚر آسہِ '' نرم وادی''۔ یُس '' کلامہٕ ڈٕسی اسہٕ ناوَن

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

وول آسہِ ،'' وِکرت انگ وچوویشا''۔ یُس انگ ۂلی کٔلی آسن ۔ کلامہٕ مزاحیہ آسہِ تہٕ پلوٗ پوشاکھ تہٕ وٕکھتی پہن آسن ،'' ودوٗشا پتی'' یُس دوٚیمین عاب آسہِ کڈان ۔ '' کتھاوٕنودنا''۔ یُس کتھو سٕتۍ اسناون وول آسہِ ، سُہ گوودِوٗ شک !!! سُے گومسخرٕ !!!

## مایمس MIMUS

پتھ کالہٕ پٹھے چھُ تھیٹر پانس منز شوٚد تہٕ تجریدی Abstract جُز ہیتھ زوٗیوٗمُت تہٕ پرٕتھیومُت ۔ سنہِ کھوتہٕ سُنٛز مانے چھِ رنٛگس منز زبانٔی ورأے تہٕ باونہٕ یوان لہٰذا اچھنہٕ رنگ خالص زبانٔی آویز ۔ رنگ چھُ زیوٚ تہٕ زبانٔی کھوتہٕ بیٛیہٕ تہٕ خبر کیا کیا ۔ زبان ییہٕ پرنہٕ ، شعر ، مکالمہٕ ، دلیلہٕ یا ناٹک ہیٚن پرنہٕ مگر رنگ چھُ پرتھکہٕ پاٹھۍ گِندن گری منزٕ ے ظاہر تہٕ واضح سپدان ۔ کانٛہہ جلسہٕ جلوسہٕ یا ترایہٕ بیترٕ چھے رنگہٕ جز ہیتھ آسان ۔ جنڈٕ تہٕ جُنڈٕ ہیٚے ہیٚے شُرہن ، جوانن تہٕ لوٗکن ہُند قطار درقطار پکُن ۔ زیٛچھِ رنگابہٕ رنگ المہٕ ہیٚے ہیٚے تہٕ وردِیہٕ نالٕی لاگتھ لُکھ مختلف گتکار ، گتہِ ریٛنہِ کُنہٕ موقعس پیٹھ سٹیڈیمن منز مختلف نژن روٗپ ہاوان تہٕ مسرت تہٕ خوشی ہُند اظہار کران ۔ تتھے کٔنٛز ییٚلہِ برونہہ کالہِ شہر سرینگر پیٹھ خانقاشی جلوٗسس منزٕ تھزٕ المہٕ ہیٚے ہیٚے دوروٗ دِکانٔی کران کران پکان اٰسۍ یا مذہبی تہٕ عقیدتچہٕ کتابہٕ کلس پیٹھ ہیتھ لُکہٕ ہجوٗم سٕتۍ سٕتۍ پکان اوس یا تتھٕ کٔنٛز ہوکھیہٕ وِزِ گاموتہٕ شہرو پیٹھہٕ لوٗکھ نکھن ہیتھ آبہٕ نٕژ ہیٚے ہیٚے مخدوٗم صاٰبُن کھسان اٰسۍ یا تتھہٕ ازکل تہِ دماٚلی بابہٕ نصیب الدین غازی سُنٛزِ زِیارژ منزوٚیچہٕ بڑا رالم ہیتھ نژُن تہٕ دماٚلی کرنہِ اژان چھِ یا جنم اشٹمی دوہہٕ سری کرشن جی سُنٛز جانکی ہیتھ جلوسہٕ شہر کیو سڑکو منزٕ پکان اوس یمن سارِنے منز چھِ رنٛگی شوٚدی تہٕ زوردار ابسٹریکٹ جُز موجود ۔ یِے چھِ تم جُزیم کُنہٕ سٹیج چہِ گِندن گری تہٕ ڈراما پرنس منز چھِ فرق کران ۔ تم جُز یم لفظو بغار تہِ چھِ وجوٗد تھوان ۔ تتھہٕ کٔنٛز کلس پیٹھ گاگر ہیتھ تہٕ گاگر ٹھانہٕ ٹوک تہٕ ٹاٹکس منزٕ دٕبٕنی پھمبہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

بھُتٕ تیلس منز ہیتھ چھِ گتہٕ رتہٕ نژُن کران۔ یاڈ نڈن پٕٹھ رزِ اکہِ انڈ پٕٹھہٕ بٔیِس اندس تام چاآرِتھ تہٕ تتھ رزِ پٕٹھ اتھن دون منز زیوُٹھ ڈنڈٕ ہیتھ کرتب ہاوان جوان کوٗراکہِ انڈ پٕٹھہٕ بٔیِس اندس تام تران پھِچھےٚ یُسند من، بودھ تہٕ ژٕہتھ خاٗلص وزن Balance ڈرراونس تہٕ اپور ترنس کُن چھُ۔" اوے چھُ آدم عجیب جانور تہٕ عجیب وتہٕ تلاش کران۔ کینہ کارنامہٕ چھُنہٕ آدم ہٮ۪کان کرِتھ مگر تمن کامہٕن تہٕ کرتبن چھُ پانس تاآبیاہ کرنٕچ کوٗشش کران"۔ (وِلیم ہیزلبٹ) حاٗرتناکھ کرتب تہٕ عجب کارنامہٕ کرنٕک جذبہٕ چھُ گِندن گری ہنز عمل۔ منظرکشی ہنز بناوٹ تہٕ تہِ سوُرے یہٕ اُچھن تل درینٹھمان ہٕنتھ یِیہ Visible Imagery گِندن گری چھےٚ سنہِ گاٹہٕ جاہٕرچ باوتھ کران تمہِ شاعری کھوتہٕ یتھ شاعر لفظن تہٕ پدن منز باوِ۔ لفظہٕ روٚستے گِندن گری تہٕ جسمانٔی کرتبن منز چھُ پانہٕ وأنی ہر ہمیشہ قریبی رِشتہٕ روٗدمُت۔ رزِ پٕٹھی پکن والین، جانورن، پنزٕہن تہٕ ہاپتن نژٕ ناون والین، سر پھہٕ گوسانین تہٕ ۳۰ فٹہٕ ڈنڈس پٕٹھ آکاشس کُن ژٕتھ تہٕ رزوٕتہٕ گنڈتھ تہٕ تتھ پٕٹھ یڈ تھٕوِتھ نژن والین بیترٕ تہٕ مسخرن چھُ بروٗنہہ کالہٕ پٕٹھے سمبندھ۔ یِہ چھےٚ رنٕچ زوردار تہٕ سٕنٕز ثانوی Secondary رِوایتھ۔ یِمہِ منز حقیقی سٹیجن چھُ لٹہِ لٹہِ نوٚ و طاقت تہٕ نوٚ وزوٗ زہتہٕ حاصل کوٗرمُت یِہوے چھُ مایمس Mimus یا خاموش اداکاری ہنز رِوایتھ یوسہٕ سہٕٹھاہ پرأنی چھِ تہٕ یُس مقبوٗل عام رنگ اوس تہٕ کلاسیکی کامٔڈی تہٕ تراسدی لِرلوٚر اوس باضے زیادٕ اثر دار تہٕ عام فہم تہٕ مقبول۔ مایمس اوس Spectacle یتھ منز نژُن، گیوٗن تہٕ کرتب گرٕی اُس مگر یِہ سوُرے اوس حقیقت پسندانہٕ کردار ہنز پیش کاری یوسہٕ برمحل تہٕ بے ساختگی Spontaneous مسخری سوس اُس۔ مایمس چھُ لاطینی Latin لفظ یُس سہٕٹھاہ پرون چھُ۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

**کامدِ یا۔ دی۔ لاتے:** یم اُسی تم مسخرٕ فنکار یم ۱۵۵۰ تہٕ ۱۶۰۰ عیسوی منز اٹلی پٹھہٕ الگ الگ ٹرُپن منز نیرِتھ مغربی یوٗرپس منز جایہِ جایہِ پنٕنی گِندن گری ہاوان اُسی۔ کامدیا، دی، لاتے (پیشہ ورانہٕ گندن گرٕی) اُسی مرد کیٚو زنانہٕ یم گُنہٕ اَکِس کتھِ ہُند خاکہٕ وونان اُسی یتھ سنیریو Scenario اُسی وَنان تہٕ باقٕے اُسی مکالمہٕ بیتر پانے وَنان تہٕ کتھ گران۔ اَتھی کتھِ ہندِس خاکس اَندی پکھی اُسی تم پنٕنی رنگہٕ عمل تہٕ مکالمہٕ بازی کران۔ پرتھ گروٗپس منز اوس اکھ اداکار اَکے رول لٹہٕ لٹہٕ گندان یا اَکے ہیوٗ رول یا کردار اوس پرٕتھ خاکس منز گِندان تَمے پلو پوشاکھ بیترِ لاگِتھ۔ موکھٕٹ Masks تہٕ اُسی استعمال کران۔ اکی کتھِ ہندی مکالمہٕ اُسی وکھرٕ وکھرٕ ناوٕ گِندن پاٹھرن منز وَنان۔ پرٕتھ گرٕوپس منز اُسی باہ، ژٕوداہ گِندن گرٕی آسان۔ پرٕتھ گرٕوپس منز اُس اکھ جوٗری لولہٕ عاشقن ہُند رول کرن والین ہُند آسان تہٕ باقٕے دہ باہ مسخرٕ رول گندن وٲلی۔ زیادٕ کردار اُسی سٹاک Stock آسان۔ مسخری کرن والین کردارن (اداکارن) اُسی Comedia وَنان۔ عموٗمن اُسی کردار کپیٹانو Capitano، پیٹالون Patalono، ڈاٹور Dottore (ڈاکٹر) بیٚیہٕ داریاہ نوکر Zanni مثلن آرلچنو Arlechino (Harlequine) وغارٕ۔ مرد کردار اُسی زیادٕ آسان زنانہٕ کردارن ہندِ کھوتہٕ۔ پیشہِ ورانہٕ آسنہٕ موجوب اُسی اکہِ جایہِ پٹھ بییس جایہِ پھیران۔ یمن اُس نہٕ بڈٕبن راژٕ گرن یا جاگیردارن ہنز سرپرستی بلکہ عام لوٗکن ہنز یُہند دِل یم رنٛزناوان آسی۔ کامدیا، دی، لاتے گِہ ان گربن ہُند اثر ووت ساری ہے یوٗرپس۔ منظرکشی ہُند تہٕ مقبول عام کانڈی تھیٹر روزنہٕ باوجود ہیوٚک نہٕ یہِ تھیٹر بین الاقوامی سطحس پٹھ قدٕر لبِتھ۔ ۱۷۵۰ پتہٕ چھُنہٕ امہٕ تحریکہٕ ہُند خاص وجود بلکہِ "اوپیرا" دراونوٗن تہٕ سنگیت سوٗسی میوزکل یمن

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

اوپیرا آسی وناں گیہٕ عام مگر انگلینڈ تہٕ فرانس درایہٕ ڈراما گندن گری منز بروٚنہہ
حالانکہ کامدیا، دی، لاتے گوٚیمن پپٹھ تہٕ پٔتن اثر ترا آوِتھ۔ کامدیا، دی، لاتے ہٕکی
کامِک ٕکردارن لوٚب شیکسپیر ہوٚس بہلہِ پایہِ ڈراما نگار ہٕندہٕن کلاوٗن
Clown ٕکردارن منز نوٚو روٗپ۔ یوٚ دوٚے کامدیا، دی لاتے ڈرامہن ہٕندِس
مزاحیہ کردارس مُڈٕ یا چور پھیور تہٕ Foolؤنتھ آسی زانان شیکسپیر ہٕندِس اُمس
کردارس ؤ ونٕگھ Clown یانے مسخرٕ۔ کامدیا، دی لاتے ہٕک مُڈٕ یا چاٹٕری مسخرٕ اوس
ؤ چاپہٕ تہٕ فاتٕر کلامہٕ کرٕتھ تہٕ ترٔچھے حرکژ کرٕتھ اسہٕ ناوان مثلن اکھ مُڈٕ آو تہٕ دِتن
پنہِ نٕس خرہندی بداہٕ تہٕ وٚنُن زِ مے پچھنو خرفاتَے روزنٕک فن۔ کھنے دُیتنس نہٕ
تہٕ آخر ییلہِ خرموٗد تہٕ وٚنُن "مےٚ دوت واریاہ مأ لی ددارٕ ییلہِ میأنی خرن فاتَے
روزنٕک فن ہیوٚ چھ تہٕ موٗد!" یتھی مُڈٕ یا مُرکھ مسخرٕ آسی حقیقژ کھوتہٕ زیادٕ گندٕ ونٕس
ٕکردارس زِدٕ بران تہٕ مزاحیہ کلامہٕ تھُران۔ یہندہٕن ڈرامہن منز اوس نہٕ ترٕن اکایہِ
ئَن ہُند گنڈ آسان۔ زنانے آسہٕ زنہِ ٕکردار گندان۔ وٕزِ کتھ تہٕ پلاٹ والیوٕ
پأٹھرو علاوٕ آسی یِم لوکچہِ لوکچہِ گندن گرٕی یہٕ تہٕ پیش کران یِمن منز جانورن ہُند نقل،
نژُن یا کرتب ہاوٕنی بیترٕ شأمِل اوس۔ بروٚنہہ کُن آیہِ یہنزٕ گندن گری منز حاران
کُن تبدیلی تہٕ یِمو گندی فنتاسیا Fantasy اثر دار تہٕ خوآبی تأثیر پأدٕ کرن وألی
پأٹھر۔ موختصر بوٗزِ و ترٔچھ کتھ یِمہٕ اسہٕ ناون ہٕیہِ ووٕتہٕ دمألی، بیان بأزی، تہٕ عجب
گندن گری، مُرگھگی مُڈٕ گی چاٹٕری گی تہٕ ؤ چاپہٕ حرکژ تہٕ یتھ جز ہتھ آس یہٕ مہم مسخری
ہندی حد سرٕ کران۔ مسودٕ رٔنگی چھُ امہٕ تحریکہِ ہُند بالکل کم موجود، تکیاز امہٕ تحریکہِ
ہندی پأٹھر آسی رنگس منزٕ ے اصلاح سپدان تہٕ ژھوٹرادنہٕ تہٕ زٕ بٕھراونہٕ یوان۔
تہٕ یِم مسودٕ لیکھنہٕ آسی آمتی تِم آیہِ نہٕ محفوٗظ تھوٕنی لایق قرار دِنہٕ۔ یوٚ دوٚے کانہہ
مسودٕ بچیوو تہٕ سُہ آونہٕ زیرٕ تھ لوٗکن ہندِ موکھہٕ رٕ ژھراونہٕ۔ یوٗنأنی کامڈی تہٕ اسہٕ ناوٕ

CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

وِنی ناٹکن منز تہٕ اُسی تِتھی جُزیمن منز تخلیق آزٲدی تہٕ وُپھجار، فنتاسی ہنز مِلہٕ مِش ہیتھ وسیع کانڈی تہٕ کردارنگٲری مایم ناٹکس ہش اُس مگر یہِ سوُرے دَریووہٕ زیادٕ کال تِنکیا زِ لُکہٕ تھیٹر اوس برموقعہٕ تہٕ ہم کاٹی آسان تہٕ فراغ دِلی سان غاراَدبی اُستھ تہٕ بروٚنہہ پکان۔ اتی زُوان تہٕ اتی ژھوکان تہٕ اتی نوٚسرِ کلہٕ کڈان۔

سہٕ یُس اسہِ ناوِ چاہے مخولہٕ، چاٹھ ؤنتھ چاہے زبان تہٕ عمل تِتھ ورتاوِتھ یُتھ کانٔسہِ تہٕ تُسند سنگ تہٕ ستی آسُن خوش کرِہے تیُتھ ہیو شخص ووت پرانہِ وقتہٕ پیٹھے دربارن تام۔ توَے اوس رازن تہٕ بادشاہن ہندبن دربارن منز تیُتھ شخص آسان یس انگریزی پٲٹھی کورٹ جسٹر Court Jester آسی ونان۔ یتہٕ اوس یوٗرپی ممالکن منز مایمس تحریکہِ ہُند پاداوار مگر روٗمی تہٕ پتہٕ دوٚیمین دورن منز لیٚن جاے دربارن منز۔ زیٹھ لوٗر ہیتھ۔ بچہِ تلوار ہیتھ قدٕ ژھوٚٹ یا موٚٹ تہٕ نستہِ زیوٗٹھ۔ یہِ اوس پرون مسخرٕ۔ اوِے چھِ تِتھی کامِک کردار شیکسپیر ہندبن ناٹکن منز تہٕ اسہِ درِ ینٹھی یوان۔



CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

# گُپأئی

ریوایتی پأتھرن منز چھُ اکھ اہم پأتھر گوسأنی پأتھر۔ یتھ منز کُنی زنانہٕ کردار چھ، یس ناو چھُ گپأئی۔ گُپأئی (گوپأئی) گیہِ گاوٕ رچھن واجینۍ گوٗری بایا گوٗپی۔ گوپال گو گاوٕ رچھن وول۔ کرشن جی مہاراجس تہٕ آسی گوپال وَنان۔ تِکیازِ سہ روٗ چھ نندٕ گوٗری نندگامس منز۔ کرشن جی اوس بالہٕ پانس منز گوٗری کٹھن سٕتۍ گنداان، تھنہِ ژوٗرکران تہٕ گاوٕ رچھان۔ اوے آسس بالہٕ گوپال وَنان۔ أمی سنزٕ شرُی باشن، گوٗپی تہٕ گُپالن سٕتۍ گندٕنچہ، پھیرنچہ تھورٕنچہ کتھہٕ چھےٚ بھاگوت پُرانس منز دِتھ۔ ہندوستان چھُ دیو مالأیی کتھو کِنی مالامال۔ یِم پُران چھِ دیوی تہٕ دِوتاہن ہٕنزن ڈلیلن، قصن تہٕ کتھن ہندی خزانہٕ۔ کرشن جی یس سٕتۍ گُپالن تہٕ گوپین ہُند گِندُن دروگُن چھُ مُلکہٕ چن تمام زبانن منز بھگتی لہرِ کِنی تیوٗت تخلیق سپُد مُت زِ مُلکُک کانہہ کوٗنہٕ تہٕ کانہہ زبان چھنہٕ ژٕتھ یٕتہِ نہٕ کرشنہٕ بکھتی ہُند کنہہ نتہٕ کنہہ اثر چھُ۔ کرشن جی چھُ یِوان وِشنوسُند اِٹھم اوتار مانہٕ اِو موکھہٕ چھےٚ پژتھ دورس منز تس متلق بیٚون بیٚون ڈلیلہٕ تخلیق گأمژ۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

بھاگوت پُرانن چھُ کرشن بکھتی عام کرنس منز اہم رول ادا کوٚرمُت۔ امہِ پُرانچہِ کتھہِ چھےٚ فن مصوری، بُت ترأشی علاوٕ نژنس تہٕ ڈرامارو پن منز تہِ وٕزٕ۔ ہندوستانٕی موسیقی منز یمہٕ بندِشہِ گوٚنہٕ چھِ یوان تمن منز تہِ چھُ کرشن جی تہٕ تسنزن لیلاین ہُند کأفی ذِکر۔ ''کرشن لیلا'' ناوی چھُ اُتر پردیشُک لُکہٕ ناٹیہِ تہِ کرشن جی سنزن لیلاین پیٹھ منی۔

**راس لیلا:** کأشرِ شأعری منز چھُ راس لیلایہِ ہُند ذِکر گوڈنیتھے نُندٕ ریشی یَتھ شرُکس منز کوٚرمُت:

یاوٕنہٕ تھوٚد راس تھیہہٕ تھیہہٕ رنگن
انگن پرِتھ پژٕنی دراٰیہِ
رتھہٕ نتہٕ مازنتہٕ گھ سوٚرم زنگن
چھوٚن اتہٕ گھ لوٚگےٚ میانہِ وتہٕ گتہٕ پانہٕ
شتہٕ گھ لوٚگےٚ میانہِ وتہٕ گتہٕ پانہٕ

راس لیلا چھُ سہٕ نژُن یُس کرشن جی گوٗپین سٕتۍ جمنایہِ بٹھس پیٹھ زوٗنہٕ رأژن منز ہردِ کالس منز نژان اوس۔ بھاگوت پرانکس دٕہی مِس باگس منز چھُ امہِ لیلایہِ ہُند ذِکر۔ لیلائیہِ گِندُن دزٕ وُگن، نژُن تہٕ باشہِ کرنہِ۔ گوپیہ آسہٕ کرشنٕ جی سنز موُرنی ہندی شبد بوٗزِتھ دیوانہٕ گژھان تہٕ گرٕ بارشرُی بأژ تراوِتھ جمنایہِ بٹھس پیٹھ تس سٕتۍ نژان۔ اتھ نژنس منز چھےٚ تسنز اکھ ٹاٹھ گوٗپی تہِ۔ بھاگوت پُرانس منز چھُنہٕ تسُند کانہہ ناو دِتھ۔ یہِ گوٗپی چھِ قریب قریب، دوٚیمہِ صدی پتہٕ مہاراشٹر کِمن لُکہٕ کتھن منز ''رادھا'' ناو پراوِتھ زاینٕ لبان۔ راس لیلایہِ منز چھُ شری کرشن پرتھ أکِس گوٗپی سٕتۍ لبنہٕ یوان۔ راس لیلا تہٕ ڈانڈیا راس ناوٕ کرِ لُکہٕ رقص چھِ ازکل تہِ ملکس منز عام۔ رادھایہِ ہُند یاوُنو کرشنہٕ سنزِ ٹاچھِ گوٗپی ہُند کردار کتھن تہٕ ادبس

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

منز وۄتلنہٕ کنہ بنےیہِ دۄشوٕے کرشن تہٕ رادھا مصوری علاوٕ دۆیمبن فنن منز ویٚدی موضوع۔ رادھا چھےٚ کرشنس پتھ دیوانہٕ۔ کرشنہٕ سنزِ بنسری وادس پتھ چھےٚ سۆ مۄژ گژھان۔ رادھا بنییہِ کرشن سنز شکھتی سو چھےٚ تھزِ شکتی ہنز علامتھ۔ ہمہٕ گیر آتماہچ آرزوٗ مندی۔ کائنسہِ پتھ مشتاق گژھنچ علامتھ۔ اوٚے چھُ ہندوستانی ادبس تہٕ آرٹس منز تسُند ذِکر تہٕ تصوٗر پدِ پدِ میلان۔

بھرت ناٹیہ شاسترس منز چھُ اکہِ نژنُک ذکر ییتھ ہاہِسک اُسی ونان مگر راس لیلایہِ ہُند چھُنہٕ کانہہ ذکر۔ امہِ تلہٕ چھُ راس ناٹیہ شاستر لیکھنہٕ پتہٕ وۄتلیوٗمُت۔

**کرشن:** مہابھارتس منز چھُ کرشن اکھ اہم کردار۔ یہِ چھُ بہادُر، گاٹُل، سیاستدان، فلسفی۔ یہِ چھُ پریم محبتُک آگُر۔ یہِ چھُ نایک۔

کالی داس چھُ پننہٕ نہِ زیٚچھِ نظمہِ ''میگھ دوٗتس'' منز اُمس ''گوپا وشِم وشنو'' ونان۔ تہِ گوزِ گوٗری رچِس منز چھُ یہِ وِشنو یانے گوپ۔ گوالا روٗپی وِشنو۔

کرشن چھُ نٹوٗر، گندن گوٚر، رقاص۔ سُہ چھُ موسیقار۔ نےٚ واین وول۔ سہٕ چھُ موٚدرلیہِ ستۍ انسانن کیٚو جانورن تام مدہوش کران۔ سُہ چھُ شامہٕ سوندُر لہاذا خوبصورتی ہنز علامتھ۔ مدنوار! تس چھےٚ مور پنکھ تاجہِ بدل۔ سُہ چھُ پیتامبر یانے لیدٕری پلو لاگان۔ سُہ چھُ گاوٚر چھان۔ اوٚے چھےٚ تس گوپیہِ الہٕ ولنہٕ یوان۔

**وشنو مت:** بھاگوت پرانُک اثر چھُ سارِسے بھارتس منز تیوٗت پیوٗمُت زِ وِشنومت یا وشنو دھرم چھُ ہندو دھرم مانن والین ہُند اکھ الگ مت بنیوٗمُت۔ ادبس منز آیہِ اوتارن ہندِ تارٕیفن تہٕ کارنامن متلق الگ الگ زبانن منز الگ الگ تخلیقہٕ لیکھنہٕ۔ بیشتر تخلیقہٕ آسہٕ سنسکرت تہٕ علاقٲئی زبانن منز۔ امہِ دھرمہٕ کس اثرس تل تہٕ بھکتی تحریکہٕ تل وۄتلیہِ بیوٚن بیوٚن قسمکی رنگہٕ روٗپ تہٕ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


نژن روٗپ ۔رام اوتار تہٕ کرشن اوتار روٗ دی تخلیقی ادبس منز زندگی ہُند و وتلُن بوٗ ڈُن ، زہنہٕ مرنہٕ ، سوکھہٕ دوکھہٕ ، عشق ، لول ، جُدایی ، غم ، راجسی ، ونہٕ واٗسی ، شُرِل بالہٕ پن ، جواٗنی ، فراق ، بہادُری ، تہٕ سیاست بیترِ موضوع ہیتھ نوٚ نوٚ قسمچہ نبجہٕ تہٕ ترایہ دِوان ۔لکہٕ ادبس تہٕ یادٕ ووٚترِس تام چھُ یہند سوٚن اثر ۔ پرتھ کانہہ مثال چھِ یہنزِ زندگی ہنز کُنہ نتہٕ کُنہِ واقعس ستیٖ نببتھ دِتھ دوہدِش زندگی منز دِنہٕ یِوان ۔رامایِن ، مہابھارت تہٕ پرُان ہوی رزمیہ تہٕ گرنتھ تہٕ چھِ اتھ کتھِ بُرژر کران یم یمن دون اوتارن متلق چھِ ۔

کشیرِ منز پرٛتھیوو وِشنومت سبٹھاہ پرانہِ وقتہٕ پٹھ ۔قریب قریب چھُ ژوٗرمہِ پوٗنژمہِ صدی پتہٕ امیُک اثر لبنہٕ یِوان ۔وِشنوسُند مندر چکر دھر (ژکدر) تہٕ گوور دن دھر (گوردن دُڑر) اٗسی سبٹھاہ مشہور ییٚتہِ دِوے تہٕ مالہٕ تہٕ اٗسی لگان ۔ مہاراج تہٕ مہارانیہ تہِ آسہٕ امہِ متکی پاٚروکار آسان ۔

**گوکُل :** گوکُل گیہِ سو جاے ییٚتہِ گوٗری گُپن ہیتھ آسن روزان ۔ییٚتہِ گاٗو گُپن رچھنہٕ باپتھ پوٗنی ، ون تہٕ چراگاہ نکھہٕ آسن ۔اوٚے اوس متھرایہ نزدیکھ نندگام تہٕ بِندرابن تہِ گوکُل ناٗوی زانہٕ یِوان ۔کشیرِ منز تہِ اٗسی تِتھی گوکُل آسان ۔ راژٕ مہاراژٕ تہِ اٗسی پننہٕ ذاٗتی گوکُل علاوٕ دوٚ یمِن جاین گوکُل بناوان ۔راجترنگنی منز تہِ چھِ ذِکر ۔رتنا دیوی چھےٚ راجاجے سنگھ سنز رانی سو چھےٚ وشنومت مانن واجینٛز اٗس ہژ ۔سو چھےٚ اکھ گوکُل بناوان یُس امہِ بروٗنہہ بناونہٕ آمتین گوکُلن منز سارِوٕے کھوتہٕ شوٗبہٕ ڈُن تہٕ لوٚبہٕ وُن چھُ آسان ۔اتہِ اٗسی چراگاہ بیٚیہِ وِتھہِ ہُند آب دستیاب ۔اتہٕ یوسہٕ گووردھن دھر ہنز مورتی آس سو اٗس سبٹھاہ خوبصورت (یِہ جاے چھِ ازکل رتن پورناوٕ زانہٕ یِوان)

**گپٛکار :** گپکار تہٕ گوپ پربت یُس شہر سرینگرس نکھہٕ چھُ اوس پرتھ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


دورس منز گوکل آسنہٕ کِنۍ مشہور، اتہِ پٔتھہٕ اوس دود بیترِ صحٲے شہرواتان۔ دودٕ گوٗری تہٕ گوٗری بایہِ آسہٕ جوک درجوک پتھری تہٕ ناون کبتھ نگرٕ کُن یوان تہٕ دودٕ کنتھ واپس گیُٚکار گژھان۔ برین، تھید، نشاط تہٕ زبروٚ نکی آنگن تہٕ دوٚیمہِ جایہِ آسہٕ گاوٕ رچھنہٕ باپتھ سبٹھاہ موزوٗن۔ شنکر آچاریہ پربتس اٗسی گوپ پربتھ ونان تہٕ اتھ ائدی پکھی جاین اوس ناو گوپادری۔ ڈلس أندی أندی بالن تہٕ ونن ہنزِ کھونہِ منزیہ مٲری منز جاے چھِ خوبصورتی لحاظہٕ کرشن جی سنزِ متھرایہ تہٕ بندرابنہٕ کھوتہٕ زیادٕ خوٗبصورت، اوٚے چھےٚ گوکل موکھہٕ کٲفی موزوٗن۔ گوپادری ستۍ یُس حصہٕ ازکل چھُ تتھ چھِ لگرِ بل ونان۔ کشیرِ منز یم گوکل اٗسی تمن اٗسی مدٕون ونان پتہٕ ڈوٗر ڈنگر رچھنہٕ موکھہٕ بنیہِ الگ الگ قصبس ستۍ الگ الگ ڈانگر پوٗری۔ جمنایہِ بٹھس پٔتھ یُس متھرا شہر چھُ تتھ تہِ اٗسی اکہِ وِزِ مدھوون ونان یتھ مدھوپوری۔ مدھرا تہٕ پتہٕ متھر ابنیوو۔ کبنہہ گام تہٕ غار آباد جایہِ چھےٚ وُنہِ کشیرِ منز مدون ناوٕ زاننہٕ یوان۔

رادھا تہٕ ادب: ۱۱۰۰ عیسوی منز چھُ اوسُمت بھاسکراچاریہ تیٚمس نمبارک تہٕ اٗسی ونان تیٚمۍ بِندابنس منز رادھایہِ ہنز اُپاسنا کٔر۔ یہِ تحریک پھٲلیہِ پتہٕ بنگال تہٕ دوٚیمین علاقن کُن۔ نمبارک اوس وشنو سمپردایُک زیٹھ۔ سُہ اوس مانان زِ رادھا چھےٚ کرشن جی سنز خاندرٕ آشیٚنۍ۔ سُہ چھُنہِ کرشنس خٲلص اوتار مانان بلکہ "برہم" تہٕ سُے چھُ رادھایہِ، گوپ تہٕ گوپی یم گوکلس منز تس ستۍ لیلا چھِ کران زنم تہِ دِوان۔

آنند وردھن چھُ ۹۰۰-۸۴۰ عیسوی منز کشیر منز سنسکرت زبانۍ ہُند اکھ تھوٚد عالم، شاعر، زبان دان تہٕ ماہرِ شاریاتھ۔ تٔمۍ سُند دوھنیالوک چھے اکھ مشہور کتاب۔ اتھ کتابہِ چھےٚ ابھنو گپت آچارین کومنٹری (تشریح) لیچھ مٕژ۔ اتھ کتابہِ منز چھِ کینہہ شلوک تہٕ گیت دتھ یمن منز "رادھایہِ" ہُند ذکر چھُ۔ امہِ تلہٕ

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

چھُ نَنان زِ رادھا اٚس کشیٖرِ منز ۹۰۰ عیسوی برونہہ ادبی کارنامن منز جاے رٹان۔

۱۲ امہِ صدی منز چھُ پورٕپی علاقس منز سنسکرت زبانٕی ہُند بہلہ پایُک شاعر جے دیو اوسمُت۔ یٚمی ۱۲ اسرگن تہٕ ۷۲ شلوکن منز ''گیت گووِند'' ناوٕچ نظم لیچھ یتھ منز رادھا تہٕ کرشن سُند عاشقانہٕ مُحبتچ کتھ چھےٚ نظماوٕمژ۔ رادھا تہٕ کرشن چھِ ابدی تہٕ ازلی لولہٕ عاشق یوان مانِنہٕ تہٕ تہندِ لول ازلی لول ماٚنتھ ادبس منز جاے رٹان تہٕ جے دیو چھُ پننہِ قلمہٕ کہِ زورٕ، زبانٕی ہندِ مچھرٕ تہٕ سرحرفی لفظو تہٕ موٚدرِ لیو ستیٚ اتھ موضوعس عام بناوان۔ گیت گووِند گوٚ کأفی مقبوٗل۔ یہِ آو جایہِ جایہِ گیونہٕ، اٚمی کوٚر روٚیشنو بکتی پھالاوِنس منز کأفی مدد۔ امِ لےٚ چھےٚ تیژ موٚدرِ زِ گیونہٕ تہٕ نژنہٕ موکھہٕ آو یہِ پسند کرنہٕ۔ پرانین واریاہن شاعرانہٕ تخلیقن برونہہ دراو گیت گووِند تہٕ اٚخرتروونہٕ صرف سنسکرت شاعری بلکہِ دوٚیمین علاقأیی زبانن پیٹھ تہِ اثر۔ کم سے کم اکھ ہتھ شاعرانہٕ تخلیقہٕ یمہٕ جے دیوس پتہٕ پانژن شتھن صدین تام لیکھنہٕ آیہِ آسہٕ گیت گووِند ستیٚ متأثر۔ یمن منز اوس اکھ شتی کنٹھ تہٕ یٚمی'' گیت ست وِلبھم''لیوٗکھ۔ کأشُر شتی کنٹھ اوس ۱۳ - ۱۴ صدی ہُند تہٕ یہِ اوس ۱۷ امہِ سدی ہُند۔ بھگتی پیٹھ تہٕ تروٗ گیت گووِندن اثر تہٕ کتھن ناٹکن تہٕ نظمن تہٕ ادبہٕ کٕین دوٚیمین صنفن پیٹھ تہِ۔

گیت گووِند اوس کشیٖر منز تہِ کأفی شوق وزوق سان پرنہٕ یوان۔ بڈشاہ تام اوس گیت گووِند پرنک تہٕ بوزنُک شوقین۔ تس پتہٕ چھُ تٚمی سُند شہزادِ تہِ گیت گووِند پران بوزان تہٕ گیوان آسان۔

محقق چھُ ونان زِ کرشنہٕ سنز ٹاپچھِ گوٗپی کوٚر ''رادھا'' ناو مہاراشٹرس منز لُکہٕ کتھن تہٕ داستانن منز یختیار دوٚیمہِ ژوٗرمہِ صدی منز۔ پرٚتھی مژن یمن کتھن منز چھُ کرشن تہٕ رادھایہ ہنز لولہٕ کتھہٕ سرس۔ یمہ کتھہٕ گیٔہ عام تہٕ موکھہٕ موکھہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


پھاآلیایہِ مہاراشٹر نبر تہٕ واژ شمالی ہندوستانس جایہِ جایہِ۔ حالانکہ رُکمنی تہٕ ستیہِ بھاماچھِ کرشنہٕ سنز آشنہٕ مگر رادھا چھےٚ تس ازلی معشوقہٕ تہٕ بکھتی ۔ اوَے آوتس متعلق یوٗت ادب تخلیق کرنہٕ۔

دِش اوتار: کشیٖرِ منز چھُ سنسکرت زبأنی ہُند بہلہِ پایک شاعر کھٔیمہِ صدی منز کھیمندر اوسمُت ۔ أمی لیچھ شاعری تہٕ ڈرامہ علاوٕ بیٚیہِ تہِ وارِیاہ ہن موضوعن پیٹھ ۴۰ کھوتہٕ زیادٕ کتابہٕ۔ أمی کوٚر خاص آسان رُت چھندن تہِ استعمال یُس لیلایو موکھہٕ سہل تہٕ رسیٖل اوس۔ وننہٕ چھُ یوان زِ یو ہے پانہٕ نأوتھ کوٚر جے دیون ''گیت گووِند'' أمی سِندِ کھوتہٕ آسان تہٕ رُسیٖل زبأنی منز تخلیق ۔ کھیمند راوس ویشنو تہٕ أمی چھُ وِشنو سِندی داہ اوتار مأنتھ ''دش اوتار'' لیوٗکھمُت۔

کرناٹکس منز چھُ لُکہٕ رنگک اکھ روٗپ یتھ دش اوتاری چھِ ونان۔ امہِ رنگچ پرمپرا متہٕ أسی تن امہِ تخلیقہٕ ہندِس اثرس تل ووتلیمژ مگر یہِ اُس ادبی طور یژھ گوڈنچ تخلیق۔ اتھ تخلیقہِ منز چھ ۱۷۶۴ اشلوک تہٕ اُٹھم اوتار چھِ شری کرشن ۔ ازکل بیٚلہِ تہٕ أسی بھرت ناٹیم، کچی پڈی یا اوڈیسی کلاسیکل رقص چھ، وُچھان تمہِ چہِ پیش کارٕ ری منز چھُ اکھ اہم آیٹم دش اوتار تہِ آسان۔ یتھ منز پننہٕ نِہن مخصوص نژن ترایِن منز چھُ یمن دِہن اوتارن ہنزن لیلاین ہُند کانہہ نتہٕ کانہہ پہلو یوان ہاونہٕ۔

موخصر پأٹھی ہیکوٗ ونتھ زِ بھاگوت پُرانک اثر چھُ کلہم پأٹھی مُلکہٕ کِس کلچرس پیٹھ پیومُت تہٕ کرشن سِندی کردارن، گیت گووِندن تہٕ بھگتی لہرِ کِنی گیہ مُلکس منز قسمہٕ قسمکی نژن تہٕ ڈراما روٗپ رأیج ۔ یمن منز بھاگوت کتھاہن پیٹھ مبنی لیلایہِ تہٕ چھےٚ ۔ یمن منز رادھا، کرشن، گوٗری تہٕ گوٗپی بیترِ لیلایہِ چھےٚ کران ۔ تہٕ یم مختلف رِپ تہٕ گندن ترایہِ چھےٚ مختلف زبانن منز مختلف انمانہٕ۔

بھگوت میلا ناٹکم: آندھرا پردیشس منز چھُ اکھ گام ناوچھس کچی

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


پُڈی۔ امہِ گامِکس ناوس پیٹھ چھُ ازکل اکھ نیم کلاسیکل رقص مشہور۔ اتھ گامس منز اُسی بھاگوت کتھاہن پیٹھ ناٹک چارن والی روزان یم اُسی اکس خاص سٹایلس منز کرشنہٕ سنزن لیلاین ہنز گندن گری ہاوان۔ یِیلہِ مندرن منز ۱۲-۱۳ مہِ صدی منز دیوداسین ہُند نژن تہٕ ناٹیہ ژھوکُن ہیوٚتُن تہٕ اتھ اخلاقی طور گراوٹھ آیہِ ''بھگوت میلا ناٹکم'' ناوٕ کرٕ رؤپن ہیوٚت زنم۔ اصلی اوس یہِ پرانین بھاگوت کتھاین ہندِ لُکہ تھیٹرک احیا یہِ نو۔ اُتھی وقتس منز اس گیت گووہنُدک سبٹھاہ پرچار۔ امہِ بروٗنہہ اوس آندھرا پردیشس منز تہِ شولیلاین ہُند عام پرچار تہٕ تتھ گِندن گری اُسی ''بھگوت ناٹکم''، ''یکھش گان''، ''بھرتم یاوٗتھی ناٹکم'' بیترِ ونان۔ کُچی پُڈی چھُ حقیقتاً سانی دوٗرک ناو۔ کینہہ سکالر چھِ ونان زِ سید ھندر یوگی اوس لُکہ ناٹک روٗپک سرپرست تیٚمی ''پارِجات اپہرن'' ناوٗک نژن پاتھر لیوٗکھ۔

**باما کلپم:** تِتھے کنٕ اوس بیاکھ گونماتھ نارایِن ترتھ تیٚمی امی ناوٗک بیاکھ نژن پاتھر لیوٗکھ مگر تمیک روٗپ اوس باما کلپم یکھش گان تہٕ یِیلہ گِندنہٕ آو تمُ گبوٗناوی برہمن گرن ہندی بچہ کنٕ بھگتی باتھ بیترِ۔ امہِ پتہٕ آو ''کلپم'' پاتھر بارسس۔ اوَے چھِ سیدھیندر یوگی سنز تخلیقہٕ تہِ ''باما کلپم'' ونان۔ یم سنسکرت زبان دان اُسی تم اُسی زانان زِ کلپم چھُ صرف اکھ چھند یا اکھ لوکٹ نظم یوسہٕ اَکِس خاص چھندس منز یہِ لیکھنہٕ۔ درحقیقت چھُ ''باما کلپم'' اکھ مکالمہٕ یُس ستیہ باماتہٕ تسنز نوکرانہِ مادھوی درمیان چھُ سپدان۔ ونہٕ چھُ یوان زِ ابتداہس منز اوس شری کرشن نہٕ تسنز اکھ گوپی اتھ گِندن پاتھرس منز تہٕ یِیلہِ پاتھر اوس شروع سپدان مادھوی اُس وِدوٗشک تہٕ گوپی ہنٛتھ لوٗکن من رنزناوان۔ کرشن جی سُند کردارانہٕ ستٕ بڈیہ اتھ پاتھرس منز کرشنس تہٕ گوپی درمیان رومانوی مکالمہٕ۔ یمو مکالموٕ ب روحانی تہٕ فلسفیانہٕ اہمیت یتھ منز آتماتہٕ پرماتماسُند رِشتہٕ موضوع اوس مگر مسخرٕ اوس

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


منزٕ منزٕ أزِتھ مداخلت کران۔ کٔنہہ کالاہ گژھِتھ آو باما کلپم منز یہِ حصہِ کٔڈتھ
نِنہٕ۔ تہٕ اکہِ الگ پأتھرٕ رنگی آو گِندنہٕ تہٕ اتھ چھِ ونان ''گولا کلپم'' امہِ، کٔمن
مکالمن منز چھُ مسخرٕ (ودوٗشک) شری کرشن سٕنز جایہِ رٹان۔ یِم کلپم پأتھر آیہ پتہٕ
''ویٖش کتھاہِ'' یا نے وِہی کتھایہِ ناوٕ تہٕ زانہٕ۔ کٔنہہ کال گژھِتھ تہٕ از کال تام چھِ
ووٗنی یِمن ''پکتی ویشم'' ونان۔ کچھی پڑی گِندن گٔری تہٕ رقاص چھِ از کل تہٕ یہِ وِہی
گِندان کچھی پُڑی منزٕ اَسی مردٕ زنانہٕ کردار تہٕ گندان۔

گولا کلپم: یِمن بھاگوت میلا ناٹکن ہُند ذکر ہیرِ کنہِ سپُد تِم روٗدی نہٕ
صرف آندھرا پردیش تام محدود بلکہِ گِندن گرہن ہند کٔنہہ گرٕ وأتی سرپرتی
ژھاران تامل ناڈو تام مختلف مقامن تہٕ علاقن منز رہایش کرنہِ کٔنہہ وأتی تنجور
گُن۔ گِندن گری ہُند مظاہرہ کرنہٕ پتہٕ آو یِہنز گِندن گری ''ویدہی بھاگوتا'' یا
گولا کلپم وننہٕ۔ یِمہٕ گتہٕ رہنہِ شاہی دربارن منز ژان آسہٕ تِمو منزٕ کٔر کینژ وِیمن
ناٹکن منز کأم تہٕ ماہرو کوٗرتِھند موکھہٕ تِہنا نغمہٕ سرا گِندن گری تیار تہٕ یہِ نژن
''گولا کلپم'' گوو کأفی مقبول۔ چونکہِ کچھی پڑی رِواۓتھ أس نہٕ زنانن زنہِ کردار
گِندنس اجازتھ دِوان اوَے کوٗرتِمو یتھ ہیوٗ نژُن گندُن گتہٕ رینِمن ہندی موکھہٕ
تیار۔ اوَے گوو تِھی قسمُک روٗپک ہیوٗ گِندُن شروع۔ اتھ وتھی یا ویدھی
بھگوتا ہس منز چھے کُنی فنکارا اہم کردار یوسہٕ گتہٕ رینٔز چھے تہٕ تس چھِ بیا کھ زنانہٕ
مددگار کردار تہٕ ستی۔ واتنا ویر یا اظہار صحیح طور پیش کرنہٕ موکھہٕ تہٕ اُسن وو پداونہٕ
خاطرٕ چھُ اکھ برہمن تہٕ اتھ منزٕ یس وِدوٗشک ونو۔ سُے چھُ کردارن درمیان کتھ
باتھ تہٕ کران تہٕ اورٕ یورٕ تہٕ پھیران تھوران۔ گولا گیہٕ گُپالی۔ سوے چھِ اہم کردار
تہٕ برہمنس ستی سوال جواب کران تہٕ پرٕتھ ساتہٕ زینان۔ سو چھے شاستر ومنزٕ شُرکی
تہٕ وژن وٕنتھ تس امتحان کران تہٕ پرتھ مرحلس پیٹھ ہارناوان۔ یہِ وِدوٗشک چھُنہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


مُڈ یا چور بلکہ اسناوِنہٕ موکھہٕ ژھایہِ Parody شُرکہ تہٕ وژن گیوان ۔ یہِ ڈراما شروع سپدنہٕ وِزِیُس سوٗتر دھار سُند کردار چھُ گِنداں تہٕ گولاکلیم پأٹھرُک تعارُف کرناوان عموماً چھُ سُے وِدوٗشک سُند کردار تہِ گِنداں ۔ سُہ چھُ ہمہ گیر Versatile تہٕ وار یاہ مدعا بامل انِنہٕ موکھہٕ رُت ، کردار بیِیہِ چھُ پرتھ ساتہٕ زنانہٕ کرداس ستۍ ستۍ تہِ تہٕ گبونس منز تہِ ستۍ بوج روزاں ۔

اتھ گِندن گری منز چھےٚ بہترین اداکأری ، نژُن تہٕ گیوٗن ، تالِن ہند بن بولن پیٹھ نژ نُک تہِ چھُ اکھ خاص انداز ۔ اوَے اوس ویدھی بھاگوتم مندرن تہٕ مأرلن پیٹھ پسند یوان کرنہٕ بییہِ اوس کأفی مقبوٗل تہِ ۔ امیر گرن منز آسی خاندرن ووسبن پیٹھ تہِ اچھ منگ روزاں ۔

اردھ ناریشور : ۱۳امہِ صدی برونہہ آسی شولیلاین رنگس منز جاے ۔ ۱۱امہِ ، ۱۲امہِ صدی تام اوس شو لیلاین ہُند مسلک Cult تہٕ تموٚے دیُت '' بھگوت میلا، ناٹکم '' رِوایژ ۱۳امہِ صدی أندی پکھی زنم ۔ ازکل یُس '' اردھ ناریشور '' رقص کٕچی پڈی رقاص نژان چھ سہ چھُ تمہٕنے پرانبن شولیلاین ہنز بُنی یا آز پیٹھ ۔ ازکل چھُ یہِ خالص اکھ لوٗ کُٹ آیٹم ۔

گولن : مہاراشٹرُک مقبولہِ عام لُکہٕ تھیٹر چھُ '' تماشا '' ۔ تماشا گومنس خوش یوٗن منظر ۔ تماشا چھُ عربی لفظ یُس فارسی ذٕسی ہندوستانی زبانن منز آو ۔ مغل دورس منز اوس فوجی جوانن ہندِ موکھہٕ نژ نُک ، اَسہٕ ناوٗنک تہٕ من رنز ناوٗنک ذریعہِ تماشا ۔ یہِ لُکہٕ رنگ گِند ہکی چھ زٕ قسم ۔ اکھ '' کلگی ترُا '' تہٕ دوٚیم '' سنگیت باری تماشا '' ۔ کلگی ترُا ہس منز چھِ شو بھگتی تہٕ شکتی پوزا ۔ تھ منز پابند نظمہٕ سوال جواب تہٕ پُرموسیقیت مکالمہِ چھِ ۔ اتھ منز چھےٚ فکر وفلسفہٕ تہٕ صوفی متیچہ کتھہٕ لوٗکن برونہہ کنہٕ تھونہٕ یوان ۔ مگر ازکل چھُ کلگی ترُانہ گِندنس برابر ۔ دوٚیم قسم چھُ سبٹھا جوشیلہٕ ۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


تفریح بخشان تہٕ لگہٕ فنک نمونہٕ۔ یہٕ چھُ شوقینن راتھ اندو اتنس تام زنتہٕ تھپھ کرِتھ رٹان۔ گنپت جی ہنزِ توتایہِ پتہٕ چھُ ''گولن'' گِندان یتھ منز شری کرشن چھُ گوٗپیہِ ستیٖ راس گندان تہٕ نژان۔ سوال جواب مکالمن منز چھُ پرُ مزاح عشقہٕ کتھہٕ میلان۔ یِم مکالمہٕ چھِ ہم کالی سماجی حالژ پیٹھ طنز کران۔ امہِ پتہٕ ''لونی'' نژن یوان ہاونہٕ۔ نژنہٕ پتہٕ ''وگ'' یانے پاٹھر گِندان۔ ''وگ'' گوکتھ یادلیلہِ ہُند وبستار۔ کتھِ چھِ دیومالایی، پرُانک، ساماجک یابییہٕ تہٕ کانہہ آسان۔ گولن گیہٕ گُپالِکِ۔ تماشا گندن روٗپس منز تہٕ چھِ گُپالِکِ وُنہٕ زندٕ۔ ازکل چھِ اُمس ستیٖ کرشن جی نہٕ بدلہٕ دوٗیم رِکردار تہٕ گِندان تہٕ نژان۔ ''سونگنڈیا'' یانے مسخر چھُ حیلہٕ کرِتھ کرشن جی سُند رول ادا کران۔ سُہ چھُ گُپالہِ دودٕ، تھنہٕ، بیترِ منز پننہ حصہٕ منگان۔ اتھ منز چھِ فلسفہٕ چاٹھ، مزاح، دل لگی بیتر زنتہٕ عام انسانہٕ ہنزِ زندگی ہند بن عام رنگن ہندی پاٹھی وہڑھناونہٕ یوان۔

**متھ:** سون ملک چھُ دیومالأیی داستانو تہٕ کتھو ستیٖ مالامال۔ یتھے کُنہِ چھِ کشیر تہٕ علاقائی متھک کتھو ستیٖ مالامال۔ گامہٕ گام تہٕ مرازٕ کمراز چھِ الگ الگ اساطیر وآفر۔ سرن، بالن کنںن، گوپھن، غارن، ندین، نالن، ناگن پوکھرن تام چھےٚ پننہِ پننہِ کتھ زنتہٕ الگ الگ متھ۔ متھ چھِ آدم ثقافژ کہِ میراثُک حصہٕ۔ یِم چھِ کلچرکی پاٹھی گہے ست، گہے غارساٚکن تہٕ گہے خاموشی یختیار کران۔ یِم چھِ سمیس ستیٖ بدلان تہٕ روزان۔ تبدیل تہٕ گرٕ ھان گہے عصری زندگی ہنز باوتھ کران خاص کرِتھ یِیلہِ نوبن وہڑھنے چھِ لبان۔ متھ چھِ تخلیقار ہنزِ تخیلک وُسجار لبتھ ادبی تہٕ فنی نبجن باوتھ بل بخشان۔

کشیرِ متلق چھُ یوان ونہٕ زِ پُرکشش وادی، برونہہ آس یہ اکھ سر یتھ ستی سرآسی ونان۔ ستی چھےٚ بھگوان شو ہنز اردھ شریر تہٕ تہٕ شکتی تہٕ۔ کشیرِ منزیُس خاص

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


فلسفہٕ تہٕ فن ووتھہٕ بوچھ لبان تتھ أندی أندی تہٕ چھُ ''شوشکتی'' ہنز داستانہٕ تہٕ متھ بیترِ گرنہٕ آمٕتۍ۔

**شنکر آچاریہ تہٕ گوٗری بایے:** شنکر آچاریہ چھُ ہندومتک تہٕ ویدانتک بۆڈ گونماتھ اوسمُت تیٚمی ادویت پرچار کوٚر۔ أمی کرۍ مُلکس منز ژٕدن طرفاتن منز ژور مٹھ قایم ییٚتہٕ لِتس پتہٕ کانہہ نتہٕ کانہہ گدی نشین چھُ سپدان تہٕ ہندومت، دھرم، فلسفہٕ ویدانت بیترِ ووکھناونہٕ موکھہٕ پنُن پان آیہ تن تھاوان تہٕ شنکر آچاریہ ناوٕ زانہٕ یوان۔ شنکر آچاریہ اوس نہٕ ''شکتی'' مانان۔ سہٕ اوس خالِص أکِس ''برہم'' سُند آسُن مانان تہٕ باقۍ سورُے ''مایا'' زانان۔ کشیرِ ہند ہن شو فلسفہٕ کیٚن کتابن منز چھُ اکھ موختصر قصہٕ تِتھہٕ کنۍ دِتھ:

دیان شنکر آچاریہ آوا کہِ لٹہِ کشیٖرِ تہٕ شنکر آچاریہ مندرس نکھہٕ کوٚرُن أکِس کُٹیایہِ منز واس۔ سہٕ اوس دوٚہدِش صبحاے وسان تہٕ گگرِ بلہٕ اوس سہٕ بالہٕ ٹھنگرِ پٹھ روزِتھ گوٗری بایہِ پراران تہٕ پتہٕ اوس اکھ لڑکہ لتس نِش دوددرٕٹتھ شنکر آچاریہس پلہٕ ناوان۔ اکہِ دوہہٕ ووٚتھ نہٕ شنکر آچاریہ دوددرٹنہِ۔ دودٕ گوٗری بایہ، پرژھ لڑکس زِ گوسانٕی کیازِ آو نہٕ دوددرٹنہِ۔ تِمی دوٚپ نس ''تس چھُنہٕ شکتی (ہمکتھے)'' دودٕ گوری بایہِ ووٚنُس: کتہٕ آسبس! سہٕ نے چھُنہٕ شکتی مانانے! دپُس شکتی مانِتہٕ دودچوٚن''۔ ییٚلہِ شنکر آچاریس یہِ وننہٕ آو تس زنتہٕ آو ہوش۔ سہٕ لوٚگ وبژار کرنہِ تہٕ شکتی ہنز پوزا کرنہِ۔ تس آو گوٗری بایہ ہنزِ کتھِ منز گیان لبنہٕ۔ ''شوتہٕ شکتی'' لوٚگماننہِ۔ اتھ کتھِ کُن اشارٕ کران چھُ کرشن بھگت کاشُر شاعر کرشنہٕ جوراز دان یتھ شارس منز حبس دِوان:

''وَنہٕ دُن یہِ کینژھا اوس پرتھ ونہٕ ہے
تی واتہٕ نود گوپیوگُپہٕ کار

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


وارِ آو شنکر آچاریہ وولہٕ سنٕہ ہے
نارائینہٕ سے پچھُ جے جے کار"

**گوسٲئنی پٲتھر :** در جن کھنڈ گوسٲئنی چھِ اکہِ اکہِ سورنے وادس پیٹھ رنگس اژان۔ پرتھ اکھ گوسٲئنی چھُ مختلف حرکژ کران۔ تیمَی یتھہِ کُنہ مِنتھ چھِ آسان منٛز مژ سُہ کتھِ کُنہ کرِ کٹھن طریقہٕ تختیار کرِتھ یا تراسُہ چھُ تتھے کُنہ رنگس اژان۔ کانہہ نژتلتھ، کانہہ کلہٕ زنگن منز تژ اُوتھ پانس کونڈُل بناوِتھ، کانہہ کھو کھچہ کرِتھ تہٕ کانہہ لنگو، لنگو کرِتھ بیترِ۔ اکھ بے مثال پژ آوِش۔ یمن پتہٕ بٹہٕ رِکھس منز زیٹھ بٹہٕ تہٕ تسندی مسخرِ حارانی ہُند اظہار کران اژان۔ آخرس پیٹھ چھِ گوسانٛہن ہُند زیٹھ اژان۔ پژ آوِش تہٕ رنگس چکر تہٕ گتھ دِنُک مایم ڈراما چھُ منٹ ۲۰ مر روزان۔ پتہٕ چھُ زیٹھ بٹہٕ زِٹھس گوسٲئنس نِش گژِتھ تس رام رام وٕنِتھ آدیس (حکم) منگان۔ گوسٲئنی زیٹھ چھُس ونان سٲری گوسٲئنی چھِ مختلف علاقو تہٕ دیشو پیٹھہٕ آمتی تہٕ یم چھِ تھکی متی۔ لہٰذا یمن موٗتھ دِنی، مالِش کرِنی۔ بٹہٕ چھُ مسخرِ ہتھ حکم بجا انان۔ زیٹھ بٹہٕ چھُ بییہٕ آدیس منگان تہٕ زیٹھ گوسٲئنی چھُس ونان زِ گوسٲئنی چھِ فاقَے یمن کیُت کھنٛن کرُن تیار۔ بنڈار چھُ یوان کرنہٕ۔ یمو کینژ وعملو پتہٕ چھُ تس شران پسوان کرُن۔ سُہ چھُ تھال اکھ انان تہٕ تتھ ناگ ماۂنتھ شروٗ ژہوان اتھ بُتھ چھلان تہٕ سندھیا کرران ٹوٗک بیترِ کرِتھ بییہٕ آدیس منگان۔ اتھ درمیان چھُ عاشق گوسٲئنی خاموش پٲٹھی رنگس اژان تہٕ اُشی ٹاربوٕنی دوان۔ امہِ برونہہ چھے گُپالی نژان تہٕ عاشقس ژھانڈان تہٕ پتہٕ پس پردٕ گژھان۔ تِکیا زِ تسند عاشق چھُنہٕ یمن گوسانٛہن منز۔ سو چھےٚ عاشق سُند اڈلیوٗک پتاہ زانان، قبیلہٕ کژون، اکھاڈ شکل صورت نہٕ کینہ۔ زیٹھ بٹہٕ تہٕ مسخرِ عاشق گوسٲئنس حارتہٕ چوٚ چشموٗ چھان۔ گرادُسس لمان، گرا کھینچل کران۔ مگر عاشق گوسٲئنی چھنہٕ کُنہِ سنان۔ گُپالی چھِ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

پرِدٕ پتٕی کٔنہ لوتی عاشقس نظر تراوان تہٕ سُہ چھُ امی نظرِ ہُند انتظار آسان کران۔ سُہ چھُ اُچھو منز جویہ تراوان۔ مسخرٕ چھُس اُکس پتھ اکھ سوال کرِتھ تنگ انان۔ کھوژناوان سُہ چھُکھ ونان زِ مٕے وُچھا اکھ صورت، مورتھ، درشن کرِتہٕ نیرٕ۔ پتہٕ چھِ تِم عاشق گوسانٔس تہٕ گُپالہِ درمیان مکالمہٕ بازی کران تہٕ پنہٕ نہِ مسخری تھُر کھاران۔ گُپالہِ ہُند غرض چھُ عاشقس ستہِ گژھُن مگر عاشق چھُس سازسنگارتہٕ دُنیاوی لوہ لنگر تراونک اسرار کران تہٕ سوچھےٚ تتھ رضامند۔ عاشق چھُ گُپالہِ ہُند درشُن کران تہٕ للہِ واکھ تہٕ شیخہٕ شرُکی تھدِ گبوان تہٕ وُچھتھ گژھنہٕ موکھہٕ پس پردٕ گژھان۔ گُپالی چھِ وبدا اکھ دِوان زِ گوسانٔی کوٚت گوتہٕ مسخرٕ چھُس ہانژ کھاران زِ تمی مور۔ تِم چھِ تس گوسانٔی سُند نیب نشانہٕ منگان یُس نہٕ تس نِش کانہہ چھُ! مسخرٕ چھُ زِٹھس مسخرس مرنس تیار کران تہٕ سُہ چھُ اکہِ اکہِ دُنیاوی موہ تہٕ مایہ ہنزن تنابن ہُند گنڈٕ گنڈِتھ تہٕ ہاوان کُس کتھہٕ کٔنہ چھُ مران تہٕ کُس کم کم ارمان چھِ نیرنے روزان۔ مسخری ہُند یہِ رنگ وُچھتھ چھُ زیٹھ مران تہٕ تس ژینتایہِ کُن نِوان تہٕ پأتھر انداتان۔

گوسانٔی تیٚمہٕ دُنیاوی موہ تہٕ مائے چھےٚ ترأوِمژ چھُ حُسن تہٕ خوبصورتی ہُند درشُن لبتھ وُچھتھ گژھان تہٕ گُپالی یوسہٕ گوسانٔی ہندِس عشقس منز چھےٚ ہبنہٕ یوان تہٕ تس وعدٕ دِوان زِ سوتر اوِ سنگار بناو۔ زیور، پلوٚ دلوٚ چھِ حقیقی عشق پراونہٕ موکھہٕ اکھ طالِب بنان تہٕ گوسانٔی واکھن نِشہِ درس رٹان تہٕ گوسانٔی ہندِ وُچھتھ گژھنہٕ تس ژھارنچ نیران۔ بس یہِ چھےٚ دیِہ لول ژھارنچ وتھ۔ للہٕ رنگس منز چھےٚ یہِ امی روحانی فلسفچ باوتھ اوے چھ، کأشرِ بانڈیہِ پأتھر بڑٕ عقیدتہٕ تہٕ احترامہٕ سان گِنداان۔

**گوٚری بائے:** گُپالی چھےٚ دودٕ کُنن واجنِٛ، شیر چاون واجنِٛ، شکتی دِنہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

واچِینٛز ،معرفتہٕ دود چاون واچِینٛز گوٗ ری بارے۔ گوسانٛی چھُ پانہٕ ییمہِ سمسارُک شیر
چیتھ سوُرے ترٛاوِتھ پزٕ حسنُک درشُن یژھان۔ پانہٕ درشُن لبِتھ واکھؤنتھ گُپالہِ پٔنٕز
وتھ پانہٕ بدِ کڈٕنچ کل کڈِتھ وُچھتھ گژھان۔ امہِ لُکہٕ پٲتھرُک مرکزی خیال چھُ
دوٚن ہُند ازلی مِیُل سپدِتھ گُنے سپدُن۔ یِی چھُ صوفی فلسفہٕ لُکہٕ فنکاروپنہِ نہٕ آیہِ خبر
گژِ وصدیو پیٹھہٕ گینٛدمُت۔ گوٗ ری بارے (گُپٲلی) متلق یِہے وَکھنے کران چھُ
کاشُر شاعر عزیز بحر آری پنہِ نہٕ اکہِ نظمہِ منزونان:

کل کڈٕنم سوندرے گگرے بل

آورٲونس آورہنہِ بونہِن تل

نارٕ زٲلِتھ کرٕنم لایہِ لولو

شِلہٕ موشنس دوٕدِ گوٗ ری بایہِ لولو

مے معرفت عاشقن وُچھُم چاوان

دوٕدِ ہرکی پیالہٕ کیاہ بٲ گراوان

کاش ہم گو پیالا پلایہِ لولو

شِلہٕ موشنس دوٕدِ گوٗ ری بایہِ لولو

**داستان:** کشیرِ منز چھُ داستانہٕ تہٕ کتھہِ ونہٕ نُک تہٕ بوزنُک سبٹھاہ
پرون شوق۔ کتھہٕ تہٕ داستانہٕ گبوٗنُک تہٕ اوس اکھ خاص سٹایل یُس وُنہِ کینہ پیشہِ
ورانہٕ گبوٗن گرٕی گبوان چھِ۔ پٔتِ مہٕ صدی منز آیہِ کینہ کتھہٕ قلمبندتہِ کرنہٕ۔ سرآرل
سٹاین ہٕنز '' حاتم کتھہٕ '' چھپےٚ لنڈنہٕ ۱۹۲۳ ہس منز انگریزی پٲٹھی تہٕ امیک کاشُر
ترجمہٕ چھپیو وکلچرل اکیڈیمی ۱۹۸۹ ہس منز۔ اتھ منز چھےٚ اکھ کتھ بہ عنوان '' سونرٕ
ہٕنز کتھ '' یوسہٕ باس چھِ دوان زِ سوگژھہِ گُنہ وِزِ منظوم داستان آسمٕژ۔ اتھ کتھِ منز
چھےٚ بادشاہ کور تہٕ سونرٕ ہندِ عشقُچ کتھ یوسہٕ سونر بایہِ مِیُل بالہ چھِ انان گاٹہٕ جارتہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

ڈرامأیی اندازٕ ڈٕسی۔ سوچھےٚ سونرس گوپألی بناوِتھ بادشاہس نِش بطورِ امانتھ تھوان پوٗرٕ زنہٕ رکھلأ گتھ تہٕ جوان بناوِتھ یِتھ بادشاہ کورِنش روزِ۔ پانہٕ چھےٚ گوسأنی ہُنتھ بادشاہس نِش گژھان۔ ژھلہٕ انان سونرس کڈِتھ پتہٕ بادشاہس گوپألی منگان:

دِم گوپألی دِم گوپألی

پراران دوہ گوماے گوپألی

سنیاسی آمُت گوپألی

بادشاہ چھُس ونان:

سٕنٛ یاسہٕ مولاگ جنڈٕ لولو خوتون اکھ دِمے ڈنڈ لولو

سٕنٛ یأسی چھُس ونان:

سٕنٛ یأسی چھُس بے واسطہٕ لولو ڈنڈ ہیمے دُختر خاصہٕ لولو

یہِ ؤنتھ چھُ بادشاہ سونر بایہٕ کوٗر حوالہٕ کران تہٕ سوچھےٚ تس خاوندس حوالہٕ کران۔ اتھ کتھِ منز چھُ بادشاہ، سونر، سونر بائے، بادشاہ کوٗر، دوٕد مأج، گُٹوال، ژرألی بیترِ کردار۔ امی کتھِ منز چھُ اکھ یہِ شعار یُس ''تے تے ہأے'' سٹایلس منز گیوٕنہٕ یوٕنہٕ داستانہٕ منز چھُ۔

شٔمن قأدخانن ژوچہٕ بأگرے

ستمس اژیو بارخودایو ہاے

وِگنہٕ بلس پیٹھ گوسأنی رُوپس منز کھورن کھراولأ گتھ، ہتھُس سوٗر مِلٔتھ تہٕ نألی سٕنٛ یأسی رکھلأ گتھ سونرٕ سُندیُن تہٕ بادشاہ کورِ ہُند دامن رٔٹِتھ ونُن:

وِگنے ناگس وَژھالیس سرانس رکھوزانہٕ میٚتہٕ مالدنم راہ

مٔتی تھپ لأے نم ڈولہِ دامانس گُٹوال گانس گٔدریو کیاہ

سأری یار گیہٕ پانس پانس گُٹوال گانس گٔدریو کیاہ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

یہِ کأشرِ لُکہٕ کتھ چھےٚ یِمہٕ کتھِ ہُند حوالہٕ دِوان زِ ''گوسأنی تہٕ گوپألی'' چھُ یا تہٕ منظوٗم داستان آسمٕژ یوسہٕ ژھوکان ژھوکان حاتم تِلہٕ وأنِس تام زبأنی زبأنی وأژنہٕ چھُ گوسأنی پأٹھر سبٹھاہ بوٚرُت پأٹھر اوسمُت یُس کأفی مقبول آسہِ روٗدمُت ۔ گوسأنی یا گوپألی لاگُن آسہے فنکأری منز تھوٚد مقام تھوان ۔ اکھ اہم سوال یُس ذہنس منز چھُ پأدٕ سپدان زِ کیا بادشاہ ہس یا بادشاہ کورِ نش کانہہ کوٗر بطورِ امانت تھوٕنی اوسا کانہہ رِواج کُنہ بیٚیہِ کُنہہ ؟

## سوٚپن واسودتا تہٕ ہیٚرِم کتھ : بھاس سُند سنسکرت ناٹک سوٚپن

واسودتا چھُ شُبن انگن ہُند ناٹک یُس پٔژ مودو یوسا سلوٚ برونہہ چھُ آمُت لیکھنہٕ ۔ اتھ ناٹکس منز چھُ وزیر یوگندھراین رانی واسودتا رکھ بدلی کرِتھ پننی برہمن بیٚنہٕ مأنتھ أکِس راز ہنزِ کورِ پدماوتی نش بطور امانت تھوان ! کیا امہ ناٹکُک یا ناٹکچہِ کتھِ ہُند ٹاکارٕ اثر یا ہشر ماچھُ اتھ کأشرِ کتھِ ستی ؟ یتہٕ چھُ پزر زِ امہِ ناٹچ کتھ چھِ گُناڈیہ سنز برہت کتھا یہ، منز ''اُدین کتھا'' منز ِنہٕ آمٕژ یتھ سوم دیوَن امہِ صدی منز سنسکرت زبأنی منز ترجمہٕ کوٚر یتھ کتھاسرِت ساگر چھِ ونان ۔

واسودِتا تہٕ اُدین کتھا ین پیٹھ مبنی چھِ بیٚیہِ تہٕ کُنہہ سنسکرت ناٹک یتھ منز شری ہرش سُند ''رتناولی'' ناٹک تہٕ چھُ ۔ کأشرُ سنسکرت شاعر کھیمندر تہٕ چھُ برہت کتھا مسخری منز اُدین راز ۔ واسودتا تہٕ پدماوتی ہنزِ خاندرٕچ کتھ ونان ۔ یِمن کتھن تہٕ بھاس سندِس ناٹکن ہنزن کتھن منز چھُ ہشر تہٕ کأشرِ کتھِ ستی چھُ میٖل کھوٚان ۔ یتھے کٔنی چھُ ''کرشن چندراولی'' ناٹک یُس بڈشاہی دربارس منز تہٕ آو گندنہٕ یتھ منز گوپی تہٕ چھےٚ اکھ کردار ۔ امیُک ذکر چھُ شری ورپنہٕ راج ترنگنی منز کران ۔

## نایک : ہندوستأنی کلاسیکل ناٹکن منز گوٚژھ نایک (ہیرو) کانہہ دِوتا،

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

راز ، بلہٕ ویریا کانہہ کوٗمماتھ آسن یِس باوقار آسِہے۔ دُلی یا دِوی عشق یا زنہٕ مرد سُند لول تام آودیوی دِوتاہن ہنزن عشقہٕ کتھن منز ووکھناونہٕ۔ رامائن تہٕ مہابھارتچن کتھن پتہٕ بنی کتیٚ ناٹک چھِ یِمن رزمیہ ہند بن کردارن پتہٕ اٚہتی لیکھنہٕ۔ مگر یِیلہِ اسلامی کلچرُک اثر پیوٚ شمالی ہندوستانس منز تہٕ بھگتی تہٕ صوفی لہرِ ہنز فکر تہٕ نظریہ رلییہٕ تہٕ نایک سُند تصور Concept تہٕ ہیوٚتُن بدلُن۔ یتھ پاٹھی آیہٕ اَکس موٗمولی عاشق تہٕ معشوقہٕ سُند لول ووکھناوان تہٕ پننہ نہٕ اندازِ فکرچ کتھ باوان نایک تہٕ نایکاتہٕ۔ لیلا مجنون ، وامق عذرا ، ہیر رانجھا ، سوہنی مہیوال ہشہٕ لولہٕ کتھہٕ گئیہٕ عام۔ یِمن قصن منز چھُ کُنہٕ کُنہِ نایک روٗپ بدلاوِتھ فقیر ، گوسانٛی یا بچھہٕ وُن بٕنتھ معشوقہٕ سُند دیدار کرنہِ واتان۔ دیدار ، درشن تہٕ ازلی میٚل چھُ وارا ہ مانے تھوان تہٕ پرتھ قصس منز پٔنن مطلب پانہٕ ننہِ راوان۔ ازکل چھِ یِموٗ ڈیلیو سانہٕ روزمرہ زندگی منز لگہٕ بأتن منز لگہٕ کتھن منز ادبس منز ، مثالن تہٕ محاورن منز جاے رٕٹمٕژ۔ یتھے کٔژ گپالہِ تہٕ گوسانٛی تہٕ۔

**گپالہِ ہُند سفر :** ہیر مہ پیٹھ کتھہٕ وننُک مدعا چھُ زِ گپالہِ یا گوٗپی چھُ اکھ زیوٗٹھ سفر کوٗرمُت بھاگوت پرانہٕ پتہٕ ہندوستانٛی ادبس منز تہٕ لگہٕ ادبس منز جاے رٕٹتھ۔ یہٕ سفر روٗدمختلف انہٕ مانہٕ ادبس منز جاے رٹان۔

اٚخرس پتہٕ یہٕ وٕنُن چھُ دُنہٕ مشکل زِ گوسانٛی پأتھرُک ماخذ کیا چھُ؟ باما کلیم چھا کُنہٕ گولاکلیم تِلیا زِ ہشر چھُس تِمن ستیٚ کِنہٕ گپکار چہ گوٗری بایہٕ تہٕ شنکراچاریہ ہنز کتھِ پتہٕ چھِ بناونہٕ آمٕت؟ کِنہٕ یہٕ چھُ کُنہٕ پرانہِ ناٹکُک لُکہٕ روٗپ ییٚمی کنہہ پتھ کُن چھُ ترووُمت تہٕ کنہہ مقامی رنگ چھُن پرووُمت؟ بانڈوتہٕ چھُ یہٕ خبر گژھن صدی ین ننہِ وانہٕ تہٕ ژورِ ژھیپہِ تہٕ گندی گندی ازکل کِس روٗپس منز یہٕ اسہِ تام واتنووُمت۔ زانہِ دٕے کوتاہ حصہٕ ، کأتیاہ مکالمہ تہٕ گیوٗن ہُری بیترِ آسن رأوی متیٚ تہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

ضایہِ گاٮ۪تی گُس ہیکہِ ؤنِتھ !!

یۄ دوٚے گوسانٛئ پاٚتھرِ کی بیشتر واقعہٕ یا صوفی فلسفچہٕ کتھٕ گال کھاتس تہٕ آسن پسمژتو تہِ چھُ اسہِ تام گِندن گری۔ کِنٛز تیوٗ تاہ ووتمت زِوٗنہٕ تہِ چھِ بانڈیہٕ پاٚتھر سبٹھاہ عقیدتھ سان گِندان۔ ییمہِ دوہہٕ یہ پاٚتھر آسکھ گِندُن تمہِ دوہ چھِنہٕ ماز بیترِ کھوان۔ ساٚری فن کار چھِ شران دیان کرٕتھ تہٕ چھٕلِتھ پلو لاٚگِتھ یہ گندان۔ گُپالہِ تہٕ گوسانٛٔس درمیان یم مکالمہٕ چھِ ازکل مسخروٕسی اداسپدان تِمن منز ما آسہے کُنہ وقتہٕ سوٚن فلسفہٕ۔ یِتھ کِنٛز درمیان درسُند سہارٕ ہێتھ مکالمہٕ ورتاونس تہِ چھُ مقصد۔ آدم یُس روٗحانی سکوٗن تہٕ دیہ گتھ یا مکتی چھُ پراوُن یژھان تتھ درمیان چھُ یہ دُنی یاہ یا مایا۔ نہٕ روزوُن تہٕ نہ پوشہٕ وُن دُنی یاہ۔ یژھنس تہٕ پراونس درمیان چھُ مسخرٕ پےٚ دِوان، ٹاٚنہ کران، اسہٕ ناوان، ڈالان، ناممکن چھِ کتھٕ کران مگر ییلہِ کنہہ وق گُذرِتھ گوسانٛٔ گُپالہِ ہُند درشن کران چھُ زنتہٕ چھُ طالبس تہٕ زاٚہدس منزلاعلمی تہٕ گتہٕ ہُند پردٕ غاب گژھان تہٕ پژوتھ پانہٕ بدِ کڈنچ چھس کل گنان۔ یہ پاٚتھر گِندان چھِ مسخرٕ سنٛدِ کتھن کم سنان تہٕ مسخرِل ہاونس کُن زبادٕ بل دِوان ییمہِ کِنٛز پاٚتھرُک اہم حصہ تہٕ واتہٕ نادِیرس تہٕ باوتھ بلس چھُ زِک واتان۔



CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


## کاٗشرِس ادبس منز

# بانڈٕ پاٗتھرُک ذکر

یتھ از کاٗشر زبان چھِ ونان تتھ اَسی کشیرِ منز واریاہس کالس تام دیش بھاشا ونان۔ خاصکرٕ تتھ ییلہِ سنسکرت زباٗنی ستی ستی یہٕ لوٗکن ہنز زبان اٗس بنان تہٕ اتھ منز اٗسی ''پد'' ''شلوک'' واکھ بیترِ ونہٕ یوان تہٕ سازن پیٹھ گیوٗنہٕ یوان۔ ہتہٕ واد وٗری سفر کرنہٕ پتہٕ آو اتھ زباٗنی کاٗشُر یانے کاٗشرِن تہٕ کشیرِ منز روزن والین ہنز زبان ونہٕ۔ کہِ مہِ صدی ہُند سنسکرت شاعر کھیمند رچھُ ''دیشو پدیش'' کتابِ منز اِتھِمس اُپدیشس منز ونان:

اکیتر سنکھشپتہ ھِیاپز کیرن جن ورنم
دیش بھاشا پدپرِ مشر مدھونا کرِیتے میا

(یہٕ کرٕ ووٗنی موٗختصر عقلہٕ کنٕ مختلف متن (قسمن) ہند بن لوٗکن ہنز کتھ سوٗ تہٕ دیش بھاشایہٕ ہند بن ماچھِ موٗدرٕ لفظن ہنزِ آڈرنہِ منز پیش) یہِ اِتھِم اُپدیش پرٕتھ چھُ واریاہن کاٗشرین لفظن ہُند باس سپدان ہناہ چھُ مشکل گوٗھان بدِ

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

کڈُن کُس چھُ کاشُر تہٕ کُس چھُ سنسکرت لفظ۔ أتھی بابس منز تار بجاوَن وألِس متعلق ونان: ''بےٚ صبری سان سأئلم دوہ تارِ سور شیران تہٕ کھش کھش آواز کڈان چھُ بوزن والین کنن تیر سٕئ راوان۔'' ازکل تہٕ چھِ أسی کاشُر سارنگی کھشہٕ سارن ونان۔ تمہٕ کہٕ کھش کھش کھرٕ ونہٕ آوازِ موکھ۔ ''نرم مالایہٕ'' اندر چھُ یِہوے شاعرأ کُس شارس منز ونان: توپتہٕ لوٚگ سُہ ووستاد کستام دیش بھاشا شأعِر سُند بأتھ نیہٕ تہٕ ستارس (وینا) پٹھ بوزناونہِ تہٕ گیوٚنہِ''۔ یِم حوالہٕ پیش کرنُک مقصد چھُ زِ کاشری پأٹھی أس شاعری سپدان تہٕ گیوٚنہٕ یوان کیٚہہ صدی منز لہازا آسہے زبان واریاہ بروٚنہہ بول چالس منز ورتاونہٕ یوان۔ امہِ سمکی قلمی نوسخہِ چھِ اوٚنگجہٕ ٹینڈِ بن پیٹھ گنزراونی لایق تِکیا زِ ۱۲-۱۳ صدی پتہٕ چھِ کشیرِ واریاہن سیاسی تہٕ سمأجی ووژراٹھن منز ہیٚنہٕ آمٕژ تہٕ نار، مار، حملہٕ تہٕ وأرداتو علاوٕ چھُ اتھ پیٚو تہٕ بمار بوتہٕ نال ووٚلمُت۔

اکھ شارٕ کتاب یتھ ''چھُم سمپرداے'' ونان چھِ چھےٚ ۷۰ سوٚترن منز تہٕ پرِتھ سوٚتر چھِ اکھ واکھ روٗپ ہیوٚ باسان۔ یِم پرِتھ چھُ باسان زِ کاشُر زبان أس پراکرت تہٕ اپبرمش منز ۱۰ صدی بروٚنہہ دراہمٕژ۔ ۱۳ صدی ہِندِس شتی کنٹھن مہانے پرکاش چھُ بدس۔ تیٚج زبان چھِ پرانہِ پرون کاشُر۔ شتی کنٹھ چھُ اتھ زبأنی ''سروگوچر دیش بھانتا'' ونان۔ یانے سو زبان یوٚسہٕ پرِتھ اند چھےٚ بولنہٕ یوان۔ عیان چھُ زِ سنسکرتہٕ پتہٕ أس ووٚنی کاشُر زبان عام۔ شتی کنٹھس پتہٕ قریباً ہتس وٕری یس تام چھُنہٕ اَسہٕ کانٛہہ تیتھ مُسودِ میلان یُس کاشُرِ زبأنی ہُند آسہے یوٚ تام لل دید چھِ یوان یوٚسہٕ سلطان علاؤ الدین ہِندِس راژٕ کالس منز أس۔ تسُند وق چھُ ۱۳۹۰-۱۸ یوان مقرر کرنہٕ۔ تسندی واکھ اد یتی تیتی اسہٕ تام وأتی چھِ گُنہٕ گُنہِ تمن شبدن ہنز زان کرناوان تہٕ چھُ ننان زِ رنگ اوس لُکہٕ آژار تہٕ سمأجی زندگی ہُندا

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


نگ۔ شتی کنٹھ، لل دید تہٕ نندٕ ریوٗش چھِ تِم ترے بہلہِ پایکی گونماتھ یِموکاشرِ زیوِ شارؤنتھ لوٗکن ہندِ بن دِلن منز جاے رٹ۔ تہٕ یِہندی واکھ تہٕ شرُکی ازتام زیوِ پیٹھ روٗدی۔ یِمنے واکھن تہٕ شرُکمن منز چھِ تِم لفظ میلان یِہُند تولق تھیٹر س ستی چھُ تہٕ گندن گری کُن چھِ اشارٕ کران۔ یِتھی لفظ چھِ بطورِ سمبل، مثال، تلمیح، استعارٕ بیترِ پاٹھی استعمال سپدان یِتہندِ وقتہٕ کم پاٹھر اَسی گندنہٕ یوان تہٕ چھُنہٕ مولوم۔ دوٗنی گو یِہندِ بن واکھن شرُکمن دوٗنژھ دِتھ ہکوکُنہٕ نتیجس واتتھ۔

لل دید چھے سبٹھاہ اہم تہٕ بہلہِ پایچ شاعر۔ اَمی سُند اکھ واکھ چھُ یِتھہِ کنی:

ژامر چھتٕر رتھ سمہاسن ہلادناٹی رس تُلہٕ پرینکھ
کیاہ مانتھ یِیتہٕ سِتھر آسوٗن کوزن کاسی مرنٕچ شینکھ

اتھ کروتشریح یِتھہِ کنی۔ ژامر گوسہٕ زِ شٹھمن زومبہٕ والن ہُند گوند یِیمہِ ستی کانسہِ دِوتاہس یا رازس شانو پٹی کنی واو یاچھہٕ واوٗن چھُ یِوان کرنہٕ۔ چھترٕ چھُ پرتھ کانسہِ رازس آسان۔ رتھ گو سوارِ موکھہٕ ٹانگہٕ یا بگی۔ سمہاسن گو شاہی تخت یِتھ پیٹھ رازٕ یا شاہ چھُ بہان۔ ہلاد گو من رنزناوٕنکی سامانہٕ۔ تہٕ ناٹی رس گو "ناٹیہ" وُچھنہٕ ستی جمالیاتی حض منس منز ووپدٕن۔ تُلہٕ پرینکھ گو تُلہٕ لکرِ ہُند پلنگ۔ دراصل چھِ یِم ساری رازٕسی ہندی سامانہٕ تہٕ یِم تہٕ چھنہٕ روزٕونی تہٕ پوشہِ وِنی یانے سِتھر۔ مرٕن چھُ پرتھ کانسہِ چاہے رازٕسی تہِ آسبس۔ موت چھُ لازمی تہٕ شنکا چھنہٕ غم دفائی ہندِ سامانہٕ ستی تہِ ژلان۔ ناٹیہ گو گیوٗن، نژُن تہٕ اداکاری ہنز ترکہٕ وٗٹ یِیمہِ ستی وُچھن والین منز گندن گری ذٔسی بھاو، وِبھاو، انوبھاو تہٕ سنچاری بھاو ورتاونہٕ کنی منس منز رس یانے حسنِ ظون پادٕ چھُ سپدان۔ مختلف جذبن ہنز باوتھ چھے سانین منن منز تِتھے حسنِ ظون پادٕ کران یِتھ کنو بوزوتہٕ دیدوڈیشو۔ یِم جذبہ ہکبن

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

غم، جُدائی، لول، عشق، خوف، فِتنہٕ، فساد، نفاق، تضاد، بنٛدٕت، ٹاٹھنیار، بہودری ، کھوژن، اُسن بیترٕ اَستھ۔ لل چھےٚ یہِ شلوک زنتہٕ اکہِ ڈرامہکہِ منظرٕ کی پاٹھی اَچھن بروٗنہہ کنہِ انان۔ زِ راز چھُ سمہاسنس پیٹھ بہتھ، ژونٛزتہٕ داس چھِ تس ژاہر ستیٚ واو کران۔ سہٕ چھُ مس تہٕ منزی منزی چھوان تہٕ من رنٛز ناوان، تس بروٗنہہ کنہِ چھِ نٹ تہٕ گتہٕ ریٚنہِ ناٹیہ کران۔ تس چھِ یِم ساری چیز پزیان۔ سہٕ چھُ نا ٹکُک رس تلان۔ اتھ چھےٚ لل دید سوال کران۔ کیاہ یہِ چھا سورُے ستھر آسوٗن؟ کیا امہِ ستیٚ چھا مرنٛز شنکا ژلان؟ ناٹیہ رس تہِ چھُنہٕ ستھر تہٕ دیرِ پا۔ یوٚ دوَے اَسی اکھ دُکھی تہٕ ترٛاسد ناٹک وُچھو ترٛاسد جذبو ڈسی ووتلہِ منس منز رس۔ کنٛہہ برٛنٛزی روزِ یتھ حالت تہٕ کفیت تہٕ مشہِ اوَے چھُنہٕ ستھر۔ لل دید چھِ اَکس واکھس منز ''رنٛگن لیلیٚ'' زٕ لفظ استعمال کران۔ امیک مانے گورنٛکس منز لیلایہِ کرنہِ۔ یانے گِندن گری۔ امہِ تلہٕ چھُ یہِ عیاں زِ رنٛکس منز آسہِ لیلایہِ سپدان بروٗنہہ کالہِ۔ شِولیلایہ یا دیومالایی کتھن پیٹھ مبنی لیلایہِ آسہٕ یِوان گِندنہٕ۔ یتہِ اَس کینٛژس کالس اکھ نٛہج۔ لل دید چھے واکھس منز ونان زِ یتھہٕ کئی اداکار چھُ رنٛکس منز واریاہ رٕپ بدلان تہٕ گِندان تتھے کئی بدلاوی مےٚ تہٕ واریاہ رٕپ، یِمن رٕپن منز کرہم بیوٚن بیوٚن لیلایہِ۔ حالانکہِ تُسند وُنن چھُ زِ آوا گمنکس زالس منز واریاہ لٹہِ زنم ہیتھ آلیس بیوٚن بیوٚن زاژن منز زنم ہیتھ مختلف رٕپ تہٕ لیلایہِ گِندن گرٕی ہندی پاٹھی گِندنہٕ۔ لل دید ہُند بیا کھاکھ واکھ چھُ:

رنٛکس منز چھےٚ بیوٚن بیوٚن لُبُن — سورُے ژالکھ برکھ سوکھ
ژکھ رٕش تہٕ ویرٕ گالکھ — اڈ یشکھ شِوٕ سُند موکھ

شِو درشُن پزٕ اونہٕ موکھہِ چھُ عابدس کتھن کھوتہٕ کتھن لواز ماتو منز یٔرن پیوان۔ زپھ، پتھ، فاقہٕ ڈٕرنی، ژکھ، کروٗد، لالچ، رٕش، شینگُن، ژرژن تہٕ ویرٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



تراوُن۔ یتھٕ کٔنۍ اکھ اداکار چھُ رنگس منز مختلف رول گِنداں تِتھے کٔنۍ چھُ یتھ دنیاوی رنگس منز تہٕ آدم بیوٚن بیوٚن رٕپن منز زندگی بسر کران۔ الگ الگ اداکار چھِ الگ الگ کردار گنداں۔ تہٕ شو درشن پراونہٕ موکھہٕ تہٕ سہ بدِ کڈنہٕ موکھہٕ چھُ بیوٚن بیوٚن روٗپن ہنز لیلایہٕ وُچھنۍ۔ آدم تہٕ آدمس منز چھُ بینٛبر۔ تہٕ بینٛبر آستھ تہٕ چھُ سہ بدِ کڈُن۔ییلہِ منچہ کمزوٗریہٕ یانے ژکھ،رش، بیترِ ختم آسہِ گاہٕژ۔ لہاذا چھُ سمسارُک دوکھ عذاب تہٕ گوڈٕ ژالُن۔ اداکارن تہٕ چھُ پنٕن رٕپ رول اداکرنہٕ موکھہٕ کٹھن ابھیاس آسان کوٚرمُت۔ بیٚیس رکردار سُند سو بھاولب لہجہ آژار و بژار بیترِ پانس منز پرٛومُت،ییمہِ کردارٕچ باوتھ سہ رنگس منز چھُ کران تہٕ رول گِندِتھ چھُ سوکھ پراوان تہٕ رنگ وُچھن وول تہٕ صحیح اداکاری وُچھِتھ رنگہٕ سوکھ پراوان۔ اتھ Process منز چھُ واریاہ ژالُن پیوان۔ اداکارن چھُ پنٕن پان تہٕ سوکھ دوکھ مشرِتھ بیاکھ رکردار آسان پانہٕ نو ومُت۔ بس تِتھے پاٹھۍ چھُ بھکتس اداکار ہندی پاٹھۍ پنٕن سورُے مُشرِتھ پزِس بھکھت ہندس روٗپس منز شو درشن حاصل کرُن۔ سوکھ پراونہٕ موکھہٕ دوکھہٕ منزٕ ی نیرُن، یِی تِچھے تپسیا۔ دوٚیم مانے چھُس زِیہٕ زگھ چھُ بوٚ ڈرنگ، یا رنگستھان ییتہٕ دیہٕ سُند ظہور بیوٚن بیوٚن روٗپن منز چھُ۔ تہٕ دُنیاوی کو باوناہٕ تراوِتھ رٕتی سو باوناہٕ پتہٕ لبھ سوکھ تہٕ ییلہِ اکس بییہٕ ہنز ژکھ،رش، ویر بیترِ تراوِتھ ییلہِ سپدکھ پوٚز بھکتی ثابت اڈیشکھ شو سُند موکھ۔

لل دیدِ پتہٕ چھُ نُند ریوٚش پنہٕ نِمن شُرکین منز ''رنگ'' شبد استعمال کران۔

یاونہٕ پچاس رنگن تہٕ سنگن ہنگن ہر لا گِتھ کتھ

گوکہ تِم چھِ تصدیق کران زِتِم اُسی یاون کالس منز رنگ وُچھنہِ گژھان۔ (ناٹیہ رس تہٕ ھض ٹُلنہٕ) تہٕ بودھ سنگن منز پھیران (گیان پراونہٕ موکھہٕ)۔ پوٚر

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



یاوِ بُنتھ ہنگن پپر۔ بندی گوننداہ گتھ پوٗر فیشنس منز رنگ چھاونہِ گژھنُک ما آسہے رِواج۔ ننہٕ رنگس مازٕنچ عام کتھِ باوتھ کران۔ تم چھِ ونان ''ہنگہٕ وٚتھ زوز رنگہٕ شوٗبہ وِنس''۔ یاوٗن سوٗرِتھ یِیلہِ بجر چھُ یوان تیلہِ چھُ تمن یاون راین تہِ زوز پھیران یِم رنگ چھاونہِ شوٗبہ دار پاٹھی چھِ گژھان۔ رنگ چھُ سائلم سماج یکجا چھاوان لہاذا آسہان کاشری شوٗبہ دار پلوٗ پوشاکھ لاگتھ گژھان تہٕ ڈراما وُچھان۔ ''رنگ'' لفظ استعمال کرِتھ چھُ شاعر پننہٕ نبن ذاتی تجربن ہنز وکھنے کران۔ گوڈنکہِ لٹہِ چھُ اسہِ ''پاتھر'' تہٕ ''ماگُن' لفظ نُندریشی نبن شرکبن منزٕ ے میلان۔ اماپوٗز ''بانڈ'' لفظ نہ چھُ نُندریشی تہٕ نہ لل دیدِ استعمال کوٗرمُت۔ نُندریشی چھُ پاتھر بحیثیتِ کردارتہِ تہٕ روٗپک تہِ استعمال کوٗرمُت۔ ''ماگُن'' چھُ ازکل تہِ بانڈٕ زُیٹھ تہٕ فنک ووستہٕ کار۔

تیمی ہیوٚت تہندِ برتل زاگُن لس پننہٕ شربتھ پانہٕ چاوے

چھِس پاتھر بیوٗن بیوٗن اکُے چھُ ماگُن سُہ لیس ٹوٹھِ تہٕ سے اِدپراوے

ازکل کبن پاتھرن منز چھُ ماگُن ڈرزٕ پاتھر، بوٗہری پاتھر تہٕ راجہِ پاتھرس منز ڈرزن ستی گندنہ تہٕ نژنہٕ نیران۔ یِمن مختلف پاتھرن منز چھُ ماگُن اکی قسمُک پوشاکھ لاگتھ آسان۔ اکی چھِ پراوِش، رنگہٕ پوٗز، نژن بیترِ کران۔ لہاذا ما آسہے نُندریشی سندِ سمیہِ تہِ ماگُن مختلف پاتھرن منز گوڈنتھے نیران تہٕ نژن بیترِ کران۔ نُندریوٗش چھُ گوڈنکہِ لٹہِ ''پاتھر'' لفظ استعمال کرِتھ ناٹکہٕ کِس اَکِس خاص روٗپس کُن اشارٕ کران۔ اَمس بروٚنہہ یِم تہِ شاعر آسی یِم اَسی ''ناٹیہ'' لفظ استعمال کران۔ یِتھِ کنی ازکل اَسی چھِ عام پاٹھی ونان ''ناٹکھ مہٕ کریا پاتھر مہٕ کر'' پرٲنہِ وقتہٕ اَسی ونان ''ناٹیہ مہٕ کر''۔ نُندریشی چھُ گندن گری سندِ بدل بیاکھ لفظ استعمال کوٗرمُت ''کیلک''۔ ''کیلہ'' گوگندُن یا کرتب ہاوُنی۔ سُہ چھُنہٕ بانڈ لفظ کُنہِ تہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



شُرکس منز استعمال کران۔ بلکہِ ''کیلکؠ'' یِتھ کٔنؠ یِتھ شُرکس منز: ''کیلک گِر گِر رێش لاگُن یِتھ پأتھر لاگُن منز رنگن'' رێش لاگُن ستہِ مختلف کِردار گِندنہٕ وِزِ مختلف رنگن ہُند کرُہُن، چھوٚت، کاژُر تہٕ تاوٕ دوٚ دتہٕ مختلف کِردار گِندنہٕ وِزِ مختلف وردن (پوٚشاکھ) لاگُن چھُ رنگس منز عام رِواج۔ ونہٕ نیرِتھ چھُ کأشرِ کلنڈرٕ مطابق کشیرِ منز زیٹھہٕ ماسس منز دِویہِ لگان تہٕ رنگ ہاونہٕ چھاونہٕ یِوان۔ پوٚش چھِ ژترٕ پیٹھے برجستہٕ پھُلیہِ ہُند روٗپ رٔٹِتھ موکلُن ہوان۔ أتھی کتھِ کُن اشارٕ کران چھُ ننُد ریوٚش ونان۔ ''زیٹھہٕ ماسہٕ رنگن لُجُم پھُلے''۔ گِندن گرٕ ی چھِ یسلہٕ مأُلن تہٕ دِوین پیٹھ گِندن گری تہٕ ڈراما ہاوان۔ یێلہِ یاون مُژ چھےٚ ننُدٕ ریٚشش تپہ والُن یژھان سُہ چھُ تس کُن ونان: ژےٚ کم رِدک آسی دا یکھ، تم نا یک رنگن پڑٕ ی۔ ووٚنی بُڈتھ شینکیا گیکھ پیکھ پالیس یاون مُژؠ''۔ یاون مُژ آس گتہٕ ریٚنؠ۔ نژُن تہٕ ناٹیہ کرن واجینؠ۔ سوآیہِ شدٕ مدٕ ننُدٕ ریٚشؠ ہنز عبادتھ راوراونہٕ موکھہٕ تس مُژ راونہٕ موکھہٕ تہٕ تپہ والنہٕ موکھہٕ سوزنہٕ مگر ننُد ریٚشؠ یہِ تس ووٚن تمہِ ستؠ گیہِ تس شرمندگی۔ امہِ اکہٕ بندٕ تلہٕ چھُ ننان زِ رنگن منز آسؠ جان تہٕ رِتی جانکار ''نا یک'' آسان۔ بیٚہِ گتہٕ ریٚنہِ آسہٕ ناٹیہ کرنہٕ موکھہٕ لوٗکن تہٕ حأکمن ہُند تفریح کرنہٕ موکھہٕ پیشہٕ ورانہٕ آسان۔

ننُدٕ ریٚشؠ یُس رنگ پننہٕ جوأنی یالوکچارٕ وُچھتھ منز چھِ شِولیلایہِ، رامائن تہٕ مہابھارتچہِ کنبہہ کتھہٕ گِندن گرٕ ی تہٕ ناٹیہ ذٕ سؠ ہاونہٕ آمژٕ۔ تِکیا زِ یمہٕ ترکیبہٕ تہٕ استعارٕ تُمؠ استعمال چھِ کرٕ ی متؠ تم چھِنہٕ تس پتہٕ کأنسی تتھہٕ پأُٹھؠ ورتأوی متؠ۔ مثلن: ''اپُز دپُن چھے بۄتہٕ اُسن زن''۔ بۄتہٕ اُسن چھُ سُہ کردار رنگس منز کران یُس خوفناک پوٚشاکھ تہٕ میک اپ کرِٕتھ چھُ یِوان۔ ''بۄتہٕ اُسنک'' تصور کتہِ سپدِ یوٚ تام نہٕ یُتھ کِردار رنگس منز وُچھِتھ خوف تراوِ۔ تھدِ تھدٕ ٹھا ٹھا اُسن کرُن تہٕ خوفناک

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


چشمہٕ کرِتھ اُس سائلم واہراٗوِتھ ییلہِ بُوت تہٕ پریت آسہاٗن رنگ منز یوان ہاونہٕ لُوکن منز اوس خوف طاری سپدان۔ ازکل چھِ فلمن تہٕ دیو مالایی ناٹکن تہٕ سیریلن منز یہِ بُوتہٕ اُسن کافی ویوٗد۔ مگر پرانہِ وقتہٕ اوس خاٗلص رنگس منز درینٹھی یوان۔ تِتھے کیٛنہہ نموکھ نوم کٔنہہ پد:

ا/پھمب کالیس سلاح پاٗرتو لاٗگتھ نیر تو ارزن دیو

۲/چھانگر بانا سورن گئے۔

۳/دشہِ راونس نیتو جشن لس ہلمت وتے ووتو

رازٕ رامس وشل وشن پانہٕ آشن کس کیا دیتو

۴/یاونہٕ تھوٚد راس تھیٚہہ تھیٚہہ رنگن

انگن پرِتھ پڑنی دزایہِ

رتھ نتہٕ مازنتہٕ گتھ سورٕم زنگن

''ارزن دیو لاٗگتھ'' نیرٕن گو زِ مہابھارتُک سُہ ہیرو یُنتھ نیرٕن یُس پُرکمال تیر انداز اوس، گُرٛاجی ماس ؤنتھ چھُ نٕندریوٚش بیٚیس جایہ، زنتہٕ مہابھارتچہِ تمہِ دلیلہِ ہُند ذکر کران ییمہِ رنگس منز ہاونہٕ آسہٕ یوان۔ پانڈون ہنز ماج کرٛاج ماس یُنتھ اُس باہن ؤری ین ہُند اگیات واس کڈان۔ باہن ؤری ین پھیری پانڈو پنٕنی زنانہٕ دروپدی ہتھ سأری ہے ملکس مگر کشیٖر منز چھے لل دبدتہٕ نٕندریٖش بیتریمن کرالہِ وانہٕ دوہ گذاٗری ہُند ذِکر کران۔ یہِ دلیل گژھہِ کأشرِس رنگس منز گِندنہٕ آمتہِ گُنہ پاٗتھرِچ آسٕنی یتھ منز پانڈوَن ہنز ماج کرالہٕ وانہٕ دوہ گذاٗری اُس کران۔ لفظ ''جشن'' چھُ گوڈٕ نِکہِ لٹہِ نٕندٕریوٚش استعمال کران۔ بیٚیہ رامایٔنکی ترٛے اہم کردار رام، ہلمت یانے ہنومان تہٕ دشہِ راوُن۔ یاتہٕ چھُ رامایٔن کتھایہِ ہُند اثر اوسُمت نتہٕ چھے زنتہٕ ٹاکارٕ پاٗٹھی گِندن گری منز رام راوُن لڑاٗے اُسمٕژ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


رنگس منز ہاونہٕ یوان ییمہٕ کنۍ ''جشن'' لفظ چھُ گونماتن ورتاوس منز اوٚنمُت ۔ کشیٖرِ منز اوس بھاگوت تہٕ ہرونش پرٛان پرنگ تہٕ گندِنک تہٕ گرن منز تھونک عام رِواج۔ ہرونش پرٛانس منز چھےٚ باناسُر ہنز کتھا دِتھ ۔ یہ اُس رنگس منز تہٕ گندنہٕ یوان ییمہٕ کنۍ ننٛدٕ ریوٚش باناسُر نہٕ چھانگرِ ہنز کتھ چھُ ونان ۔ ننٛدٕ ریوٚش چھُ ''سازندرٕ'' لفظ تہٕ استعمال کران ییٚہٕ نومن سازن ہُند ذِکر تہٕ پنہٕ نِمن شرٛ کٔمن منز کران: دمامہٕ، ہانگ۔

بانڈ چھِ ونان زِ آتش تہٕ کاتش اُسی زٕ بارٕنی ، یم اُسی بانڈِل کران۔ یم گیہِ اکہِ وِزِ بوٹن (لداخ) کُن ۔ تورٕ ییٚلہِ دولتھ ہتھ آیہِ ''دِوسوے'' ناوچہ جایہِ تل کوٚرُکھ پنہٕ نہِ موکھہِ جشنہٕ ۔ اتہِ آسہٕ دٕچھنۍ کھوٕری گنےٚ آژٕبوزنس تہٕ وُچھنس ۔ سورنے والٕنِن آونہٕ خوش لہٰذا کوٚرُکھنہٕ واپُن سو دِلہٕ ۔ دپان گندنہٕ پتہٕ دویہ خاَر منگانۍ گیہِ دوشوَے بأے وُچھ اوے چھُ ننٛدٕ ریشی وٚنمُت:

گیُند کاتشی گُدرٕ رزے  
کرتہٕ بوٹنۍ وُہرنیوٚوے  
سہٕ زِ آغا وُچھ گوٕ  
تیُتھ مےٚ ورِ دِتو دِوٕ

ووٕنی گُس ہیکہِ وُنتھ زِ کاتش اوسا بانڈ ۔ گندن گوٚرماگُن کنہٕ رنگس ستۍ وابستہٕ کلاکار۔ بہر حال چھُ پوٚزٕ زٕ حانۍ تھزٕ تھوٚن وول گندن گوٚرا وسمُت ۔ یتھ ننٛدٕ ریوٚش چھُ وننتھ کران زِتس تہٕ دِ کاتش سُند ہیوٚ وُچھ گرٛشنگ ور۔

روپہ بھوانی (۱۷۲۱ - ۱۶۲۴) تہٕ چھےٚ پنہٕ نِس اکِس واکھس منز ''ناٹیہ'' شبد ییمہٕ انمانہٕ استعمال کران:

''گوپال جی ناٹیہ کرے گوٚپی سہاے'' ۔ رنگہٕ رِوٚون یا روٚن چھےٚ بیاکھ اکھ ترکیب تہٕ شبدٕ دُج یوسہٕ رنگس منز نٔنس متلق چھےٚ کینٛہہ وشاعرو استعمال کرٕ مٕژ ۔ روپہ بھوانی چھےٚ اکھ پد یتھہٕ کنۍ ونان:

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


یُسو چھیُوہ نانارنگ رۄُونو

چھِیو پڑتھ گُنے واتہٕ وُنو

محمود گامی اوس سُہ کأشُر شاعر یَمی کأشرتہٕ فارسی بحرن شارِ زأژن تہٕ صنفن ہُند واریاہ استعمال کوٚر۔ تِمی تہٕ چھُ پننہِ شاعری منز گوسأنی پأٹھر چہٕ کتھِ ہُند اشارِ دیتمُت:

سنیاسس پتہٕ گوپال ۔۔۔ وُنی دِوان جنگلن

منہِ مچھ کاس واہِ پال ۔۔۔ بال مریو مدنو

قافیہِ ردیف برقرار تھونہٕ موکھہٕ چھُ واریاہن شاعرن منز گُپالی لفظ باضے مونث استعمال کوٚر مُت تہٕ گراند کرتہٕ لیلا مجنون مثنوی منز چھُ گپالہِ ہُند ذِکر تھہٕ پأٹھی:

وُنی کتہِ دِمے سُنی یا سُنی گوپأ لی یے ۔۔۔ ہتے ویسی یے متہٕ کرتم وڈأ لی یے

رسُل میر عاشق مزاز شاعر چھُ پننہٕ نِس معشوقس ونان:

رنگہٕ رِونس ناوسے تن ۔۔۔ کونگہِ تے کوٚستوٗر لولو

کینژن غزلن تہٕ بأتن منز چھُ گُپالہِ متلق ونان:

مسہٕ چانے مدٕ گوپأ لی ۔۔۔ چھنہٕ ڈیشأنی پدمأنی

ژُندرِ بدن چھُس بندرن پراران مےٚ واتم یار

سنیاسی لاگے بو گوپأ لی ۔۔۔ یا

حسنہٕ چانے مدٕ گوپأ لی ۔۔۔ چھنہٕ ڈیشان پدمأنی

تپہٕ عشقنے سنیاسی زأ لی ۔۔۔ بأ لی مرَ یے مے روش ۔۔۔ یا

سوٚ رساس مُلِتھ سانہِ آنگنی ژاوگوپأ لی

ووڈِ خاصہٕ دِتھ برطاق اُسس گیِسہٕ وُبأ لی

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


یم تہِ پأتھر از کل چھِ یوان گِندنہٕ تِھنزِ عملہِ یا کردارن متلق چھےٚ ورگہٕ پأٹھی، سملی رنگی، یا استعارٕ رٕنگی اسہِ صوفی شاعرن ہِند بن شارن منز تِھندِ باؤ ژھنزِ کتھہٕ میلان۔ چونکہِ یم پأتھر آیہِ پتٔ مین دون ترین صدین ہانڈوٕ دٕسی گِندنہٕ تہٕ لُکو دٕسی شوقہٕ سان وُچھنہٕ لہاذا ادیب کتہِ روزِ ہے یہندِ اثرٕ تلہٕ مچھِ۔ کأشری ادبن چھُ ووتھ بولبان لبان خألص شاعری منز تھزر پروٚمُت۔ یمہٕ کِنی پأتھرن ہُند ذِکر شارن منزِ ے چھُ میلان۔ کُنہِ کُنہِ چھُ بانڈٕ جشنن متلق تہِ کینہہ نتہٕ کینہہ ونہٕ یوان:

وۆن دیوٚپوٚرٕ پأٹھی بانڈٕ جشنس دٕرزٕ پاتھر ہأوی زِنہٕ تشنس

امہِ تلہٕ چھُنہٕ دٕرزٕ پأتھر خألص اسہٕ ناونک یا تفریح کرنک مقصد تھاوان۔ یہِ ماچھُ بیٚیہٕ کینہہ تہِ باوان! یُس تشنہٕ آسہِ تس ماگرٕ ھِنہٕ یہٕ ہاوُن۔ کتھ چھِ دراصل وۆن دِچ۔ سنہٕ نچ۔ نیامہٕ صأبن چھُ پننہِ اکہِ نظمہِ ہندی ژور بند بانڈٕ پأتھرن کُن اشارٕ کران وٕنمتی:

دٕرزِ یامت مُژراوِرونے سُے سامانہٕ گوٚنڈٕ آرٕ مینے
لالک قسمت سپد یا کنے

اکہِ پأتھرُک اکھ کردار گِندنہٕ پتہٕ یوٚ دوٕے بیاکھ سُے سامانہٕ گنڈِ صفت ماچھِ تمے روزان۔ دٕرز چھےٚ لال تہٕ آرمینٕ کِنی۔ قسمت تہٕ قدر بیوٚن بیوٚن۔ چاہے رونہٕ بیترِ لاگن کُنے۔ دٕرز چھےٚ تمبہٕ لاوان۔ آرمینٕ چھےٚ کردارٕ کِنی ترٛوش تہٕ وُٹکر۔ اگے سامانہٕ گنڈِ تھ تہٕ پنُن فن مولہٕ ناوان۔

رنگہٕ رنگہٕ جامہٕ بانڈس چھِ نالی رانڈٕ نچِوس کرٕی نم گُپالی
زرباف اطلاس بیٚیہٕ وُڈنی سأئلی

یتھ شارس منز چھُ یتھ حقیقژ کُن اشارٕ زمردے چھِ پاتھرن منز زنانہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


کردار گِندان لہاذا اررانڈ نچوس رنگہِ جامہِ لاٰ گِتھ گُپالی کردار گِند ناٰوِتھ چھُ سہ تھدِ تھوٚد بانڈتس رول گِند ناوان۔ ویسے کمن کمن رانڈ مردن چھِ گرکران زنانہِ پڑ کتھ گرشھان۔ یہے کتھ چھُ مشہور لیلایہِ گوٚر شاعر کرشن جوراز دان۔یتھ کُنہِ ونان۔

اس باغ دُنیا میں کچھ نہیں اب شرم کی بو
ارے راجا ہورنگ بدلا ہے پھولوٗن پھلوں کو
یُتھ دٔرزِ پاٗتھر چھے بناوان مردن زنانے
کم کم پاٗتھر لاٗ گِتھ ژاس ستی اگنیانے

بانڈ چھِ باجماتھ آسان تِکیازِ رنگ لاگُن چھُنہِ اکی سُند کار۔اتھ گرشھن موسیقار۔اداکار، پیش کار، ناٹکنگار، ہرٕ، سازِ گوٚر، مصورِ بیتر تہ آسن۔اوے چھُ نیامہِ صاٚب ونان:

بانڈس چھے جماتھ پننے گرے دٔرزِ ماگُن بییہِ مسخرے
حاٗرتھ اوٚنم تتھ کیا کرے

لگہِ تھیٹر آسنہِ کنی چھِ بانڈ پرتھ علاقس جشن کرنہِ تہ پاٗتھر ہاونہِ پھیران۔ یُس تھیٹر ہالو نبر کھُلہِ کھڈارن منز چھُ گِندنہِ یوان۔اوے چھُ آمُت ونہ:

شبن طرفن چھُ بانڈ سُند پے ڈوٗلچ وصوٗل بییہِ سورنے
رِندِ عاشقن چاوان موے
............

اکہِ وقتہِ اوس بانڈ جشن عبادتھ یوان مانہِ ۔یٔڑھ پڑھِ تہ لولہِ سان اوس کھِڈارِ یوان لاگنہِ۔ دویہِ خاٗر منگنہِ وِزِ اٚسی لُکھ دوژھہِ واہراٗوِتھ روزان تہ دیٚس منگان تہ بانڈ ہندِس منگنس پتہ "آمین" ونان روزان۔ دراگ، ناریا ہوکھے وِزِ تہ اٚسی لُکھ جشنہِ کرنچ تہ دُعا منگنچ منگ کران۔اوے چھُ یتھ شارس منز تتھ کتھِ کُن اِشارٕ:

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu

تھوُون نہٕ قبوٗل ملہٕ ہنٛدِس مشیدِ اژنس
کرٕن قبوٗلیت بانڑٕ ہنٛدس وژنس

گوسٲنؠ پٲٹھر چھِ کتھِ تلہٕ چھُ باسان زِ شاعر وچھےٚ اتھ ژٔژٕ ہے اہمیت دِژ
ہٕژ یژھ ہیمال ناےٚ گر رایہٕ ہنزِ کتھِ دِنہٕ آہٕژ چھےٚ۔ ووٚنؠ گو ہیمال ناےٚ گر راے لولہٕ
کتھ چھےٚ سبٹھاہ عام تہٕ گُپٲلی تہٕ گوسٲنؠ ہنز کتھ چھےٚ دیہ لول تہٕ فکر وفلسفہٕ چہٕ کتھہٕ
ہٮ۪تھ اَس ہٕژ۔ گُپٲلی چھِ گتہٕ رینٛز تہٕ۔ گوسٲنؠ تُسند عاشق۔ سُہ چھُ گُپالہِ ہُند
درشُن ابلاشی۔ گُپٲلی چھِ پردن ژھایہ، دوشوے ییلہِ اکھ اکھ سُند درشُن چھِ
کران گوسٲنؠ چھُ للہٕ واکھ تہٕ ننٛدِ شرکی گبوان گبوان وُتھ گژھان تہٕ گُپٲلی چھِ
دیوانہٕ گژھتھ تس تھیٚپہ تھیٚپہِ ژھاران۔ یمہٕ کتھہٕ چھےٚ کینژن لُکہٕ بٲتن منز مختلف
اندازٕ تہٕ میلان:

ووگہٕ کنٛزِ ڈیوٗ ٹھےٚ گوسٲنؠ لاٗ گتھ آنگن ژاو

گُپالہِ ہُند درشُن کرِتھ چھُ گوسٲنؠ وُتھ گژھان تہٕ سو چھےٚ تسنٛدِس فراقس
منز یتھی دُنی یاہس منز ژھاران۔ احمد بٹہٕ وٲری چھُ ونان:

ژھانڑ تھوراز ویرٕ ہا گوسانے گوسانے
لاسن آسن مالنہِ میانے مالنہِ میانے

بیٚیس نظمہِ منز چھُ پوٗرٕ پٲٹھی گوسٲنؠ پٲٹھر نِشہِ مُتاثر گژھتھ پنہٕ نہِ تجرُبچ
کتھ صوٗفی اندازس منز ییمہِ انمانہٕ کران:

پوٗنس بوٗنس برہمن خانس گتہٕ رینٛز دٕ زست ست کران
وٕہی کرِتھ گوسونیا کھوت آسمانس جان چھُم میلتھ جہانس ستیٚ
وہاب کھارتہٕ چھُ پنہٕ نس سوفی اندازس منز پنہٕ نہِ تجرُبچ کتھ کران
ونان:

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


جوٗ گس تہٕ شٔنی یاہس چھےٚ مِلہٕ ون
واٗرانہٕ نیر تھ وٗ چھ وحدت
کثرت تور چھنہٕ سہٕ چھُ تمہٕ بیوٚنیے

سوندرتایہِ ہُند درشن چھُ شِو درشن تہٕ امہِ درشنک ابلاش چھُ گوسائنس تہٕ سوندرتایہِ ہنز موٗرت گُپاٗلی چھےٚ پردن ژھایہِ توَے چھُ احمد بٹہٕ واٗری ونان:

پرٕدتھوٚ دٔلِل پوشہِ ماٗلی    ہے گُپاٗلی ہاوی روے

گوسائٔ پاتھرَس منز چھُ گوسائٔ ونان زِ سہٕ چھُ صورت بندرگاہ کنٛز آمُت۔ اوَے تس ژھارنہِ چھےٚ گُپاٗلی بندرگاہن وٗنی دِوان۔ بمبیہِ برونہہ آس صورت بندگاہ مغربی ہندوستانٕچ سبٹھاہ اہم تہٕ بڈ بندرگاہ۔ عرب تہٕ افریقہ کُن آسی شمالی ہندوستانٕکی لُکھ امی بندرگاہ کنٛز تہِ سمندر اپور تران۔ کاٗشرِ شاعری منز چھُ بندرگاہُک واریاہ ذِکر۔ احمد ڈار چھُ ونان:

گوٚپاٗلی بال چھس سٔنی یاس لالو    بندرن وۄن چھس دِوان
ہرموکھہِ بوزٕے چون قیل قالو    ہاوَلو بال چھس پزٕ اراٗنی

شاہ قلندر چھُ حُسنہٕ چہِ موٗرت گُپالہِ سمسارُک اتھہٕ واس ترٕاٗ وِتھ گوسائٔ ہِندِس دٕ پس پتھ سٔنی یاس لاگنس کُن ونان:

دُنی یا اتھہٕ واس کتھا چھےٚ مطلب    سٔنی یاس لاگِ گوٚپاٗلی یے

کرشن جوراز دان اوس ۱۹۲۶ تام حال حیات۔ تٔمی سنٛز اکھ نظم ''چھے بانڈٕ جشنہ چانہِ مایایہِ ہُند کارخانے'' چھِ سبٹھاہ اہم نظم یوسہٕ اسہِ تمہِ وقتہٕ کیٛن پاٗتھرن تہٕ گِندن تراین ہنز زان چھِ کرناوان یٔم تمہٕ پننہٕ نہٕ وقتہٕ وٗ چھ۔ سہٕ چھُ سارِے زگھ لیلا اکھ بانڈٕ جشناہ مانان۔ یتھ جشنس منز ساٗری پنٕن پنٕن بانڈٕ پاٗتھر ہبتھ چھِ آمٕتی تہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


پٕنٕن پٕنٕن کِردار گٔنڈِتھ دیس نِش یُس جشنہٕ کرناوَن وول چھُ پٕنٕن ینامہٕ رٹان۔ سہٕ چھُ ونان:

یہٕ سوٗرٕے چھُ چانہٕ یژھایہِ ہُند شأدی یانے
یہٕ سوٗرٕے چھُ میانہٕ مُہک برمُک نشانے
یہٕ سوٗرٕے چھُ سانگ لاگُن نفسُن بہانے
کُم کم پأتھر لأ گتھ ژ اس ستی اگنیانے

شأعر چھُ بکھتی ہندِس رُوپس منز پأتھر گوٚر۔ بیوٚن بیوٚن رُوپ تہٕ سانگ لاگان تہٕ دِیس منگان ینامہٕ۔ ییمہِ سمسارٕ منز موٚکھی گرٛھنگ پروانہٕ۔ رِوایتی پأتھرَن علاوٕ چھےٚ یہِ نظم یک کردار پأتھرن ہنز زان کرناوان۔ مثلاً روایتی پأتھر: بکروال پأتھر، ڈٕرزٕ پأتھر، راجہِ پأتھر، آرمینٛی پأتھر تہِ یک کردار پأتھر: مکار (پاکھنڈ) کرٛول، ژزول، کرال تہٕ کرأج، ٹرباز، کاژ گوٚر، ہاپتھ تہٕ پٕنزٕ وول، کھار، سونٕر، ڈٕسل، پہلوان، ڈاکٹر، پُشینٛی تہٕ باغوان بیترِ۔ پأتھرأوِتھ بخشش یاحصہٕ پراوُن چھےٚ بانڈن تہٕ مسخرن ہُند عادتھ تہٕ حق۔ کرشنہٕ جو راز دان چھُ پننہ نہِ بیپٕس أکِس لیلایہِ منز اتھ کتھِ کُن اشارٕ کران:

راجہِ پأتھرس منز مکھ نژنوٗوٕے تس ہیٚو شاہ کیاہ چھُ گاہ تراوان
ڈٕرزٕ بٕڑ منے مسخرٕ کھوژنوٗوٕے اسہِ ناتھہٕ لکھمی نارٲین
گاٹلیو بانڈٕ ویش تھکہٕ نوٗوٕے مونڈِ ماجہِ زأتی چھِ راجہِ زادٕ زن
زیادٕ نوژٕ مےٚ مُرکھن کم حصہٕ پرٛوٗےٕ اسہِ ناتھہٕ لکھمی نارٲین

مثنوٗی ین تہٕ داستانن منز تہٕ چھُ سانین پأتھرن کُن اشارٕ۔ ژزرامال داستان یوسہٕ پننہِ نِس مخصوص سٹایلس منز چھےٚ گبونہٕ یوان چھےٚ دراصل واتل پاتھرچ گوڈٕ کتھ یانے پوٚت منظرٕچ داستان۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


کاشُر نثر پٮ۪ہ ۱۹۳۰ پٮ۪ٹھہٕ تھنہٕ تہٕ اتھ منز آیہِ گوڈٕ ڈراما لیکھنہٕ یِم پارسی تھیٹرِ کِس سٹایلس منز آیہِ لیکھنہٕ۔ ''سنچ کہوٹ'' ناٹکس منز چھُ انگہٕ بدل پأتھرتہٕ منظر بدل سانگ لیکھِتھ۔ بانڈٕ پأتھرس گُن آیہِ نہٕ یٮ۪مہِ صدی ہٕندی بہلہِ پایکی شاعر تِکیا زِلیکہِ بانڈ داوس بأنڈلہٕ ہُند وبقار رِوولمُت۔ فحش تہٕ ننے ننے لبکہٕ استعمال کران کران لُکھ اسناوٕنی اوس یِہُند مدعا تہٕ فن ہاوُن تہٕ پیش کرُن اوس رووُمُت۔

بانڈٕ پأتھر چھِ ہیٚژ منز آیہِ یٮ۪مہِ کتابہِ ہٕندِس مصنف سٕندی ڈٕسی گوڈِ نِکہِ لٹہِ ۱۹۶۹ منز ترٕبن ناٹکن ہنز سومبرن چھاپ کرنہٕ یٮ۪مہِ چھِ گوڈٕ کتھِ منز بانڈٕ پأتھرُک رُوٗپ اوس وبژھناونہٕ آمُت۔



CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


# کشیٖرِ منز نژُن

یۆ دوَے کشیٖرِ منز روٗز پتھ کالہٕ پیٹھے رازن مہارازن ہُند تذکرٕ لیکھنہٕ چھ رود ایتھ یتھ راجاولی یانٕ پاولی آسی ونان مگر لوٗکن ہندی حالات، تِہُند گیوٗن، نژُن، رنگ، مصوری، بُت ترأشی، جاے جاداد رٕژھر اوٕنکی سامانہٕ، تہٕ روزٕنکی بسنکی طور طریقہٕ تہذیب وتمدنی وراثژ متلق چھنہٕ مکمل پأٹھی حالات قلمبند آمتی کرنہٕ۔ یۆ دوَے آسہے تہِ کینہہ لیکھتھ کرِتھ سُہ چھُ نار تہٕ سہلابن منز ختم گومُت۔ ووٗنی گو شاسترن، توارێخن، کھنڈرن، پوتھین، قُطبن، دستاویزن، شاعرن ہندین کارنامن تہٕ پُرانن سام ہینہٕ تہٕ سائنس کالس تام یمہٕ زندٕ تہٕ جاوید ثقافتی رایہِ ترایہِ واژٕ تمہِ تلہٕ ہکو أسی سو شکل بدِ کڈِتھ یوسہٕ سانین پرانین نژن تراین کُن اشارٕ کرِ۔ راج ترنگنی، وِشنو دھرموتر پرٲن تہٕ نیل مت پُران چھِ اسہِ اتھ متعلق واریاہ اتھہٕ روٗٹ کران۔ پتھ کالہِ اوس نہٕ کأشرِ زندگی منز کانہہ بۆڈ دوہ نژُن کرنہٕ ورأے۔ نژُن چاہے سماجی طور یا انفرأدی طور اوس عقیدتأ دیس بطور نذرانہٕ پیش کرنک تہٕ پننہٕ مُراد حأصل کرنک ذرٕی یہِ اوَے اوس لگہٕ نژُن بڈین دوہن، تیوہارن، مألن، سنسکارن تہٕ یاتراین ستی وابستہٕ روٗدمُت۔ بقول نیل مت پرٲن یم

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


لُکہٕ نژٕن اُسی یمن قسمن ہندی:

۱ر مذہبی تیوہارن سٟتؠ وابستہٕ نژٕن۔

۲ر خاندرن ووسبن تہٕ سنسکارن ہُند اہم نژُن، مختلف موسمن پٮ۪ٹھ نژٕن مثلن سونتھہٕ پھٕلے تہٕ پوشہِ ون چھاونہٕ وِزِنژُن کرُن تہٕ نوٚوشین پیہنہٕ وِزِنژُن۔

۳ر بیول وَونس، دچھ پھٕنس تہٕ فصل لونہٕ نس سٟتؠ وابستہٕ نژُن۔

۴ر خوٚشی تہٕ مسرت اظہار کرنس پٮ۪ٹھ آنگنس کھُلہٕ مأدانن، کھلن تہٕ وار بن منز نژُن۔

نیل مت پرُان چھُ ونان زِ دھرمہٕ چہِ سیدی تہٕ کامیأبی یژھنہٕ موکھہٕ چھُ نژُن ضروری، چونکہِ گیوٚنس، نژنس تہٕ ناٹیہ کرنس چھُ پانہٕ وأنی سوٚن سمبند، لہٰذا ایم سازتہٕ تال ساز نژنس سٟتؠ واینہٕ اُسی یوان تم اُسی: دینا (سِتار) وینوٗ (نَے) شنکھ، پٹہا، نغارٕ، مرُج، مردھنگ یا ڈول، ترُی (ترُے) اُس بودھن ہندِس نژنس سٟتؠ وابستہٕ بیٚیہٕ یہِ اُس مندرن منز واینہٕ یِوان۔ گھنٹاتہٕ گر بیٚیہٕ تھاپچ اُس لُکہٕ نژنس سٟتؠ یِوان واینہٕ۔ یُس نژُن منڈوَن، آنگنن، کمرن تہٕ مندرٕ کِنِن گریہ گرہن منزٕ کے گتہِ رہنہِ یا رقاص ہندی ڈِسی آسہے سپدان تس سٟتؠ آسہے نےَ (بنسری) تالہٕ ہوٚر، تہٕ تاسہٕ جوٚری واینہٕ یِوان۔ یُس کھُلہٕ مأدانن منز نژُن سپدِ ے تتھ سٟتؠ ڈول، دمامہٕ تہٕ سورنئے۔

ہیٚری ڈِمِن ژورن نژٕن رٕوٗپن علاوٕ اوس کشیرِ منز گانبن ہُند نژُن تہٕ مروج۔ اکہِ خاص دوہ اُسی گرن منز با اخلاق تہٕ برہمچاری رٕوٗزِتھ رأتی راتس شُری بأژہبتھ گانہِ ہُند نژُن تہٕ گیوٚن وُچھنہٕ یِوان۔

نیل مت پرُان تہٕ راج ترنگنی ہُند مطالعہ کرنہٕ تلہٕ چھُ نان زِ کشیرِ منز اوس مُلکہٕ کِنِن دوٚیمین حصن ہندی پأٹھی دیودأسی نژُن تہِ سپدان۔ دیوداسیہِ آسہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


تمہِ گتہٕ رێنہِ یمہِ مندرس منز دیو موورتی بروٚنہہ کنہِ پٔنٛن نژٕن بطورِ نذرانہٕ پیش آسہِ کران۔ تہٕ یتھ ہیوٚ نژٕن روٗ دکشیٖرِ منز ۱۲ امہِ صدی تام پکہٕ وُن۔ دیوداسیہ آسہِ سبھا منڈون منز تہِ نژان۔ یہ نژُن آسہے ضرور بہٕ ضرور بھرت مُنی ہندِ بن اصولن مطابق سپدان لہاذا اوس سبٹھاہ مُقدس مانہٕ یوان۔ یُس نژٕن ازکل ''بھرت ناٹیم'' ناوٕ دِتھنس منز نژنہٕ چھُ یوان تہٕ یتھ عالمی شوہرتھ چھِ حأصل اوس ۱۹۳۰ بروٚنہہ ''داسی اٹم'' ناوٕ زانہٕ یوان۔ یِتہِ اوس دیوداسی ناچ یُس کرناٹک، کیرالا، تامِل ناڈوٗ کِمن بڈٕبن بڈٕبن مندرن منز اوس نژنہٕ یوان۔ یِتھے کُنی آسہِ اُڈیسا ہس منز جگن ناتھ پُری کِس مندرس سٟتی تہِ دیوداسی گتہٕ رێنہِ وابستہٕ یِہندِس نژٕن روٗپس ''اُڑیسی'' چھِ ونان۔ یِم نژٕن روٗپ چھِ ہندوستانی کلاسیکل نژٕن روٗپ۔

دیوداسی نژُن:

(250,B.C.-1250 A.D.) راج ترنگنی چھِ دیوداسین متلق یہِ واقفیت فراہم کران۔ مہاراجا اشوکن بسوو کشیٖرِ منز شہرِ شری نگر۔ تمی ہندی نیٚچو مہاراجا جلوکن بنوو ڈل جھیلس نکھہِ چیشٹھ روٗدر مندر۔ یہِ اوس شِو مندر۔ اتھ مندرس منز گیوٗن تہٕ نژُن کرنہٕ موکھہِ کُرتمی پنہٕ نہٕ حرمہٕ چہٕ اکھ ہتھ گتہٕ رێنہِ ارپن۔ یُتھ گیوٗن تہٕ نژُن اوس ''ونشانو گت'' یانے موروثی تہِ چلان تہٕ ''انو ونشا'' یانے رواییژ موٗجب تہِ۔ مندرن منز آسہِ نہٕ صرف دیوداسیے یاژ نژان بلکہِ بڈٕبن دوٚہن پیٹھ آسہِ بڈٕبن گرن ہنز خاندانی زنانہٕ تہِ دیوس بروٚنہہ کنہِ نژان۔ مندرن منز زندگی تہٕ آڈمبر چلاونہٕ موکھہِ اُسی راز اگرہار (جاگیر) قائیم کران۔ اگرہارن منز حاصل پیداوار تہٕ آمدنی سٟتی اوس مندرس سٟتی وابستہٕ دیوداسیہ، پُزأری، برہمن، درمسالہٕ تہٕ مندر سنسکرتی رچھنہٕ یوان۔

دیوداسی رِواج چھُ اکھ پرون رِواج۔ آریالوٗکو کوٗر یہ رسم یاتہٕ دراوڈن

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



نشہِ حاصل یمو یہِ رِواج سمندر ا پار کیو نزدیک ملکو نشہِ پرو و۔ بھارتس منز آسہٕ دیو داسیہِ شوتہٕ سری مندرن یو ان وقف کرنہٕ ییٚتہِ یمہٕ نژٕن تہٕ گیوٗن دیوس نذر آسہٕ کران۔ کشیرِ منز آسی دو شوٗے شوتہٕ سری مندر۔ گپکار علاوٕ وِیچہِ برارِ کس مندرس وِجیشورس ستی تہٕ آسہٕ دیو داسیہِ وابستہٕ۔ کینہہ محقق چھِ ونان زِ از کلک شنکر آچاریہ مندر چھُ جیٹھ روٗدر مندر تہٕ کینہہ چھِ مانان زِ سُہ مندر آسہے بالہٕ دامنس تل نتہٕ زیٹھی یارس نکھہٕ کُنہِ تہٕ جایہ۔ ممکن چھُ جیشٹھ رودر ما آسہے تتھ یتھ از کل مہارار جاہری سنگھ سُند محل او براے ہوٹل چھُ۔ بہرحال یژھ دیو داسیہِ آسہٕ پتہٕ پیشہِ ورانہٕ گتہٕ ریٚنہِ بنان تہٕ مندرن ستی وابستہٕ روزان۔ دیو داسی گیہٕ دیوٕ سنزٕ ژونزٕ۔ یہِ پیشہٕ اوس موروٗثی تہٕ بنان۔ یمہٕ آسہٕ گیوٗن تہٕ نژٕن زانن والین ماہرن نشہِ ہیچھان تہٕ مہارتھ حاصل کران۔ کشیرِ ہُنداکھ مشہور تہٕ عظیم راز چھُ للتادتیہِ مکتا پیڈ اوسمت (695-742)۔ سُہ اوس اکہِ وِزِ اَکس گُرِس کھتہٕ کڈان اَکس وُنس نکھہٕ تہٕ دوٗری وُچھُن زِ سوندر کٕچہِ اَکس جایہِ گیوان تہٕ نژان۔ کینژن دوہن لگاتار تہند تتھ جایہِ نژٕن تہٕ بُتلِس ہُمن وُچھتھ گوسہٕ تمن پرژھنہِ زِ تمہٕ کیازِ چھِ لوٗکو دوٗریتھ وُنس منز نژٕن کران۔ تمو وُنُس زِ تمہٕ چھےٚ گتہٕ ریٚنہِ مندرچہ یُس میژٕ تل چھُ دٕبتھ۔ شوریہِ وردھمان گامس منز چھےٚ روزان۔ ''سانہِ ماجہِ آسہٕ ییٚتہِ آہر پراوان۔ یہاے چھِ سانی کُل پرٕ میرا۔ امیک وجے چھُنہٕ اسہِ پتاہ۔'' کینہہ دوہ پتہٕ کرنٲورازن تتھ جایہِ کھُدٲیی تہٕ زٕ مندر یمن منز کیشوٕ سنزٕ زٕ مُرتہٕ آسہٕ درایہِ نٔی۔ اتہِ پوٚرِ رازن اکھ کتبہٕ تہٕ یتھ یہِ اوس لیکھتھ زِ یم مندر آسی رام لکھشمنن بناوی متی۔'' راز للتادت چھُ پانہٕ تس زنہِ زامت یوسہٕ تہندی مالی دیو داسی بنہٕ نہٕ پتہٕ خاندری کرٕ۔ کتھ چھےٚ یتھہٕ کٔنی۔ روہسلک اکھ وونی چھُ پنہٕ نِس ناوس پتھ روہسلکن برہمنن ہندِ باپتھ اکھ مٹھ تعمیر کران یتھ نون مٹھ آسی ونان۔ اکہِ دوہہ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



کوٚرراز دُر بھک پرتاب آدتیہ دومن پنہٕ نس راز محلس منز سال۔ راز محلس منز اوس ژانگلبن تیل دزان تہٕ راتھ محلہٕ خانس منز گزارنہٕ پتہٕ ییلہٕ راز دوٚیمہٕ دوہہ صبحن مہمانس خبر اتر پرژھنہٕ گوٚمُت کُر کلہٕ دادِچ شکایتھ۔ پتہٕ کیٚنہہ دوہ پتہٕ کوٚر واٚنی رازس پنُن گرٕ سال ییٚتہٕ سُہ چھُ وُچھان زِ کیٚنہہ لال چھِ روشنی دِوان۔ راز گوٚو ہنز ٹھاٹھ باٹھ تہٕ امیری ہُند مداح بنٕتھ تہٕ ترٛہن دوہن ٹھہریو تسند گرٕ۔ تتہٕ وُچھ تمۍ تسنز آشینٛز نریندر پربھا۔ تس کُن وُچھتھے گو رازٕ تس عاشق۔ واپس محلہٕ خانہٕ یتھ ہیچ نہٕ تمۍ سوٚمشر اٚدِتھ۔ سُہ گو عشقہٕ تپس منز مبتلا۔ راز ہنزٕ بیمارِ ہنز کتھ پھالییہ۔ ییلہٕ نوٚن واٚنی بوٗز سُہ آو رازس خبرٕ۔ کارن زاٚنتھ کوٚرنس عرض زِ سُہ چھُ پنٕنۍ زنانہٕ رازس حوالہٕ کرنس تیار مگر رازٕ کتھ کٔنۍ مانہٕ تہٕ۔ لہٰذا چھُ فاٚصلہٕ یوان کرنہٕ زِ دوٚنۍ کرِتس پننہٕ سوندرزنانہٕ مندرس کُن دیوداٚسی وقف تہٕ رازٕ ہیکہٕ پتہٕ تس محل خانس منز پننۍ راٚنی بناٚوِتھ۔

مطلب چھُ صاف زِ رازٕ ہیکہٕ ہے کاٚنسہٕ تہٕ دیوداٚسیہٕ پننۍ راٚنی یا حرم بناٚوِتھ۔ تکیا زِ کورِ کیوزنہٕ مندرن کُن نذر کرنک رسم تہٕ اوس۔

راجا جیاپیڈ (751-784) چھُ اکہٕ وِزِ بنگالس نکھہٕ پانڈوورد ھن ییٚتہٕ سُہ کارتکیہ مندرس منز اَکس گتہٕ رِیٚنہٕ ہُند نژُن چھُ وُچھان یوسہٕ تس عاشق چھِ گژھان۔ سُہ چھُ تتہٕ اکھ خونخوار سہہ ماران ییٚمہٕ کنۍ تتیٚگ رازٕ تس پننۍ شہزادی نیٚتھری چھُ دِوان۔ سُہ چھُ دوشوٚے گتہٕ رِیٚنہٕ دیوداٚسی کملاتہٕ رازٕ کماری کلیان دیوی ہیٚتھ کشیرِ واپس یوان۔ یہ رازٕ اوس بھرت مُنی سُند ناٹیہ شاسترُک تہٕ زاٚنی کارتکیا زِ یُس نژُن کملا دیوداٚسی نژان اٚس سُہ اوس بھرت ناٹیہ شاستر کِس اصوٗلو مطابق۔

راجا ہرش تہٕ تمۍ سُند بوے اُتکرش (92-1089) اٚسۍ وینٛجہ برارچہ دیو

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


دأسی سہجایہِ ہندی عاشق ۔ سوچھےٚ اُتکرش ہنزِ خودکشی پتہٕ تسٕی ستیٚ ستی سپدان ۔ راز ہرش دیو اوس پانہٕ نژن تہٕ ناٹیہ زانان ۔ سُہ اوس حرمچھن گتہٕ ریٚنژن پانہٕ گیوٗن تہٕ نژن ہیچھناوان ۔ سُہ اوس شاعرتہٕ تمی ہندی گیت آسی گیوٗن وألی گیوان ۔ بحیثیتِ یُوراج مالی ہنزِ رازٕ سبہِ منز پنُن گیوٗن پیش کران ۔ تمی ہندِ وقتہٕ اُس کأنشروتی ناوٕ چ مشہوٗ رگتہٕ رینی ۔ تمہِ اُس بیٚیہ گرِچ کوٗرٕ چھتہ نژکی بنأوِمژ ۔ یَس ناو اوس جے متی ۔ جوأنی منز کوٗر تمہِ ہرش ہندِس دُشمن اُچلس ستیٚ عشق تہٕ پتہٕ بنیہِ اَکس تھٔدِس حاکمس ہنز رکھیل ۔ یِیلہِ سُہ حاکم سورگس گوٚو بنیہِ پتہٕ اُچل (اُچھل) ہنز پٹہٕ رأنی تہٕ ۔

رازٕ کلش دیوٗن (1064-89) کوٚر پننہِ رازٕ سبہِ منز لوتہِ معیارُک گیوٗن شروع ۔ ظأہر چھُ تِہٕ تام ما آسہان رازٕ سبن منز کلاسیکی نوٕی یتھٕ گیوٗن سپدان یتھ ترجیح آسہے یِوان دِنہٕ اوٚے چھُ لوتہِ معیار کمن بأتن کلہن پنڈت ونان "اُپانگ گیت" یہوے رارزٕ اوس گتہٕ ریٚنہِ تہِ سرپرست ۔ اُمِس آسہٕ حرمس منز واریاہ زنانہٕ ۔ کلہن سُند دوٚپ چھُ زِ یژھن نژکن یِژھ حوصلہٕ افزأیی کرٕنی اُس نہٕ کشیرِ منز رازٕ گرن شوٗبان تہٕ اُمی رازن کٔر گھٹیا موسیقی ہنز سرپرستی ۔

مقصد چھُ یہِ وَنُن زِ کشیرِ منز آس دیو دأسی مندرن منز گیوٗن تہٕ نژن آرادھنایہِ ہُند انگ مأنتھ سپدان ۔ تِتھن دیو مندرن منز آسی ناٹیہ منڈوتہِ آسان یتھ گیوٗن تہٕ نژن اوس سپدان ۔ بھرت مُنی ہندِ ناٹیہ شاستر مطابق تربیت دِنہٕ وألی ناٹیہ آچاریہ تہِ آسی ۔ مندرن منز دِوٚے تہٕ مالکہٕ لگنہٕ وِزاوس نژن تہِ سپدان ۔

**بھرت ناٹیہ شاستر تہٕ کشیر :** پرٛانہِ وقتہٕ پیٹھے چھُ کشیرِ منز ناٹیہ شاستر پرنُک ، مطالعٕ کرنُک تہٕ تتھ دوہارس منز ورتاونُک شوق تہٕ زانکأری آسمژ ۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



کینژن سکالرن ہنز اکھ رائے چھِ پتہٕ زِ ناٹیہ شاستر سپُد کشیٖرِ منزٕ تخلیق۔ پتہٕ چھُ یوان ونہٕ زِ شاسترس منز چھِ 36 چپٹر یم 36 مولہ جُز پتہٕ کاشرِس شو فلسفس پرتہٕ بھگنیایہِ منز تہٕ چھِ۔ یمنے جُون ہُند علامتی روٗپہ کِنہٕ چھُ ناٹیہ شاسترس منز تہٕ 36 چیپٹر تہٕ۔ کینژن سکالرن ہُند ونُن چھُ زِ اتھ منز اٲسی گوڈٕ 12000 شلوک تہٕ پتہٕ آو موٗ ژراونہٕ 6000 شکلوکن منز۔ یہِ شاستر پرنچ پرناونچ تہٕ زانکٲری ہنز اکھ اٹوٗٹ پرمپرا اٲس کشیٖرِ منز قریباً 1200 ؤری ین۔ کنہہ راز تہٕ راز کمارتہٕ اٲسی امہٕ، شاسترٕکی زانکٲری تھوان۔ لہٰذا یہِ مانُس منز چھنہٕ کانہہ مبالغہٕ زِ بھرت ناٹیہ شاسترکین اصولن مطابق آسہے کشیٖرِ منز نرتیہ تہٕ تہٕ ناٹیہ تہٕ گِندنہٕ یوان۔

سرپرستی: منوٗ سمرتی مطابق اوس برہمنن دیوداسی ہندِ اتھٕ ترٲیش چینچ یا کھینچ بتہٕ مناہی۔ بودھ کالس منز اٲس کینژن جاین برہمنن نژن تہٕ گیوٗن وُچھنچ تہٕ بوزنچ مناہی مگر کشیٖرِ منز چھنہٕ باسان تیتھ رواج اوسمُت حالانکہٕ یہِ چھُ پزر زِ ییلہِ فن بازار وچھُ بنان بیٚیہِ فنکارن منز اخلاٲقی گراوٹ یا معیار پست چھُ گژھان تیٚلہِ چھُ فن تہٕ پست گژھان۔ کشیٖرِ منز اٲس مندرن ستی برہمنن ہندی پرشد آسان یم مندرن تہٕ استھاپنن ہُند انتظام اٲسی چلاوان۔ یمنے پرشدن ہندس آسرس تل آسہان یمہٕ دیوداٲسیہ تہٕ آسان۔

دیوداٲسی نژُن اوس اتی ووتلان تہٕ اتی شروکان۔ تکیازِ فن چھُ پرتھ زمانس منز قدردٲنی تہٕ حوصلہٕ افزاٲیی ستی پژتھان۔ ییلہِ نہٕ قدردٲنی تہٕ حوصلہٕ افزاٲیی اٲسکھ روزان دیوداسیہِ آسہٕ آسرٕ ژھارنہٕ موکھہٕ کشیٖر ترٲوِتھ نبر ژلان۔ ونکالس اٲسی مندرن ہند احاطہٕ تہٕ شینس تل روزان لہٰذا اٲسی دیوداسین ہندی گرن ہندی گرٕ بیٚتہِ ژلان۔ آندھرا پردیش کِس گنٹوٗر مندرس منز کھُداٲے کرنہٕ وِزِ دراو تہٕ اکھ کتبہٕ یتھ لیکھتھ اوس زِ کشیٖر پیٹھہٕ اٲسی مندرس منز گیوٗن، نژُن کرنہٕ موکھہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



دیوداسیہ آمژ۔ یتھے کنہٕ آسی تامل ناڑو ہس منزٕ اَکس جایہِ کشیٖرِ ہندی کنبہ تِتھی برہمن گرٕ آباد گأمتۍ یم تاچیوشی ہُند رسم تہٕ تتھ ستۍ وابستہٕ پاٹھ پرن وأنکی آسی۔ نتیجہِ دراو یہِ زِ زأنی کارن ہندِ ژلنہٕ اوس کشیٖرِ منز فنوٗنہِ لطیفن ہُند پھولُن پتھ ہوان۔ لہٰذا چھنہٕ از کال تام یمو پرانو ربوایژ وخاص نقوش ترأومتۍ۔ حالانکہِ یتیمہِ حقیقژ نِش تہٕ ہکونہٕ انکار کرِتھ زِ کانہہ رژ ربوایتھ چھِ پتھ کُن اڈ گری مڈ گری نقش ضرور ترأوان۔ ممکن چھُ یُس نژٕن کنجریٖنہِ پنہٕ نین کوٹھن پٹھ محفلن منز کران آسہان تمو تہِ آسہِ واریاہس کالس یہِ نژٕن ربوایتھ پکہٕ نأومژ۔

سلطأنی دور شروع سپدنہٕ پرونہہ پہن تہٕ پتہٕ چھِ کشیٖرِ غأر ملکی حملن منز مبتلا سپدان تہٕ یوٗ تام نہٕ بڈشأہی دور گوشروع افراتفری ہندِس ماحولس منز ووت فنوٗن لطیفن تہٕ ددارٕ۔ سکندر بُت شکن ہندِس دورس منز آیہِ فارسی سرکأری زبان بناونہٕ۔ بڈشاہن ہیوٚت لگہٕ سہوٗلژٕ ہندو کامو علاوٕ موسیقی تہٕ ادبس کُن توجہ دیٖن تہٕ سرپرستی کرٕنی۔ وارِیاہ گیوٗن وأنکی موسیقار آیہِ ایران، خراسان پیٹھہٕ سرپرستی پراونہِ نتیجہِ دراو یُتھ موسیقی تہٕ ایرأنی موسیقی کُن ہیوٚت زأنی کاروسٕنن۔ بڈشأہی دورس منزٕ ے وُتشو شری بُٹن زوٗن راج سنسکرت زبأنی منز راج ترنگنی لیکھنس تہٕ اتھ منز چھنہٕ ادچ، پٕنچ کانہہ واقفیت دستیاب۔

شری ورچھُ (86-1459) سنسکرت زبأنی ہُند تہٕ تخلیقکار اوسمت۔ سہُ اوس زوٗن راجن شاگرد۔ تمۍ چھِ راج ترنگنی 1459 پیٹھہٕ 1486 تام برونہہ پکہٕ نأومژ۔ سہ اوس پانہٕ موسیقار، گیوٗن، وایُن تہٕ ناٹیہ زانان۔ تمۍ کوٚر مُلا جامی سُند فارسی ''یوٗسف زلیخاہ''، سنسکرت پأٹھی منظوٗم ترجمہٕ ناو کوٚرنس ''کتھا کوتُک'' ۔شری درچھُ بڈشاہ، حیدر شاہ، حسن شاہ تہٕ محمد شاہ سند بن دورن ہندی حالات قلمبند کران۔ سہُ اوس واریاہ شاستر پوٚرمُت۔ سلطان حسن شاہن بنوٗسہٕ موسیقی

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



تہٕ ناٹیہ شوبک زیٹھ۔ ''گیتا نگ ادھپتی'' شری ورچھُ ونان زِ تمٕ سِندِ وقتہٕ اُسی لُکھ فنن مازان تہٕ زانان۔ تِم اُسی تعلیم یافتہٕ۔ شنکا یو رٚوس تہٕ رنگس ستۍ دلچسپی تھاوان۔ بہترین نٹو (اداکارو) کوٚر کرشن چندراولی رنگ پیش کرِتھ اداکأری ہُند رُت مظاہرٕ۔ رتن مالا، دیپ مالا، تہٕ روٗپ مالا ناوچہٕ گتہٕ رینٛہ آسہٕ سبٹھاہ مشہور۔ شری وراوس پانہٕ مقامی سنگیت کارتہٕ غأرملکی موسیقارن ستۍ اوس مقابلہٕ کران۔ سہٕ چھُ تمہِ وقتہٕ رائج تربن وینایِن ہُند ذِکر کران۔ ملیچھ وینا، تُمبہٕ وینا، تہٕ کوٗرم وینا۔ سہٕ چھُ ونان زِ خراسانک مُلا عادِل اوس کوٗرم وینا تہٕ ملا حاجی اوس ملیچھِ وینا تہٕ پانہٕ شری دراوس تُمبہٕ وینا وایان۔ سہٕ چھُ ژٕ ہن تارن ہنزِ وینایہٕ ہُند تہٕ ذکر کران۔ یتھ سہٕ مود وینا چھُ ونان۔ کشیرِ منز اوس تمٕ ہِندِ وقتہٕ تہٕ شاستری موسیقی زِندٕ۔ بڈشاہس بروٚنہہ کنہٕ اوس تارا ناوچہٕ گتہٕ رینٛہ تہٕ پٔنٕ رقص ہوومُت، یتھے کنۍ اُس اُتسو ناوِچ گتہٕ رینٛۍ گوٚنس نژنس تہٕ خوٚبصورتی منز سارِنے دِل موٚہت نوان۔ 49 جذبن ہنز عکأسی نژنس منز کرن واجینۍ گتہٕ رینٛہٕ ہندی تہٕ چھُ تعریف کران۔ اکھ اہم سوال چھُ ژٕہنس منز ووتھان زِ یمہٕ گتہٕ رینٛہٕ آسا مقأمی کأشرِ گتہٕ رینٛہٕ رِکنہٕ نیٚبرِ مہٕ؟ سہٕ چھُ دوٚیم سوال زِ پانہٕ وأنۍ چھِ مقأمی تہٕ غأر مقامی روٗپ اکھ أکِس متأثر کران۔ نژٕن گوٚن تہٕ آسہے متأثر کران۔ شری ورچھُ یتہٕ انکشاف کران زِ حسن شاہ ہِندِ وقتہٕ اوس مشہوٗر گوٚن گوٚرقدن۔ سہٕ چھُ پٔر بندگاکی منز مأہر آسان۔ سہٕ اوس ''سرولیلا'' ناوٕک کأشر پرٛبندگوان تہٕ بوزناوان شری ور اوس سلطانن بے دیوٗن گیت گووہند گوان گوان بوزناوان۔ شری درہندی ہے زمانس منز چھُ اکھ موسیقار بہلول رباب بناوان تہٕ یہِ اوس تمٕ ہِندِ سمیہٕ سبٹھاہ شوقہٕ سان واینہٕ یوان۔ بڈشاہ سُند شاہزادٕ حیدر اوس وینا وایان تہٕ تسند اُستاد اوس مُلا اودک۔ حسن شاہ ہِندِس دربارس منز اُسۍ ہندوستأنۍ موسیقار تہٕ۔ بڈشاہن

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


آسہٕ موسیقی ہنزٕ بیشتر کتابہٕ گوالیارٕ تہٕ دوٚیمو جایو پیٹھہٕ اَنناوِمژٕ ۔ دپان چھِ یِمہٕ کتابہٕ آسہٕ شاہمیری کتب خانن منزٕ ہتس وٕری یس تام محفوٗظ ۔ اتھ دورس منزٕ اَسی کرناٹکی موسیقی ہندی کینہہ ماہر تہٕ سلطانن نِش سرپرستی حاصل کران ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ حسن شاہن اوس کاشرین موسیقارن کرناٹکی موسیقی ہیچھنُک اسرار کوٚرمُت ۔ اتھ دورس منزٕ اوس ہندوستانی موسیقی ، کاشُر موسیقی تہٕ ایرانی موسیقی تہٕ پنُن مقام تہٕ اکھاکس نِش ہیوٚن دیُن تہِ جاری تہٕ یہاے عمل آسہے زٕنس تہِ ۔

سلطانن پتہٕ چک دورس منز تہِ چھُ موسیقی حوصلہٕ افزاَیی تہٕ سلطان تام اَسی گوٚنس تہٕ وانیس ستیٕ لے کھوے تھوان خاصکرتھ یوٗسف شاہ چک ۔ اماپوٚز زٕنٕک گَس خاص روٗپ اوس تمہِ وِزِ اچھ چھنہٕ کانہہ زان ۔ دربارن منزٕ آسہٕ محفل سرود تہٕ زٕنٕ سپدان ۔ مغل دورس منزٕ اَسی بیشتر کاشُری موسیقار دربارن منزٕ حوصلہٕ افزاَیی پراوان ، زٕنٕ بیترِ اوس توتہِ لُکہٕ مالن ، خوشی تہٕ مسرت ہندین موقعن پیٹھے سپدان ۔

حافظہٕ نغمہٕ : یمن دورن منز یوسہٕ موسیقی پرٕتھیہِ تتھ ستیٕ وابستہٕ زٕنٕ اوس تمن پیشہٕ ورانہٕ گتہٕ رینٛنین ہُند یمن کینہہ کالاہ گژتھ حاٗفِظہٕ وٕ نُکھ تہٕ تہِندِس گوٚنس تہٕ زٕنس حافظہٕ نغمہٕ ۔ اَخر گتہٕ رینٛنین ہُند زٕنٕ ، گانٛنین ہُند زٕنٕ ، دیوداَسین ہُند زٕنٕ ، دربارن منز زٕنٕ ، حرمن ہُند زٕنٕ تراوِہی پنُن کانہہ نتہٕ کانہہ نشانہٕ ۔ تالہٕ بٔندشہِ ، راگہٕ ، مُقام ، گوٚن ترایہ لولہٕ نغمہٕ بیترِ ۔ واریاہس کالس وٕنُکھ اتھ گوٚنس وانیس موسیقی پرتھ کُنہِ علاقٕچ یا ملکٕچ موسیقی چھِ تمی علاقہٕ یا ملکہٕ ناوٕ زاننہٕ یوان اَوے اَسی اتھ کاشُر موسیقی ونان ۔ یہِ موسیقی چھِ کرناٹکی موسیقی ہندی پاٹھی شبد پرٕدھان ۔ موسیقار چھُ گایک تہِ تہٕ وادک تہِ ۔ سنطور ، سازِ کشمیر ، سہ تار ، دوٕکر یا وصوٗلہٕ چھِ ساز یِمنے سازن ہندِس سازینس پیٹھ آسہٕ حاٗفظہٕ زٕنان ۔ راگن ،

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


راگنن بیتر بن اَسی مقام ونان۔ ہندوستانی گایکی چھِ بھاوپرڈھان۔ پرتھ مقام چھُ ہندوستانٔی راگن ہندی پأٹھی وقتس پابند، اتھ منز یوٗ تام نہٕ اکھ بأتھ پوٗر ییہِ گیوٚنہٕ توتام ییہِ نہٕ تمی مقامُک بیاکھ بأتھ گیوٚنہٕ۔ عموماً چھُ بأتھ گوڈٕ فارسی تہٕ پتہٕ کأشرِ پأٹھی گیوٚنہٕ یوان۔ ''ترانا'' ہوٚی تیز لیہِ دار نغمہٕ تہٕ چھِ گیوٚنہٕ یوان۔ Tempo ہیوٚ تاثر پأدٕ کرنہٕ موکھہٕ۔ جامی، حافِظ، امیر خسروہوٚبن فارسی شاعرن ہُند کلامہٕ اوس گیوٚنہٕ یوان امہِ علاوٕ حبہٕ خوتون، ارنہٕ مال تہٕ لکہٕ بأتو علاوٕ لولہٕ نغمہٕ تہٕ۔

جناب امین کأمل صأب چھِ ونان زِ ڈوگرٕ راجس منز 1880 عیسوی منز سپُد یہِ نژُن نمودار۔ مغل دورس منز اردو بازارن منز کمہٕ آسہٕ نژان؟ سکھ دربارس منز لاہورتہٕ دوٚیمین شہرن منز یمہِ کأشرِ گتہٕ رینہٕ واژٕ تمہٕ کم آسہٕ؟ دراصل ''حافظہٕ'' ناوآوییٚتہٕ گتہٕ رینٚنن تھوٚد مقام بخشنہٕ موٗجب دِنہٕ یُتھ سماجس منز تھدِ نظرِ یِن وُچھنہٕ۔ اتھ نژن روٗپس منز آسہٕ حافِظہٕ گیوٚن بأتن ہُند مفہوٗم تہٕ بھاوباو باوٕ تہٕ اداکرِ تھ، ڈالہٕ تہٕ گتھ دِوان ہاوان تہٕ پتہٕ سازن پیٹھ نژان۔ حافظہٕ آسہٕ واریاہ زیور لاگان تہٕ سازکران۔ یمہٕ آسہٕ پیشواز لاگان تہٕ کلس زیور لأگتھ قصابہٕ، کینہہ حافظہٕ آسہٕ یوٗرپی زنانن ہندی پأٹھی کھُلہٕ نٔری کرِتھ میکسی لاگان تہٕ کینہہ کأشر پھیرن شلوار۔ فوٹوگرافی شروع سپدنہٕ پتہٕ یم تہٕ حأفظن ہندی فوٹوگراف وُچھنہٕ آیہٕ تمن منز تہٕ چھِ ییے پوشاکھ لأگتھ، گوڈن آسہٕ رونہٕ گنڈنہٕ یوان۔ چست نژبن منز آسہٕ عاشقانہٕ روٗمال تہٕ تھوان۔ حأفظہٕ آسہٕ تھدِ نظرِ تہٕ یوان وُچھنہٕ۔ خاصکرِ تھ تمہٕ یمہٕ پٔژن نژن روٗحأنی ریاضت زأنِتھ نژان آسہٕ۔ تمہٕ آسہٕ پنہٕ نٔنن سرپرست رٔیٖسن بروٚنہہ کنہِ محفلہِ سرود ژیرتام لاگان تہٕ گیوٚان۔ رِتمن آداپن تہٕ عاداتن ہنز مأ لکھ آسہٕ تصور یوان کرنہٕ۔ صفایی تندرستی، لب ولہجہ، نزاکت ہیچھناونہٕ واجنہٕ آسہٕ۔ یمن اوس یادٕ وٚوٗژُرتہٕ حِفظ تہٕ تیز آسان۔ رٔیٖسن تہٕ امیرن ہُند گرٕ آسہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


گرٛ ھان تہٕ نژُن تہٕ گیوٚن پیش کران۔

ییلہِ بیشتر حاٰفظہٕ بازار وہیٚژن بنہٕ نہٕ تہٕ یموٚ پنٕنہٕ بازر رنگرس منز مختلف جاین واہراوٕنی ہیتِن اکھ تحریک گیہٕ 1930 کُن شروع تہٕ یہ گیوٚن، نژُن آوہری سنگھ ہندِس دورِس منز قونوناً ممنوع قرار دِنہٕ یم ساز ندر حاٰفظن ستی اٰسی گیوان تہٕ ساز وایان تِم لگی الگ الگ ووستاد بٕنتھ پنہٕ نہٕ بیٹھکہٕ کران تہٕ کینہ لگی یہندِس گیوٚنس وانیس ساز ندر گیوٚن ونہٕ۔ بدناٰمی نشہِ بچنہٕ تہٕ اتھ گیوٚنس سماجی روتبہٕ دِنہٕ موکھہٕ کوٚرہس صوٗفیانہٕ کلام ناو تہٕ وونی چھِ اٰسی اتھ گیوٚن روٗپس امی ناوٕ زانان۔ پتمہِ صدی منز یم تہٕ موسیقی ہندی قلمی نوسخہٕ چھاپ خانن منز آیہٕ چھاپنہٕ تِمن منز اوس نہٕ صوٗفیانہٕ لفظ لیکھتھ بلکہِ موسیقی، کشمیری موسیقی، اصلی کشمیر موسیقی بیتر۔ رِسرچ لابریری منز یم قلمی نوسخہٕ موسیقی ہندی چھِ تِمن منز چھُ اکِس پراٰنس قلمی نوسخس ''سام وید'' ناو لیکھِتھ یُس فارسی رسم الخطس منز چھُ۔ یم صوٗفیانہٕ گیوٚن واٰلی اٰسی زیادٕ تر شہرِ کی گامن کُن دیُت نہٕ کاٰنسہِ دیان۔ بانڈ یوسہٕ موسیقی پاٰتھرن ستی وایان اٰسی تتھ کُن دیُت نہٕ محققو تہٕ موسیقی زانن والیو بلکل دیان۔ چنانچہ ییلہِ کاٰشُر سورنے بیتر ریڈیو کُن وانہِ کنہہ بانڈ آیہٕ تیلہِ زون زاٰنی کاروزِ صوفیانہٕ مُقام چھِ واریاہ سورنے پیٹھ وانہٕ یوان۔ تہٕ بانڈن نِش چھِ ''واد'' واریاہ یم نہٕ صوفیانہٕ گیوٚن واٰلی چھِ زانان۔

بھاٹ: وینٛجہِ برارِ چھےٚ مزارس منز اکھ زیٹھ قبر۔ یہِ چھےٚ کم سے کم ۵ ہتھ ؤری پراٰنی۔ اتھ پیٹھ چھُ شاردا رسم خطس منز لیکھتھ زِ یہِ چھےٚ ۱۵ ؤری شہٕ بھاٹ کورِ ہنز بیٚیہِ چھس یوم وفات لیکھتھ۔ بھاٹ تہٕ چارن اٰسی کشیٖرِ منز دوٚیہِ قسمکی بھگوت بھجن تہٕ لیلا یہ گندن گری۔

بھاٹ اٰسی اکِس پردس پیٹھ دِوتا (زناردھن) ہنز آدم قد مُرژ بناوِتھ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


گرٕ گرٕ آنگن منز أژِتھ پرٕ دِلبہٕ ستۍ واہرِتھ بھگوت آرادھنا یہ، تہٕ پرٕ انن ہنز کتھ (پرٕبند کاویہ) پابند نظمن منز گوٕوان۔ عموماً اوس یہ پیشہٕ مورٕوٗثی آسان۔ أکِس پارٹی ستۍ مأ لِکھ، تِھنز گرٕ واجینۍ تہٕ تِہندۍ شُری آسان۔ گوٕون وألی، سازندر تہٕ گِندن گرٕ ی تہٕ أسی تِمے آسان۔ یِم أسی تمہٕ رٕ پِک باتھ گوٕوان۔ یتھ زن دِوتا ہِندِ گُنہٕ کارنامُک کانہہ اکھ Episode آسہے۔ یِہند ہن نژن روٗن منز أسی پأتھرِ کی انگ تہٕ لبنہٕ یِوان۔ یِم أسی باضے موکھٕڑ تہٕ مُکٹ لاگان۔ بھاٹ تہٕ بھٹ ذات رٕکھو کرام چھِے ازکل کأشرِ پأٹھی رلہٕ گأمژ۔ کأشرِس یادِ وۆترِس منز چھِ یِمن متعلق وُنہٕ زٕ کتھ (۱) بھٹ تہٕ بٹنۍ لاگُن‘‘۔ یِیلہِ کأنسہِ کانہہ روپیہِ یا کانہہ چیز منگنہٕ موکھہٕ سبٹھاہ درٕ در چھُ کران تیلہِ چھُ تس یِوان وننہٕ ’’کتھ سالو گنتھم بھٹ بٹنۍ‘‘۔ یِم أسی پننۍ بخشأیش یا معاوضہٕ منگنہٕ وِزِ درٕ درٕ زِتھٕر اوان تہٕ سہل سہل نہٕ تھپھ ٹلان۔ (۲) بھٹ مِرِ بٹنۍ مرِ۔ ژٕ وۆ تھکھ نہٕ تھوٗد‘‘ کأنسہِ آلژِس یِیلہِ کانہہ کأم کرنہٕ موکھہٕ چھُ یِوان وننہٕ تہٕ سہٕ تھوٗ دوۆ تھِ نہٕ تیلہِ چھُ یِوان تس وننہٕ۔ یتھ کالہِ یِیلہِ بھاٹو منز کانہہ مُرِتھ گژھہے یہ أس سماجی ذمہٕ دأری زِتمن یکدم کفن بیترِ انتظام کرِتھ داہ دِوناوٗن۔

برٕہمن تہٕ بھاٹھ آیہ رازس تو تانہٕ
کرشنس کھاندر تہٕ منگالو (پرمانند)

**چارن:** یِتھے کٕنز أسی پیشہٕ ورانہٕ سازندر گوٕون وألی یِم رازن مہارازن، دیون دِوتاہن ہنزٕ دلیلہٕ تہٕ تو تایہ گوٕون أسی۔ یِم أسی پھیرٕ روٗنی گوٕون وألی۔ گاتھایہ (داستانہٕ) پربند، سشوتی، لیلا یو علاوہٕ رازن مُتلق قصیدہ تہِ گوٕوان تہٕ بخشأیش تہٕ دان پرأوتھ پنٕن اوزکہٕ کماوان۔ ۱۴-۱۵ مہِ صدی پتہٕ موکلیہ بھاٹ تہِ تہٕ چارن تہِ۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


**تمبۆ ری نغمہٕ:** تمبۆر چھُ سہ ساز ییتھ از کل ''تان پُرا چھ ونان''

تمبۆر چھُ گنُدھر دیوتا اکھ یُس گبوٚنہٕ موکھہٕ چھُ زأنہٕ یوان۔ ویدکالس منٛز آسی گبوٚنس ''گندھرو'' تہٕ ونان۔ کشیر منٛز آسی ربابہٕ تہٕ سارنہٕ ہیتھ دہ پندہ ساز ندر گنہٕ سڑکہِ ڈندس پیٹھ یا صوفی کاندروأنس برونٛہہ کنہِ گیوٚن کران۔ یہند زیٛٹھ اُوس صاف شفاف پھرن، کپر ژادر شلوار لأگتھ آسان۔ یم آسی فارسی تہٕ کأشر کلامہٕ گیوان۔ یہُند سٹایل اوس چھکر سٹایلہٕ نشہٕ بدوٚن۔ یم آسی داستانہٕ تہٕ مثنوی یو منٛزٕ بأتھ گیوان۔ صوفی شأعرن ہندی بأتھ تہٕ آسی گیوان۔ چارن روپکی اٰخری شکل اَس ''تمبۆ ری نغمہٕ'' یُس ۱۹۷۰ تام اوس زندٕ تہٕ ووٚنی نہٕ کُنی۔ نٛڑ پۆر، کرالہ پۆرتہٕ واتھورکی سازندر آسی شہرس تمبۆ ری نغمہٕ گبوٚنہٕ وسان۔

**سدٕھ گوٚ ری:** گر گر پھیرن وألی نژن تہٕ گیوٚن کرن وألین ہٕندی پأٹھی آسی ناتھ پنٛتھی تہٕ سِدھ یوگی تہِ باضعے باجماتھ گر گر پھیر تھانہٕ موٚتھ جمع کران تہٕ پنہٕ نِہن متن تہٕ فِرقن ہندی بأتھ گیوان۔ جیمہ چھُ جرنلی سڑکہِ پیٹھ ۳۰ کلومیٹر دۆر پہن اکھ جاے یتہِ ڈریُس منٛز اکھ دوہ مالہِ تہٕ چھُ لگان۔ یہ چھُ سِدھ گوٚ ریا سُند مالہٕ، حالانکہ سِدھ چھُنہٕ اکھ تہِ درینٛٹھ یوان ووٚنی۔ یمنے سِدھ گوربن ہند نقل اوس کشیر منٛز لأنژھ کران۔ ریتن دوہن پیٹھ۔ نیچوزیٛنس پیٹھ خأندرٕ پتہٕ نۆش اننس پیٹھ تہٕ کأنسہٕ شُری ہندس بی۔ اے۔ پاس کرنس پیٹھ آسی یم سدٕ گوٚری لأنژھ آنگنس منٛز پننہ نہٕ قسمک گیوٚن تہٕ نژن کران۔ یم لأنژھ آسی زنانہٕ رکھ لاگان۔ پھبرن، تھدی قصابہٕ، روپہ سونہ زیوز یادے پہن لاگان۔ یوان تہٕ دوے خأر تھدِ تھد کُرتھ آنگنس منٛز اُژتھ نژن تہٕ گیوٚن کران۔ تالہٕ ہور، ڈول یا وصولہ واین وألی زِ سازندر اُسکھ ستی آسان۔ یُس تہٕ بأتھ یم گیوان آسی تمہِ کُس اٰخرس پیٹھ آسی یمِ ''گأراے'' ونان، اوے آسی یمن کینٛہہ لۆکھ ''گأراے

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


والی'' تہٕ ونان۔ دراصل اَسی یم ہندی لفظ ''گھر آے'' کاشرٕ اُتھ ونان تہٕ اکھ خاص طرز باوان۔ مثلن

سب دید گے رازن ہُندے گارایے

بونٹھ کنہِ تھوہوس کِشمش مجماہ گارایے

بُجہ بُجہ پچھے پوزارر آچھی گارایے

یم اَسی پأنے ماحولہٕ مطابق تہٕ اندپوکھ وُچھتھ وکھنے کران۔ زٕہٹھ وکھنے۔ ۱۹۶۰ پتہٕ گیہ سِذ گوٗری لأنژھ تہٕ ختم تہٕ تہند نژُن تہٕ موکلیو۔

بچہ نغمہٕ :-

ریڈیو کشمیر شروع سپدنہٕ پتہٕ پیٹھ چھکرِ پارٹیہ کشیر منز نو ییہ پیٹھ آسنہٕ ۱۹۴۷ برونہہ آسان۔ دراصل اَسی بأنڈے خاندرن تہٕ خوشی ہُندن موقعن پیٹھ گوہنہٕ واینہٕ گرٕھان۔ مأنزی رآرژ دوہ چھکرِ بأتن پیٹھ نژُن کرنہٕ خأطرہ اَس یمن پننی بچہ کُڑ آسان۔ یم کأشرِ موسیقی تہٕ لُکہ گیونس پیٹھ نژُن کرنس منز ماہر آسی یوان بناونہٕ۔ گتہٕ رہنہ تہٕ حافظن اَسی رئیس، جاگیردار تہٕ امیر سرپرستی کران مگر عام لوٗکن اوٗس بانڈن ہُند بچہ کوٗٹ نغمہٕ ہاوان۔ سورنے علاوہ آسی یم سارن۔ رباب۔ تمبکنأر تہٕ نٹس پیٹھ نژُن کران۔ ہارمونیم کشیر واتنہٕ پتہٕ یِمو گوہن وآلیو چھکر گیوتمِو کرٕ کوٗشش بچہ کوٹ پأنس ستی رلأوِتھ چھکرِ پارٹی بناونچ تہٕ کمأیی کرنچ ۱۹ اصدی ہُندس اَخرس تام اَسی صرف بانڈن ہنزٕ پھیرونہٕ پارٹیہ یہ نغمہٕ ہاوان۔ فارسی تہٕ کأشر گیوٗن کران۔ یمِ اَسی نہ سنطور رتاوس انان۔ ووصوٗلہٕ اَسی دوکرِ بدل وایان۔ حافظہِ نغمس مُقابلہٕ کورکھ یہندس اتھ نغمس بچہ نغمہٕ ناو۔ بچہ کوٹ اوٗس زنانن ہُندی پأٹھی زیوٗٹھ مس تھوان۔ ساز سورمہٕ لاگان۔ بانڈ تہٕ بھگت ووستن منز اَسی کأنسہ بُجرس واتان تام تہٕ بچہ ونان۔ پرانہِ وقتہٕ پیٹھے اَسی بانڈ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


مردس زنانہٕ رکھ لاً گتھ ڈٕ رز۔ بچہ کوٗٹ تہٕ زنانہٕ کرٕ دار گند ناوان۔ ایرانس منٛز تہٕ یُس رقص زنانہٕ آسہٕ کران تمن تہٕ اوٗس بچہ کٕنٛڈ سُند ہیو۔ پیشواز لاٗ گتھ آسان۔ حافظ نغمہ گوٗل قوفوناٗ تہٕ متی آبن مگر بچہ نغمہ چھُ از کل مقبوٗل لکہ نژٕن۔ امیر لکھ ییلہ ڈنگن منٛز ڈل ساٗلن چھِ نیران تِم چھِ ڈنکس منٛز بچہ نغمہٕ تہٕ لاگان۔ حافظ تہٕ آسہٕ ڈنکس منٛز نغمہٕ ہاوان۔

بچہ نغمہٕ محفل شروع کرنہٕ برونٛہہ چھِ گوڈٕنی ساز مِلناونہٕ یِوان۔ پتہٕ کانٛہہ لیہ تہٕ طرح دار دھن بجاونہٕ یِوان تہٕ بچہ کوٗٹ چھُ گیوٗنہٕ روستے شوقینن منٛز باگ جاے رٹتھ نژان نژان پننٕ تیاٗری تہٕ انگن ہنٛزٕ مُدرایہ لیہ ستی مِلون ہاوان تہٕ باوان۔ ییٚلہ لے چھِ تیز ان تمہٕ وِزِ چھُ گتھ دِوان۔ پتہٕ چھُ کانٛہہ لکہٕ باٗتھ غزل۔ ترانہٕ بیتر ہ گیوان تہٕ ساز ندر چھِ تس پتہٕ تی گیوان بچہ چھُ گیوٗنک مفہوم پننیو اتھو۔ مُدرایو تہٕ موکھس پیٹھ جذباتن ہُند اظہار ووتلاوتھ ہاوان۔ یِی چھُ بھاوِ اظہار یتھے کنٕی چھُ سہ ادا' بھاو تہٕ نژنہٕ ستی شارن ہُند مژ تہٕ مانے لیٕہ منٛز اظہار کرِتھ نغمہٕ وُچھن والین منٛز رس ووتلاوان۔ یوٗت شار رسیل آسہٕ، آواز سریلہ آسہٕ تہٕ بچہ کٕنٛڈ سنٛز ادا تہٕ سازن ہنٛزٕ ملہ ون تہٕ صدارٕژ آسہٕ تتھے چھُ محفلہٕ ہُند ماحول تہٕ سروٗدس منٛز یِوان۔ یتھے کنٕی چھُ۔ بچہ کوٗٹ غزل وژن یا لکہٕ باٗتھ گیوِتھ تیز لیہ ہُند روف باٗتھ ٹلان تہٕ گیون تہٕ روف نژان۔ گھنٹہ، زٕ گھنٹہ نژنہٕ گیونہ پتہٕ چھُ تھکھ دِوان۔

حافظایہ ہندی پاٗٹھی چھُ بچہ کوٗٹ پیشواز لاگان تہٕ کلس تہٕ نکھس پیٹھ اکھ زاٗیل ڈُپٹہ رٹان۔ گوڈن چھُ رونہ گنڈان۔ نژنہ وِزِ چھُ پیشواز کی اندتہٕ اتھوٕ رٹتھ نژان تہٕ ڈوپٹہ کلہٕ پیٹھی رٕٹتھ تہٕ نژان۔ کھورو ستی چھ لگا تار ا۔ ایا۔ ۲ اچہ لیہ پیٹھ نژان۔ خاص تال چھنہ کانٛہہ نٕ صدا، تمبکنارِ صدایا سازٕ لیہ پتھے چھُ نژن سپدان۔ کُنہ وِزِ چھُ ڈٕ چھنہ بنچہ ستی رڈنہ وایان۔ ووٕنی چھِ زنہِ رکھ نوری پھیرن یا کرتہٕ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


شلِو ارلاَ گتھ تہٕ نژان۔ ازکل چھے کینٛہہ رقاصہ تہٕ بچہٕ کٕڑ نہ بدل نژان۔

گلاب رامس (گٔلِ بچہ) پتہٕ اوٚس گوپی ناتھ (گوپہ بچہ) کافی مشہوٗر بچہ، اُمس اوس خاص انداز تہٕ سٹایل نغمہ پیش کرنک۔ واکھ، شُر کی گوٚبنہٕ پتہٕ اوس یہ نژن کران۔ یودوے کانٛہہ غزل کرہے شروع تمکی کینٛہہ بند گوٚبنہٕ پتہٕ اوس اُکس پتھ اکھ غزل گوٚوان یٚہنٛد مفہوم عشق یا لول آسہٕ تہٕ پتہٕ تیزلیہ ہُنٛد روبا تھ تہٕ آخرس پیٹھ گوڈ شروع کریمژ غزلہٕ ہندی باقی بند۔ یتھ کنٛز اوس اکھ دایرہ پوٗر کران اکی رسکی شارتہٕ غزلہٕ گوٚوتھ۔ یمن منٛز جذباتن تہٕ اظہارک ہشر آسہے۔ پتہٕ گوٚو ہے صوفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ تہٕ موضوع رنٛگی کرہے یکسانیت اظہار تہٕ دویمہ قسمٕک فظاتہ ماحول گنٛڈ ہے۔ روٗحانی یا صوفیانہ یتھے کنٛز اوٚس پزتھ دا ریس منٛز غم۔ جدایی، بہار۔ سونتھ۔ امیری غریبی تہٕ صبحکہ وقتہٕ روٗحانی نغمہ، لیلا یہ۔ بیترِ گوٚوان۔ دراصل گژھ پزتھ اُکس فنکارس پنٛن سٹایل مقبوٗل کرنہٕ موکھ غزلن باتن تہٕ نغمن ہنٛز زارتگنی۔ تربیت تہٕ بودھ تہٕ گژھیس آسنی۔ وونی چھنہ بچہ کٹین یتھ انداز بلکل کینٛہہ تم چھِ ریڈیو۔ ٹی وی۔ پیٹھ عام سپدمتی باتھ زیادٕ گوٚوان۔

آلتھ رٹن یا تھال کڈن تہٕ روپیہ سومبراونہٕ تہٕ اُس بچہٕ کٕڑ سنٛز کام یہ اوٚس سُہ باتھ گوٚوان گوٚوان تہٕ کران۔ پرتھ شوقینس نش گژھتھ تس برونٛہہ کنہٕ شار اداکرتھ آلتھ رٹتھ گژھ دِوان نژن کرُن یا تھال رٹتھ محفلہ منٛز حاضر گوٚبن بوزن والین نش گژھتھ روپیہ رٹنہ اوس بچہ کٕڑ سُند کار۔

گوپی ناتھ بٹس پتہٕ اُسی محی الدین گلگامی، عبدالغفار لوجر، عبدالغنی راتھر، غلام نبی بلبل۔ زوٗن بیگم، بیترِ بچہ کٕڑ تہٕ رقاصایہ۔

**روف:** روف چھُ لکہٕ باتھ گوٚبنک تہٕ نژنک اکھ روٗپ۔ یمہ کاشرِ باتھ ذری گنٛڈتھ گوٚبنہٕ ییٚن چھ روف یا رووِ باتھ۔ روف چھ خوشی ہُنٛد ہن موقعن

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


پیٹھ سپدان۔ چاہے خاندر، مانزِراتھ، عید یا ماہ رمضانکی دوہ آسی تن۔ روف چھُ آنگنن کھلہٕ مأدانن، تہٕ روقن منٛز گژھ نہ تہٕ نژنہٕ یوان۔ تھودٕ تتھ پھیکس ستی پھیکی رلأوتھ تہٕ اکھ اکی سٕندیو کمرو پتی۔ کنٛی اتھ مِلناوتھ قدم برونٛہہ پتھ نتھ پان ملناوتھ تہٕ مسرت ہُند بأتھ گژھان گژھان چھُ روف یِوان کرنہٕ۔ برونٛہہ کالہٕ آسی مرد تہٕ زنانہٕ الگ الگ ڈٕری گنٛڈتھ زوٗنہٕ رأژن منٛز (خاصکرتھ ہرد کالس) روف کران۔ وونی چھے زنانے آژ روف نژان تہٕ گژھان۔ اصلی چھُ یہ گژھن رۄپ۔ اکہٕ بأتہٕ پتہٕ چھُ بیاکھ روفی بأتھ گژھنہٕ یِوان۔ پرأنی طرز آسی واریاہن قسمن ہٕندی، ماری مندی تہٕ کنن خوش یِونی، ریڈیو عام سپدنہٕ کنٛی چھ ریڈیو بأتھ روفس منٛز گژھنہ یِوان۔ روف یٔیلہ چھُ تیز لیہ منٛز یوان گژھنہ تیلہ چھے کنٛہہ زنہٕ ڈٕریو منٛز نیرتھ منٛزس ہِکٹ کران ہِکٹ چھِ ملکہٕ کنٛن بیشتر نژن روین منٛز زنہٕ کران۔

مونگہٕ مارنہٕ: یٔیلہ زنہٕ پھیرنہٕ لونٛٹھ اتھس منٛز رٹن تہٕ دویِم اتھ تھود تُلتھ نژن۔ بیہ یٔیلہ ژٕ زنہٕ اکھ اکس بُتھ روٗزتھ ڈٕچھنہِ اتھ ڈٕچھنس اتھس تہٕ کھورہ اتھہ کھوہورس اتھس ستی ژٕ رواین، بیہ یٔیلہ ڈٕچھن ڈٕچھن پھیوک تہٕ اتھ جُھکاوتھ ڈٕالہِ دِن تیٚلہ چھِ اتھ ونان مونگہ مارنہِ۔ کینٛہہ چھِ لیہ منٛز اکھ اکس بتھِ دوان اونٛج تہٕ نیٛوٹھ (چٹکی) تہٕ وایان۔ پہأڑی زنہِ چھ اتھ منگرٕ اونان۔ زنہِ چھے روفس ستی مونگہٕ ماران۔ روف چھ وُنیس تام دوہہ لٹہِ یوم جمہوریس پیٹھ نِو دلہِ منٛز پیش سپدمُت۔ گوڈنکہٕ لٹہٕ کالیج کورین منٛز زیادٕ غارکأشرِ کورِ تہٕ مردن منٛز غلام رسول سنتوش۔ موہن لال ایمہ۔ غلام محمد راہ۔ تہٕ بیہ کینٛہہ فنکار تہٕ دویمہ لٹہ ۱۹۷۱ منٛز آسی مردن منٛز غلام محمد ڈار تہٕ کشمیر بھگت تھیٹرکی فنکار تہٕ گورنمنٹ زنانہٕ کالج مولانا آزاد روڈ چہ گژھنس منٛز ماہر کورِیمن منٛز گلوکار شمیم دیو، ریتا کول، جتندر کور، تہٕ جے کِشوری تہٕ آسہٕ۔ امہٕ روف پارٹی ہنٛز قیادتھ آسی یمہ کتابہ ہُند مصنف کران۔

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


سٹیجس پیٹھ تر یہ قسمچ پرٲوش کٔرتھی ہناہ پھیکن تہٕ سینس پتھ تہٕ برونہہ کڈتھ تر یے مختلف سِمتس منز ڈٕری کٔرتھ ترتیب دنچ کام کرمٕژ (مصنف) ۱۹۶۴ پتے تہٕ از کل تہٕ چھُ سٹیجس پیٹھ یوہے چلن۔ جورِ جور پرٲوش کرنی۔ ژون ژون ہندی تر یے ڈٕری بناونی یا دون ڈٕرین منز دویو طرفو پرٲوش کٔرتھ اتی منز سٹیجس منزلن پتہٕ مختلف ڈٕری بناونی بیتر گتہ کارٕی تہٕ کرمیٚژ یِیلہ بہٕ کلچرل اکڈیمی منز نوکری اوسس کران۔ قدمن ہنز ٹلہ تر اوِ منز تہٕ اَنمِ نمایاں تبدیلی، سے منز س ژور ژور قدم برونہہ تہٕ پتہٕ یمےِ ژور قدم پتھ نتھ دِتمس نٔو روپ بیتر۔

**ویگی نژن:** یہ چھُ کشیرِ منز سارو ے کھوتہ پرٛون نژن۔ یہ چھُ میکھلا سنسکار اند وٲتنس پیٹھ رٕژر کانٛچھنہٕ موکھہ زنانہٕ نژان۔ یِیلہ میکھلہِ پلو بدلاوتھ چھُ شُرنٔوی پلو لاگان تہٕ صافہٕ گنڈتھ چھ آنگنس منز ویگس کھسان تہٕ ماجی یا گرٕچ زِٹھ زنانہٕ چھس نابد آپران تہٕ پوش چھکان۔ سُہ چھ یاربل وسان تہٕ سارے زنانہٕ ماجہ، ماسہ، پوپھ، بینہِ، نائی بیترِ چھاتھ ویگس اندی اندی نژان۔ اکہ اکہ تہِ نژان تہٕ پانٛس پوش تہِ چھکان تہٕ باقی زنہِ تہٕ چھبس پوش لاگان گژھان۔ یہ چھُ آریا جاتی ہنُد پرٛون نژن۔ آریہ اَسی یگیہ کران تہٕ یگیہ موکلِتھ آسہٕ زنانہ ویدی اندی اندی نژان تہٕ امریچ کامنا کران۔ رٕژر منگان۔ از کل چھ یہ نژن بٹنہِ ویگس پیٹھ نژان تہٕ یہ وژن چھُ اتھ جگ کرنس سِتی وابستگی ہُند اظہار تہِ کران۔

ہمہِ ووتھم تہٕ ویگہِ کھوتم طوطہٕ ووتھُم یاربل

ہمہِ ووتھن گو یگیہ موکلِتھ ووتھن۔ یگیہ کرنہٕ وِزِ چھُ آنگنس منز آہوتی ہُمان (زالان) زنانہٕ تِچھے ویگی باتن منز مالنی بجر، رٕژر، بای رٕژر، بجایی، صحت تہٕ دنہٕ بل بیترِ کامنا کران۔

برونہہ کالہِ اَسی ہیرٕ ژیتہ تِیلہِ اُتھم دوہ ووتھ منز ژانگی تر اوان تہٕ بٹنہِ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


آسہٕ سٕمتھ یاربل ہٕتھس پیٹھ آکاشس کُن نرہ تلی تُلی دٲریس منٛز نژان تہٕ باتن منٛز گیوان گیوان ہٕژر، بجر نچاتھ، بیتر منگان۔ شُری آسی پتہٕ کانگرِ کھور رزالان تہٕ کلو پیٹھی گلہٕ ناوتھ "جتوں ہتن" کران، یہ سالم نژُن چھُ ختم گومت۔

دمالی: دم رٹتھ دیہ سُند ناوسورُن تہٕ ووڈہ تُلنہٕ گیہ دمالی یا دمبالی۔

ییلہ کانہہ شُر بس ماجہ کانہہ چیز منگنہٕ موکھہٕ زِد کرِ تہٕ ہنگامہٕ لاگہٕ تہٕ ووڈہٕ تلہٕ نرٕ نہٕ تیلہ چھُ مول موج تسنٛزِ منگ پورٕ کرنس مجبور گژھان۔ ڈیس یا پنہٕ نس آغس کینٛہہ منگنہٕ موکھہٕ عاجزی کرنی۔ وہتھ کرٕنی، تہٕ تسُند نہٕ بوزنہ موکھہٕ یودوے دمالی پیہ کرنی سُہ بوزِ جل جل۔

دمالی چھِ کشیر منٛز لال بابھ صابنہٕ، دریہ گامہٕ، ژوڈرِ، واتھورٕ تہٕ دویمین جاین لُکہ مالن پیٹھ سپدان۔ ساروے کھوتہٕ بوڈ مالہ چھُ ویجہ بڑارِ لگان (مٔی۔ جون) یہ چھُ کم سے کم ترٛن دوہن روزان گوڈنکہِ دوہ چھُ خالص زولوِکی (واہتھورس نزدیق گام) دمالی بہہ بجہ استانکس اندرِ مس احاطس منٛز دمالی کران۔ تم چھِ قریباً پنداہ دوہ برونٛٹھے گامہٕ آسان ڈرامتی تہٕ بڈ گام تہٕ چھراٹکیو (پلوامہٕ) گاموگٹو منٛزی دمالی کران کران وہ بجہِ برارکہ مالک مقرر دوہ لوکن ونان وبجہِ برورواتان۔ یمن زولوکین دمالین چھے پننی اکھ الم تہٕ ستی آسان۔ یِم چھ یمن پندہن دوہن پاتھلی سورے سفر طے کران گاموِنٛز دمالی کران پکان نتیجہ چھُ زِ مالکین نژن دوہن چھُ بابا نصیر الدین غازی سُند وورس وُچھنہٕ لُکھ کافی تید ادس منٛز واتان۔ دویمہٕ دوہ چھُ کشیر ہندی سالم دمالی پنٛن پنٛن کھڈارٕ لاگتھ دمالی کران۔ امہ دوہ چھُ لُکھ ژستھ یوان۔ گرمی موکھہ چھ مادانن گردتہٕ کافی ووتھان بازرتہٕ چھُ طعیس پیٹھ لگان۔ ووسہِ دروسہِ تہٕ ہیر بارٕ چھِ کافی روزان۔

گوڈنکہِ دوہ چھے زنانہٕ زاشری تہٕ ماسم شُری کو چھ منٛز رٹتھ دمالین ہُندس

CC-O Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


ینس پژ اران آسان۔ یتھے دمالی چھ یوان تہٕ آغس برونہہ کنہ دمالی بطور نذرانہٕ عقیدت پیش کران تمہ وِزِ چھے ماجہِ اکس اکس دمالس اتھہِ پنٕن پنٕن شُر دِوان۔ دمالی چھ شُری کھونہ منز رٹتھ دمالی کران زنتہٕ شُری سُند دل چھ ڈرراوان پتہٕ شُرس کلس اتھہ پھیرتھ تس ماجہ حوالہ کران دوے خاطر کران۔ عقید چھ زِ یتھین شُرین چھُنہ کھوژن تہٕ بیمارِ پوران۔ وُچھنہ چھ آمت زِ کینہہ بڈی موہنیو چھ کانہہ رژ کام انجام دِنہٕ برونہہ یا پتہٕ پننہٕ نین آنگنن منز دمالی کرناوان تہٕ پتہٕ دمالین کھیاوان چاوان۔ دمالی کرتھ دمالی کھیاونی چاونی چھ نیک شگوٗن یِوان مانہٕ۔

دمالی چھ خالص مرد کران۔ امہٕ موکھہ چھنہٕ یمِ کانہہ خاص پوشاکھ لاگان۔ پھیرن شلوار یا کرتہ شلوار نتہٕ خالص شِلوارے اوت تہِ۔ چونکہ موسم چھ گریشمک لِہاظہٕ چھنہٕ پٹھ پھیرن یا ژادر استعمال کران۔

دمالہ موکھ چھ بوٗ ڈ ڈول تہٕ تھالج ساز۔ برونہہ کالہٕ آسی دمالہِ ستی ڈپھ تہِ یِوان وائنہٕ۔ ڈولچہ آوازِ پٹھ چھ دمالی اکہ اکہ تہِ تہٕ یکجاہ تہِ دمالی کران۔ رقاص چھِ یوان تہٕ تھدِ تھدِ قدم تُلتھ رنگس اژان تہٕ "اللہ اللہ" وَنتھ تال پران۔ تیلہِ تال چھُ بدلان تم چھ ووٹہٕ ٹلان۔ پنٕن شاہ رٹتھ ووٹہٕ تُلتھ وجدانی ہنز حالژ واتِن چھ یوان مانہٕ حاصِل دمالی۔ پتہٕ شانٕش تہٕ شہس ستی نرِ زنگہ واہراونہِ۔ لُکھ چھِ یتھس دمالس کھونہ منز رٹان یوتام شاہ چھس ہمان۔ شاہ رٹتھ ووٹہٕ تُلنس چھِ ذِکرِ تہِ ونان۔ تالہِ یا لیہ پٹھ کلہٕ ڈچھن کھوہور پھرن تہٕ ڈجدس منز ینس تہِ چھِ ذِکر ونان۔ ووٹہ دمالہ پتہٕ چھ چکر دمالی کران۔ کینہہ قدم تالہِ پتھ تُلتھ تھس بدلاوان تہٕ ووٹھ ٹلان تہٕ چکر دِوان تہٕ برونہہ پکان۔ یِی ژوریا پانژ لٹہ کرتھ نژان۔ چکر دمالہ پتہٕ لِور اتھن منز رٹتھ راس گندان تہٕ ستی زِ زنی زنتہٕ تلوار بازی ہُند مظاہرہ کران۔ کینہہ چھ ڈچھنہٕ اتھ تلوار برابر لوٗرِ رٹان تہٕ کھوہورِ اتھ سپر رٹان۔ تاکہ

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


مقابلہٕ دمائلی ہندوارر بہٕ دالوس سپرس پٹھ۔

پتھ کالہِ آسی راز۔ مہاراز ڈٕریس منز کم سے کم اکہ دوہ ''استر پوزا'' کران۔ سُہ گوتھی یارن ہنز پوزا، ساری باڈزٕ آسی سمان تہٕ ہتھی یار سومبراوتھ تمن پوزا کران تہٕ ہتھی یارن ازماونکی مقابلہٕ تہٕ منعقد کران تہٕ یِم یِم بلہٕ ویرنو جوان مقابلہٕ زینہٕ ہان تمن آسی فوجس منز نِوان۔ رازن ستی موکلیہ ہتھی یارن ہنز پوزاتہٕ دمالین آسی تاس نے وائلی تہِ ونان۔ یِم آسی یِم سازوا ئیتھ رازن ہٕند بن فوجن مہمن گُن نیرنہٕ وزِ برونہہٕ برونہہٕ سازوایان پکان۔ دمائلی چھِ باسان کشیر ہُند مارشل آرٹ اوسمُت۔ اَخر شمشیر بازی، غورضہٕ چلاوُن، نیزٕ نشانس مارُن، تیر اندازی تہٕ دون ہنز دب یانے ملہٕ یُدھ یِم آسی جنگ کرنکی تہٕ زیننکی ضروری عمل۔، واریاہ طبقہ تہٕ فرقہٕ آسی یِمن کارن ستی وابستہ آسان۔ ہیچھناون وائلی اُستادتہِ آسی آسان۔ کاشُر، تواریخ چھِ تموِلڑایوتہٕ جنگو ستی بھرتھ یمہِ لڑایہ کاشُریو حملہ آورن ستی تہٕ پانہٕ وِنی لڑیمژ چھے۔ موغلو یَلہ کشیر زینی یموکُری کاشری بے ہتھی یارتہٕ بناوِکھ آلژی۔ بوڈ پہن شراپہٕ کُچ تہٕ زرٕنووکھ نہٕ یودوے کُنہِ تہِ عجایب گرس منزاَژِ وپژانہِ وقتُک اکھ تیز' تلوار نیزٕ یا غورضہٕ وچھونہِ گژی۔ یہ کینہہ وُچھوتہِ وُچھو سِکھ دورٕ پیٹھک کاٗنہہ کاشُر ہتھی یار۔ دمائلی تام تراوِناوِکھ ہتھی یارتہ کہنی زرٕ نووہوکھ نہٕ۔ تم روودی Mock fighters بنتھ۔ پننی کمائلی کرنہٕ نشِ تہِ گئیہ۔ کینژ وفقیر دتہٕ رُتیو بزرگورٕ چھِ تہٕ لاگکھ فقیری کرنس گُن۔ توتہِ تھووتمو پنُن گندُن دروگُن تہٕ نشان زِندہ۔ یہندی سرپرست تہٕ رہبر آسی تم یہندین مزارن تہٕ آستانن پیٹھ یِم ازتہِ چھِ مائلن پیٹھ دمائلی کران۔

دمالین ہُند پیشہ چھُ سادٕ مکاری کرنی۔ منزم یارز، درالزتہٕ پھیری بیترٕ۔ ازتہِ چھ دمالین دمالہِ فقیر ونان تکیا زِیمن منز آسی بیشتر فقیری کران۔ پھوکھ

CC-OAgamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



دِوان۔ دأدی مأنتر اوان۔ بیترِ یم اُسی زٔٹھی پھیرن یا چوغہ نُما پلو لاگان۔۔ پھیکِمن پیٹھ گوبہ کپر ژادر یا پٹؠ ژادر تھاوان۔ تھز پہن لۆر اتھس منز رٹان۔ زیوٚٹھ ریش تہٕ اوس کأنہہ کأنہہ تھوان۔ نند ریشنٛ شُر کی اُسی گبوان۔ اکہِ گامہ پیٹھ بیس گامس تام اُسی پھیران روزان۔

دراصل چھے دمأل تہٕ تتھ ستی ہشر تھاون وأل نژن روٗپ ہمالا پربتکس بونی مس علاقس (ترایی) منز کُنہ تہِ کُنہ وُنہِ مختلف ناوتہٕ ترایہ ہیتھ موجوٗد۔ پاکستانس منز تہِ چھ دمأل۔ ہریانس منز دمال تہٕ آسامس منز دمیل۔ (یہ چھ دوشوے مرد کھیو زنانہٕ کران) باقی جاین صرف مرد۔ گجراتس منز چھ پرأنی حبشی یمِ ازکل گُجراتی زبان چھِ بولان دمأل کران، یم چھ لوکٹ ڈپھ تہِ ستی وایان۔ کُس ہیکہ وٕنتھ زِ پرانہِ وقتہٕ ما اسہان جشی دمالِمن تہٕ باقی دمالِمن تولکات۔ تِکیا زِ راجن مہاراجن نِش تہِ اُسی جشی داس (غلام) بُنتھ آسان۔

گنکہٕ :۔

کأشرین گُجرین تہٕ سکن منز چھُ تلوار اتھن منز رٹتھ گنکہِ گِندنک شوق وُنہِ نظرِ گژھان۔ ڈول تہٕ نیہ ہنز آواز پیٹھ تلوار نژناونکی ژھل گیہ گنکہٕ بٲزی۔ کینہہ گنکہٕ باز چھِ زٕ تلوار اِتھن منز رٹتھ تہِ گنکہِ گِندان۔ پہاڑی، گلگتی، تہٕ دویم زاژوار تہِ چھِ گنکہِ گِندان۔ تہٕ نژان۔ یہ چھُ نژُن تہٕ تہٕ کرتب تہِ۔

بانڈٕ نژُن تہٕ بانڈٕ ژوکھ چھُ گوڈے بیس بابس منز ووکھناونہٕ آمُت۔

☆☆☆

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu


# کتاب نامہٕ :


۱ر بھرت مُنی سُند ناٹیہ شاستر۔ من موہن گھوش۔ گرنتھالیہ۔ کلکتہ۔

۲ر وشنو دھرموتر پرُان

۳ر نیل مت پرُان۔ وید کماری گہی۔ ز جلد کلچرل اکیڈیمی جموں کشمیر۔

۴ر دیشو پدیش تہٕ نرم مالا (کھیمندر) کلچرل اکیڈیمی۔

۵ر آگم آڈمبر عرف شن مت ناٹکم۔ جینت بھٹ۔ متھلا ریسرچ انسٹیچوٹ در بھنگا۔

۶ر کٹنی متم۔ دامودر گُپت، متھیلا ریسرچ انسچوٹ در بھنگا۔

۷ر راج ترنگنی، کلہن، آر ایس پنڈت، ساہتیہ اکیڈیمی۔

۸ر راج ترنگنی (سنسکرت) کلہن

۹ر ابھنیو گپت، جی ٹی دیش پانڈے، ساہتیہ اکیڈیمی

۱۰ر کھیمندر۔ برج موہن چترویدی، ساہتیہ اکیڈیمی۔

۱۱ر بھرتاز ناٹیہ شاستر۔ آدیہ رنگا چاریہ، منشی منوہر لال، نئی دہلی۔

۱۲ر کشمیر کا سنسکرت ساہتیہ کو یوگدان۔ ڈاکٹر وید کُماری گہی، کلچرل اکیڈیمی جموں۔

۱۳ر سنسکرت اور ہندی ناٹک، رچنا اے وم رنگ کرم۔ رادھا ولبھ ترِ پاٹھی

۱۴ر ڈرامٹک کنسیپٹس، بھرت گپت۔ ڈی کے پرنٹ ورلڈ (پی) لمیٹڈ نئی دہلی۔

۱۵ر وشاکھادت۔ ماتردت ترویدی۔ ساہتیہ اکیڈیمی۔

۱۶ر شودرک۔ بسواناتھ بینرجی۔ ساہتیہ اکیڈیمی۔

۱۷ر ویلی آف کشمیر۔ سروالٹر لارنس۔

۱۸ر کلیاتِ شیخ العالم۔ موتی لال ساقی۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۹ر پرتی پرِ کتھا میلا، آنچل، پنچ لاٹ۔ پھنی شورناتھ رینو


CC-0 Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



۲۰ر کاشُر ڈکشنری ۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔
۲۱ر سنسکرت رُوپک ۔
۲۲ر بھاگوت پرُان سکند ۱۰
۲۳ر دی لائف آف کرشنا اِن انڈین آرٹ ۔ نیشنل میوزیم۔
۲۴ر میگھ دوُت ۔ کالیداس۔
۲۵ر کُچی پڈی ڈانس ۔ وی پاتانجلی ۔ کلچرل ہیرِ ٹیج آف انڈیا۔
۲۶ر ابر نوُن پرفارمنگ آرٹس ۔ ڈاکٹر راگھوَن ۔
۲۷ر کرشن جوراز دان ۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر
۲۸ر حاتم کتھہِ...... کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔
۲۹ر شیواِزم اِن کشمیر تہٕ کشمیرِ شومت چہ کتابہٕ ۔
۳۰ر گیت گووِند ۔ جے دیو۔
۳۱ر کلیات عزیز بحرار ۔ کلچرل اکیڈیمی۔
۳۲ر راج ترنگنی ۔ شری ور
۳۳ر کتھا سرِت ساگر ۔ سوم دیو۔
۳۴ر بربت کتھا منجری ۔ کھیمندر
۳۵ر سوپن واسودتم تہٕ پرتگیا یوگندرا بن ۔ بھاس۔
۳۶ر گوسائی پأتھر ۔ موتی لال کیمو۔
۳۷ر ڈکھ ییلہِ ژلن ۔ موتی لال کیمو۔
۳۸ر ترنوو ۔ موتی لال کیمو۔
۳۹ر متھس دیٹ میک ہسٹری ۔ ایم ایل وردھپانڈے۔
۴۰ر شیرازٕ ( کشمیری ) کینہ خاص نمبر۔
۴۱ر شرازہ ( اردٗو ) کینہ خاص نمبر۔
۴۲ر سون ادب ۔ کینہ خاص نمبر۔
۴۳ر ڈراما: رِوایت تہٕ تجربہ ۱۹۹۱ کاشُر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر۔

CC-0Agamnigam Digital Preservation Foundation , Chandigarh

Gandhi Memorial College Of Education Bantalab Jammu



۴۴/آلو۔ کینہ تاز شمار۔

۴۵/آگر نامہ۔ موتی لال ساقی۔

۴۶/ٹریڈیشنل انڈین تھیٹر۔ ملٹیپل سٹریمز۔ کپلا واتساین۔ نیشنل بک ٹرسٹ۔

۴۷/کڈی اٹم۔ اے مونوگراف۔ سنگیت ناٹک اکیڈیمی۔

۴۸/ڈانس آف انڈیا۔ پروجیس بینرجی۔

۴۹/صوفی شاعری۔ موتی لال ساقی۔ کلچرل اکیڈیمی۔

۵۰/ڈراما اِن رورل انڈیا۔ جے سی ماتھُر۔

۵۱/ٹریڈیشنز آف انڈین تھیٹر۔ ایم ایل وراد پانڈے۔

۵۲/کالیداس۔ اے جرنل آف کالیداس اکیڈیمی۔

۵۳/لافٹر۔ برگسان۔

۵۴/دی کلاون ان بانڈپأ تھر۔ موتی لال کیمو۔

۵۵/ورلڈ ڈراما۔ اے نِکول۔

۵۶/ناٹیہ درپن۔

۵۷/وِدوٗشک۔ جی کے بھٹ۔

۵۸/تھیٹر آف دی ابسرڈ۔ مارٹن ایسلن۔

۵۹/دی اینجواے مینٹ آف تھیٹر۔

۶۰/بھانڈ جشن۔ محمد سبحان بھگت۔

۶۱/انڈین کاسٹیومز۔ روشن الکازی۔ نیشنل بک ٹرسٹ۔

۶۲/واد یہ ینتر۔ بی چتینیہ دیو۔ نیشنل بک ٹرسٹ۔

۶۳/کشیر۔ جی ایم ڈی صوفی۔

وغأر

CC-OAgamnigam Digital Preservation
Foundation , Chandigarh

